کتابِ ہُنْد ناو — موختہ ڈاٰلی

ؤری — ۲۰۰۱

مُصنِف — کاشی ناتھ باغوان

موٗل — Rs 250

کِتابت — بی۔ این۔ اِبھلاش

سرورُق — پی۔ ایل۔ سُدرشی



چھاپ خانہ

کتاب میلنُک پتہ

۱۔ ناگراد ادبی سنگم جموٗں۔

۲۔ کاشی ناتھ باغوان معرفت آر۔ کے رینہ ایڈوکیٹ ہائی کورٹ جموٗں۔
مُتصِل چرچ منٹھی جموٗں۔

# ترتیب

# تعارُف

زبان چھِ کُنہِ قومِچ پرزنتھ یوان مانِنہٕ ۔ سائینسی تجربہٕ ۔ روحٲنی باوژبل ۔ ثقافتی قدرٕ ، معاشرتی ، تمدُنی ، اخلاقی ، تعمیری ، تٲلیمی مٲدانن ہُنٛد ارتقا ، قومِچ کامیٲبی تہٕ ناکٲمی ہٕنٛز سارے داستان چھِ زبٲنۍ ہنٛدِس بارٕوس تل وٕپیرادِتھ آسان ۔ سماجس مٔنٛز ییٚتی سٕنۍ تہٕ گٔنۍ تجربہٕ مارکس منٛز چھِ یوان زبانے چھِ تمن سارِنی عملاً گاشہِ راوان ۔ ترقی یافتہٕ قومن ہٕنٛز زبان تہٕ چھِ بختاوار مانِنہٕ یوان ۔ یونٲنی تہذیب آسہِ تن یا چینی تجربن ، ہٕنٛز کیتھہ آسہِ تن ۔ زبان چھِ گوڈٕ پرکھاونہٕ یوان ۔ ہندوستٲنۍ تہذیب ہُنٛد پھانٛپھلوٗ سنسکرت زبٲنۍ ۔ سنسکرت زبان چھِ دُنۍ ہیچن

مُہذِب ترقی یافتہ تہٕ بختاوار زبانٮ۪ن منٛز شُمار یوان کرنہٕ۔
کأشِر زبان تہٕ چھ سنسکرت زبانٕ منٛزٕ دراہمژ۔ گوڈٕ آس یہ پراکرٛت کِس رۄپس منٛز وأتِتھ وادن بولنہٕ یوان۔ پتہٕ وأتِتھ یہ اپبھرمشہٕ کِس درجس پیٹھ، تہٕ سنسکرٛتٕچ بیٚیہِ تبدیل شُدہ زبان بنیمٕژ کأشِر زبان۔ مگر یہ زبان چھ لچک دار تہٕ صحت مند۔ اتھ منٛز چھ سنسکرت زبانٕ ہندی پنٛژاہ فیصدی الفاظ، فارسی ۱۰ فیصدی ہندی پانٛژھ فیصدی عربی ژٕ فیصدی ۲۳ فیصدی دردی، تبتی، ڈوگری تہٕ عبرانی۔
کیٚنٛہہ محقق چھ وناں زِ کأشِر زبان چھ دردی زبانٕ ہٕنٛز اپبھرمش شکل مگر یہ کتھ چھنہٕ صحی۔
کأشِر زبان چھ سیٹھا ترقی یافتہٕ زبان۔ اتھ منٛز چھ آنٛتھہ روس مُحاورٕ، ڈیپتہٕ۔ تلمیح۔ مِثالہٕ تہٕ ضرب المثل مۆجود۔ یِمن سارِنٕے لنجن پیٹھ چھ گریرسن سٕنِدِ وقتہٕ پیٹھٕ ازتام برابر کام چلان۔ مۆجودہ زمانس منٛز تہٕ کٔر کأشرِ محاورن، تلمیحاتن تہٕ گرٕیرسن پیٹھ وارٕہ ادٕبیو کام۔ مگر کأشی ناتھ باموان صأبن یُس یِمن ڈیپتین ترتیب دیوت، اتھ چھ پنُن مول۔ تکیازِ یمو کوٚر بےشُمار محاورٕ۔ ڈیپتہٕ پرژھ تہٕ ضرب المثلاً پیٹھٕ مشتمل اکھ خزانہٕ ڈری یافت۔ یہ کوٗشِش چھ یہنٛزِ وارِیاہن وٕرِین ہنٛزِ محنتُک پھل۔ یہ کتاب وأتِژ ووٕنۍ وارٕہ وری سۆرِتھ بازرٕ تہٕ وۄمیدٕ چھ کرنہٕ یِواں زِ عام لوکھ تہٕ ادیب حضرات دِن اکِس بزرگ قلمکارہٕنٛزِس محنتس داد۔
راج ترنگنی چھ سنسکرت زبانٕ ہٕنٛز سہرہ آفاق تأریخی داستان تہٕ اتھ منٛز

کلہن ہندی ڈسہ کأشر مثالہ استمال کرُن چھُ کأشر زبأنی ہندِ ہیتھ کالکہ بجرُک داستان بیان کران ، تہٕ اَتھی بجرس دُیت باعٔوان مأبن تھزر تہٕ یہ کتھ چھ تأریفس لایق ۔

خلوص کیش
موہن لال آتش
جموں ۔ ۱۵ جولائی ۲۰۰۱ء ۔

# گوڈٕ کتھ

اِنسانس تہٕ حیوانن منٛز چھِ اکھ فرق نُمایاں زِ اِنسان چھُ زبانۍ ہنٛدِ ذریعہ پننۍ
معانی الضمیر بیٛنِس تام واتہٕ ناواں ییٚلِہ تہٕ حیوانن منٛز یہ گوٗن چھُ ۔ دُنیاہس
منٛز چھِ ساسہٕ بدٕ زبانۍ ۔ اکھِ زبانۍ چھِ تحریری گوٗن ہیٛتھ تہٕ اکھ زبانۍ چھِ صِرف بولہٕ
یِنہٕ تہٕ تحریری تِوَتھ چھِ ۔

دُنیہِ ہیچ پرٛتھ کانٛہہ زبان چھِ ارتقائی عملہ منٛز بروہٕ پکان تہٕ یہ عمل
چھِ برابر چلہٕ وِنی روزان ۔

کأشر زبان تہِ چھِ وارہ ارتقائی منٛزِل کڈِتھ اسہِ لِتہٕ واتٕہ ہٕترٕ تہٕ اتھ پیٹھ
تہِ چھُ مختلف زبانٕہ ہنٛدٕ اثر پیوٗمُت ۔

یوتانۍ زن کشیرِ ہنٛدِ تاریخُک توٗلُق چھُ یہ کتھ چھِ واضح سیدان زِ ساینہِ بترٕ اکٕزٕ
ہندی ابتدائی باشندٕ آسی ناگ ۔ دویمیس دورس منٛز آیہ یور پشاچ ۔ یِہنٛد وطن

اوٗس دردستان۔ نیلہ مت پورانس منٛز چھِ اسہ ساسہ واد حوالہ پیشاچ تہٕ یہندِس عظیم دِوتا "نِکُمبھ" ہندی میلان۔

یمن آسہ یہنٛز بوٗلی یتھ پیشاچی چھُ ونان آمت۔ گریرسن چھُ مانان زِ کاشُر زبان چھِ اصلی پیشاچی زبانٕ منٛز دراموٗت۔ سُہ چھُ بروہٕنہ کُن پکھان زِ کاشُر زبان چھِ اکھ ملہ مِشہٕ زبان یتھ مختلف لہجہٕ آسہ۔ یمن منٛز شناہ، پوگلی، سراجی۔ رام بنی، کوہستانی۔ گاروی۔ توروالی تہٕ مایا بولہن ہندی ترکیب تہٕ چھ۔ بروہٕنہ کُن چھُ گریرسن ونان زِ پیشاچی زبانٕ ہنٛز مولاد اد چھ ژِکہِ سنسکرت زبان۔ یینہِ اُسی واکھن سنو۔ "پد"۔ "مُشرک" "وٕژن" پرو۔ اسہ چھُ سنسکرت زبانٕ ہنٛد اکھ لفظ نبٛدار نظرِ گژھان۔

آریہن ہندِ کشیرِ منٛز واتنہٕ پیٹھٕ تاسہم دیولس حکومتس تام روٗز سنسکرت زبان ترٛن ساسن ؤری ین کشیرِ ہندین عالمن تہٕ عام لوکن ہنٛد ؤرن وتھرن۔

سنسکرت زبانٕ منٛز کٔر کشیرِ بارٕ عالم یادٕ یمن منٛز بہلہ پایہ تنقید نگار تہٕ شاعر چھِ یوان۔ تنقید نگارن منٛز چھُ ننٛد ریوش سیٹھا بڑون ادمت یمی "رس کاویہ" کتاب لیچھ۔ امہِ علاوٕ چھ ساسہ واد ادیب شاعر تنقید نگار شامل۔ یمن منٛز دروپی۔ برہم دت۔ ننٛد سوامی۔ تہٕ ڈنڈک ریوش ناوہینٛ لایق چھ۔ امہِ علاوٕ چھ ابھنوگپت۔ ممٹ آچاریہ۔ کھمندر۔ بٹ کلٹ ہیو بارٕ عالم یادٕ گامتی یمو شو فلسفہ شاعری تہٕ تنقید آکاشس پیٹھ واتنہٕ لوٗ۔

النکار شاستر زانن واٲلۍ بھرت منی ۔ بہاما ریوش ۔ حرف نحو زانن وول عظیم قلمکار پانہٕ نی ۔ جیا پیڈ منز وزیر وامن تہٕ اُدھ بٹ ۔ رُدرٹ تہٕ آنند وردھن تہٕ کننک وغارٕ تہٕ راز ہرش ہندی وزیر زادن یمیٚس کلھن چھُ ناو لیچھی گوڑنچ تاریخ یتھ راج ترنگنی ناو چھُ ۔ اُتھی وقتس منز آیہ نیلہ مت پوران تہٕ برنگیش سمہایہ ہندی 46 دہاتم تحریر کرنہٕ ۔ یمو بارٕ عالموٚ کر سنسکرت زبان مالامال تہٕ کاشرِ زبانی پیٹھ امیُک اثر پیوٚن اوٚس لازمی ۔ چنانچہ آیہ ہنتہٕ واد لفظ سنسکرت پیٹھ کاشرس منز مُنتقل کرنہٕ ۔ مثلاً کیہنہٕ مختصر مثالہ چھ یتھٕ پاٹھی ۔

| سنسکرت | کاشُر |
|---|---|
| تارُک | تارُکھ |
| رکت | رتھ |
| تکُشا | بوچھ |
| چندرا | زٔنڈر |
| گرام | گام |
| سمدُر | سمندر یا سٔدر |
| نام | ناو |
| جیوا | زیٚو |

| کأشُر | سنسکرت |
| --- | --- |
| کھنڈُ | کھنڈسا |
| دوش | اوش |
| اتھہٕ | ہنھا |
| پوٗتھرُ | پوتر |
| مِیاٗنۍ | مامکا |
| کیا | کیم |

کأشرِ لوگر پننہِ مزاجہِ مُطابق سیٹھا ہن سنسکرت لفظن ہندِس تلفُظس منٛز تبدیلی تہٕ ورتاوِکھ کأشرِس منٛز۔ مثالے سنسکرت زبأنۍ ہنٛد بنیو "ز" ۔ راجا بنیو راز، جن بنیو زوٗن۔ جاماترا بنیو زامٹر جیوا بنیو زلِو، ماس بنیو ماز بیترِ۔

کشمیری دورس منٛز بدلیوو ادبُک، فلسفُک تہٕ سمأجی زندگی ہنٛد آہنگ سنسکرت زبأنۍ پیٹھ آو دُلتہٕ تہٕ وارہٕ وارہٕ آو فارسی زبأنۍ پیٹھ ہنگہٕ طومار کھارنہٕ۔ بڈشاہ سنٛدِس دورس منٛز آو فارسی زبأنۍ ہتہِ ستۍ مقامی زبان کأشرِس تہٕ سنسکرتس تہٕ جایز مقام دنہٕ۔ ویدن تہٕ اُپنیشدٕ آیہٕ فارسی زبأنۍ منٛز ترجمہٕ کرنہٕ۔ تہٕ موغل دورس منٛز آیہٕ فارسی زبأنۍ ہنٛدۍ بارٕ عالم تہٕ شاعر کشیرِ منٛز عُرفی، طالب، کلیم، سلیم ظفر خان احسن وغیرہٕ یِم مغلیہٕ دربارس ستۍ وابسطہٕ وزیر شامل آسی۔ یِمو دیُت فارسی زبأنۍ ووتھو تہٕ حضرت شیخ یعقوب صرفی۔ غنی کشمیری۔ خواجہ حبیب اللہ نوشہری

چھِ، مرزا داراب بیگ جوٗیا وغیرہ شاعر گیہ پاد یمو فارسی زبانِ منز آفاقی ادب پاد کوٚر ۔

کاشُر زبانہِ پیٹھ پیوٚو فارسی زبانہِ ہُنٛد اثر ۔ کاشِرِ زبانہِ ہُنٛد سماجی صفت چھُ یمہِ تلہٕ نکرِ ترٛاوٕن زِ یوٚس کانٛہہ زبان اتھ بُتھِ آیہ، امہِ وہپراوی امکی لفظ بینہٕ لِس بارٛوس تل ۔ کانٛہہ زبان پراوِنہٕ تو تام ہُنر زِ یوتام سُہ تہذیبکی موٗل تہٕ سماجی تغیر و تبدیلی پانس منز شرٛپراوِتھ ہیکہِ ۔ کاشِرِ زبانہِ پانہٕ ناوی سنسکرت تہٕ فارسی لفظ لوگلی، کوہستانی، کشتواڑی تہٕ مایا زبانن ہنٛدی موٗلہِ آگر گوڑنی وَنہِ، تہٕ لوٗلہِ منہٕ لاے کوٚرنکھ ۔ امہِ وجہِ کِنہِ روٗد کاشُر تہذیبُک تسلسُل برقرار ۔ تکیازِ کاشِرِ زبانہِ مِلہٕ ناوی باقی زبانین ہنٛدی کرٛی بیتھ کِنہِ زِ یم باسیہ امہِ زبانہِ منز زمس اَمتِ ۔

اتھ وقتس منز تراو ہنا عربی تہٕ سیٹھا فارسی وادی منز ۔ سرکاری زبان اُس فارسی ۔ کاشِر لوٗ نہ صرف بانہٕ نوٚو فارسی بلکہ پوٚرکھ لیوکھکھ فارسی جان پاٹھی تہٕ گرِکھ فارسی زبانہِ ہنٛدی بارٕ عالِم تہٕ شاعِر پاد ۔ فارسی زبانہِ ہنٛدی بے شمار لفظ پانہٕ ناوی کاشِرِ زبانہِ زن تہٕ یم بینہٕ نی زیوِلِشہ نفِنہٕ اُسی پیمتِ ۔ یمن لفظن ہنٛز کینٛہہ مثالہٕ چھے یتھہٕ پاٹھی ۔

زندگانی ۔ دوست ہرلیتھ دوس ۔ نال ۔ پیشانی ۔ خم ۔ پسند ۔ آسمان ۔ باغ ۔ بوے ۔ جام ۔ چمن ۔ ساقی ۔ آسایش ۔ آرام ۔ آب ۔ آفتاب ۔ بام ۔ گُل ۔ پرہیز ۔ غریب شب ۔ شاہ ۔ گُل زار ۔ صبح ۔ دامن ۔ سُلطان ۔ ابر ۔ شبنم ۔ ماداں ۔ افراز بیتر ۔

امہ علاوٕ چھ کاشرِ زبانیِ منٛز تقریباً پانٛژہ ہتھ عبدآنی بنیاد ہیتھ لفظ موجود۔ کشیرِ منٛز اسلام واتنہٕ سیتی گیِنیہٕ کاشرِ زبان دُنیِ یہِکِس وسیع ثقافتی تہٕ تہذیبی سمارس سیتی متعارف تہٕ وارٕ وارٕ گوٚو لوٚپن تم لفظو سیتی کاشرِ زبانیِ ہُنٛد دامن وسیع۔ جے ۔اے گریسن چھُ پننہِ کتابہِ منٛز لیکھان زِ فارسی تہٕ عربی لفظ بیٚلیہِ کاشرِ زبانیِ پانٛسن منٛز شرو پرآوی تہٕ اتھ زبانیِ گیہ زن تہٕ زِ حصہٕ ۔ہیٚندی کاشُر تہٕ مُسلِم کاشُر ۔ ہیٚندی آسی کران زیادٕ سنسکرت لفظ اِستمال تہٕ مسلمان آسی کران فارسی تہٕ عربی۔ کینٛہہ مثالہٕ چھہ ییتھ پاٚٹھی۔

| مُسلِم کاشُر | ہیٚندی کاشُر |
|---|---|
| آب | زل یا پوٚنی |
| آسمان | آکاش |
| تکبُر | اہنکار |
| یزتھ | مان ۔ آدر |
| روٗح | پران ۔ آتما |
| مبادخہ | پلوٗزا |
| دوس | میتر |
| وُمہر | آے |
| آفتاب | سیریہ |
| ہتاب | [illegible] |

امہِ پتہٕ آو ڈوٗگرن ہُند دوٗر تہٕ اتھ منٛز رُود انگریزی زبانِ ہُندے کافی اثر سرکاری زبان روٗز اُردو ہیس ستی ستی انگریزی تہٕ ۔ لوٗکھ لگی شُرین انگریزی تالیم باضابطہٕ دِنہٕ ۔ گرن منٛز ژاو انگریزی باضابطہٕ پاٹھی ۔

چونکہ کاشُر زبان چھِ لچکدار تہٕ اتھ چھ بیین زبانن ہندی لفظ پانہٕ ناوِنچ کافی صلاحیتھ ۔ امہِ شروپراوی سیٹھا انگریزی لفظ تہٕ یتھ پاٹھی پانس منٛز زن تہِ یم آسی امِس پانہٕ سے ٹھینہٕ بیمتی ۔ مثالہِ پاٹھی چھِ یم کینٛہہ لفظ ۔ ٹایم ۔ لیٹ ۔ آفس ۔ افسر ۔ بوٗٹ ۔ بٹن ۔ ممی ۔ ڈیڈی ۔ کچن ۔ باتھ روٗم ۔ لابی ہسپتال ۔ ڈاکٹر ۔ انجکشن ۔ آپریشن ۔ کوٗرس ۔ جامٹری بوکس ۔ فُٹ بال ۔ ہاکی ۔ بیٹ ۔ گیم ۔ فرنڈ ۔ کالیج ۔ پروفیسر بیتر ۔

کشیرِ چھِ ترٛے بعہہ ۔ مراز ۔ کمراز تہٕ مرکز ۔ یمن منٛز چھِ کاشرِ زبانِ لوان ہنا فرق لبنہٕ ۔ مرازس منٛز چھِنہٕ لوان فیلس ستی اُلِفک اِستمال لوان کرنہٕ ۔ مرکزس منٛز چھُ اَلِف ستی لوان لگاونہٕ ۔ کینٛہہ مثالہ چھِ یتھ پاٹھی ۔

| مراز | مرکز |
| --- | --- |
| کرن | کران |
| ودن | ودان |
| کھیوٚن | کھیوان |
| چیوٚن | چیوان |



بیٹیرِ ۔

مرازس منز چھُ بیشتر فیلن تہٕ اِسمن ہنز دٕ ڑ، تہٕ مرکزس منز چھُ امہِ بدلہٕ (ر) لوان اِستمال کرنہٕ۔ کینہہ مثالہٕ چھِ یتھ پأٹھی۔

| مرکز | مراز |
|---|---|
| پرٕن | پڑٕن |
| دورٕن | دوڑٕن |
| وُرٕن | وُڑٕن |

مرازس منز چھُ تلفظ ہنا بیوٚن۔ تتہِ چھِ کیٚشرٕن چیزن پننہِ آیہ لوکو بیوٚن ناو تھوومتی یم نہٕ بیین علاقن منز وپدچھ۔

مرکزچ زبان چھےٚ مِیأری لوان مانہنہٕ نہٕ سوے چھ قومی زبأنین منز شأمل گامٕژ۔ ریڈیو۔ ٹی۔ وی۔ اخبارن تہٕ رسالن منز تہٕ چھےٚ یہےٚ زبان لوان ورتاونہٕ۔

نہٕ صرف بیین زبأنین ہندی لفظے یوت بلکہ محاورٕ۔ ضرب المثل بیترِ تہِ چھ ہنا بتھ بدلأوِتھ یا نہٕ نأوِ متی کأشر زبأنی۔ بیین زبأنین ہندی کینہہ محاورٕ ترجمہٕ کرِتھ کرِکھ کأشر زبأنی منز شأمل۔ کینہہ مثالہٕ چھےٚ یتھ پأٹھی۔

(ا) زن زمین زر۔ ڈلِشتھ ڈلان شیرٕ نز۔ (ب) مدعی سُست گواہ چُست۔

(ج) اہنکارس چھُ ناش بیترِ۔ ترجمچ مثال چھ یتھ پأٹھی۔

One who digs a pit for others falls himself into it

یُس کھنہِ بییس گنگ تمِس گژھِ پننی زنگ۔

کاشِر زبان چھے بے شمار محاورو ضرب المثلو دِتیو ستی پرِتھ - گاٹلیو چھُ وِزِ وِزِ اتھ ہُرہ ہر کورمُت - یمو منزٕ کرِ مےٚ کینٛہہ سومبراوٕنچ تہٕ لو ہہ تام واتناوٕنچ کوٗشش - یہ کرلس منز چھِ مےٚ ترٛے مُدا -
اکھ یہ زِ یم کاشُر پرٛان چھِ پرُن تہٕ ہیچھُن ہن کرِ یہ کتاب واقفیتس منز ہنا ہُریر - دویم یہ زِ یہ سون موٚل سرمایہ گوژھ موٗجود روٗزُن - ترٛیم یہ زِ کاشِر زبانۍ ہُنٛد پوچھر - میچھر تہٕ تھزر گوژھ پرِتھ کانٛہہ بٔرزٕ ناوُن -
بہٕ کیتھ حدس تام چھُس کامیاب گومُت تہٕ وُچھُن چھے تہٕنٛز کام -
بہٕ چھُس جناب موہن لال آتش مابُن مشکور یمو یہ کتاب اندواتناوٕنس تام مےٚ پرِتھ وِزِ حوصلہ افزائی کٔر -
جناب جے - این ساگر مابُن چھُس بہٕ شُکر گزار یمو کتابہ ہنٛدِس رسم الخطس نظر ثانی کرِتھ مےٚ اتھ روٗٹ کوٗر -
جناب پی - ایل سُدکیشی مابُن چھُس بہٕ ممنوٗن یمو لولہ سان یمہ کتابہ ہنٛد سرورق بناوِتھ اتھ شوٗب دِژ -
جناب بی - این اِبلاش مابُن چھُس مشکور یمو سیٹھا میحنتہ تہٕ لولہ سان امیچ کتابت کٔر -
بہٕ چھُس پنٛن ساریٚنی دوستن تہٕ شاگردن ہُنٛد شُکر گزار یمو یمہ کتابہ ہُنٛد مواد سومبراونس منز مےٚ اتھ روٗٹ کوٗر -

آخرس پیٹھ چھُس بہٕ پننِہ گرواجنِہ شریمتی سوماوتی ہُنٛد مشکور یوسہٕ کیٛتہِ کیٛتہِ منٛزکاہِنٛہ نتہٕ کاہِنٛہ مُحاورٕ ورتاوِتھ چھےٚ یُن کلام مدُر بناوان۔ تمس لش مُحاورٕ بیترِ بوٗزِتھ اوسُس بہٕ پننِہ سومبرنِہ منٛز برِتھ دوہہ شامل کران۔

کاشی ناتھ باغوان

# ا

(۱)

## اکھا گوٗمت ہیرِ وِرِ منگن ٹشنگ :-

ٹشنگ دیہ ٹشنگہِ کٔل تہٕ وہر دیہ پنٕ ۔ کاہنٛہ چھُ بیتھلِتھ ویرِ کٔلس نِش تہٕ ٹشنگ تلاش کران ۔ یہ کتھ چھِ تمِس اِنسانس متلق یوان وننہٕ یُس کانٛہہ شخصس نِش تمہِ چیٖزچ منگ آسہِ کران یُس نہٕ سُہ ہیکہِس دِتھٕ یا تمِس نِش آسی نہٕ ۔

(۲)

## آوٕ نہٕ اوٗرٕ تہٕ گوٗنہہ ڈوڈ :-

امیُک مطلب چھُ زِ کُنہِ کامہِ گوٗنہہ وُنہِ کاہنٛہ وقتے شوٗرُوٗ کرِ متس نیتیجہ کیا ژھانڈوٗ ۔

(۳)

## الِس مُش ھاوِنٕ نہ گوناہ نہ ثواب ۔

الِس زن ھاوو مُش سُہ بچور کیا وُچھ ۔ ھاون وٲلِس نہ کھوت گوناہ تہٕ نہ زِیُونُن ثواب ۔ تہِ گوِیمِس ہٕ کاہنہ کہنہ فِکِر ترنگ ھِس ہوش آسہ تمِس گاٹہٕ جار وہٕ نکُ چھُنہٕ کاہنہ فٲیدٕ ۔

(۴)

## ایزِس نہٕ گوڑ کتہِ ۔

ایزُ چھُ اُخر پھُٹان ۔ تتھ چھُنہٕ آسان بنیادٕے یتھ پیٹھ سُہ اِستادٕ روزِ ۔

(۵)

## اَکی کھبو بنہٕ تے ژکی ہوو پان ۔ دِہٕ وول منٕد چھو کھینہٕ وٲلِس سان ۔

بتہٕ اوس لیچِھ منٛز کمیے۔ اُکی کھۅ تہٕ موکلیو۔ دِیٖن وول ٹہٕ کھینہٕ وول
دوشوے گٔییہ شرمندٕ

(٦)

اوٚن کیا زانہِ پرٛوٚن بتہٕ۔

اُلِس چھُنہٕ گاش یِتھ سٕہ وُچھِہے بتہٕ چھا پرٛوٚن کِنہٕ زگ۔ یِتھے پأٹھۍ کاہنہٕ
کم عقل اِنسان چھُنہٕ ہیکان زأنِتھ زِ یوٗس کیتھ نٔمِس ولو سو چھا تَس کیتھ
جان کِنہٕ ناکارٕ۔

(٧)

از موٗ وِٹ گو پوٗ مُٹ۔

یُس اکِہ لٹہِ از مأوِتھ کمزور باسو سُہ بیتہِ پاوُن چھُنہٕ کاہنہٕ مشکل۔

(٨)

## اور کنہِ آو تہٕ یور کُن گوَ ۔

ییٚلہِ کاہنہٕ جلدی منٛز ییٚتہ سیٚٹھا جلدی منٛز واپس ییٚرِ لسَ مُتلق چھہٕ یہِ کیٚتھ یِوان ونہٕ نہٕ یا کُنہ وِزِ اچانک کُنہِ طرفہٕ ییٚہِ پانٛسہٕ تہٕ سیٚتی گژھہِ خرچ تہٕ تیٚلہِ تہٕ چھُ یہ محاورِ استعمال سپدان ۔

(٩)

## انہِ رھٹ تہٕ کانہٕ پلو ۔

اُلِس کیٚتہ ییٚہِ بوزنہٕ مےٚ کیا چھُ رٹُن ۔ کون چھُ یِوان چالاک مانہٕ نہٕ نہٕ چھا فرشہ کیا دِلس ۔ نہٕ بچاُرِس الِس ماگژھہ ہنگہِ منگہِ گاٹہٕ ۔ ییمہِ وِزِ کاہنہٕ چالاک اِنسان کانٛسہِ سیدِس سادس دھوکھ دِنٛچ کوٗشِش کرِتمہِ وِزِ چھِ یہِ کیٚتھ یِوان ونہٕ ۔

(١٠)

## اُنٛدرِ دزُن پانہٕ نیٚبر زالُنٛ لکُھ ۔

کاہنہٕ اِنسان چھُ آسان اُنٛدری کِنٛہ پننہٕ ہنو مُشکلاتو کِنٛہ پریشان مگر لُوکن چھُ آسُن تہٕ فراغتہ باسہٕ ناوان ۔ تِمن چھُنہٕ اُمُد اُسُن تہٕ فراغتہ خوش یِوان

تہٕ تم چھِ انڈری دزان ۔

(۱۱)

## اِنہٕ ہُنٛد لورِ گُٹھن ۔

اِنس چھِ لورے بوڈ سہارٕ تمہِ کرِ مدد نہٕ ہتی چھُ شہ بزرۆشہ کُن پکان ۔
اکِس بے سہارٕ زنانہِ چھُ بنٕن کُن ینچو تیتھے اہم باسان ییتھ اُنِس لورٕ چھِ
باسان ۔ تہٕ سوٗ چھِ تمِس اِنہِ ہُنٛد لورِ گُٹھن ونان ۔

(۱۲)

## اکھ تہٕ اکھ گوٚ کاہ ۔

اکھ تہٕ اکھ گوٚ زٕ مگر اگر اکھ تہٕ اکھ یکجا لیکھو شہ چھُ کاہ بنان ۔ مطلب چھُ
یہِ زِ اگر زٕ اتھٕ واس کرن تِمن منٛز گژھِ کاہن ہُنٛد طاقت پاآدٕ ۔

(۱۳)

## آویٚرو تہٕ گوٚ گاشو ۔

اگر جہازٕ پیٹھٕ والِس ییٚہ تہٕ قیمتھ کھسِس پٔرک ہیو ۔ اگر توٗری پرِ تہٕ
گاسکُ ہیو مول تہٕ روزِلِس نہٕ ۔

(۱۴)

## از چھُ میوٚنھ یگاہ کٔمی ڈیُونھ ۔

از کرو عیش آرام پگَہہ نِکرِ کرُنٛ چھِ فوٚضول یہِ چھُ تس ژھوچہِ نظرِ وألِس اِنسانس مُتلق یِوان وننہٕ یُس از عیش آرام کرِ نہٕ وِزِ پگہک کینٛہہ سوچہِ نہٕ ۔

(۱۵)

## اکھ کھوٚت ہٕسی تِس بیاکھ کھیٚیا دو سہِ ۔

اگر کانٛسہ قودرتن ہوٚس کھینہٕ باپتھ دُیت ۔ بیا کھانہٕ آسن وول کیا کرِ دو سہِ ما کھسہِ ۔ کھسہٕ زن تہِ شوٚ ما پکِس مطلب چھُ زِ بیٚنہِ سُند آسُن وُچھِتھ گژھِ نہٕ نہ آسن وول تمبلُن تہٕ ہیتہِ بدلہ دو سہِ کھسُن ۔ یانے اپزٕ مان مان چھِ بے وقوٗفی ۔

(۱۶)

## آسس منٛز ہوٚن ہیوٚن ۔

یُس سہٹھا تہٕ لے ہوٕدِ کتھہِ کرِتس مُتلق چھُ یہِ کتھ یِوان وننہٕ ۔

(۱۷)

## اَکِ ہِشنرِ قے نہٕ ہیٚیہِ شُشہٕ غذا ۔

اکِس باوِ زلوِ نہٕ کاہشہ چینرِ نہٕ ژھُنن نٔراوِتھ ہیٚیس اوس تِمک حاجت تِمی لوٚب نہٕ کوٗرُن استعمال ۔

(۱۸)

## اُتِنہٕ بلاٰیہ تُت نہٕ بدہٕ ہِشنرِ بلاٰیہ رُت ۔

اکہٕ کوٚر گوناہ نہٕ ہیٚیس میوٚل سزا ۔ اکہٕ ہِشنرِ بلاٰیہ لوٚگ بیاکھ ۔ خراب اِنسان کوٚر گوناہ نہٕ جان اِنسانس لوگ سزا ۔

(۱۹)

## اُچھ منٛزٕ کِٹہٕ آسُن

اُچھ منٛزٕ اگر کیسرِ فوٚل تہٕ گژھِ سۭٹھا ناقابلِ برداشت چھُ گژھان نہٕ اُچھ منٛزٕ چھُ یکدم دوٗر کرنٕچ کوشش سپدان ییمہِ وِزِ کانٛسہِ انسانس بیاکھ کاہشہ کھران چھُ نہٕ سہ چھُ تمِس لِشہ دوٗر روزنٕچ سۭٹھا کوشش کران تِمہِ وِزِ چھ یہِ کتھ یوان وننہٕ ۔

۱۹

۲۰

## أچھ وڑھے نہٕ گاشہٕ رٔژھے ۔

أچھ آسہٕ نہٕ تہٕ چھٕنہٕ ہیکان کینٛہہ وُچھِتھ یہ کتھ چھےٚ اکِس ناخاندس مُتلق وَنہٕ یِوان یُس أچھن گاش آسِتھ تہٕ کینٛہہ چھٕنہٕ ہیکان پٔرِتھ ۔

۲۱

## آلژھِیو ناٹہٕ کیٖژھو آیہِ میٖچھ

آلژھِس پرٛژھکھ زِ ناٹہٕ کِتھ پأٹھۍ رلو سہٕ مایِنژھِ ہے کاّم کرِتھ تمِۍ وونکھ زِ رنہٕ نے چھہٕ ماز زیادٕ میٖوٕ ہٕ آسان ۔ لِہٰذا کیا چھہٕ رنہٕ نکھ ضوٗرورتھ ۔

(۲۲)

اسہ بابہ گنڈ چھے لآر ثواب چھے دوہر کھ نا۔

یہ چھ آلڑھ ہنز بیاکھ مِثال۔ تمِس آس پلوس گنڈ لآرِتھ کمی تام دوِلس

زِ پلوس چھے گنڈ لآرِتھ تمئ دوِلس لوِزِ زِ ثواب چھے ژِی کرتم معاف۔

(۲۳)

اَکی ژٹ ہم تہ ساس گوو کولہِ۔

اکی انسانن ژوٹ سوٚو تہ ساسہ نۆری گیہ کولِہ مطلب اکھ انسان چھُ غلطی

کران تہ سہٹاھن انسانن چھُ تمِہ کنِہ تکلیف واتان۔

(۲۴)

اَٹھ وہرِس بأیس چھ شیٹھ وٚرِش بینہِ پتہ۔

یوے اَسِتن لوکُٹ تہ بینہِ اَسِتن لس سہٹا زِیٹھ مگر تمِس چھ بینہِ توتہ

مٹہِ آسان۔

(۲۵)

اکِس دزان دآر بیاکھ وُشناوان اتھ۔

اَکِس ییٚنٛلِہ دارِ، ہیٚرٕن رٮ۪ہہ ٹمچہ گرمی ہتے ہیوٚت بیہِ زٕنٛی ہنٛن اتھہٕ وُشناوُن ۔ یہ گو اکھٕنٛدِس میٚبینٛس چھُ بیاکھ زوٗن یرٕھان ہنٛن فآیدٕہ تلُن ۔

(۲۶)

## آسُن چھُ، ہیٚچھناوان نہٕ نہ آسُن منٛدٕ چھاوان ۔

دولت منٛدن چھُ پانے تران فکرِ زکیتھٕ پآٹھی گژھن رسم و رواج پوٗرٕ کرٕنی تہٕ کِتھٕ پآٹھی گژھہِ سماجس منٛز تہنٛز قدٕر، ہررِاوُن ۔ یِہ وجہ چھ تِمَس ہنٛز آسُن، ہیٚچھناوان غریب چھُنہٕ نہ آسنہٕ موٗجوٗب رسم و رواج پوٗرٕ ہیکان کرِتھ تہٕ چھُ بچور یوان منٛدٕ چھاونہٕ ۔

(۲۷)

## اتھہٕ ہاوُن گو اتھہٕ کھیاوُن ۔

اتھہٕ ہاوُن گو ہنٛنی ہونر بیِس ہاوٕنی بیٚیلِہ بیاکھ، ہیٚچھ سُہ چھُ اتھ پانہٕ نآوِتھ ہاوُن وآلِس نقصان وانہٕ ناوان تمِس چھ گژھان کآم کم تہٕ زُن چھس اتھہٕ ژھیٚنان ۔

٢٨

## ازر ونِس نظر بنٛد ۔

یُس نہٕ بییہِ شُند جان ہیٚکہِ وُچھتھ تٔمۍ ہٕنٛدِ خاطرٕ چھُ اُچھن ہُنٛد گاش سورٕنۍ جان ۔

٢٩

## اَکھ نکھس بییہِ یِل یِل ۔

آرٕ پیٚتھ کھور کٔمۍ تام نکھس ۔ نکھ بیٚہہ دِتِس تٔمۍ تیتھۍ یِل زٕ تلُن وٲلِس اوس گرٛھان وارا عذاب ۔ یہ گوو مطلب زِ کٲنٛسہ کرو مدد یا تٔمۍ شنٛز ذِمہ وٲری ہیمو پانس پیٚٹھ سُہ کرِ تورے تقاضہ نہٕ نٔکھر ۔

٣٠

## اَن منا کر فنا رچھُن چھُ بوڈ گوناہ ۔

سیٚٹھا انٛنُ سورے خرچ کرُن تہٕ پگاہ کیٛتہٕ نہٕ پیٚتھ کُن کینٛہہ تھوُن ۔ یہ چھُ تٔمِس فضول خرچس مُتلق یوان وننہٕ نہٕ یُس زِیوٚنٛمت چھُ سورے خرچ کران نہٕ پیٚتھ کُن چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ بچاوان ۔

(۳۱)

## اکس اُچھ سورمہ تہٕ بیس نیلہٕ ھتوتھ ۔

اُچھ چھِ دوشوے ہشے ۔ دوشونی پنٕز ہیوے لول برٕن ۔ اکس اُچھ لاگِہ کاہہ سورمہ تہٕ بیس زہر (نیلہٕ ھتوتھ) تہٕ بیون بیون سلوک چھُ ناجایز ۔ اگر مول یا ماج پننین اولادن بیون بیون سلوک کرِ تہٕ یہ محاورٕ چھُ تمہِ وِزِ لیوان وننہٕ ۔

(۳۲)

## الن ہشد دھرمہ وانگنن تہٕ سگ ۔

ال چھِ بٔڈ تہٕ وانگن لوکٕٹ بنٕرِی ۔ الہ چھُ زیادٕ سگک ضرورتھ تتھ ییلہٕ سگ دِوان چھِ ییم تتھ نزدیک وانگن گلِ چھِ اَسان یمن تہٕ چھُ سگ میلان بٔڈس ہنٕزِس ہنٕوس ینیلہٕ آرام چھُ لیوان دِنہٕ تمِس نہٕ ستی چھُ لوکٕٹس ھنٕوِس تہٕ آرام واتان ۔

(۳۳)

## افسرس نہٕ بڑونھٹی تہٕ گُرِس نہٕ پِتی ۔

افسرس گرٕتھ نہٕ بڑونٹھ کُن گرتھُن ۔ گرٕتھوس اگر نہٕ خبر کتھ بے گارِ لاگِہ ۔

گرِس اگر پێتی کِنہِ گژھو خبر لِبھ ما لایہ ۔

(۳۴)

## اُلپِس ڈُلی مُشکِل پیٚنہِ ۔

اوٚپ گوٗ سُہ یِمِس پڑھتھ کانہہ چیز ھێکہِ نہٕ عادت آسہِ ۔ اگر اُلپِس کوٗ کرٕ ڈُلی بتِس پیٚٹھ آیہ سُہ لگہِ سارِنی ناوِ نہِ تہٕ بتہِ کھیوٚن گژھِس مُشکھ ۔

(۳۵)

## اوٚرٕ آو یێرٕن ییتہِ بنیو تیر انداز ۔

ییٚنہِ اورٕ ییہِ کانہہ بُزدِل تہٕ کمزور تہٕ یوٚت وآتھ بنہِ بہُودُر تہٕ طاقتور تیٚلہِ چھُ تس مُتلق یہ کتھ یوان ونہٕ ۔

(۳۶)

## آمنکُ لوٗٹ لاگنُ ۔

جنوبی کشیر منز چھُ آمن ناوُک اکھ گام ۔ دپان تتہِ اوس اکھ چالاک گرٕاہ اکھ ۔ تمِس کھنہِ کرنہٕ خاطرٕ ییٚلہِ کانہہ تس سوار اوس گژھان تہٕ گراوس

بے وایہ پاٹھی اکس خندکس کُن تیز دوران ۔ سوار اوس کھوژان یہ ما تزاوِ کھندکس ووٹھ نہٕ دوشوے گژھو مارٕ ۔ سُہ اوس گُرِ پیٹھ ووٹھ ژھناں نہٕ گُرُ نہٕ اوس والپس پھیران ۔ بی کرِتھ اوس گُر پالنس کأم کرنہٕ لِنشہِ بچاوان ییلِہ کانہہ انسان کانہہ لِنشہِ بچنہٕ خاطر پیٹھے ہٹابہ لاگِہ نہٕ اسی چھ ونان زِ اُمی چھُ اُمنیک لُوٹ (گُر) لوگہ مُت ۔

(۳۷)

# اَسن وأنِس چھ اَسنج تیہٕ نہٕ اَسن والیو ہور کُن بیہٕ ۔

دولت مندس چھُ دولتک لِنشہِ آسان نہٕ سارِے یزتھ کران ۔ بچارس غریبس چھِ بے یزتھ کرِتھ اندکُن بیہہ ناوان ۔

(۳۸)

# اَنگے چھس ترٛنگہِ پشیان ۔

اَنگ گو جسمک کانہہ حصہٕ ۔ ترٛنگہِ پشیُن گو ترٛے رنگ پشینِ ۔ ییلِہ کانہہ پنُن بجر تھکہِ نہٕ بیس کُھسنہٕ فکرِ سُہ چھُ ، حزلہِ پاٹھی ونان زِ اَنگے چھس ترٛنگہِ پشیان ۔

(۳۹)

## آسہ کِنۍ آم کھاپنۍ ۔

أنٛدرمن منٛز پھبہٕ وِنِس کیٚمِس چھہِ آم وَنان ۔ یہ گوو گٲلِشہ بیٚتھ عذاب کرُن زِ بیٚتھ أنٛدرمن ہٕشۍ آم کھسنس تہٕ تیٚرلِس آسہ کِنۍ ۔

(۴۰)

## اۆنگلس پیٹھ بۆنگلہٕ لدُن ۔

اۆنگل گو اکِس اۆنگہ سمُجھ جاے ، مطلب چھُ کم زمینس پیٹھ بُڈ امارتھ لدٕنۍ

(۴۱)

## آوہنِس لگُن ۔

آولُن چھہِ وَنان یتہِ لِس دریاوُک پونۍ گول چکر مارِتھ ژِکِس کُن وسِہ ، یُس چیٖز تتھ پیٹھ آسِہ تتھ تہٕ چھُ بوٚن کُن لمان مطلب سیٹھا مصیبتس منٛز ولنہٕ یُن ۔



(۴۲)

## آٹھن وٕرِین پیٹھ کوٗل تہٕ شیٹھن وٕرِین چھُ لاوٕ۔

اگر کمیسے کالس کُنہِ طرفہٕ کوٗل پکہِ تمیک نِشانہٕ چھُ شیٹھن وٕرِین روزان۔
مطلب اگر کمیسے کالس پانہٕ واٗتی ماے محبت یا لوٗلُژ روزِ تمیک اثر چھُ سیٹھا
ہس کالس روزان۔

(۴۳)

## اوٗشن ماب ژاٗھ ژولے اکھ فیل موکلیوو۔

اوٗشُن گوو وستاد تہٕ ژاٗھ گو شاگِرد۔ پرٕہ کالِس شاگرد ہُنز چھِ وستادس
پریشانی آسان۔ ییٚلِہ اکھ ژاٗھ ژولُس تہٕ تمُہنز پریشانی گییس ختم۔ ییٚھنے
پاٗٹھی چھِ ماٗلِس شُرین ہُنز پریشانی روزان۔ اگر اکھ ژٕلیس یا بیوٚن نیرلیس تٕہ چھُ
وناں زِ تمُہنزِ دگ گیہ کم۔

(۴۴)

## اکی ٔشُد نہٕ دزان تیٚل تہٕ بیٚیہِ شُد دزان آب۔

اکھ اِنسان چھُ ہمدردی سان پُز کتھ ونان مگر تس نہٕ کران پرٕہ کانہہ۔ بیاکھ

چھُ بے بُنیاد اپٕز کتھ وَنان تَس پیٹھ چھُ یوان یٖنتِبار کرنہٕ ۔ اُکی ہِشرٕ نہٕ ماے مُجرا بییہِ سُنٛد حسد تہٕ خوش یُن ۔

(۴۵)

## اِنسہٕ بچھِ پچھِ مچھِ لاران ۔

بیٚیلِہ دالنس اِنسہٕ آسِہ لور تہٕ تیٚیلی یِن تتھ پچھ لاران بیٚیلِہ کاٚلِنہٕ دولنہٕ آسِہ تیٚیلِی چھِ لس لِش لوٗکھ دوران دیوٕ اسِہ تہٕ لارِ کیٚشہٕ ۔

(۴۶)

## اتھہٕ پیٹھ زِ برآری کھیو ۔

یِچھےٚ کاٚہہٕ اِنسان اتھہٕ منٛز کاٚہہٕ چیٖز نزاوِ نہٕ بیاکھ دِلیس یکدم تھچھ تہٕ گرِلیس قبضہٕ تیٚیلِہ چھِ یہِ کتھ یوان وَنہٕنہٕ ۔

(۴۷)

## اَلِس گاش اَنُن ۔

ناخانٛدِ چھِ یوان اوٗن ماہنہٕ ۔ ناخانٛدِ خانٛدِ نباوُن تہٕ ان پٔرِتھ بیر ناوُن

گوٗ اُلیٚن گاش انُن ۔

(۴۸)

## أچھن کچھ ژھٔنٛن ۔

تِیُتھٕ کیٚنٛہہ کرُن یمہِ سٕتی نہٕ کانٛہہ اصلیت ہیٚکِہ وُچھِتھ ۔

(۴۹)

## آسس کوٚٹا ژاٚیوو آہی پاٹھا دژوٗلو ۔

بیٚیلِہ کانٛہہ کھیاوٕن چاوٕن تہٕ تیٚلی کرُسہ آہی یا تیٚلِہ کرِسہ سانٛزی کاٗم ۔

(۵۰)

## آس پھوٗلُن ۔

وارِیاہ کیٚنٛہہ کرِتھ تہِ نہٕ مطلب نیٚرُن تہٕ نہ کانٛہہ فاییدٕ یُن ۔

(۵۱)

## آب اژنٕچ نہٕ گنجاٗیش آسٕنۍ ۔

پوٗرٕ پاٹھی مکمل آسُن یتھ نہٕ کُنہِ اضافچ یا کمی کرنٕچ گنجاٗیش آسہِ ۔

(۵۲)

## أندرمن منٛز ہٕ ییٚرن ۔

بٲیاکھ ہٕ بلکل ٚفکرِ کھٕسن تہٕ پننہِ کھوتہٕ سیٹھا کمزور باسُن ۔

(۵۳)

## آسس آب یُن ۔

کانٛہہ چیز ٹارِ کھٕسِتھ سُہ کھینک لالچ گژھُن ۔

(۵۴)

## آبس منٛز گرٛنڈ آسنی ۔

مُناسِب گُذارٕ تہٕ پرٲتِھ آسنی ۔

(۵۵)

## اتھہٕ روٚٹ کرُن ۔

اتھس تھپھ کرِتھ مدد کرُن ۔ کُنہِ رنگہِ مدد کرُن ۔

( )

(۵۶)

## اَچھن بوچھہ آسنہٕ -

کینٛہہ کھینہٕ چیٖز وُچھِتھ کھینُک شوق گژھُن مگر بوچھہ نہ آسنہٕ کِنۍ کھیتھ نہٕ ہیکُن -

(۵۷)

## آبہٕ پیٹھہٕ ژھُس پکن تۄتہٕ ژھم نہٕ پژن -

آبہ پیٹھہٕ پکُن گو سۄنچ سۄنچِ قدم ترٛاوُن گو سہٕ ٹا سۄنچِتھ ٹکہِ پکہِ تہٕ ژھم نہ ایتبار کرُن -

(۵۸)

## اَتھہٕ دِتم تہٕ برۄنٛھہٕ ییتم -

ییٚلہِ کانٛسہِ یور مدد کوٚر تیٚلہِ ییٚیہ سُہ تۄہہِ مدد کرنہِ -

(۵۹)

## اسمانٕی ووٚٹہٕ ترٛاونہِ -

اسمانٕی ووٚٹہٕ ترٛاونہ ہیتھ چھُ نہٕ زِنگہ پھُٹنُک احتمال - ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان

تشرح کاّم کرِ یمیک نتیجہِ خطرناک آسہِ تیٚلہِ چھُ تمِس متلق یہ کتھ یوان ونہٕ ۔

(۶۰)

## اَچھ منٛزٕ اونٛج بوزنہٕ یِنہٕ ۔

یہ گو تیٚتھ رانہِ گیہٕ آسنہٕ زِ اگر اَچھ منزٕ تہٕ اوٛنج گژھ سوٗ تہٕ یِیہِ نہٕ بوزنہٕ ۔

(۶۱)

## ازِچ کتھ گیِہ ازی ۔

ازِچ کتھ گژھِ ازی یِنہٕ کرنہٕ تہٕ خبر چھا زِ پگاہ کیٛتھ آسہِ

(۶۲)

## انہٕ ہیرِ ارمان تہٕ کرِنہٕ پشیمان ۔

یس نہٕ کھانٛدر سپدِ لوٗ سُہ چھُ امہِ باپتھ خاہش منٛد۔ مگر یمِس کھانٛدر چھُ کورمت سُہ چھُ پشیمان ۔ یمِس نہٕ کانٛہہ چیز حاصل سپدِ لوٗ تمِس چھُ تمیک ارمان تہٕ یمِس حاصل چھُ سپدِ یوٚمت سُہ چھُ تمہِ کی وجہہ کِنہٕ پریشان ۔



(۶۳)

۶۳

أنڈری گنڈ آسنی ۔

أنڈرِ کاہہٕ راز آسُن لیُس نہٕ کاہہٕ نوٗن نیٚرِ کرُن ۔

۶۴

اندرٕ پھُل پیٚنی ۔

کاہہٕ بد خبر بوزِتھ أنڈرٕ دِلس سٔہٹا دوٗکھ سپدُن

۶۵

استانا بوٗڈ تہٕ قود رتھا نہٕ کینہہٕ ۔

یہ چھُ تِمس اِنسانس مُتلق یوان ونہٕ نہٕ لیُس سٔہٹا بُڈِس عُہدس پیٚٹھ آسِہ یا سٔہٹا امیر آسِہ مگر کانٛسہٕ آسِہ نہٕ کُنہِ قسمُک اتھ روٗٹ کران ۔

۶۶

آہ چھُ کرن پچاہ ۔

غریبہٕ سُندٕ آہ کرُن چھُ ظالمس کھوڑس دِوان دآرِتھ ۔

(۶۷)

## أچھ کڈُ أچھ روزُن۔

کٲنٛسہِ ناخوش یِنہٕ باوجود پٔزِھ وِزِلنٕس برٛونٛہہ کنِہ روزُن۔

(۶۸)

## أچھ ٹارِ کھُن۔

کانٛہہ چیٖز أچھن خوش یُن تہٕ پسنٛد کھُن۔

(۶۹)

## اوٗپ ژوٗپ کرُن۔

دودٕ شرُس ہیٚنٛلہِ گوڈٕ رنٛجہ لٹہِ ٹھوس غذا چھُ یوان کھیاوِنہٕ تتھ چھ اوٗپ ژوٗپ کرُن وَنان۔ ہیٚنٛلہِ کانٛہہ انسان تہٕ چیٖز کھیاوُن یِنہٕ ہِتھ زاہ کھوٗمت آسہِ یا سُہ چیٖز دِموس لیُس نہٕ ہِتھ زاہ روٗٹمُت آسہِ تسٕنٛدِ ہِتھ تمِس متعلق یِہ یوان ونہٕ نہٕ۔

○

(۷۰)

اکِہ دوہہ ہتھ بینیہِ دۄہہ نہٕ سۭتھ
اکِہ دوہہ لچھ بینیہِ دوہہ نہٕ کچھ

یہ کتھ چھِ اکِس دوکاندارس مُتلق یوان وننہٕ ۔ زِ سُہ چھُ کُنہِ دوہہ سبھا زیناں تہٕ کُنہِ دوہہ نہٕ کینہہ ۔

(۷۱)

استہٕ استہٕ چھِ ساری تِے لستہٕ ژھینان
وارہٕ وارہٕ چھُ سارِنے کُنہ نتہٕ کُنہِ وِزِ شرمندہ ہیوان گژھُن

(۷۲)

اۄدر رلِو موڈر کھیمو گرِس کرو ڈوہ تہٕ ڈاہ ۔
اۄدرِس لوٚملس چھُ بتہٕ کم ووتھان تہٕ ہو کھِس زیادہٕ ۔ اۄدر لوٚمُل رلِو تہٕ خرچ گژھِ زیادہٕ تہٕ گرٕ گژھِ تباہ ۔

(۷۳)

اکھ خوجس ستی بتہٕ کھیوٚن تہٕ بیا نارٕ پھلِس اتھہٕ لاگُن ۔

نژامہِ پیہِٹھ نخوجس ہمتی بہونے پھھ بوڈ یزہقہ تہٕ ٹاٹہِ پھلس اتھہٕ لاگُن گژھہِ بےادبی تہٕ زیادتی ۔

(۷۴)

## اتھس منز چھا اونگجہ پانژھ ہشے ۔

ییمہِ وِز آسی یژھو ونُن زِ دُنیاہس منز چھنہٕ سارے اِنسان ہیوے اُتمہِ وِزِ چھُ یہ محاورٕ لیوان ونہٕ ۔

(۷۵)

## اَنڈری زَزُر اژُن ۔

اَنڈرٕ چھُ کانہہ اِنسان دوکھو تہٕ ہمو ہتی زن تہٕ سبزی ہندی پاٹھی زَزُر لُوسُت یا تے لیدر لوٗسُت زن تہٕ بےجان گوسُت مگر نیبرِ کنہِ چھُ جان صحت منٛد باسان ۔

(۷۶)

## اتھہٕ ناوان گژھن ۔

دپان ییٚلہِ سکندرِ اعظمس مرُن اوس تمۍ دیُت وزیرن ہدایت زِ مےٚانِس جنازس برُونٛہہ بروہہ پکہ ناوی زِ لوکھ میٲنۍ ساری امیر۔ وزیر۔ عالم۔ عامل تہٕ حکیم ۔ بیہ تھاوِ زِلو میٚون سورُے خزانہ تہِ۔ پتہٕ تھوو زِلو مےٚ کفنہٕ منٛزٕ اتھہٕ نیٚبر کٔڑِتھ ۔ تاکہ لکھ وچھن زِ مےٚ ما ہیوکیٚنہہ ہتھ تہٕ بہ ما ہیوکُس حکیمو عالمو نہٕ اَمۍ خزانن بچاوِتھ ۔ ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان پنُن سورُے کیٚنہہ کُنہِ جایہ ترٛاوِتھ گژھِ تمِہ وِزِ چھِہ یہِ کتھ لوان ورتاونہٕ ۔

(۷۷)

## اَس یُن ۔

مطلب گوو اَس تنگ یُن ۔ ییٚلہِ کانٛسہِ اِنسانس اَکی قسمُک غذا ستھا ہس کالس ییٚہِ کھیٚون سہٕ چھُ ونان زِ مےٚ آو اَس۔

(۷۸)

## اِنٛم سوے وُوم سوے رِنٛم سوے پانسے ۔

سوے چھُ اکھ گاسہٕ یُسہِ کیٚن یُترن گنٛڈی چھِ آسان بہٕ اگر جسمس کُن لگہِ نہٕ پانس چھِ دگ وو تھان تہٕ لسنہٕ کھسان ۔ اگر کانٛہہ جان اِنسان کانٛسہِ بد خصلت اِنسانس پانس لش اَنہِ رٔچھس تہٕ بڑراویس تہٕ پتہٕ بجاے

راحت دِلیس سُہ یِترا نہٕ تمہٕ وِزِ چھُ یہ محاورٕ استعمال سپدان۔

(۷۹)

## اوٚڈوم ییٚلِہ یکہٕ زوٗرن کنہٕ کیٚت۔

اگر اوٚمبے دوٚد پکہٕ نییٚلِہ کیا چھُ مۆرۍ ورہ زورٕ اونگُ۔ مطلب اگر کانٛہہ کٲم ہیوٗڈے یِنرِ تییٚلِہ کیا چھُ بدل کینٛہہ سو پنٛچنٛج ضۆرۍ ورنہ۔

(۸۰)

## آکھے نہٕ اونُھ کیاہ ییٚمۍ نہٕ دِہم کیاہ۔

یہٕ کتھ چھ اکِس خود غرض اِنسانس مُتعلق ایوان وننہٕ۔ سُہ چھُ ونان زِ اگر تَس نِش گڑھو نہٕ کینٛہہ ڈاکٕ ہیتھ چھُ گڑھن۔ اگر سُہ اسہٕ نِش ییٚیہٕ نہٕ تس چھ کینٛہہ ڈاکٕ یور دِہنی۔

(۸۱)

## اُدرٕ زرٹ آسنی۔

اودُر پلو چھُ نہٕ بدنہٕ پیٹھ جل جل وسان ییٚلِہ نہٕ کانٛہہ ٹینٛن مطلب حاصل کرنہٕ باپتھ کانٛسہ انسانس نھپیھ تلِہ۔ نییٚلِہ چھُ تمِس یہ ناو یوان وننہٕ۔

(۸۲)

## اُچھن منثر آب پٕہ روزُن

ییٚیلہِ پٕہ کاٚلیٖشہِ اِنسانس پٕراٚنی ماسے یا لحاظہِ روزِ تییٚلہِ چھُہ تس مُتلق
یہِ یوان وننہٕ۔

(۸۳)

## اٚلی ناش گژھُن۔

اٚول چھِ بناوان جالوٗر۔ اِنسان سُند اٚول گوو مُتیٚ شُٹر لُر جاسے۔ ناش
گژھُن گوو تباہ گژھُن۔ ییٚیلہِ کاٚلیٖشہِ لُر جاسے راو یا تباہ گژھِ تییٚلہِ چھِ
وَنان زِ اٚلی ناش گوس۔

(۸۴)

## اٚس وٗٹھُن۔

اٚس بند کرُن۔ ژھوپہٕ گژھٕنۍ۔

(۸۵)

## اٚدل داٚنگُن نوٚن کرُن۔

کاُلنِہ ہِنٛدی سارے راز نٮ۪نہٕ کرٕنۍ۔

۸۶

## اُچھن پچھ پھیٖر گژھُن۔

بیٚیِہ نہٕ کاُلنِہ پراہن سائِقین ہٕنٛز ماے مُحبتھ روزِ نہٕ اکھ حدس نام زِ پرٛزِ ناوِنس تہٕ کرِ اِنکار تیٚیِلہٕ چھُ تس مُتلق یہ محاورٕ یوان اِستمال کرنہٕ۔

۸۷

## آلو پلو کرُن۔

آلو کرُن چھُ مطلب خبر اتر پرٛژھنۍ۔ پلو چھُ گوٚو زِ مکانہٕ پانہٕ وٲنۍ ملنادِنۍ آلو پلو کرُن گو و ہمسالیس سیتۍ رُت مِلہٕ ژار کرُن۔

۸۸

## آلِہ مٮ۪نٛز ژٔونگ ٹیرُن۔

آلِہ مٮ۪نٛز ٹیرِ آلِہ دانہٕ ژٔونگ کتہٕ ٹیرِیس بیٚیِلہٕ گٔنہٕ وِزِ عام خاندانہٕ مٮ۪نٛز کاہہ اکھا سیٹھا تھزِ پٔراوِ نہٕ مو ہشور گژھ تیٚیلہٕ چھُ یوان وَنہٕ نہٕ زِ آلِہ یانے

عام گرِ منز دزاو ژونگ یا نے خاص اِنسان ۔

(۸۹)

## آولُن یُن

آولُن چھُ یِوان دٕریاوس منز پالس۔ کُنہِ جایہِ چھُ پونی گول گول چکر لگاوِتھ بوٚن کُن وسان۔ سُہ گو آولُن۔ کلس گیور یا چکر یِنہٕ وِزِ چھُ یِوان وننہٕ زِ آولُن آم۔

(۹۰)

## اَفتابس ژونگ هاوُن۔

اَفتاب چھُ دِوان عالمس گاش۔ اُمِس کتھ چھُ گاش ہاوُنگ ضرورتھ۔ سُہ گاش تہِ ژانگِ سِتی ہاوُن گاژاہ بے وقوفی چھ۔ یِیلہِ کانہہ کم عقل اِنسان کانٛسہِ بُڈِس عالمس تہٕ عاقلس ہیچھ ناوُنچ کوٗشِش کرِ تیٚیلہِ چھُ سُہ زن آفتابس ژونگ هاوُنچ کوٗشِش کران۔

(۹۱)

## ارمیہِ تلہٕ کرُٹھُن۔

گمہٕ وندو منٛز والپس کرُن۔ کمالِنہٕ ہُشِلہٕ کانٛہہ چیز آسہِ بییہِ کالِنہٕ قبفس منٛز کورمت زن تہٕ وندن تل رٹیتھ نینگلاوتس تیار اوسمُت اگر سہٕ چیز تس لِتہٕ والپس ییِیہ انِنہٕ نہٕ دلپوزِ ارمہِ بانے وندو منٛز کرُس والپس۔

(۹۲)

آنہٕ راسے تہٕ بانہٕ ٹھاسے تلن۔

سہٹھا کرکہٕ نادتلن۔ سہٹھا شورتلُن تہٕ بانہٕ ٹھاسنہٕ۔

(۹۳)

آسہٕ منٛزٕ وسی پییون۔

اگر کمانٛشہ اِنسانن کانٛہہ چیز ہینہِ تِس قبفس منٛز کرِتھ زونُن زِ یہ چھُ وفی ہمیشہ باپتھ میون۔ اگر تمِس سہٕ چیز والپس ییِیہ ہینہٕ سہٕ زانٛزی تو زن تمِس آسہٕ منٛز پیہو وسِتھ۔

(۹۴)

اُچھو دُور گو دلہٕ دُور۔

اُچھو لِتہٕ بییلہِ کانٛہہ دور روزِ سہٕ چھُ وارٕ وارٕ دِلس تہٕ مشان یہ محاورٕ چھُ

چھُ اسہِ شاید فارسی زبأنی ہُنٛد دٔپت - فارسی لیس منٛز چھِ ونان - از دیدہ دور از دِل دوُر - انگریزی لیس منٛز تہِ چھِ ونان -

OUT OF SIGHT IS OUT OF MIND.

(۹۵)

## اُڈٕ اُڈٕ کرٕن -

بروہٕنہٕ کالہِ آسی پھیر وأنۍ اُڈٕ اُڈٕ یا اُلٕس لِدہٕ گٔنڈِتھ با پتھ کاہٕنہٕ چیٖز جایہِ جایہ پھِرناوان تہٕ لوٗکن ھاوان - اِنسان اُڈٕ اُڈٕ کڈٕن گوٚ یمِس تمیٚنٛز خأمی ونٕنۍ تہِ لوٗکن ؤنِتھ سُہ بدنام کرُن -

(۹۶)

## آسمانہٕ پیٚون تہٕ زمینس دب لگُن -

کاہٕنہٕ اِنسان آسہِ گُنہٕ بٔڈِس عہدس پیٹھ یا آسہِ سیٹھا دولت مند - سُہ ییٚیہِ اچانک تمہِ عہدٕ لِنتہٕ والنہٕ یا تمِس گژھِ یکدم دولتس ناش اسی ولوزِ آسمانہٕ پیوٚ تہٕ زمینس لوٚگُس دب -

( )

(۹۷)

## اَچھ بیہتھ نہ ژھچھ زٕرناوُن

یہ گوو حدٕ کھوتہٕ زیادٕ کاتُشہِ حِفاظت کرٕنی بیٚتھ زِ ژٕھچھ نہٕ یکہِ نہٕ تلس کُن۔

(۹۸)

## اتھہٕ چھوٚن آسُن۔

چھوٚن گوو مطلب خالی اتھہٕ خالی آسُن۔ گوو اتھس منٛز نہٕ کانٛہہ روپیہ پانٛسہٕ آسُن۔

(۹۹)

## آسمانس تھوکہِ لایُن

سیٹھا نیک نہٕ جان اِنسانس مُتعلق کانٛہہ ناکارٕ کتھ وَنٛنۍ۔

(۱۰۰)

## اٹہٕ ژھوٹ گژھُن۔

پوشُش آسہِ اوٚٹہٕ پھوٚلمُت بیٚیِلہِ ژٕٹنہٕ ییہِ۔ دوییمِس لفظن منٛز اٹہٕ وُمبر گژھِتھ یا جوانی منٛز مرُن۔ یہ چھ سخ بددُعا کرنہٕ وِزِ استعمال یِوان کرنہٕ۔

(۱۰۱)

## ازچھے غنیمتھ ووتھ تھوٗد کرکرٕ۔

دوہ آسہِ رُت۔ موسم آسہِ مُناسِب۔ سُہ دوہ بے کارٕ منٛز ضایہ کرُن چھُنہٕ گاٹہٕ جار۔ بیٚتھِ دوہ پٔزِ ووتھُن تہٕ کام کرٕنۍ۔ دوہ زانُن غنیمتھ تہٕ چھا خبر لگاہ کیٛتھ دوہ آسہِ۔

(۱۰۲)

## اشِس تہٕ بتس کُنے گرٛتھُن۔

بتہٕ کھیوان نیٚبوٗت اوش وُسن زِ بتہٕ تہٕ اوش رلہِ یکجا۔ اگر کانٛسہِ سیٹھا دوکھ گرٛتھِ تہٕ آسہِ سُہ سیٹھا ودان تس مُتلق چھِ یہ کتھ یوان وننہٕ۔

(۱۰۳)

## آری کیٛتھنۍ تاری کٔٹی انیٚن۔

ییٚلِہ کانٛہہ مالِک نوکرس کامہِ ہیٚوٚٹھ کامہِ ونتھ چھُ پریشان کران تمہِ وِزِ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ تہٕ۔

(۱۰۴)

## اَچھ لگٕنۍ۔

کآلِشہ ہِنٛز خراب نظر لگٕنۍ۔ یمہ سِتۍ زٕن نُقصان وانہِ۔

(۱۰۵)

## آیہ وٲلِنس نہٕ گیٖیہ کانٛڈرِس۔

دیان لل دیدِ منٛجے یہِ وٲلِنس چھیٚپن جاے تمۍ دِژٕس نہٕ نہٕ سہٕ گیٖیہ کانٛڈرِس نہٕ تمہٕ ٹھُو تشدورِس منٛز کھٕٹِتھ۔ مطلب خوش قسمتی آیہِ کمِس تام نہٕ واتہٕ کمِس تام۔

(۱۰۶)

## آسمانَس رلیفانہٕ کرُن۔

آسمانَس ٹکرہٕ کرٕنۍ۔ گو تیٚژر کوشِش یا منٛنتھ کرٕنۍ ییٚتھ نہٕ حدے آسہِ۔

(۱۰۷)

## اتھس تسبیح بِنیہ شرٲکھ۔

ہاوَنہٕ خاطرٕ چھِس اتھس منٛز مال زٕن نہٕ خوداہ سُند ناو سورٲن امگرٕ اَنٛدرٕ

چھُ پلون تل شراکھ ہیتھ مارٕنس پٔژاران۔ نیبرٕ چھُ کھتو کنٕہ دوس مگر اُندرٕ کنہٕ چھُ دُشمن آسان ۔

(۱۰۸)

## ارگہٕ اشدُ آسُن ۔

ارگہٕ اشدُ گوو اُچھن لاگنکُ سُہ سورمہٕ یُس نایاب آسہِ تہٕ سہٹاکم مٔیقدارس منٛز حامل سپدِ۔ ارگہٕ اشدُ گوو سہٹا نایاب تہٕ موٗلُل چیٖز۔ اشدس چھِ چشمن منٛز جاے لوان دِنہٕ۔ یٔیلہِ کُنہِ خاندانس کُنے شُر آسہِ تس چھِ ونان زِ یہ چھُ ارگہِ اشدُ تہِ کیازِ اُمس چھِ سارے چشمن منٛز جاے گران ۔

(۱۰۹)

## آورِ سوٗس تہٕ پاوٕرِ سوٗس گرٹھُن۔

آورِ گوو اتھس منٛز آمت چیٖز تہٕ پاوٕر گیہ بیہن جاے یٔیلہِ سوٗرٕے کیشہٕ تباہ گرٹھِ تیٚلہِ چھُ لوان ونہٕ زاورِ سوس تہٕ پاوٕرِ سوٗس گوو۔

۱۱۰

## ازچھُ ماجہ بتہٕ ۔

ماجہِ ہُنٛد بتہٕ چھُ آسانی سان حاصل سپدان یہ چھُ لبے مہنھ تہٕ آسان تہٕ میوٗ کھٹہٕ تہٕ ۔ ییٚلہِ کُنہٕ وقتہٕ آسانی سان ۔ لبے مہنت تہٕ سُفارِشہ تہٕ رشوتہٕ روس رٕتی چیز حاصل سپدان تیٚلہِ چھُ یوان وننہٕ زِ از چھُ ماجہِ بتہٕ ۔

۱۱۱

## اکہِ کُنہٕ بوزُن تہٕ بیٚیہِ کنہٕ ژراوُن ۔

کانٛہہ کتھ بوٗزِتھ دِلس منٛز تھاو جاے نہٕ دِنٛی بلکہِ ہتے مُثراوِنی ۔

۱۱۲

## اتھہٕ شرگرژھُن ۔

بگدنٛن یا پژھنہٕ روستے کانٛہہ کام سرزد سپدِنی یمیُک انجام سیٹھا خراب آسہِ یا پننہِ اتھہٕ ہیتی کانٛہہ غلط کام کرِنی یوسہٕ سماجِہ چین اُچھن منٛز ناکارٕ آسہِ گو واتھہٕ شرگرژھُن ۔

۱۱۳

## اَتھہٕ منٛز نیرِتھ گژھُن ۔

کونہٕ وِزِ چھینہٕ کانٛہہ کٲم یا کانٛہہ چیز باسان زِ اَتھس منٛز آو ۔ مگر یکدم چھُ یمہِ لِنشہِ کُنہِ وجہ کینٛہہ محرُوم گژھان تہٕ تیٚلِہ چھُ ونان زِ اَتھہٕ منٛز گوو نیرِتھ ۔

۱۱۴

## اَتھہٕ وٕتھ نہٕ ییٚنہٕ ۔

کانٛہہ طرٖیقہٕ نہٕ اَتھہٕ یُن یمہِ ستہِ کانٛہہ کٲم پوٗرٕ سپدِ

۱۱۵

## اَتھہٕ زالُن ۔

ییٚلِہ نہٕ کٲم کرنس کانٛہہ گرٕ گرٕ وتھ دِیہ تیٚلِہ چھُ یوان ونہٕ زِ اَتھہٕ زٲلِتھ ۔

۱۱۶

## آسہٕ کھوٗل آسُن ۔

زور کڑکہٕ دِنہٕ وول اُسُن

(۱۱۷)

اُوری نہٕ یوٗری آسُن۔
پریشان یا بیمار آسُن۔

(۱۱۸)

اتھہٕ پیٹھٕ تارُن۔
دوکھہٕ دِیُن۔ یێمِہ کامِہ ہنٛدِ اتھہٕ دھوکھہٕ کھیمِہ تَنٛیلِہ چھہٕ یہ کتھ یوان
ونہنہٕ۔ نہٕ اتھہٕ پیٹھٕ تارُن

(۱۱۹)

آرٕ کرٕونت گرٛچھُن
ارس منٛز چھہٕ نوشکھہ کنہٕ پھٔلی آسان نہٕ چھُہ تھہٕ پانیک شرٕہ نہٕ کولہِ ہنٛدِ
شور نہٕ نہٕ کانٛہہ رفتار۔ یێمِہ اِنسان سیٹھا مایوس گرٛچھہِ زٕنتہٕ ارِ پلن
ہنٛدی پانٛٹھی نوشک گرٛچھہِ تیٛلِہ چھہٕ یہ کتھ لس متلق یوان ونہنہٕ۔

(۱۲۰)

# اَو نھِم نہٕ مدلو اَو نھِمنے تہٕ اَدلو۔

اگر اَنِتھ زیٚنِتھ دِہِم تہٕ برٚے لول تہٕ مائے اگر تٔرِ کرکھ نہٕ تنیٚلہٕ چھُکھ نہٕ میٚون کانٛہہ ۔ یہ چھُ لَس زمانہٕ مُتلق یوان ونہٕ۔ یوٚتہٕ تھانٛدارس زی گُل آسنہٕ کِتھ لول برانٛ چھےٚ ۔

(۱۲۱)

# آمِژ کوٗرِ پٮ۪تھی کرِنۍ۔

آمِژ کوٗرِ گوٚو ٹھوٗل دِلَس تیار کوٗر آسنہٕ۔ پٮ۪تھی گژھِ گوٚو ٹھوٗل دِنہٕ لِنشہ پوٚت ہیٚوٚن ۔ اگر کانٛہہ اِنسان حاجت کرِ لَس تیار آسِہے مگر کانٛسہ ہنٛدِ ونہٕ ستہِ ہیٚنہِ پوٚت ۔ اَسی ولو زِ اَمی کرِ آمِژ کوٗرِ پٮ۪تھۍ ۔

(۱۲۲)

# اَتھہٕ شِہلاوُن۔

کامہِ منٛز کانٛسہ مدد کرُن ۔

( )

(۱۲۳)

## الخناس اڑن ۔

کاہہٕ خراب کام کرٕنچ زبردست خاہش پادٕ سپدٕنی ۔

(۱۲۴)

## اندرم تام زاہنی ۔

کانٛسہِ متلق تمیز جانی تہٕ ناکارگی، خوبی تہٕ خامی تہٕ اندرِہٕ مین سیرن
ہنٛز خبر آسنی ۔

(۱۲۵)

## اندرٕہ نبر کرُن ۔

اندرٕ بیہہٹٕ نبر یرُن تہٕ نبرٕ بیہہٹٕ بینِہ اندر اژُن ۔ بیہیلِہ کاہہٕ اِنسان
فکرِ منٛز ادرٕ یور پھیران روزِ تنیٛلِہ چھُ تمِس متلق یواں یہ وننہٕ ۔

(۱۲۶)

## اتھ ھاکس چھُنہٕ پاکھ دِنگ ضوٗرٕور تھ ۔

اتھ کِتھ بیہہٹٕ چھُنہٕ بینِہ سوٗنچ دِنگ حاجتھ ۔ اتھ چھُنہٕ کاہہٕ درُستی
کرٕنچ ضوٗرٕورت

(١٢٧)

اۄنگجہِ ستی ھاوِتھ دِیُن ۔

صاف صاف کاُنسہِ کُن اِشارٕ کرُن ۔

(١٢٨)

اۄن کوٚن رضایہ خۄدا نافہم گوو قہرِ خۄدا ۔

اۄن یا کوٚن آسہِ کانٛہہ سو چھ خۄدایہ سٕنٛز مرضی ۔ مگر بیٚیِسہِ خۄدا قہر کرِ تہٕ تمیٚسہِ چھُ اِنسان نافہم بنان ۔ یا تے عقلہٕ ہٕنٛز کمی چھےٚ خۄدایہ سٕندِس قہرس برابر ۔

(١٢٩)

اُچھن گاش تہٕ کوٚٹھن ہوش ۔ اۄرٕ زُو تہٕ دۄرٕ کوٚٹھ ۔ روزُن ۔

یہ چھُ عام دُعالیُس کاُشر قۄدرتس منگان چھُ زِ اُچھن گوژھ گاش کوٚٹھیٚن طاقت تہٕ جِسم گوژھ تندرُست روزُن ۔

(١٣٠)

## اننی شکل پھرس تہٕ پننی شکل وٲشہِ ۔

یوسہٕ خوبصورتی سورمہٕ تہٕ ساز سیتی حاصل ییٚیہِ کرنہٕ سہ پوشہٕ سبٹھا کمس کالس ۔ مگر یوسہٕ خوبصورتی قدرتن آسہِ دِژمٕژ سہ چھِ ساری زِندگی پوشان ۔

(۱۳۱)

## آدمی قہر پیٚھ سورٕ بوٚن ووتھن ۔

اگر اِنسان مُشد چشمہِ بد سوٗرٕ بُنس تہِ لگِہ سُہ تہِ گژھِ غاب ۔

(۱۳۲)

## اکھ بُڈٕ تہٕ میوٗٹھ بیاکھ بُڈٕ تہٕ کروٹھ ۔

کانٛہہ اِنسان چھُ بُڈان تہٕ تس چھِ کلامس منٛز نرمی تہٕ میٖٹھر پٲدٕ سپدان ۔ بیاکھ چھُ بُڈٕ گژھان تہٕ تس چھُ کلامس منٛز ٹیٚٹھر تہٕ مزاجس منٛز کریٚچھر پٲدٕ گژھان ۔

(۱۳۳)

## اوٚن داثرٕ راوٕ راوان ساتس داثرس وتھ ۔

اُلِس دانڈس کتہٕ ییٚیہٕ وٕہتھ انِھ ـ تمِس پیتہٕ اگر ساس دانڈ لیکان آسن ہٕ تمن پتہٕ راوِ وٕہتھ ـ اگر اکھ کم عقل رہبر آسیہٕ تمِس پیتہٕ پکن وٲلۍ تہٕ چھِ کم عقل بنان ـ تمن چھ ہارِنۍ وٕہتھ راوان

(۱۲۴)

## اوکھُن ماآہنٕ زردی پھیرٕنۍ

ییٚلِہ وو ستاد نیٚژھ کانہہ غلطی کرِ ییہٕ سۭتۍ ژاٹن ییتھ سۭٹھا بُرٕ اثر ییہٕ ہٕ یا نہٕ پتہٕ اَیژ شرمندٕ گژھِ ہٕ سہ چھُ ہُتھِ لبدران ـ ییٚلِہ کانہہ سۭخ غلطی کُرِتھ اُخجل چھُ گژھان تمہٕ وِزِ چھُ تمِس متلق یہ لوان ونہٕ ـ

(۱۲۵)

## اوٚن ولِس ہٕ کون برٕلس کھارُن ـ

اوٚن ہیکہ نہٕ غنگلس کھسِتھ ییتہٕ سۭٹھا کُلۍ تہٕ زرنڈ چھِ آسان کون چھُ مطلب جسمانی طور کمزور انسان کتہٕ ہیکہ برٕلس ہِوس کُلِس کھسِتھ ییٚلِہ کمزور تہٕ ناقابل انسانن انِھ کانہہ مُشکل کام ییٚیہٕ کرنا وٕنہ ستیٚلِہ چھِ یہ کتھ یلوان ونہٕ ہٕ ـ

(۱۳۶)

## اُچھ تالوس لگنٕ۔

سخ پریشٲنی منٛز چھُ انسان اندٕ اکھ وُچھنہٕ بجائے تالوس کُن وُچھان روزان۔ تالوس کُن وُچھن چھُ پریشٲنی ہُنٛد نشانہٕ۔ اوے چھ لوان پریشان انسانس متعلق وننہٕ زِ اُچھ لجِس تالوس۔

(۱۳۷)

## اچھِ نہٕ ھارِ نہٕ انٛدھکار۔

ھارِ آسی برونٛہہ کانہٕ پٲنٛسو بدلہٕ ورتاوِنہٕ یوان وُنہٕ تہِ چھُ دولتمنٛدس ھارِ وول یوان وننہٕ تمہِ بتہٕ آیہ اد موجود سِکہ بارسس۔ اچھس منٛز بیّلہِ نہٕ ھار یانے پٲنٛسہٕ آسن تہٕ تیّلہِ چھُ انہِ گوٹ میلان۔

(۱۳۸)

## آسہٕ کنِہ پوٗس کھارُن۔

زِیادٕ کتھ کرنہٕ سِتی چھُ اُسس پوٗس کھسان کالِنہٕ تیتھ کانٛہہ کتھ وننہٕ یمہِ کِس جوابس منٛز تمس سہٕ ٹھا کتھ بین کرنہِ۔ تتھ ولو زِ تمس کھوت آسہٕ کنِہ پوٗس۔

(١٣٩)

# الانڈین تھپہ دِنی

الونڈ چیز چھُ کُنہِ سیٹھ اویزان آسان ۔ تتھ اگر سہارٕ خاطرٕ تھپھ دِیہو
سُہ ییٚیہِ ؤسِتھ تہٕ تھپھ کرُن دول ییٚیہِ بہتر ۔ ییٚیلہِ کانٛہہ بے بروسہٕ
کمزور سہارُن تھپھ ژٕھنہٕ تیٚیلہِ چھہ لس مُتلق یوان بہٕ ونہٕ ہنہٕ ۔

(١٤٠)

# اکھ لوِ لچھ بیاکھ لوِ نہٕ کچھ ۔

ساریے اِنسان چھہِ ہوی آسان ۔ یِڑھہ کانٛسہِ چھہ بیٚون بیٚون گاٹہٕ جار
نہٕ اہمیت مُطابق بنٛنُ مول آسان ۔ اکھ گاٹُل لوِ لچھ بڑی نہٕ بیاکھ بیکل
لوِنہٕ گاسہٕ تُل ۔

(١٤١)

# اُنی سارِ وُوچھن ۔

اُلِس ییٚیلہِ کانٛہہ چیز وُچھن آسہٕ سُہ چھُ اُتھو سیٹھ ساران تہٕ وُچھان
اَتھ چھُ تمِس یژ کال لگان ۔ ییٚیلہِ کانٛہہ اتھو سیٹھ سارِتھ کانٛہہ چیز
صندوقہ یا ٹھیلِہ منٛز ژھانڈنٕچ کوشِش کران چھُ تیٚیلہِ تہِ چھہ یہ کیتھہ یوان
ورتاونہٕ ۔

(۱۴۲)

## آسہٕ ساد اژُن :-

ساد اژُن گوٚو ہیٚز اژُن بیٚیلِہ کاہنہٕ یژ کالِ ضیا فرٛژ کھیبہٕ تمس چھُنہٕ بیٚنہٕ
سادِ یانے عام کھیٚنس ہیٚز لگان تہٕ اَسی چھِ ونان زِ اَمِس چھُ آسہٕ ساد
ژامُت ۔

(۱۴۳)

## اکِسے ژنگِہ پیٚٹھ نٔژُن :-

بیٚیوٚن بیٚیوٚن کامہِ کرنہٕ بایتھ لگاتار اوٚرِ یور پکان روزُن ۔

(۱۴۴)

## آسُن چھُ نیشہِ ناوان تہٕ آسُن چھُ منٛدِ چھاوان :-

دولت آسنہٕ سیتی چھُ اِنسان شوہرتھ پراوان تہٕ غریبی کِنۍ چھُ شرمندگی تلاُن ۔

(۱۴۵)

## اکھا نوکری نہٕ بیبیا نخرٕ :-

ییٚلہِ کانہہ نوکری کرٕنی مہٹہ ہیہِ تیلہِ چھُ تمِس مالکہٕ سٕنزِ مرضی مُطابق میٚحنتہٕ سان کأم کرٕنی۔ سُہ ہیکہِ نہٕ نخرٕ کرِتھ زِ از چھُم نہٕ کأم کرٕنک موٗڈ یا از چھُس یژھان آرام کرُن بیٚترِ۔

(۱۴۶)

## أدرٕ کھل گژھنی :-

کھل گوو کھٕج پھل یُس تیلہِ گوگلس یا تیلس بیٚترِ تیل کرِتھ پیتھ کُن روزان چھُ۔ ہوکھ کھٕج پھل چھُ یژ کال تأزی ٹھیک روزان۔ اگر اُدُر گژھِ تتھ چھُ لاوٕ کھسان نہٕ سُہ چھینہٕ کُنہِ کامہِ ہُنٛد روزان۔ کھل چھِ دوان گأون دانٛدٕن بیٚترِ کھین۔ أدرٕ کھل چھِ ہوژان نہٕ گأو چھینہٕ سُہ کھیوان۔ اُدرٕ کھل گژھنی گوو پورٕ نباہی گژھنی۔

(۱۴۷)

- اُچھ ورِ لگنہٕ :-
ٹھٹوارِ ورآے کُنہِ کُن یٹر کال مدُے گنڈنی

(۱۴۸)

- امے امے بہٕ کیا ونے پننہٕ پام لوٗکن دِمے :-
ینیلہِ کانٛہہ پننہِ کمی یا ناکارگی ہنٛزٕ پام بییِس دِیہ تیٚیلہِ چھ یہ کتھ یوان ونہٕ۔

(۱۴۹)

- آٹہِ کیا ذراو نہٕ ووٚزٕ نیرِ چھانہِ :-
ینیلہِ نہٕ آٹہِ منٛزٕ کینٛہہ حاصل گژھہِ تیٚیلہِ کیا گژھہِ حاصل خالی پیرنہٕ منٛزٕ۔

(۱۵۰)

- اکِس نہٕ تگن ونُن بییِس نہٕ تگن بوزُن :-
اکِس انسانس چھُنہٕ تگان پنُن خیال باوُن نہٕ بییِس چھُنہٕ کتھ ہُشدٕ مطاب
تران تکرِ نتیجہِ چھُ گژھان غلط فہمی تہٕ جھگڑٕ۔

(۱۵۱)

## أنڈری گنڈ آسُن :-

أندری کِنۍ کاہۍ کہہ کُھٹِتھ بھونۍ

(۱۵۲)

## الہ شہر آسُن :-

الہ شہر گوو سُہ شہر بیتہِ بے بوٗج آسہ لوٗکھ آسن کنِدس تہٕ مُوجہ کُنے موٗل کراں -

(۱۵۳)

## أری آیہ ساأرے تہٕ اوٗر گوٗو نہٕ کاہۍ :-

ساأرے چھِ دُنیاہس منز أری یانے صحت مند پأدٕ سپدان مگر مرنہٕ بروٗہۍ چھُ پرٛتھ کانٛسہ کُنہ نتہ کُنہِ بیمارِ ہُنٛد بہانہٕ گژھان تہٕ ادِ موٗتھ یوان -

(۱۵۴)

## اتھہٕ پیٹھ تھوٗن :-

کانٛسہِ حفاظت کرنۍ - مدد کرُن یا سایہ کرُن

(١٥٥)

## افرایہ تفری پاآلشہ کرُن :-

فضول خرچی کرِتھ پاکشہ ضایہِ کرُن ۔

(١٥٦)

## آسس ٹیب دِنی :-

وُٹھ ؤٹھتھ خاموشی کرِنی ۔

(١٥٧)

## أتھ ترِکھ شوٗنگُن تہٕ کھار وتھُن :-

سبھٹا لیے فکرِ پأٹھی شوٗنگُن تہٕ آرام کرُن یُتھ زن رات ہیے أتھٕ ترِکہٕ پیٹھ کھار وزن ہُریس یہ پتھ فکرِ روٗس زندگی مُتلق لوان ونہنہٕ ۔

(١٥٨)

## المن کھُسن :-

الم گوٚو بتھوٚد جھنڈِ ۔ المن کھُسن گوٚو سبھٹا بتھوٚد کھُسن ۔ زِیادے پیہان ونُن ۔ سبھٹا شور کرُن ۔

(۱۵۹)

## اور یور کینٹھ ہا کرُن :-

مُشکِل لگ حل دُچھِنہٕ کھوورِ کُنہِ جایہِ ژھانڈُن ۔

(۱۶۰)

## اَہنکارس چھُ ناش :-

یس تکبرُ کھیسہِ سُہ چھُ تباہ گژھان ۔

(۱۶۱)

## اُچھو کھوتہٕ چھِ کوٗنھ دوٗر :-

بِنُن گوو بینہٕ نہٕ وۄہ پرگوو وۄہ پرٕ ۔ بِنہٕ لِس نیچوِس نہٕ باے ہنِدِس نیچوِس منز کیا فرق چھےٚ دۄہ شوٗرٕ منز چھُ کُنےٚ خون ۔ مگر بِنُن نیچو چھُ باے ہندِس نیچوی ہندِ خوتہٕ نزدیک نہٕ لوٗنھ باسان ۔

(۱۶۲)

## از چھُے بے گاہ ووٗنی ییزِ پگاہ :-

وُگراے کرن وٲلِس چھُ ٹالہٕ نہٕ بابتھ یوان وہنہٕ زِ از چھےٚ نہٕ جان دۄہ بہ

وونی گرٚزھِ پگاہ یُن ۔

۱۶۳

## اوٹ چھاۓنتھ یرُن کِیچِہ ۔

اوٹ بیٚیلِہ موٗ کلیوٗ چھانِتھ تہٕ یتہٕ چھُنہٕ یرنیُک کانٛہہ فِتوٗر روزان تتہٕ چھِہ تھوان کِلِس ۔ بیٚیلِہ کانٛسہِ اِنسانس لِش کانٛہہ ڈرایہ یتہٕ چھِہ تہٕ تمِس کانٛہہ اہمیت دِوان ۔

۱۶۴

## اَڑِ گرٚز ماٗینز ڈوٚڈ گرٚز پوٚتر ۔

لوکٹِس قدس چھِس زٕ ہیٚٹھی پلو لاگِتھ ۔

۱۶۵

## اَنٛز ہٕشر کوٚلے غو والیس حوالہِ ۔

اَلِس بیٚیلِہ یہٕ اَچھن اَو بوزنے تہٕ زنانہٕ ہٕشر کیا رٲچھ راوِھٹ کرِ ۔ تمی ہٕشر حفاظت چھُ غو دھآسے کران ۔

۱۶۶

## انیین منتر کاآز سو ندر :۔

کاآز تہِ چھ بدصورت۔ مگر اَمن مُقابلِہ چھس تو تہِ اکھ اچھ تہ تمہ کِنہ چھے تمن منتر سو ندر لواں مانہنہ ییلِہ بیتھلن منتر کانہہ ینم گاٹل آسہ تیلِہ چھ یہ کتھ لواں ونہنہ۔

۱٦٧

## الہٕ کلِس تلہٕ کُل کھارُن

کانٛسہ ہیتہر مومُلی کتھ تیتھر بڑاونی زِ سُہ باسہِ قصوٗروار۔

۱٦٨

## اتھ وتھ نہٕ ہینز۔

کانہہ کام انجام دِنہٕ خاطرہٕ کانہہ مُناسب طریقہ اتھِ یُن۔

۱٦٩

## اتھ شلکہٕ کھونہٕ گو کتھ شلکھ

اَتھ سیتی لاینہٕ کھوتہٕ چھ زیٖو سیتی بےیزتی تہ نفیحت زیادٕ تکلیف تہٕ دوکھ دِوان۔

(۱۷۰)

## اَنٹرِ مُنٹرِ گرٹھُن ۔

کُنیِنِج واٰقفیت حاصل کرٕنۍ ۔ کُنہِ کیٚتھ ہُنٛرزان کمآرِ حاصِل کرٕنۍ ۔

(۱۷۱)

## اردا ہِم لگُن ۔

ارداہ وٕہرِ شٔنٛر ہیکیتھ آسنہٕ یہ چھُ نس بُڈٕس مُتلق یوان ونہٕ نہٕ لیٚس جوانہٕ سٔندِ یا ہُٹھٕ کاٰم آسہِ کران ۔

(۱۷۲)

## اقلہِ بکل گرٹھنۍ ۔

عقل راوٕنۍ تہٕ بے عقل سیٚدان ییتھ نہٕ کُنہِ کیٚتھ ہیکہِ جواب وٕنِتھ ۔

(۱۷۳)

## الہِ روٗن واٹگن ۔

ییٚنِلہِ زنانہِ قدزلیوٗٹھ آسہِ تہٕ مردس ژھوٚٹ تیٚنِلہِ چھہ یہ کیٚتھ یوان وننہٕ تِکیازِ ال چھِ زیٚٹھُ تہٕ واٹگن چھُ ژھوٚٹ آسان ۔

(۱۷۴)

## الہٕ تُلُن :-

سیٹھا شوٗر تہٕ کرکہٕ ناد تُلُن -

(۱۷۵)

## اکھ ڈوٗڈ تہٕ بییہِ ماجہِ کیُت بتہٕ لوٗک :-

پرژھنہٕ روٗسِتے بییہِ نہٕ کھییہِ سالٕ تہٕ بتہٕ ژھانڈِ گرٕ کیُت تہٕ بتہٕ لوٗک - یہ چھُ کاٗلِتھ خود غرض تہٕ بے شرم اِنسانس متعلق یوان ونہٕ نہٕ -

(۱۷۶)

## آنتہٕ گرژھُن :-

تمہِ چیزٕچ خاہش کرٕنۍ یُس حاصل کرُن ناممکن آسہِ -

(۱۷۷)

# ب

(۱۷۸)

## ببہٕ نیبھرانہٕ اتھس کیٚنھہ ۔

نیپِچھو ونہِ ماٲلِس نیبھر کرِتم مگر وُنی کرِتم ۔ یہ سونٛچہٕ نہٕ زِ جہارِ ینی ژھانڈِلنس کھہ تُلنس نہ ادِ کھاندرِ مقرر گژھنس چھُ کینٛہہ کال لگان یا کاٲلِشہ ولو وُنی کاہٕنہٕ کام کرِنی بیٚنھہ کینٛہہ وقت پورٕ کرِلنس لگہِ تمہِ وِزِ چھُ یہ محاورٕ لوان ورتاونہٕ ۔

(۱۷۹)

## بأژن پزانہٕ پوتلین پوٗزا ۔

اِنسانن آسہِ کانٛہہ تکلیف واتماوان تہٕ ہُیٲری آسہِ لےجان موٗرژن پوش لاگِتھ پوٗزا کران تمہِ وِزِ چھِ یہِ کتھ لوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۸۰)

## بانہٕ ھنس دِزِ ہٹانہٕ ہہتھ آسہِ ھنس کیا کرو۔

ھنس بالس منٛز آسہِ کینٛہہ نھوومُت تمِ ہیکو ہہتھ ہٹانہٕ دِہتھ مگر ییٚیلِہ لوٚکن نش کنھہٕ آسہِ واتٕہٕ منٛز ننہٕرِی اُس کِنھہٕ پاٹھی ہیکو بند نھُونھ۔

(۱۸۱)

## بےٕقل چھا کاہنٕہ گرِپنہٕ کاہ کاہ۔

اگر اَسی کم عقل ژھانٛڈٕوکھ تہٕ یٕرہتھ گرس منٛز لبوکھ۔

(۱۸۲)

## بوچھِ پھوہرِ نہٕ نیندرِ ویتھرن۔

ییٚیلِہ کاٚنٛسہ بوچھِ لگِہ نہٕ تیٚیلِہ چھِ لٮ۪س پھوہرِ تہٕ مزٕدار باسان ییٚیلِہ نیندٕرٕ کھُیس نہٕ تیٚیلِہ چھِس پھُوہُر گھاسہٕ ویتھرن تہٕ نرم لِستر باسان۔ ویتھرن اَسی دان گھاسس رٕزٕ وٕوٹھِتھ کھٕلِہ بھُوری ہٕش بناوان یتھ منٛز دانہٕ مکاٚئی بترِ لوان اوس نھُونہٕ۔

(۱۸۳)

بوے گو گُنز تہٕ بینہِ گیہِ ٹھُفنز ۔

بٲے سُشد دِل گو کنِہ ہیو سخ تہٕ بینہِ ہُشد دِل چھُ ٹھفنہِ ہیو نرم آسان ۔

(۱۸۴)

بٲزی گرس بٲزی گرس ۔

بٲزی گرس چھُ پننہِ لِنبے گرس نوقصان واتان بیمن دوکھ دِنہٕ وٲلِس چھُ پانہٕ سے دوکھ لگان ۔

(۱۸۵)

بنگہٕ زٔر گرژھنی ۔

خوشی ہِنزِ مُستی منز کانِہہ ناخوشگوار واقاہ اچانک سپدُن ۔

(۱۸۶)

لبتہٕ ژرہنس تہٕ مند چھان تہٕ گھکھرایہ کیا ۔

بینیلہِ نہ کانِہہ لبتہٕ تأی تراونس تہٕ بیچھِ لس مند چھِ تہٕ لبتہٕ یوس کھکھرائے گژھان چھے تتھ کیا زِ مند چھِ ۔

(۱۸۷)

## بباکھ گیہ کیٚا تام ہینہٕ گاہچ کھٕنبل ۔

بیٚیلِہ بییِن گامہٕ کیٚن کاٗرِ گرن یا کلاکارن قدٕر کروتہٕ ہینہٕ گامہٕ کیٚن نہٕ کیٚشہٕ تنٛیلِہ چھ یہ کتھ یوان ونہنہٕ ۔

(۱۸۸)

## بہٕ دیدی آلِس ژٕ دیدی نیر ۔

دیان بیٚیلِہ لۄ نوش چھن گرِ انان سوٚ چھ ہشہٕ دۄچھتھ اٗنٛدری ونان زِ ووٚنی آلِس بہٕ یتھ گرس نہٕ ووٚنی گوو یتہٕ میٚون راج ژٕ وتھ تہٕ ووٚنی ہینہٕ اختیار چ فوٚرٕچ ۔

(۱۸۹)

## بے شرمس دِژکھ مۄچ تٔمی کرٕس کٔنڈِ مۄچ ۔

بے شرمس لاییہ یکھ شرمندٕ گژھنہٕ باپت مۄچ تٔمی رٹ گوو نوش گرِنس کٔنڈی مۄچ نہٕ کھیٚن ۔ مطلب چھُ زِ بے شرم چھُنہٕ کٔنہِ طرٕقہٕ شرمندٕ گژھان ۔ اکھ ہیکو یہ نہٕ وُنِتھ بے شرمس بلاے دوٚر ودٕ کٔنہِ ژٕ آلتوس لوٚبر سوٚر ۔

(۱۹۰)

## بِچھ چھا اینمہٕ لٲرِتھ ۔

دانہٕ کِس برٕونٹھۍ مِس چھِقس چھ بٕٹھۍ وِنان، تتھ پیٹھ چھ دیگ بھوٕتھ بتہٕ لِوان فیارِنہٕ ۔ تمہٕ وِزِ چھُ تتھ پیٹھ کینٛہہ اُینمہٕ پھیری تہٕ ییوان اگر پرِژھوٗن آسہٕ ہے زِیم چھا ھاکھ بتہٕ کھینہٕ وٲلۍ نہٕ تیٚلہِ چھ اُسی وِنان زِمین بچھا بِچھ اینمہٕ لٲرِتھ ۔

(۱۹۱)

## برٕکوٗڑ نہٕ دارِ ژاو ۔

اکِ طرلِقہٕ ژھینو گرِ کُڈِتھ مگر بیہ کوٗنہٕ ذُریہ ژاو سُہ بیٚیِہ والیس ۔

(۱۹۲)

## بوٚچھ گوٚپن گُدٲمۍ کھاو ۔

بوٚچھِ چارِ ووٚے چھُ سوٚے رٕز کھیوان یمہ سیٚتی سُہ گنڈِتھ چھُ اَسان ۔ بوٚچھِ وانہٕ وول چھُ وانگُ مؤل لفہ، ییتھ کھیوان نہٕ دیوٚول کرٲن ۔

(۱۹۳)

## بے قل چھا بُڈان زاہنہٕ ۔

یُس کم عقل اِنسان چھُ آسان سُہ چھُنہٕ دِلس ہیہھ کاہنہٕ تہٕ پریشانی ہیوان بُڈِتھ تہٕ چھُ شُری ہندی پٲٹھی گتھ کران ۔ اُمہِ کِنہ چھُنہٕ سُہ زاہنہٕ تہٕ بُڈان ۔

(۱۹۴)

## بُلہِ اُسن گوو خرس کھسُن ۔

یُس بِلا وجہ ہنتگنہٕ منگہِ اسہِ لتس چھُ شرمند ہیوان گژھُن ۔

(۱۹۵)

## بَر ووٚتھ تہٕ دان نوٚت ۔

یِتھ گرس منز یوٚژھ ساد سنت یوان اُسن تتھ چھِ وَنان زِ بَر چھُس ووتھ ۔
یتھِ گرس منز اکھ بیا کھ کھیاونہٕ چاونہٕ آسہ یوان تتھ چھِ وَنان زِ دان چھُس نوٚت ۔

(۱۹۶)

## بَب تہٕ مٲج گوو قٲضی اکس بآزی تہٕ بییس رٲضی ۔

مول نہٕ ماج چھُ شُرِن ہُنٛدِ باپتھ مُنصِف آسان ۔ شُرِن ہٕنٛدی اوصاف وُچھتھ چھ تم اکِس باپتھ راضی تہٕ بیٚیِس ناراضی روزان ۔

(۱۹۷)

## بیٚیہِ ہنٛدِ اتھہٕ کانٛگرِ پھیر کرُن ۔

کانٛشہِ بیٚیہِ ہنٛدِ اتھہٕ فساد تلٕہِ ناوُن ۔ لوِ سرِ کاہنہٕ بھگڑٕ تلٕہِ ناوُن تہٕ پانہٕ لوٗب روزُن زن نہٕ تمِس امیُک کانہہ علمے چھُ ۔

(۱۹۸)

## بتٕس تل بوٗد گڑھنی ۔

بھیشم پِتاما اوس سٹھاہ دھرماتما تہٕ انصاف پسند۔ کھیوان اوس دریودھن سُنٛد بتہٕ ۔ یمِلہِ دروپدی دریودھنن دربارس منٛز ننگہٕ کرنہٕ آیِ بھیشم پتاما بیوٚٹھ ژھوپہٕ کٔرِتھ زن نہٕ کینٛہہ وُچھانٕے اوس تمِس آس کورون ہنٛدِس بتٕس تل بوٗد گامٕژ تہٕ اِنصافِچ کتھ اوس نہٕ ہیکان کٔرِتھ ۔

(۱۹۹)

## بٕد بٕدی بخود گرِفتار ۔

یُس کاہنہٕ خراب اِنسان آسہِ سُہ چھُ پانے مصیبتن منٛز پھسان ۔ مطلب ییٚس ناکارٕ کرن وول چھُ پانے مصیبتس لگان ۔

(۲۰۰)

## باگنہِ نیرُن تہٕ ژانگہِ اژُن ۔

مشیدِ منٛز چھِ بانگ دِوان صبحاے تہٕ ژونگ چھُ لوان اُنہٕ گیتہٕ گرٕ ژھِتھ زالنہٕ یُس گرِ سبھا سکہِ ہنرتھ شامن ژہیری والیس ییٚنہِ لنسی مُتلق چھُ لوان یہ ونہنہٕ ۔

(۲۰۱)

## بجہ کنہِ تل چھُ لوکٹ گنٛزِ وہپان ۔

بُڈِس ہُنوس لِنہٕ چھُ لوکٹ ہُنیو بچُھِتھ ہیکان پانے گُذارٕ ہیکان کرِتھ ۔

(۲۰۲)

## بالِ بالِ پھیرُن ۔

اوارٕ گردی کرٕنی ۔ فضول سفر کرُن ۔

(۲۰۳)

بلاین چھا اُچھ۔

نار چھا وُچھان کُس مکانہٕ زالن تہٕ کُس نہٕ۔ تَرُہٹھ چھا وُچھان کیتھ مکانس پیٚیمہٕ۔ نہٕ ہٮ۪نٛیل چھا وُچھان کُس مکانہٕ ژراون تہٕ کُس نہٕ۔ سائلاب چھا وُچھان کیتھ کھاہس کھسہٕ تہٕ کیتھ نہٕ۔ امہِ کِنیٚ چھِ ونان زِ بلائن چھنہٕ اُچھ۔

(۲۰۴)

بےشورہٕ نوش مالیُن گیہ نمشدِ خاطرٕ ویٚژھے ہیٚیہٕ۔

اگر نوش بےعقل تہٕ آسہِ سو تہٕ چھِ گرٕہستس منز کامہِ اتھ دِوان۔ اگر سو گرٕ ہیٚنرِ یا مالیُن گرٕژھِ تمٕہنٛز کمی چھ گرٕ محسوس سپدان۔

(۲۰۵)

بوٚے باٚلِس دُشمنانہٕ بوٚے باٚلِس پُشِ پناہ۔

اگر باٚے پانہٕ وانٛز دُشمنت تہٕ کرن مگر مُصیبتہٕ وقتہٕ چھ اکھ اکِس اتھہٕ روٹ کران۔

(۲۰۶)

بیٚیہِ رٔنگہٕ آسنی۔

بیٚیِہ کامہٕ ژنانہٕ گوٚبہ کھوٚرٕ آسہِ تیٚیلِہ چھ ونان زِیہِ چھِ بیٚیہِ رٔنگہٕ۔

(۲۰۷)

## بوے پیام باپُوتھر زام مالیُن آم لوآنی
## باپُوتھر پیام ھاپُت زام مالیُن آم بچھآلی

بیٚلِہ بأس نیچُو زلوِ تہٕ کوٗرٕ چھ دیان زِ مالیُن ٹُڈیوم سُہ بچہ تہٕ چھ اُمس پوٚپھ زانِتھ لول بران تہٕ قدر کران مگر بیٚلِہ باپُوتھرس نیچُو چھ زلوان تہٕ کورِ ہُشِد وسگاہ چھ مالینِس منز کم گژھان سُہ چھ تمِس پوٚپھِ نانی زانِتھ کوہ سہٕ تام ونان ۔

(۲۰۸)

## بنگہِ اُنڈری نژُن ۔

بنگہِ کھینہٕ ستی چھ نشہِ کھسان لیس یہ نشہِ کھسہ، نہ چھ سُہ لورکُ بوزان تہٕ نہٕ چھ خبر تمِس زِ بہٕ کیا چھُس ونان ۔ گویا بنہِ پانہٕ نشہِ بے خبر گژھان ۔ بنگہ چینِتھ نژُن چھ بے مطلب تہٕ فنہٕ رٕوس آسان بیٚلِہ نہٕ کانہٕ لورچہ کیتھ ڈیان دِیہ اُسی ولوزِ اُمس گو بنگہِ اُنڈری نژُن ۔

(۲۰۹)

## بازرس کھل بُلی کرنی ۔

کانہٕ ینِر بازر ۔ دانہٕ وانہٕ چُھکاوِ چیز مگر ہیہ کرِنہ کینہہ سُہ کرِ صرف بازرس

کھل ٹلی۔ کُنہِ مُجلِس بیہیہِ کانژھا بعاُرِ مقصد دخل دِنہِ تہ پتھ ونان زِ سُہ آو بازرس کھل ٹلی کرنہِ۔

(۲۱۰)

## بُجِہ بُتھس کوُجِہ کوٗلشی

بوڈِ زنانہِ لاگہِ ذری کوٗلشی کھورن سوکتہِ شوٗبہِ تمس۔ بوڈِ زنانہِ بہیہِ بُتھس غازِ کرنہِ تہِ سورمہ لاگنہِ تمہِ وِزِ چھُ یہ لوان ونہِ۔

(۲۱۱)

## براندِ تلہ نیچوُ تہِ شانہِ تلہ کوٗر۔

نیٚلِہ کاہنہِ مرِ تہِ شانڈس پیٹھ چھس کوٗر کرِکہ دی دی ودان تہ براندِ پیٹھ چھس نیچوُ نکہ دِوان تہ شمشان یا قبرِستان وانہِ ناوان۔

(۲۱۲)

## بئیہِ منٛز زیے گرژھن۔

اِنسانس آسہ ناکامی ہشد بئیہِ یا تے خوف تہ تمتی منٛز گرژھس زیے یا نے کامیابی۔ تیٚلِہ چھُ لوان یہ ونہِ۔

(۲۱۳)

## بایہ میانہ کلندرے یہ نیر تہٕ نیر کھلہٕ اَنڑرے ۔

یآے ژور انن گرس کیتی ژور چینز ٹلی اکھ دپہٕ میے اون یہ تہٕ بیاکھ دپہٕ میے اوّن یہٕ ، مگر پرز چھُ زِ سارِوے کوڑ گرہٕ منڑرے یآلنہٕ ۔ کھل گیہ سو جاے ینہٕ بنس دانہٕ چھومبہٕ نہٕ چھُ لیوان ۔ دولبِس تآیدس ہنٹرس تہٕ بیین تآلیفہٕ دارن چھُ نہٕتی کھلہٕ منڑرے دانہٕ لیوان دِنہٕ تہٕ گرگ خرچ تہٕ چھُ تمی منڑرہٕ نیران ۔

(۲۱۴)

## بلاے آیہ وقتس کوہ کرِ کھڑ نختس ۔

وق گوو یتھ خراب زِ مۄمولی اِنسان بیٹھی حکومت کرنہٕ ۔

(۲۱۵)

## بلی بن لجم کیجے بہٕ ڈِجہٕ ڈجے کرآیو

اولادِ ہنزِ مایہ سیتی چھ ماجہٕ بن ہنز لگان بیلہٕ کاہہٕ کآلِسہٕ ایزوے لول حاوِ نہٕ نیبری کرلیس ایزوُے لولہٕ منہٕ لاے تمہٕ وِزِ چھُ لیوان یہٕ ونہنہٕ زانڈری چھس نہٕ بن سہ سراے کینہہ تہٕ نیبرہٕ چھ لول حاوان ۔

(۲۱۶)

# بستن منزٕ چھُ سِر ۔

اِنسانہٕ نے منزٕ چھُ راز کھٹِتھ آسان ۔

(۲۱۷)

# ٹلی بیگ آسُن ۔

کاہنہٕ اِنسان هاوٕ زِ سورُے چھُ تُسبہٕ تام مگر زٕکہِ آسہس نہٕ کہینٛہ طاقت تس چِھ ٹلی بیگ ونان ۔

(۲۱۸)

# بانہٕ کھار پھیُرن کلس پیٹھ ہینٛز ۔

بانہٕ ہینٛز کلس پیٹھ اکِہ جایہِ پیٹھ بییِس جایہِ گژھُن پیُن ڈیرٕ گرِ گرِ بدلاوُن۔ ٹھکانہٕ نہٕ آسُن ۔

(۲۱۹)

# بینہِ بوے گوو چینہٕ یا نٔرو
# موٗل ماج گوو بےٚ لادن

بینہِ بوے چھُ نوٚن تام رشتہٕ دار یوٚت تام چِندس منٛز پانٛسہ چھِہ۔ مالِس
ماجہِ ہنٛز چھینہٕ شرُس کانٛہہ تہٕ مِنتھ کھسان نَم کرِی تن ہمی ہنٛدِ خاطرِ کوتاہ
کیٛنٛہہ مطلب مول ماج چھُ بے نیاز آسان۔

(۲۲۰)

## بالہٕ پانس زٕژرٕ اژُن۔

لوکہٕ چارسے منٛز حدِ کھوتہٕ زیادٕ پریشانی پیٛنٛز۔

(۲۲۱)

## بتہٕ بیون گوٚو رنہٕ بیون۔

بیٛنٛلہِ بیون ہنٛزِ تھ باین الگ چولہٕ گرٛژھن تیٛنٛلہِ چھُ تمن پانہٕ وانٛی رنٛنہٕ شٕھٕژُن

(۲۲۲)

## بوٚنہِ مٕہلُ تارُن۔

بوٚنہِ ہنٛز لکرِ چھِ سیٹھاہ ڈٕر آسان کیٛلُ والُن تِہ چھُ تہٕ مُشکل گرٛژھان۔ مُہلُ گوٚو
سُہ لکر ہنٛدِ موٚٹ ڈنٛڈِ یمہِ ہتی کنٛزرس منٛز دانہِ چھُ یوان مُنٛنہٕ سُہ بوٚنہِ تارُن
چھُ ناممکن۔ بیٛنٛلہِ کانٛہہ ناممکن کام کرنہٕ ییٛیہِ تمہِ وِزِ چھُ یوان وننہٕ زِ بوٚنہِ مُہلُ
تورُن۔

۲۲۳

## بوس لوڑ راوُن

دِلِچ کتھ بیںِس وُنِھ پنٚنہٕ دِلُک بور کم کرُن

۲۲۴

## بتہٕ لیلِس وُچھان پیٚٹھٕ کنے۔

بتہٕ بالس پٮ۪ٹھٕ کنے وُچھان زِ چھاوٕ چھا آمُت، تو مُل ما چھُ بیٚنٹر۔ یِتھے پأٹھۍ چھِ اِنسان روے وچِھتھ تران فکرِ زِ یہ چھا نیک کِنہٕ بد۔

۲۲۵

## بے کارس ثڑے کار مِٹہٕ۔

کانٛہہ آسِہ بے کار تِمس چھ ہنگہ تہٕ منگہ چِھ یا لوکہٕ ہُنٛزٕ کامہِ بیوان کرنہٕ۔ تِمے چھِس وَنان زِ تِمس چھِ ثڑے کار مِٹہٕ آسان یا بےٚ کارس چھُ کھیوٚن، چیوٚن تہٕ شونگُن مِٹہٕ آسان۔

۲۲۶

## براںٛڈِ کٔنی بیٚنز آسنی۔

براڈِ کٔنز چھِ وناں گرِ چہِ گرو اجنہِ۔ سینز آسنہٕ گیہِ جان فطرٕچ آسنہٕ گوو گرٕچ خانہ دارینز جان فطرٕچ آسنہٕ۔

۲۲۷

# بلہٕ وہرس گوو برلیھہ من زوٗر وار گو نس مُغرِزن۔

زوراور اِنسانس نہٕ چھُنہٕ زنانہٕ ہنٛدِس مُغزس بروٚنہہ کنہٕ کیٚنہہ چلان یُتھ نہٕ چھُ بنٛن یراد زنانہٕ ہنٛزِ مرضی مُطابق پیسوان بدلاوُن۔

۲۲۸

# بیعقل کرِتی یہ گاٹُل کرِ مگر بازرس غل ٹلی کرِ ہٕنہٕ۔

بیعقل تہِ کرِ سوے کام یُس گاٹُل کرِ مگر سُہ کام کرنہٕ بروٚنہہ کرِ سُہ پانس نہٕ پریشان تہ لوکن نہٕ۔

۲۲۹

# بُہِقس ژٕھنی توس توہ نہٕ نار۔ ڈیکس گرٕی توس نمسکار۔

بیٚیلہِ کانہہ بُہِقہِ آسہِ سُہ بڑا بد صورتھ تہ لیٚبہِ آسہس سُہ جان نسق مُتلق چھُ یہ لوان ونہنہٕ۔

(۲۳۰)

بُجہِ ہیٖوکھ بَر ژوٗرِ تمہِ ہیٖو مشیدِ

بُڈ بیٚیلہِ نہٕ پوٗشی کاُنسہِ سو پوٗش خوٗدابہِ ہیٚندِ سے خالس۔

(۲۳۱)

بیٚسمہٕ شُد بیمہٕ گوٚس ناران بھان۔ یا
سوٚنی شُد سوٚنی گوٚو ناران بھان

کاُنسہٕ چھُ کاہنہٕ دورِ دراز رِشتہٕ دار آسان. لوٗڑ کھینیو تہٕ سُہ چھُ سارنے
ٹھیکہٕ ناوان زِ فلاُنی چھُ میٚون رِشتہٕ دار لس چھُ طنزن یوان یہ کتھ
ونہٕ نہٕ شاید آسہِ ہے ناران بھان ییتھ کالہِ کاہنہٕ بوٚڈ کھینیو اوسُمت۔

(۲۳۲)

بیٖربلُن کتھ گرٕژھُن۔

دپان بیٖربلن ہیوٚو اکبر بادشاہس زِ اگر اکِس کُٹس سٹھا جان کھین نہِ دِمو
تس کیٖنژھ بایٔ ٹھی کھیہِ نہٕ وزن۔ سُہ اوس اکِس ہٕکُٹس دوہس سٹھا کھیاوان
چاوان نہٕ شامن اوس شراکھ کرِتھ تمِس زن نہٕ مارُن ہیوان۔ امہِ خوفہٕ ادی
تمِس دوہُک کھین چھن زن نہٕ رأسی گرٕژھان نہٕ وزن بڑیوس نہٕ کینہہ۔

بیٚلِہ کاہِہ اِنسان دوہس ییٚنہِ جان پاٹھۍ رچھنہٕ نہٕ شامن اَسیس بے یِزتی نہٕ فضیحت کرنہٕ یا خوف دِہی کرنہٕ یوان سُہ چھُ ونان زِ بیٚہِر بلن کنھٕ چھُم گومُت ۔

(۲۲۳)

## بُتھ زٔڈُن ۔

شرارتہٕ ساں بُتھ پھرِتھ کأنِسہ ہنٛز کتھ کرٕنۍ ۔

(۲۲۴)

## بچھ آسہِ مایہ نہٕ مچھ ییٚن کأثراہ ۔

اگر دانس آسہِ اُنیمہٕ لأرِتھ نہٕ تِتھ بیٚٹھ چھ پانے یوان مچھ بہنہٕ ۔ تِتھے پأٹھۍ یِس اِنسانس نِش دولت یا دیُن کیُت گِنِٛہٕ آسہِ تمِس نِش چھ لُکھ پانے وانان ۔

(۲۲۵)

## بایہ روٗس بینہِ گیہ تھمہٕ روٗس جاے ۔

یِس بینہِ نہٕ بوے آسہِ سو چھ تیٚژھے بے سہارٕ یِتھ زن تھمہٕ روٗس جاے چھ آسان ۔

(۲۳۶)

# بێیہ ہُنٛد پوٗٹ وکھلس ژھۄنُن

دوٚیمِس کاٗلِتھ ہُنٛد ماملہٕ زیرِ بحث انُن

(۲۳۷)

# برمنٛدہ ہیٚنس شام گژھُن۔

کانٛہہ بدخبر بوٗزِتھ دوٚپہرس اٚچھن اٚنہِ گوٚٹ گژھُن۔

(۲۳۸)

# برنہٕ کرٛیچ گژھُن

برمُژراوِنچ ہیٚش آواز یاد گژھنی۔ یٚیلہِ کاٗنٛسہِ گرس منٛز کانٛہہ رُت واقعہ سپدِ تہٕ لُکھ ین مُبارکس تہٕ خانٛدار چھُ وناں زِ ساریٚ برنہٕ تہٕ گو کرٛیچ یانی اسہِ تہٕ آیہ لوٗکھ برمُژراوِتھ مُبارک کرنہٕ۔

(۲۳۹)

# بُچہ ہُنٛد ون گژھُن۔

بڈٕ ہیکہ نہٕ جنگل گژھتھے۔ اگر گژھِ نہٕ نوٗر کتھ ہیکہِ زیٚنِ واٗلِتھ یٚیلہِ

کاٗلِنہٕ کمزور اِنسانس سو کاٗم ییٚنہٕ دِنہٕ یوسہٕ نہٕ سُہ کرِتھ ہیکِہ تیلِہ چھ یہ کیتھ یوان ورتاونہٕ۔

۲۴۰

## بُجہٕ لوٗب کُنجہٕ تل ژوٗنٹھ سوٗ گیہ پھوٗنٹہٕ ہیٚتھ۔

اگر کُنہٕ وِزِ کانہہٕ کاٗلِنہٕ کینہہٕ رفاقت کرِتہٕ ییٚنہٕ گرٕھ سُہ پرٕتھ وِزِ تمِس نِش ژِ سُہ ماکریم بیٚنہٕ تہٕ تی ییٚنہٕ ییٚنہٕ مُمکن چھُ آسان۔ مُطلب چھُ کاٗلِنہٕ بےگنڈ عادتھ گژھن۔

۲۴۱

## بہٕلِہ پایہ آسُن۔

امیر آسُن۔ بُڑِس عہدس پیٹھ آسُن۔

۲۴۲

## باٗنہٕ باٗنہٕ باوُن۔

پوٗرٕ پاٗٹھی سوروٗے وَنُن۔

۲۴۳

## بْراری سٕنٛدِ گیو کھینہٕ کھونہٕ گوو تمی سُنٛد لوٗٹ گَلہٕ وُن مُشکِل

بْراری سُنٛد گیو کھیتھ نوٗقصان کرُن پیٚھٕ‌نہٕ تیٚیوٗت دوکھ دِوان یوٗت زن تمسُنٛد پیٚنہٕ لوٗٹ گلہٕ ناوُن پیٚھ دِوان۔ کانٛہہ کرِ نوقصان تہٕ پیٚنہٕ کرِ تورے کُنِہ چیٚھ نوقصانہٕ کھونہٕ زیادٕ مُشکِل باسان۔

۲۴۴

## بہ بانگِ دوہل کرُن۔

دوٗھلی گاشس سارِنی ہٕنٛزن اَچھن بروٗنٛہہ کُنِہ کانٛہہ کام کرٕنی۔

۲۴۵

## بتہٕ منٛزٕ ٹاٹھ گیٚیہ تہرِ نہٕ ہوورِ منٛزٕ لوٗٹھ گوو ہُہر۔

بیٚتھ پاٹھی تہر یاتے لیدرٕ، نوٗن، تیل تراوِتھ بتہٕ چھُ اسان عام بتہٕ کھونہٕ میٹھ تِتھے پاٹھی چھُ ہوورِ منٛزٕ زنانہٕ ہُنٛد بوے سٹھا لوٗٹھ اسان۔

۲۴۶

## باغن منز بتہٕ دِوان نامو خاطرٕ
## گانن منز پانٕ ماران پامو خاطرٕ

باغن منز چھ لۄکھ کھیاوان لۄکن سال زِ نیک نام گژھو ۔ لۄکن باسو او سوٗد حال گانس منز چھُ کانہہ پان ماران زِ لۄکھ گژھن نہٕ پامہٕ دِنی ۔

(۲۴۷)

## بانگس چھ بانگ دِنی نہٕ کہ گاش اُنُن

کانہہ چھُ پننُن فرض زانِتھ کانٛسہ ییتر وتھ ہاوان سُہ ٹِکی تن یا منہٕ پکی تن تمہِ ونہٕ ونن وول چھُ نہٕ تمیک پرواے کران ۔

(۲۴۸)

## بُجہِ کورِ ہُشد رٕون گژھُن

ییٚلہِ بُجہِ کورِ رٕون کرو سو چھنہٕ اُلِس لِش زاہ تہٕ اَلگ روزان تہٕ ہمیشہِ تمِس پتہٕ پتہٕ اَسان ۔ اگر کانہہ کوٗرٕ بُتھ ہیو کرِتس چھ ونان زِ بُجہِ کورِ ہُشد رٕون چھُس گوٗرُت ۔



(۲۴۹)

## ببہٕ بُڈتھ نہٕ غٕنز مِتھا کرتھ ۔

یہ چھُ تِمن اولادن مُتلق لوان وننہٕ یِم بُڈِتھ نہٕ ماَلِس ماجہِ گرکاَم کرنس لاگان آسن ۔

(۲۵۰)

## بیٚیہِ سُنٛد شُر گوٚو منٛدل وٲوِٹھ

بیٚن شُر چھِ ونان زِ یہ چھُ کمزور بیٚیہِ سُنٛد شُر چھُ لوان موٚٹ دزوٚٹ تہٕ طاقت ور بوزنہٕ

(۲۵۱)

## بابُن موٚل کرُن ۔

کُنہ چیزس سیٹھا زِیادٕ قیمتھ کرُن

(۲۵۲)

## برگہٕ سماد لاگنہٕ

بُرگ چھُ کوٚلہِ منٛز اُچھ وُٹھِتھ بے حس و حرکت کھڑا روزان۔ باسان زن یہ سمادی

مٔنز چھُ نوٗدالیس ستی زٔلیتھ۔ مگر چھُ آسان گاڑِ پراران زِ اپاری بکہ ہے نہٕ رٹہٕ ہان۔ بیبلہِ کاہنہٕ بددیانت اِنسان اُندرٕ کِنۍ آسہ سوٗنچان زِ کُس ژُماون تہٕ کُس موٗھن۔ نیبرٕ کِنۍ آسہ اَچھ وٹِتھ زن تہ سمادِتھ لَس متلق چھ یہ لوان ونہٕ نہٕ۔

(۲۵۳)

## بے تابِس انٹِس کیتھ :-

یس نہٕ تاب آسِہ تس چھُ اُنٹِس یانے لوکٹِس بالنس مٔنز پھوٗل کھنڈیوان دِنہٕ۔

(۲۵۴)

## بُتھ وِچھِتھ لوٗگ :-

اِنسانہٕ شٔنز قابلیتھ تہٕ عقلمندی وُچھِتھے چھُ تمس لوان دولتھ دِنہٕ۔

(۲۵۵)

## پِلہٕ نچہ ھارِ چھ دہ ھارٕ لگان :-

یُس پأنسہٕ ناجایز طریقہٕ آسہ اونمُت سُہ وبیراونہٕ بایتھ چھ تتھ بہھ دہ پأنسہٕ خرچ گژھان۔

( )

(۲۵۶)

## بانس نہٕ بانس چھُ ٹکر لگان۔

گرس منز چھُ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ وِزِ بانس بانس سٟتی ٹکر لگِتھ ٹھس گژھان۔ یتھے پأٹھی چھُ گرِکین بأژن تہِ کُنہِ وِزِ اکھ اکِس نِش ناراض گژھنہٕ زورٕ پیوان بولُن۔

(۲۵۷)

## بٔرآرِس اتھِ ماز کوٚٹ دِنٕ۔

بٔرآرس نِش اگر ماز ہُقود، سُہ نِیِہ سُہ کھیتھے۔ مطلب تمس اِنسانس اتھِ کاہنہٕ چیز دِیُن یمِس سُہ پانس سٟٹھا باوٕزان آسہِ تہٕ تمہِ کِنہٕ دِیہ نہٕ زانہٕ واپس۔

(۲۵۸)

## بلاے آیہ مرگس نتِلہ وانہٕ ژایہ ورگس۔

ینِلہِ گاٹُلی تہٕ جان اِنسان چھِ مران تہٕ کم عقل چھِ بارسس یوان نتِلہ چھِ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ۔

(۲۵۹)

بیٚنِیہِ ہنٛز دگ پانہِ کھوتہٕ شٔہج :-

لیسہِ دوٚد آسہِ لُتسہِ چھےٚ دگ تراہِنہٕ پییوان تُمسہِ چھےٚ خبرٕ زِ دگ تراہِنہٕ کوٚتا مُشکِل چھُ دوٚ برس وُچھنہٕ وٲلِس کیٛتہِ چھُ تمیک اندازٕ۔ ہمہ چھُ بٔلکہ تمسُند تکلیف وُچھِتھ خوٚشہٕ گژھان۔

(۲۶۰)

بچہِ کورِ ہنٛز ژھوپے گیبیہِ اَنکار :-

اگر بالیغ کورِ کاہنہٕ لڑکِس نٲوِتھ پیٚزٕ ژھوزِ ژرے چھیا مرضی انہٕ کھانٛدر کرنس۔ ایتراض ما چھےٚ کیٛنہہ۔ اگر تمہ ژھوپہٕ کرُس گیبیہِ تمہنٛز رضامندی ناوٕنی۔

( )

بٔرونٛٹھ اوس مُنٛڈھ ماہہ ووٕنی نہٕ یاہ نہٕ :-

بٔرونٛٹھ اوس توتہِ کیٛنہہ ووٕنی چھُنہٕ بلکُل کُنہِ کامہ ہنٛد۔

# پ

(۲۶۱)

## پرِ ہِھنہٕ پربتن ٹیکی ۔

پرگیِہ وۄ پرلۄکھ ہُھنہِ گوٚو لوٗٹاوُن ۔ لۄکھ لوٗٹاوِتھ پۄتلین پوٗزا کرِتھ ۔ نتہٕ ڈُنی تو یہ گوٚو زِندن دگ موٚزدن سگ ۔

(۲۶۲)

## پِلِم سنہہ تےَ ژوٚکی گاٗم

کاٗفی کوٗشِش کرِتھ بیٚیلہِ نہٕ کانہہ چیِز کاٗلِہ حاٗصِل گژھِ نہ ادِ وُنہِ یہ چیِز چھُنہٕ جان تہٕ مےٚ چھُنہٕ لیشُد ۔

(۲۶۳)

## پوتر کھیا تھا کینہہ مأج دِژو تھا کاآلِشہ ۔

اگر مأج کاآلِشہ کھیاوِ چاوِ نہٕ تمہٕ سٕندِس ینیچوس نہٕ کھیاوِ چاوِ کانہہ ۔ لُس نہٕ ینِنہِ گرِ کاآلِشہ دِیہ تِمس کتہِ میلہِ وو پرگرِ کینہہ ۔

(۲۶۴)

## پوٗشکھ نےٚ نہٕ ژو لکھ نہٕ نا ۔

اگر دُشمنس پوٗشکھ نہٕ نیٚیلہِ اوس ژےٚ کیٚت ژلُن جان نہٕ کرہھ نہٕ نہٕ ٹُرِ زنگہِ پھُٹراوناوِہھ ۔

(۲۶۵)

## ینِنہِ نہٕ آسِنہ نہٕ بینیہِ سٕندِ آسِنہ چھم پریشاأنی ۔

کاآلِشہ اِنسانس چھینہٕ یہ فِکر زِ مےٚ چھُ نہٕ آسُن نہٕ بہٕ کِیھہٕ پاُٹھی بڑاوِ ینینہٕ اَمدنی سُہ چھُ بینیہِ سُٕند آسن بسُن وُچھِتھ پریشان روزان نہٕ سوچان اَسان زِ کِیھہٕ پاُٹھی گزھِ اُمِس کانہہ ۔

(۲۶۶)

پۆنسر اے ہیتہٕ گژنہٕ ییہِ نۆنہٕ چھُ پونزوُے ۔
اگر جان خاندانک اِنسان غریب تہٕ گژھِ توتہٕ چھُس نہٕ جان خصلتھ دوُر گژھان ۔

(۲۶۷)

پونژ بوچھِ ییچھ کوچھ ۔
یس نہٕ ییچوُ آسہِ تمِس چھُ پونژ بوچھ یا نے ییچوُ سُنٛد طماہ آسان ۔ امہِ طماہ کِنی چھےٚ سو کانٛسہٕ ہنٛدِس بدصورتھ شرِس کوچھ للہٕ وان ۔

(۲۶۸)

پننہِ ہنٛجہِ چھ باہ ترٛچہِ
پنُن چیز گوو پننے چیز ییہِ ہنٛدِس جان چیزس کیا منگو ۔ پننی باہ ترک کینٛسہٕ چھےٚ ییہِ ہنٛزِ شورا ترک دانہِ کھوتہٕ بہتر کیازِ پننِس پیٹھ چھُ پوُرٕ اختیار ۔

(۲۶۹)

پانس پرٕ پر ییس طبابتھ ۔
پانہٕ چھُ بیمار تتھ چھُس نہٕ یلاج تگان کرُن تہٕ ییس چھُ یلاج ییہان کرنہٕ ۔

یمیٚلہِ کاہنہ پانہٕ آسہ غلطی کران نہٕ لوکن آسہٕ نصیحت کران تمہٕ وِزِ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۲۷۰)

## پرسبن گرٛزھِ ینٛن واژِ آسُن ۔

واژِ وان گرٛزھ آسُن لوکہٕ تُہندہٕ باگراون وول واژِ گرٛزھِ آسن ینٛن ۔ سُہ چھُ ینہٕ ینٛن کھُلہِ پاٹھی کھیٚاوان تہٕ چاوان ۔

(۲۷۱)

## پانس کیٚت توٚت تہٕ بیین کیٚت موٚت

کاہنہ آسہٕ ینٛن مطلب حاصِل کرنہٕ خاطرِ گاٹُل مگر یمہِ وِزِ بیین ہنٛز کتھ آسہٕ تمہٕ وِزِ لاگہ موٚت ۔

(۲۷۲)

## ینہٕ ھازِ موٚکلہِ برھازِ نہٕ کینٛہہ ۔

اگر پانس ہانٛزِ لگہس تہٕ تمہِ لیٚتہٕ ھیکہ ینٛن پان موٚکلاوِتھ مگر اگر بیمہِ ہنٛز ہانٛزِ منٛز ملوث گرٛزھِ تتہِ موٚکلُن چھُس مُشکل ۔

(۲۷۳)

## پیر گگر گران گر گگرن لار۔

وۄ پیر گگر چھ گرِ کین گگرن لار ژانان۔ گوو اگر بنیبرم کاہنہٕ اِنسان کُنہِ گرس اژِتھ گروالین ہُکہٕ ناوِ یانے ژلہٕ ناوِ نیٚلِہ چھ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ۔

(۲۷۴)

## ہیٚنی کو کرنے بدآسہٕ بیٚیہِ ہٕشدِ گرِ کیاز ژاوِ ٹھوٗل۔

یہ ہیہ بد کو کرِ آسہٕ سو چھ ہمسایہ ہٕشدِ گرِ ٹھوٗل ژاوان تہٕ ہمسایَن چھ پانہٕ وأنی لڑائے گژھان۔ بیٚیلِہ ہنہٕ لِس شرُس بٲژ ہٕشرِ غلطی کِینی جھگڑِ گژھِ تہٕ تمہٕ وزِ چھ یہ کتھ یوان ونہنہٕ۔

(۲۷۵)

## پیر ہٕشر قدر نہٕ ژوٗر ہٕشر رآچھ۔

بیٚیلِہ کاہنہٕ بایزتھ مگر بے اثیار اِنسان گرِ بیٚیہِ تمس چھ پیر ہٕشد ہیٚو یزتھ کرنہٕ یوان مگر تمہٕ ندِ ین حرکژن بیہہ چھ تیتھ پاٹھی نظر ژھوان یتھ پاٹھی کانٛسہِ گرِ آمتِس ژوٗرس بیٚیہِ ژھونہٕ۔

(۲۷۶)

پھیرِتھ آسہِ گرٕ ساسا زیٹھ ہیتھ خانا نہ کانٛہہ :-

یہٕ آسن ساس گرٕ وُچھِتھ مگر ینٛس گرس برابر یا ہیوٗم نہ کانٛہہ آرام دِنہٕ وول۔

(۲۷۷)

پننُ مارِ شہلِس تراوِ پرُد مارِ تاپس تھاوِ :-

پننِس چھنہٕ دُشمنی منز تہٕ ہمدردی موکلان اگر سُہ مارِ تہٕ لاش تھاوِ شہجارس اگر دوہ پر اِنسان مارِ تہٕ لاش تراوِ بے پرواہ پأٹھی تٕتِس تاپس۔

(۲۷۸)

ہُیژھِس پوٗژھ کھران تہٕ خانٛدرس دوشوے۔

بیٚیلِہ زِ ہُیژھی کُنہٕ گرس یِن یِم چھ اکھ اکِس لفرت کران کیاز یِم چھ سوٗنچان اگر کُنے زوٗن آسہ ہا تہٕ زیادٕ خاطِر وونٕھ ہیم۔ خانٛدرس چھ دوشوے کھران نہٕ کیازِ زِ ہُیژھی ینٛیراوٕنی چھ زیادے مُشکل۔

(۲۷۹)

## پننہِ زٕژ گیہِ لٕژٕ ۔

پنُن شُرینھ آسہِ نینھُک آسہِ سُہ چھُ سیٹھا رُت باسان ۔

(۲۸۰)

## پننی گرٕژھِ وآنس تہٕ پرُد گرٕژھِ ہیٚنڈُن ۔

ناکارگی یا لاپروائی کرنہٕ سٟتی گرٕژھِ پننی زندگی ضایہِ تہٕ بیٚیہٕ ہیٚنڈُن لوکھ

(۲۸۱)

## پھرے چھُ قہر ۔

اَکِسے پھرس مشٕر چھُ گژھنہِ وِزِ تیٚتھُک مُصیبت یوان ییٚتھ زن خُدایہ سُنٛد قہر ولو

لبھازا گرٕژھِ تہٕ شوٗنچُن زِ بہٕ چھُس وونی کہن آرامس مشٕر تہٕ ہمیشہِ مارٕ وٕزِ ہیٚکھے

پاَٹھی ۔

(۲۸۲)

## لُٹِس اتھی چھِ پوشہِ مال ۔

لُٹشی چھُ ہیٚکان بہترین پوشہِ مال بناوِتھ غارٕ زاں کرِ پوشے ضایہِ ۔ کآرٕ

گرے چھُ ہیٚکان شوٗبہٕ دار چیز تیار کرِتھ ۔

(۲۸۳)

پنُن گوٚو پننُے نہٕ دوہ پر گوٚو دوہ برے۔

پننِس پھ اَسان ہمدردی نہٕ دوہ پرس پھنہٕ اَسان کینٛہہ۔

(۲۸۴)

پننہِ ڈراٹھِ لوٗکھ دِیُن۔

پننُے دزوت لوٗکھ دِتھ تیز کرُن۔ مطلب بنہِ مطلبچ کتھ کرُن۔

(۲۸۵)

پنُن گوٚو ہٕژری کوٚنڈ اژنہٕ باز پژرِنہٕ۔

ہٕژری کوٚنڈ اگر اژِ کھورس نہٕ سٔتھا دگ چھُ تلان دپان پنُن چھُ ہٕژری کوٚنڈ ہیو آسان یُس ضرور پنِس اُژِتھ لس دگ تُلان چھُ۔ مطلب پنُن چھُ پنِس تکلیف دِنٛچ کوٚشش کران

(۲۸۶)

پننہِ کتھ نہٕ پانس تام۔

اِنسانس پھنہٕ پانس تام کینٛہہ نہِ۔ پننہِ کتھ نہِ پھنہٕ پانس تام۔ سورُے چھُ قُدرتس تام آسان۔

٢٨٧

## پانیٕو پانٕبو کرُن ۔

صِرف پنُن مطلب پرٛتھ وِزِ پانس برونٛہہ کنِہ تھوَن ۔

٢٨٨

## لٔشہِ پیٹھٕ شیٖن والُن ۔

ییٚلِہ سیٹھاہ شیٖن پییِہ تہٕ لٔشن پیٹھٕ جما گژھہِ تیٚلِہ اگر نہٕ یہ شیٖن جل جل والنہٕ یِییہِ لٔشہِ پھٕٹِنک چھُ خطرٕ روزان تۄے چھہِ لوٗکھ یہ شیٖن رٕفیو سٟتی جل جل لٔشو پیٹھٕ والان ۔ ییٚلِہ کأم کرنس منٛز کاہہٕ سیٹھاہ جلدی کرٕ نہٕ ییٚلِہ چھہِ ونان زِ ن بُچھ لٔشہِ پیٹھٕ شیٖن والان ۔

٢٨٩

## پٔنٕنہِ بییِہ مشکُ ھیوٚن

پٔننہِ خأمی تہٕ عأب پانہٕ وُچھُن ۔

٢٩٠

## پوٚنرِ پیٹھ چھُ زامُت ۔

کیٚنہہ لۄکھ چھ پوٚنرِ مانان بد شگون ۔ کانٛہہ کام شوٗرۄ کرنہٕ وِزِ یا کُنہِ جایہ گژھنہٕ وِزِ اگر پوٚنر پیٚیکھ تہٕ تِم چھ مانان زِ خبر کیا مصیبت چھُ وُپھُن ۔ یمِس زیٚنہٕ وِزِ پوٚنر اَسہِ ہیمرٕ سہٕ چھُ یِوان چال باز مانہٕ ۔

(۲۹۱)

## پچہٕ تل ہٕوُن

دیان پیٚتھ کالہٕ آسہِ ھاٗنزہٕ دوہس لڑاے ، ژوان شامن آسہٕ پنٛج دوہہٕ تھاوِتھ دیان زِ راتس ہٕتھو لڑای پچہٕ تل ۔ صُبحن اَسی پنٛج پھِران تہٕ لۄٗسر لڑاے شوٗرۄ کران ۔ پچہٕ تل ہٕوُن گوو زِ کانٛہہ جھگڑا یا لڑاے کیٚنہہ وقتہٕ خاطرٕ تلیٚتھ ہٕتھوٗنِ یا کھۄٹیتھ ہٕتھوٗنِ ۔

(۲۹۲)

## ہینٛنہٕ ووڈِ کُس کاسہِ مَس ۔

نٲوِ دِچھُ کاسان سارِنی کلس مس مگر ہینٛنہٕ ووڈِ پھُس نہٕ تگان کاسُن مطلب چھُ زِ ہیٚنہی مسلہ چھُنہٕ ہیکان کانٛہہ پانے حل کرِتھ ۔ دۄیمِ ہندِ مدد تگ پھُس ہیوان ضوٗرۄرتھ ۔

(۲۹۳)

## پانہٕ مور ژھنُن

کاہنٛہ کرِ کُنہِ چیٖزُک تیٚتھ اسرار زنتہٕ پان مارِ اگر نہٕ بوزوس نہٕ مالوٗس۔

(۲۹۴)

## پینُن پوٚٹ وکھلس ژھنُن

وکھلس منٛز چھُ منڈٕن گوٚر پوٚٹ ترٛاوان نہٕ منڈٕان لیٖس اِنسان حرف پیٚنٛنیُ مطلب برو ہنٛہ برو ہنٛہ یکہٕ ناوِلس مُتلق چھِ وناں زِ سُہ چھُ پیٚنٛنیُ پوٚٹ وکھلس ترٛاوان۔

(۲۹۵)

## پیٖپھ ڈوٗنٛٹھ پیٖیوٗن۔

اگر فصل آسہِ پیٖپیومُت نہٕ ہیوٚٹھ پیٖیس ڈوٗنٛٹھ سُہ چھُ پھلِہ پھلِہ ڈٕسی پیٖیوان نہٕ خاکس ہیٚتی میلان۔ تھٔے پاٹھی اگر کاہنٛہ کام آسہِ پوٗرٕ سیدلس تیار نہٕ کیٚنٛہہ وجہ سیدلیس نہٕ گژھِ تباہ نہٕ برباد۔ تتھ چھِ وناں پیٖپھ ڈوٗنٛٹھ پیٖیوٗن۔

(۲۹۶)

## پننٕ راورُن تہٕ بیپہِ سُنٛد رٕژھرُن چھُ برابر۔

اگر اُسی کانہہٕ پننی کٲم لاپروائی سان تہٕ انجام دِمو سُو آسہِ تمہِ کھوتہٕ ٹھیک گاشرِ لیُس زن بیاکھ کانہہٕ وۄپر احتیاط سان تہِ کرِ۔ تِکیاز یِس پانس ژوک چھُ سُہ ما آسہِ بیپس۔

(۲۹۷)

## پھیکہِ پھیکہِ کھیوٚن

رسہٕ تہٕ سِنہِ لگاَر بتہٕ کھیوٚن۔ انتہائی مُشکلاتن منز گذارہٕ کرُن۔

(۲۹۸)

## پتہٕ گوو پتہٕ کُن بروٚنہہٕ کُن زانہٕ دے۔

پتہٕ کُن یہ گوو سُہ گژھِ مشراوُن۔ بروٚنہہٕ کُن پھِرنہٕ خبر کیا گژھِ تمیچ کیا ہیمو پریشانی اِنسانس پزِ حالہٕ کِس وقتس پیورِ فایدٕ تلُن۔

Trust no future how ever pleasent, Let the dead past bury its dead. Act in living present, Heart within and God over head.



(۲۹۹)

## پُتھرِس چھونٹھ دیُن ۔

دادِ نہٕ بے چیینی وِزِ پُتھرِس کُن بُہتہٕ گرِہٕ ڈاف نژاون ۔

(۳۰۰)

## پِنٛزِ ہِنٛدِ کورِ خستن حال ۔

کاہہٕ گرِ شوقہٕ سان شوٗبہِ دار پاٹھی شاہٕ شوکتہٕ سان نیٖچوِس خوطہٕ ۔ پِنٛزِس گرٕ ہِنہٕ برداش نہٕ سُہ کرِ نیٖچوِ ہِنٛدِ بدلہٕ کورِ خوطنہٕ ۔ سال سب گرِہتہٕ ہاوِ پِنٛزَن بُجر یہٕ گوٚو پِنٛزِ ہِنٛدِ چھُ کاہہٕ کران ناممکن نہٕ مندچھہ لالیق کام ۔

(۳۰۱)

## پوٚت کنو بوزُن ۔

الہٕ گاٹہٕ بوزُن ۔ کاٹہٕ گرِ پتِ کنہٕ کتھ نہٕ ببیہ ژنی بوز ۔ انھ چھُ بیا کھ مانے نہٕ یانے کُنہٕ کتھ کُن ڈیان نہٕ دیُن ۔

(۳۰۲)

# پڑِس تل چھُ موت

کھوڑس تل یوسہٕ زمین چھِ سو ما چھ کیٛنٛہہ دوٗرِ آسان۔ یِتھے پاٹھی چھُ اِنسانس موت تیوٗت نزدیک یوٗت پڑِس تل زمین چھِ موت ہینس چھِنہٕ تام لگان۔

(۳۰۳)

## یُتیٖم گَر گرٛزھ شہج آسنی۔

یُتیٖم گر گیہہ مرنُک وق۔ سارے چھِ یژھان زِ سہٕ وق گوڑھ عذابہ یا نے تکلیفہٕ روس آسُن۔

(۳۰۴)

## ہنُن اے اسہِ دیوٕ کُنہٕ تارِ۔ پرُد اے آسہِ ماہرِ یتھے گرٛزھِ:۔

اگر ہنُن بوے، رشتہٕ دار یا دوس آسِہ سُہ چھُ مِمکن زِ مصیبتہٕ منٛز بچاوِ۔ اگر غار آسہِ سُہ گرٛزھِ ماہرِ یتھے نہٕ کانٛہہ مدد کرِنہٕ۔

(۳۰۵)

## پیٛچہ ہشدی کھری گرٛزھن پلوٗشنی۔

بچہ ہُنٛد کُہُر گوٚو اولاد لیُس مُرِتھ تۄ بوٚدس یا بچہ نٕکھس اژِ۔ گوٚو اولادن گژھِ زبیٹھ وُہُر آسُن۔

(۳۰۶)

# پوٚزمُت گوٚو گوٚزمُت۔

لیُس زیادٕ پوٚزمُت آسہِ لتس کانٛہہ کتھ مَنس بیہناوٕنۍ چھِ مُشکل۔ سُہ چھُ تورے دلیلہٕ دِوان یانے پوٚزمت چھُ گاٹُل آسان۔

(۳۰۷)

# پیٹ پرناوٕنۍ۔

کانٛسہِ خلاف کانٛسہ غلط مشورٕ دیُن۔

(۳۰۸)

# پآری زان ڈٕلنۍ۔

پرزناوُنک طاقت ختم گژھُن۔ بیٚیِس کانٛہہ بوڈ ھیٚنیو بنہِ تہٕ پرانِس دوستس پرزناوٕنہٕ نِشہ انکار کرِتھ وٕزِ چھ یہ کتھ یوان وننہٕ۔

( )

۳۰۹

# پیٚتٕہ کنٛز چینٛدٕ لاگُن۔

یہ چھُہ یوان رشوتھ خوٚرس مُتلق ونہنہٕ زِ سُہ چھُہ کوٚٹھس ثُنتہِ لس چینٛد لاگان یتہٕ لس نہٕ کٲنٛہہ بیٚنبہِ لوٗزنہٕ یا نے رُشوتس گژھ ژوٚرِ چینٛد آسُن۔ یہِ کٲم چھیٚنہٕ سنتہِ وانہٕ کرنہٕ یوان۔

۳۱۰

# پھچھہِ ہٕژِ کرناوِ گرٕبرِتھ آسُن۔

یہ چھُہ تمہِ وِزِ یوان ونہنہٕ ییٚلہِ گرس منٛز ساریٚے باژ بیمار تہٕ کمزور آسن۔ پھچھہٕ ہٕژ کرناو ہیکہِ کُنہِ وِزِ پھُٹِتھ۔ یتھے پٲٹھی یتھ گرس منٛز ساریٚے بیمار آسن سُہ ہیٚکہِ کُنہِ وِزِ تہِ ختم گژھِتھ۔

۳۱۱

# پیٚسہٕ چھا بوڑکنہٕ لیقیِن۔

پیٚسہٕس چھُنہٕ تیوٗت موٗل یوٗت تمس بیہہٕ کٲنٛسہٕ ہندِس یقینس چھُہ۔ پیٚسس چھُہ تیٚلہِ قدرٕ بیٚلہِ لوٗکھ لس بیہہٕ یقین آسن تھوان۔

(۳۱۲)

## پرتیھ وِتھ گژھنی ۔

اینبار ختم گژھن ۔ کمالِنہ پیٹھ لوکن یژھ پژھ ختم گژھنی ۔

(۳۱۳)

## بُھت پھُٹ سپدُن ۔

ٹکرٕ ٹکرٕ یا ہترِ ترِ سپدنی ۔ بیٛلہِ کاہنہٕ پلو بلکل ژھینہِ یا کالِنہ دِل بُھتہٕ ٹمہ وِزِ چھُ یوان یہ استعمال کرنہٕ ۔

(۳۱۴)

## پانس مُنزرُن نہٕ لُوکن گنزرُن ۔

پانِس چھ کم آمدنی یوسہ نہٕ اخراجاتن پوٗر چھِ کران تہٕ لوکھ چھ گنزران آسان زِ اَمِس کیا ژاہ آمدنی چھے ۔ بیاکھ ماننے چھُس زِ کالِنہ آسن کمزور شری تہٕ مول ماج آسہ پریشان ۔ مگر لُکھ آسن گنزران زِ اَمِس کیا تیا شُری چھِ ۔

(۳۱۵)

## پنُن ہُم ھاوان پانے وتھ ۔

بیٚلِہ کانہہ مُصیبتس منٛز گرِفتار چھُ گژھان تمِس پھُ تراوان پانے فِکرِ زامہِ
لِشہِ کینٛہہ پأٹھی مو کلہِ ۔

(۳۱۶)

## پشمینس چھِ نرمی ۔

یمِس قُدرتن سیٹھا اَمن لبُن آسہِ دِیتمُت تس چھُ مزاج نرم آسان ۔
یتھہِ پأٹھی مۄلُ پشمینہ چھُ نرم آسان ۔

(۳۱۷)

## پوژھ گوٚو وِچہِ واو ۔

پوژھ گوو یکہ وُن ہوا۔ اکہِ طرفہِ آو تہ بییہِ طرفہ ڈراو ۔

(۳۱۸)

## پنُن ڈوٚنب گوٚو شرینہِ لیوٚب

پنُن شُرییتھ آسہِ تیتھ آسہِ سُہ چھُ سیٹھا لوٗٹھ تہ میوٚٹھ باسان ۔

(٣١٩)

## پھرِ کون نہٕ دوگہِ لیو۔

بیندرس دِیہ پھیرِ تہٕ ییرِ کوٗن کرِ۔ دانیس دِیہ کینہہ دوگ تہٕ نو ملہ لیو کڈِ۔ گوٗو مطلب زِ مقصدٕچ کام دِیہ جل کرِتھ۔

(٣٢٠)

## ہِنُن ژرِٹہِ شراکہِ ہتی تہٕ پاٹہٕ ہتی واٹہٕ۔

لیُس ہِنُن ہمدرد آسہ سُہ اگر شراکہِ ہتی زخم تہٕ دِیہ مگر قیمتی ہینہ ہتی دِیہ بییہِ واٹھ۔ سُہ یژھِ نہٕ لوٗرِ پاٹھی مارُن یا تباہ کرُن۔

(٣٢١)

## پیس تارِنی۔

تاس گِندلس منز چھُ ہورمُت ٹیم پانے تاس پیپان یا باگراوان۔
دھوکہِ دِتھ بنِاکھ دور (ٹیم) پیناوُن گوو پیس تارِنی۔ کانُسہ اگر کانہہ دھوکہِ دِتھ پننہِ کام کرِنہِ وزِ چھِ یہ کتھ یوان ونہہ ۔ زِ پیس تارِنس۔

(٣٢٢)

## پھِکھ کھینۍ ۔

زہر کھیوٚن ۔ پھِکھ کھیاوُن گوو بیٚیاکھ زہر کھیاوُن ۔

(۲۲۳)

## پالس وُچھو آنہٕ سِتہٕ شُرِس وُچھو اُچھو سِتہٕ ۔

اگر پالس گھنہٕ لاگو تہٕ اُلس منٛز پیینہٕ وُچھُن زِ کوتاہ جان چھُ شوبان ۔
مگر اگر پینہٕ لِنس شُرِس سٕہ گھنہٕ لاگو تہٕ پڑھتھ وِزِ وُچھو اُچھو سِتہٕ تہٕ خوشی
کرو حاصِل ۔

(۲۲۴)

## پَرِ پھُٹنۍ ۔

پکھ پھُٹنہٕ گوو کمزور گژھُن ییٚلہِ کانٛہہ کمزور گژھِ تہٕ بییس پیٹھ حملہٕ
کرنُک طاقت یا پان بچاونُک طاقت روزِ نہٕ تییٚلہِ چھِ ونان زِ
امِس چھِ پرِ پھُٹیٚمتۍ ۔

(۲۲۵)

## پَرن پیٹھ نہٕ ہیوٚن ۔

گوو بینہٕ ہنن پکھن پیٹھ نہٕ کینٛہہ ہیوٚن مطلب پالنس پیٹھ نہٕ کانٛہہ ذمہٕ وآری ہینیٛ ۔

(۳۲۶)

## پآزارٕ پھلُن / پھُلنیٛ

کھورٕ بابنہٕ ژھینُن ۔ کُنہِ جایہ سیٹھاہ لڈٕ گژھی گُژھی کآم نہٕ نیرنہٕ وِزِ چھ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ ۔

(۳۲۷)

## پرٛانیو تارو ترُن ۔

وق بدلنک نہٕ کانٛہہ خیالے آسُن ۔ نہٕ پرانین خیالن پیٹھے پکُن ۔

(۳۲۸)

## پوٗر کینہِ سریہ کھسُن ۔

کانٛسہِ ہیٚدِ ینہٕ سیتی تیٚژھ خوشی گژھنیٛ یژھ مشرقہ کینیٛ اَفتاب کھسنہٕ سیتی گژھان چھےٚ ۔

(۳۲۹)

(۳۲۹)

## پھنگہٕ تُلُن ۔

ژھگڑٕ کھڑا کرُن ۔ فساد تُلُن ۔

(۳۳۰)

## پنٛنرِ ہشدی پوتٕ گرٛ ژھنی ۔

پنٛنرِ چھ پننی بچہٕ سٹھاہ ٹاٹھی آسان سو چھ اکس ایڑ سیتی تہٕ اکس کمبرس
پیٹھ تلِتھ اورٕ یور پھیران تہٕ کلین کھسان ۔ ییٚنلِہ تمہٕ بڈی گرٛژھان چھ
تم چھ تمس لش ژلان تہٕ بروٚنٹھ کُن پکھس تہٕ زاہنہٕ یوان ییٚنلِہ کانٛہ ماجہ
شری بڈی گرٛژھتھ ژلن تہٕ ترٛاوِتھ ژھنن لش مُتلق چھ یہِ کتھ یوان ونہنہٕ ۔

(۳۳۱)

## پنٛنہٕ گرِ یا ڈیرِ سیر گرٛژھُن ۔

پنٛنہٕ گرِ لوٚرٕ بجاہ سپدُن ۔ پنٛنہِ گرٕ سارے حاجتھ پوٚرٕ سپدنی ۔

(۳۳۲)

پہوزِ گوو ۔
بییلِہ کاہۍ اِنسان اچانک دادِ روسنۍ مرِتس مُتلق چھ یہ یوان ونہنہ ۔

(۳۳۳)

پاۍلشکی پاۍٹھۍ گلُن ۔
ترامُو پاۍلشۍ چھِنہ سہل سہل گلان ۔ برژونہ کالہٕ آسی ترامُو پاۍلشہ آسان ۔
یہ چھ تتھ چیزس مُتلق ونان یُس نہ جل جل ژھینِہ یا گلِہ ۔

(۳۳۴)

پاوِ مینٛنۍ ۔
وزِ وزِ اتھو سۍتی مینُن زِ شُرکو تاہ چھُ بوڈ گژھان ۔ اکھ اتھۍ گود
اکھ پاو ۔ مطلب چھُ زیادِ خانہٕ ماجر کرُن ۔

(۳۳۵)

پھٹُن جان تہ ہٹُن نہٕ ۔
یہ چھُ تمِس مُتلق یوان ونہنہ یُس کھینہٕ وِزِ ہیچھ بروہٕۍ وُچھنہٕ کینہہ ۔ یہ
شوبِنہ نہ زیوٛت کھینہٕ سۍتی ماکریم ایٹھ دود ۔

(۳۳۶)

## پانہٕ مور ژھنُن۔

گُنہِ چیزٕ خاطرٕ کاںٛشہ نیٚتھ زور کرُن زن نہٕ پان مارنس آمادٕ گژھِ اگر نہٕ سہ چیزٕ حاصل سپدِیس۔

(۳۳۷)

## پٔنٕنی نہٕ عقل نہٕ بیٚیِہ سُنٛد نہٕ بوزُن۔

پانس آسِس نہٕ بوز شوز زِ جان کیا گوو نہٕ ناکارٕ کیا گوو بیاکھ زن ہیچھ نادِ ہیٚس نہٕ بوزِ نہٕ کیٛنہہ۔

(۳۳۸)

## پاآزار وانُن۔

نفیحت کرٕنۍ۔ بے یزتھ کرُن۔

(۳۳۹)

## پاچہ کشان کرُن۔

پاچہِ گیٚیہ زنگہٕ نہٕ کشان گوو ملِتھ۔ گوو زنگہِ ملِتھ نمبر کرُن۔

۳۴۰

## پٔنِن کامین پٔنٕنۍ مزوٗرۍ ۔

جان کامین چھِ میٹھ مزوٗرۍ تہٕ خراب کامین چھُ خراب نتیٖجہٕ ۔

۳۴۱

## پٔنُن دوٚدٕ ژوٚڑ کٔنُن ۔

پننہٕ پنن شُرین ہٕنٛز ذِمہٕ وأرۍ نکھہٕ وألنۍ ۔

۳۴۲

## اُیژھی کھیوٚ کوٚکُر پننہٕ کھٔشون مرٕیکُ ۔

اُیژھی اوسُس بہٕ پننہٕ گرِ پننہٕ مرِیکُ کوٚکُر مأرِتھ کھیوٚومُت ۔ از آو میٖشون گرٕ تہٕ مےٚ تِہٕ کوٚڑ مرِ مٔنٛز کوٚکُر تہٕ کھیوٚوُم ۔ سُہ نے نتہٕ کھیاوِ ہیم تہٕ بہٕ کیا کھیاو ہان یتہٕ ۔ یُس کوٚکُر تمۍ میانہٕ خاطرِ مور نتہٕ مأژ تو زسُے کھیوٚن ینہٕ ۔

۳۴۳

## پانڈوٕ کار کرُن ۔

مہابھارتس منٛز چھُ پانڈون ہُنٛد ذِکر آمُت کرنہٕ ۔ تمۍ أسۍ پأنٛژھ بأے ۔

مأَلِس اوسکھ ناو پاٹھڈو تمہ کِنۍ آسی مِن باپن تہٕ پانڈو ونان ۔ تمی چھ سیٹھا طاقت ورأس مِتۍ ۔ ییٚلہِ کانٛہہ از کل تہٕ سو کأم کرِ یِتھ عام لوٗکن ہٕنٛدِ خوتہٕ زیادٕ طاقتُک ضوٗرُورتھ آسہِ تیٚلہِ چھ ونان زِ یہ چھُ پانڈو کار کرُن ۔

(۳۴۴)

## پٕراژو منٛز وسِتھ پیٚیوٗن ۔

آسہِ منٛز ؤسِتھ پیٚیوٗن ۔ کأنِسہ آسہِ کانٛہہ چیز پوٗرٕ پأٹھۍ قبضس منٛز کوٗرمُت ۔ اگر تمِس سُہ واپس ییٚنہِ ہیٚنہٕ گوٚو تمِس پیٚیو پٕراژو منٛز ؤسِتھ ۔

(۳۴۵)

## پیٚنہٕ پیٚنہٕ گرٛزھُن ۔

جِسمأنی طور سیٹھا کمزور گرٛزھُن ۔

(۳۴۶)

## پلس پیٹھ ہتھر کرُن ۔

پل چھِ ونان گوٗل ڈولہٕ کِنہٕ ۔ تتھ پیٹھ اگر پیشاب کرو سُہ چھُ ژراوان نراوانی

بوٗن وسان نہٕ وقت پھُس نہٕ کینہہ لگان ۔ یوسہٕ کاٗم سہٕٹھا جلد ییٚیہِ موکلاوُنہٕ تھہِ چھہ ونان زن پلس پیٹھ ہیتھ کرُن ۔

(۳۴۷)

## پنہٕ ہنٛز چھا پیغمبر ماٗنز منٛز ۔

کُنہِ گرس منٛز اُسِتن کاٗنہہ روحاٗنی طور سہٕٹھا نفز رس دٕ تمٕ تہٕ لوٗکھ اُسِتن تمِس پیٹھ سہٕٹھا یقین تھوان تہٕ یزتھ کران مگر ییٚلہِ نہٕ گرِکین باقیِن فکری گٔژھِہ تیٚلہِ چھہ یہ کتھ لوان ونہنہٕ ۔

(۳۴۸)

## پشس پینز ۔

سخت بے آرامی تہٕ پریشاٗنی سپدٕنی ۔

(۳۴۹)

## پھُری پھاہ دیُن ۔

مانِچہ ہنٛد شُرِیس سپنس ہتی رٹُھتھ تیتھ پاٹھی وٕشنِر واتناوُن بیتھ پاٹھی جانوَر بچن پھاہ دِوان چھہ ۔

(۳۵۰)

پننِس کھار نکھ وسنے :-
پننِس ذِمہ داری پانہٕ پوٗرٕ کرٕنۍ ۔

(۳۵۱)

پٲلشہٕ گوٚو اتھک مل :-
ییٚتھ پاٹھۍ اتھس چھُ گرِ گرِ ماف کرِتھ مل سمان تھٕوان پاٹھۍ چھُ پٲلشہٕ خرچاوِتھ بییہِ عامل سپدان ۔

# ت

(۳۵۲)

## نیٚلہِ توش بیٚلہِ نوش گرٕ واتہِ ۔

تیٚلہِ چھِ بیٚز نوشی بیٚلہِ دہار ییتھ گرٕ وارٕ پاٹھی واتہِ ۔ بیٚلہِ کٲم پورٕ پیدٕ تیٚلی گژھِ نوش سپدن ۔

(۳۵۳)

## توٚت گوٚو موٚت ۔

بیٚلہِ کاہنہ کرٕ وُد گھسِتھ گرم گژھِ تیٚلہِ چھِ تس عقل راوان زن تہٕ چھُ پاگل گژھان۔

(۳۵۴)

## تراہونس پھشہِ گلبس نہ تہ کھشہِ ژھبنس نہٕ۔

نس چھ ڈیاپان یزہٕ چ لِنثاٹی چھہ۔بے شرمس زن تہ چھہ نس تراہو آسان۔ ترام پھٹہٕ پھش دِہٕ سیتی گلان نہ نہٕ شراکہٕ پچہِ سیتی ژھیشان۔ بے شرمس چھٹہٕ نصیحتہٕ سیتی یا بے یزتی سیتی کینہہ تہِ اثر گژھان۔

(۳۵۵)

## نژکس کتھا مُڈس لورِ ہتھا

گاٹل پکہِ اکہِ کتھہِ سیتی ہزرونہِ پیٹھ۔ بے عقلس لاے تہ ہتہِ لیڈِ تُمس گژھِ نہ کینہہ اثر۔

(۳۵۶)

## تاپہ سیتی داڑ چھٔتراوٕنۍ۔

دُمبرِ بڈٕنہٕ سیتی چھ تجربہ تہِ بڈان۔عقل تہِ ہران نہٕ مس تہِ چھتان۔یمس بُڈِ ہتہ تہِ عقل آسہ نہٕ اُمہِ نس متعلق چھ ونان زِ اُمی چھ صرف تاپس منز روزتھ داڑ سفید کٔرمٕژ۔

(۳۵۷)

## تُلہ کٕتری امارٕ ہتھ آسنۍ۔

تُلہ کٕترِس ہیٚیہٕ تایہٕ رٔژھ تہٕ گلہٕ۔ اگر امیہ کے مکانا بناوو۔ تُمہٕ کٕتس کالس درِ تایچھ ہیٚیہٕ تہٕ تمہ ہیٚیہٕ ڈُسِتھ۔ لیٚسُ کاہٕژ چیٖز کمزور تہٕ ناپایدار آسہ تتھ چھُ تلہ کٕتری امارٕ ہتھ وَنان۔

(۳۵۸)

## تیوت کتہٕ چھُ تکیس قد۔

اگر بوڈ تکیہٕ آسہ تہٕ آرام سان چھُ اِنسان ہنیکان تتھ کُن ڈوکھ دِتھ۔ لوکٹ تکیہٕ چھُ فضوٗل مطلب چھُ ڈوکھ گژھِ مطبوط آسن یا نے سہارٕ گژھِ قابلِ ایتبار آسُن۔

(۳۵۹)

## تالہِ لوٗن ژٔٹُن۔

کلس پیٚٹھ لوٗن ژٔٹُن۔ بیاکھ کمزور کرِتھ تہٕ تمِس پیٚٹھ وِزِ بے یزتی کرِتھ کام ہیٚنۍ۔

(۳۶۰)

## تالِہ لس کھارٕ ۔

کاہنہٕ کتھ خوش نہٕ ییتھ بنکھ ناراض آسنک احساس دیُن ۔

۳۶۱

## تال وزٕنۍ ۔

کانٛسہٕ ہنٛدِ کُنہِ ناکارٕ کامہِ کنۍ سخت دُکھی سپدُن ۔

۳۶۲

## تالِہ ٹوٗنگ کھارُن ۔

کلس زن نہٕ ییتھ ٹاس لایُن یمہِ سیتۍ تتھ کُنہِ جایہ ورم کھسِہ ۔ کانٛسہٕ ہنٛدِ خراب سلوکہٕ کنۍ زن نہٕ کلس ٹوٗنگ کھسُن ۔

۳۶۳

## تاہ کرتم نہٕ شاہ بنکھ ۔ توہ کرتم تہٕ گوہ بنکھ ۔

اگر بلوین تاہ گرِتھ پیشرِتھ نہ رٹتھ راوِنہٕ ، اِنسان ہنر شوٗبہ دار یا ٹھی شاہ ہیو ۔ اگر بلو لیتھوِتھ ین تراوِنہٕ تہٕ اِنسان ہنرِ بے شوٗب یا ٹھی نہٕ منٛدچھن منٛدچھن قبر ۔

(۳۶۴)

## تۄملس منٛز کنہٕ آسُن ۔

کنہٕ چھُ تۄملس منٛز سیٹھاہ کم آسان ۔ ییٚلہِ کانٛہہ فرقہٕ آبادی منٛز سیٹھا کم آسہِ تیٚلہ چھِ بوان یہ کتھ ونہنہٕ ۔ مطلب گوو سیٹھا کم تیداد س منٛز آسُن ۔

(۳۶۵)

## تۄل بار کرُن ۔

خراب گرٕہرین ہنٛدِ اثرٕ نِشہِ بچاوٕ خاطرٕ آسی بروہنہٕ کالہِ کانٛہہ یوان تۄملس ، گنٛکس بتیٚرِ انابہِ سیتی تۄلہٕ نہٕ تہٕ سہٕ اناج اوس بیٚنہٕ یوان خاراتھ کرنہٕ ۔

(۳۶۶)

## تابس چھُ لاب

صبر کرنہٕ سیتی چھُ سیٹھا جان فائیدٕ میلان ۔

(۳۶۷)

## تھوکن اتھہٕ دارُن ۔

کاٗلِثہٕ ہِشِز جاٗیز ناجاٗیز کہنہ نہٕ لو تہٕ بڑٕ وُنن خوشی سان ژالُن گو وُنمہٕ ہِشِزن ٹھوکن اتھہٕ دارُن

۳۶۸

# توٗت کھینہٕ چھُ گیگ وزان۔

ییتھہٕ پاٗٹھی توٗت چیز کھینہٕ ستی چھُ ہوٗٹ وزان تیتھے پاٗٹھی کُنہٕ کامہِ منز جلدی کرنہٕ ستی چھُ نوقصان واتان۔

۳۶۹

# تاوِ بیٹھ گرُن گژھُن۔

آبہٕ منز بیٚیلہِ گاٗڈ یا گرُن کرول تہٕ سہٕ چھُ ژھرپٹہٕ ژھرٹ کران نہٕ بیتہٕ بیٚیلہِ تُتھ تاوِ بیٹھ ژاوون نہٕ کو سہٕ ژھرپٹہٕ ژھرٹ کرِ۔ بیٚیلہِ کانہہ اِنسان عامہِ کھوتہٕ زیادٕ پریشان گژھِتھ تڑپان آسہٕ تیٚیلہِ چھُ تمس متعلق یہ کہنہ لوان ونہٕ۔

۳۷۰

ہٕصٕنۍ مٕنٛصٕنۍ ۔
خوشامد کرٕن ۔ اَیزی تاریف کرٕنۍ ۔

(۳۷۱)

## تَج نہٕ پان گوٗل ہیتھ روزُن

ییٚلہِ اَسس مَنٛز پوٗنی آسہِ یا دنٛدن تَج اَسہِ کاہ ہٕ کران تَس چھِ کینہہ کرٕنۍ مُشکل ۔ مطلب گوٗو ژھوپہ کرِتھ روزُن ۔ تہٕ بِلکُل کینہہ نہٕ کرٕنۍ ۔

(۳۷۲)

## تیٚلہِ ٹلیٚنُن لگُن ۔

ییٚتھ یا ٹھٕٹی تیٚلس مَنٛز ٹلیٚنُن دِنہٕ سیٚتی کاہ ہٕ چیز دزان چھُ زن تہٕ ٹھٕٹے یا ٹھٕٹی دوٚکھ سیٚتی کانٛسہِ ہُنٛد دِل دزُن ۔

(۳۷۳)

## تلہٕ تلہٕ باہ باہ پل نیرُن ۔

گوٚڑٕ گوٚڑٕ چھُ کاہ ہٕ شریف نہٕ با اِخلاق لوان بوزنہٕ ییتہٕ ییٚلہِ سُہ پٔنٛنۍ

بر ذات اصلیت ھاوان چھُ نہٕ تیٚیلہِ چھُ تٔس مُتلق یہ کیٚنہہ ہوان وٕنہٕ ۔

(۳۷۴)

## توٚہ ٹھگ نہٕ مینگن ٹھگ آسنہٕ ۔

ژٕ ٹھگ سمکھییہِ وتہِ ۔ دوشوٕنی اوس اکھ اکھ ٹھیٚلہ پانس سیتی ۔ اکِس سرایہِ منٛز شوٕنگی دوشوے ۔ تمۍ اوس باسان زِ دوییمِس چھ ٹھیٚلس منٛز دِیار ۔ راتھ کیٚت ژُلی تِم اکھ اکَس شُد ٹھیٚلہ ژورِ ہیتھ ۔ گرٕ واتِتھ ووٚچھکھ نہٕ اکِس منٛز دراو لوٚہ تہٕ بیٚییِس منٛز دراو کیٚنہہ مہنگن ۔ مطلب چھُ ہوٕے چالاکھ نہٕ دوکھ باز آسنی ۔

(۳۷۵)

## ترٛنگہٕ ژٹُن یا کسابہٕ والُن ۔

پٔرانہِ بٹنہِ آسہٕ ترٛنگہٕ تہٕ ملمانہِ کسابہٕ کلس پیٚٹھ لاگان یتھ پاٹھی مردن اوس دستار یٚزت ہوان مانہنہٕ ۔ تیتھے پاٹھی اوس ترٛنگہٕ تہٕ کسابہٕ زنانہِ ہُنٛد یٚزت ہوان مانہنہٕ ۔ ترٛنگہٕ کسابہٕ والُن گوو مطلب یٚزت والُن یا بے یٚزتی کرٕنی ۔

(۳۷۶)

## ژرکس تہٕ دوٗژھ ووٚتھُن گژھ -

ترکھ گوو پرآنز ساڑھ پأنژھ سیر تہٕ دوٗژھ گیہ اکھ موٚہُر ۔ ترکھ اُسن رنُن یا اکھ موٚہُر اُسی تن رٔنِنی کالِنہ چھُ ووٚتھُن ۔ دالنس بیوُن ۔ بانہٕ لاگُن تہٕ ادِ رنُن ۔ گوو کام لوٚکٕٹ اُسن یا بُڈ کرنہٕ سیتی چھ لوان کرنہٕ ۔

۳۷۷

## ھوکہِ بیٖہٕ رٔکن گژھنی -

ھوکھ چھُ اکھ راژھ آسان ۔ امہ بیٖہٕ رٔکن گژھنی چھ ناممکن ۔ بیٖدِ کالِنہ سِٹھا موٗلی کتھ بیٖہٕ زوال ییٖنِہ تینِلہ چھُ لَس مُتلق یہ لوان وَنہٕنہٕ ۔ اُمِس گیہ ھوکہ بیٖہٕ رٔکن ۔

۳۷۸

## ترین تہٕ ژرواھن گژھُن -

کانہہٕ کتھ مِکرِ تہٕ تُریتھ پرلِشیان گژھُن ، سوٚنچان روزُن زِ یہ چھا ژرے کنہٕ ژروولہ مطلب کانہہٕ امہ وتھہ تہٕ ییہ ۔

۳۷۹

## نوسمہٕ گڑھنی۔

ٹُکرٕ ٹُکرٕ گڑھنی۔ بیٚیلہٕ کاٚژنہٕ کاہنہٕ سخ لایہ مار پیٹ کرِ تیٚیلہٕ چھِہ وناں زِ تمِس کرِی ژمی توسمہٕ۔

(۳۸۰)

## تیٚیلہٕ کہٕ زٕ ڈارٕ بیٚیہٕ بینہٕ ووہ تارٕ۔

زٕ ڈار چھُ کُس تام اُوسمت بیمہٕ سنٛدوق سہٹا خوشی تہٕ ارامک آسِہ ہے۔ بیٚیلہِ کاہنہٕ سختی ہنٛدِ وقتہٕ جان وقتیچ خاہشِ چھُ کران یا بجرس منٛز جوانی ہنٛز کتھ چھُ پھران۔ تمہٕ وِزِ چھِہ یہ کتھ لیوان ونہٕنہٕ۔

(۳۸۱)

## تدبیر کران بنہٕ تقدیر کران غنٛدٕ۔

اِنسان چھُ سوچان زِ یتھ یاٛ ٹھ کرِ ہُتھ یاٛ ٹھ کرِ تہٕ قسمتھ چھُس اسان زِ یہ کیا چھُ سوچان یہ کُس چھُ کرن وول؟ کرن وول چھُ تقدیر یمیچ نہٕ اِنسانس کاہنہٕ خبر چھِہ۔

(۳۸۲)

## تال زالُن -

سٮ۪ٹھاھس کالس کانٛہہ کٲنٛسہ ہنٛدیو ناکارِ کرتوٕلو سٮ۪تؠ ییٚلہِ پرٛیشان گژھِ تہٕ سُہ چھُ ونان زِ تال زاجٕتم یانے دیماغ کوٚرُن سٮ۪ٹھا پریشان -

(۳۸۳)

## تال دگُن -

کٲنٛسہ بے یزتی کرِنی یا فضیحت کرِنی - مار دیُن یا لایُن -

(۳۸۴)

## تُلرِ آلِس کُن وِنُن -

تُلرِ ٲلِس اگر کُنہ لایو تورِ نیرن تُلرِ تہٕ بچھن - خطرناک جماژ سٮ۪تؠ جھگرٕ کرُن گو و تُلرِ آلِس کُن وِنُن تہٕ پنُن پان مصیبتس منٛز پھساوُن -

(۳۸۵)

## تلہٕ پٮ۪تؠ گھہ اینُن -

ییٚلہِ کُنہ جایہ کانٛہہ کٲم حاصل کرنہٕ خاطرٕ سٮ۪ٹھاہ لٹہِ پیٚیہِ گژھُن تیٚلہِ چھُ لوان ونہنہٕ زِ تلہٕ پٮ۪تؠ آیم گھہ -

(۳۸۶)

## تراس کھیون ۔

دِلس منز خوف پاد گژھُن ۔

(۳۸۷)

## تلہٕ گژھِ ژوک آسُن ۔

بُنیاد گژھِ ڈُر آسنی ۔ رِتہٕ خاندانک یا آسن وٲلی سُند گژھِ آسُن ۔

(۳۸۸)

## ٹھوکہٕ ژھننی ۔

نفرت کرٕنی ۔ کاٚنسہِ بے یزتی کرٕنی ۔

(۳۸۹)

## ٹھلِہ ٹھلِہ وُچھُن ۔

کاٚنسہِ کُن لگاتار لولہٕ سان وُچھُن ۔

(۳۹۰)

# ٹُنڈِ جِن لگُن

کشیرِ کُس تام راز اوسُمت تمہِ ہنٛدِس عہدس منٛز دیان تو ندجا ناو چھُ یِوان وُچھنہٕ - ذراغ نہٕ سالاب ہیو مُصیبت لگاتار آمتی ییمہِ کِنہٕ سُہ چھُ پرٛتھ وِزِ نار - بییہٕ پرٛتھ وِزِ کنڈ ہیتھ رۄزِتھ مُشکلاتن ہُنٛد حل اوس تلاش کران - ییلِہ کاٚنسہ پرٛتھ طرفہٕ مُشکلات ییتھی تمن ہُنٛد حل چھُ ییوان پریشانی سان ژھانڈُن تمہِ وِزِ چھِ ونان زِ سُہ چھُ ٹُنڈِ جِن لوٗگمُت -

(۳۹۱)

# تھر کھارُن -

یوٚشہِ تھرِ یا گنٛڈی تھر ہِنٛدی پاٹھی کھارُن - کاٚنسہِ ہنٛزِ موٗلی کتھِ لنگ لنجہٕ کڑتھ سیٹھا ز ییتھ راوٕنی ییتھ زن سُہ الزام ہیو یاسہ -

(۳۹۲)

# توٚنتہِ منٛز ییتھ گرٛھُن -

کُنہِ جایہ کتھ بوزِتھ جلد بییس جایہ گرٛھتھ ونُن -



(۳۹۳)

## توس تُلنُ بیٚیس ۔

پیٚنہٕ ژٕنٛو غلط کامہٕ سیتی بیا کَھ سیٹھا پریشان کرُن ۔

(۳۹۴)

## نُٕشر تاو آسنۍ ۔

موسِم سخ گرٕم آسُن ۔ یٔژھِ زٕن تتے مٕشر تاو آسان چھےٚ ۔

(۳۹۵)

## لوٚہ کنہِ توٚمُل زالُن ۔

توٚمُل ژٕنیٚنہٕ باپتھ پھُر دالٕس یوان لوٚہ زالنہٕ ۔ تمیُک مطلب گوو زِ یٕمہٕ لیُس لوٚہ بدلہٕ توٚمُل زالِہ کوتاہ بےپروانہٕ فضول خرچ چھُ ۔ یا حسٕد کرِ نارٕ دٔزُن وول زالِہ بییِہ ہنٛدِ گرٕ لوٚہ کنہِ توٚمُل ۔

(۳۹۶)

## تیٚپلہ وآلٕۍ دانٛد گژھُن ۔

تیلہ وٲنۍ دانٛد چھُ تیلہِ والنس اُنٛدۍ اُنٛدۍ ٹیکِتھ ہتہٕ بٔڈۍ میل کرِٲن مگر تۄتہٕ چھُنہٕ کُنہِ واتان تہِتھۍ جایہِ چھُ آسان۔ یِس سیٹھا میہنتھ کرِتھ تہٕ کیٛنٛہہ حاصل چھُنہٕ سپدان سۄ چھُ وَنان زِ تیلہِ وٲنۍ دانٛد گوم۔

(۳۹۷)

## ژرِہہ گۄسہہ ژٕٹہٕ جی پتیجی شیٹھ گوبریٹھ۔

ژرِہہِ وٕہرِس تام چھُ اِنسانس اِہہہ شُلہ ہیو طاقتھ تہٕ ہیمتھ آسان۔ ژٕٹہٕ جی وٕہرِس چھِ سارے پتیجِہ ہٕنٛدۍ پٲٹھۍ لتہٕ موٗنٛڈ کران۔ شیٹھ وٕہرِس چھِ دِیان زِ عقلے چھُس نہٕ روزان۔ یہ آسی بروہہٕ ونان ییٚلہِ اوسط عُمر سیٹھا کم آس۔

(۳۹۸)

## تھیل ہوٗس کرُن۔

کانٛہہ چیٖز زٕن ہستین ہنٛدۍ پٲٹھۍ تھپہِ نیُن۔

(۳۹۹)

## تلہ پِتِس کشُن یُن ۔

یہ گوو سفرس ییٚریٖخ نٲہِش پٲدٕ گژھنی ۔ ییٚلہِ کانٛسہ بروٛنہہ کالہِ تلہ پِتِس کشُن ییٚنہِ ہے سُہ اوس وناں زِ قو درہتھ چھُم وناں سفرچ تیاری کر ۔

(۱۴۰۰)

## ژُتہٕ وٲلی کرٕنی ۔

دِلس زٕدی کرٕنی ۔ بار بار کانٛسہ دوٕکھ دیُن ۔

(۱۴۰۱)

## تیشِل آسِتھ پیٚشے ماں گژھن ۔

تیشِل گوو لیُس پَنُن یزتھ لوٗکن منٛز تھوٗن چھُ یژھان ۔ یُمہِ وِزِ تمِس کُنہِ وجہ کِنہٕ شرمندگی گژھِ تمہِ وِزِ چھُ سُہ یہ کتھ وناں

(۱۴۰۲)

## تھرٕ وٲری لوٗنہٕ یُن ۔

گاسہٕ یا دانہِ لوٗنہٕ وِزِ چھُ تھتھ تھ کُن کرُن تہٕ اد ییٚنہِ لوٗنہٕ ۔ ییٚلہِ تھر کرو تمتھ کُن تہٕ تیٚلہِ کیا لوُنو ۔ ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ کھاہس منٛزٕ سِتھ جان پٲٹھی کام کرِ تس متعلق چھُ یہ لوان ونہٕ نہٕ ۔

# ٹ

(۴۰۳)

لوٗنگری دلبس تل پھہ ساسہ بٔڑی شیطان آسان ۔

بنٛسیلہ کُنہِ جایہ مکانس کیٛت گِژھن کھنو یا بنجر زمینہِ دانٛد والو تہٕ ہمتھ ہمسایہ پھٕہ دوہقان ایتراز کرنہِ ۔

(۴۰۴)

ٹاکارٕ پاٹھی بوزنہٕ یُن ۔

صاف صاف بوزنہٕ یُن ۔

(۴۰۵)

ٹاکین واہراوِنہٕ یُن ۔

سیٹھا کامہٕ بڑونٹھ کِنہٕ آسُنہٕ تہٕ اَکھ وَتھ نہٕ ہیٚنٛز زِ کیا کرٕ تہٕ کیا نہٕ کرٕ ۔

(۱۰۶)

ٹرٹر کرُن ۔

زیادٕ بکواس کرُن ۔ بے مانے کتھ کرنہِ ۔

(۱۰۷)

ٹاس کڑٕنۍ ۔

کانٛہہ کھیٚنہٕ چیز مزدار بٲسِتھ ٹھٮ۪نکی تارٕیف کرٕنۍ ۔ گویا زیٚوِ سیتۍ ٹاس کڑنۍ ۔

(۱۰۸)

ٹال لاگٕنۍ ۔

اکھ اَکِس پیٹھ چیز ہیٚناوٕنۍ ۔

(۱۰۹)

ٹپہٕ ٹپہٕ وسُن۔

رُت پش نہٕ آسنہٕ کِنی نَمہٕ مٔنزی روٗد وسُن۔

(۱۵۱۰)

ٹانٹھ کھارٕنی۔

کانٛہہ کتھ بِلاوجہ زیٹھراوٕنی۔

(۱۵۱۱)

لوٗرہٕ گرٛزھنی۔

ٹکرٕ ٹکرٕ گرٛزھنی۔ اگر کانٛسہ سبٹھا مار بیٚنیہِ لس مُتلق نہٕ چھُ یہ ییوان وَننہٕ۔

(۱۵۱۲)

ٹٹوارس مٔنز کرُن:۔

کانٛہہ کام ہیٚتِس سیٚ وقتس مٔنز کرٕنی۔ ییٚتِس کالس اَچھ ٹٹہٕ وار کرِ۔ یانے سیٹھا جلدٕ کام سر انجام دِنی۔

(۴۱۳)

ٹاٹہٕ ژٹھنۍ :-

کاُنشہِ مذاق کرُن - ہزل کرُن -

(۴۱۴)

ٹاوٹاو کرُن :-

کاہنٛہ کتھ پٔرِتھ اکِس وٕنِنۍ -

(۴۱۵)

ٹاپہٕ ناوُن :-

کاُنشہِ لایُن نہ ماردیُن -

(۴۱۶)

ٹانٹہٕ راے کرناوُن :-

آہ و زاری کرناوُن - ودِ ناوُن -

(۴۱۷)

## ٹنگہٕ برکرٕن :-

بروٕنٕہ اوس قبفہٕ بدلہٕ دروازس ٹنگ یوان لاگنہٕ۔ دروازس آس اکِس انڈس پیٹھ ہیپر بوٗنہٕ یِہے کُنِھ ہٕشِی یوان کرٕنہٕ یوسہٕ دروازٕ داتہٕ کِس گُڈِس منٛز آس روزان ییلہٕ کانٛہہ سُہ اَٹُھ ہٕنٛد گرٕ بار بار ییٚیہٕ نہٕ تیلہٕ چھ وَنان زٕ ٹنگہٕ برکرٕن۔ یأنے تیٚژِ لٹہٕ مٔژرو وُن برزِ امیک ٹنگ آو نیبر نیرِتھ۔

(۱۸م)

## لوٗک ہیتھ نیرُن :-

لوٗک اوس بروٕنٕہ کالہٕ کترِو بلیٹ ہیو آسان لوٗکہ ہیتھ نیرُن گو بیچھِ نہٕ نیرُن۔ لوٗکن لوٗک ناوِتھ دِپُن زِ ییتھ منٛز ژٕرآوی توٗ کینژھا۔

(۱۹م)

## ہٹان دِیتھ پھٹُن :-

وُٹھ وٕتھ خاموٗشی اختیار کرٕز۔ اَنٛدرِم کتھ نہٕ باونہٕ کِنٛز زن نہٕ پھٹِنس یِیُن۔

(۲۰م)

## لۆر پیٖنوٚن :-

کُنہِ چیٖزس پیٹھ نظر پیِنہٕ تہٕ سہٕ حاصل کرنچ خاہش پیدٕ گژھٕنۍ۔

(۴۲۱)

## ٹارِ کھسُن :-

کاہنہٕ چیٖز وُچھِتھ جان باسُن تہٕ پسندیُن۔

(۴۲۲)

## ٹینگرِس پیٹھ نہٕ ٹیوٗنڈٕ تھوُن :-

کامہٕ کران اوٚر یوٗر پکان روزُن تہٕ تھکھ نہٕ کرُن۔

(۴۲۳)

## لۆبھ دِنہٕ دیارٕ کیا اَدٕنگ یارٕ کیا :-

اَدنہٕ کٔرِس یارس بروٚنہہ کِنہِ چھِنہٕ دِنہٕ دیارن کاہنہٕ تہٕ موٚل۔ یارس آرام دِنہٕ خاطرٕ گژھِ اگر سوٗرے دِنہٕ خرچ تہٕ کاہنہٕ غم چھُنہٕ۔

( )

(۱۲۴)

**ٹاسہ راے کرٕنۍ :-**

کٲنٛسہِ لاین، مار پیٹھ کرُن۔

(۱۲۵)

**ٹینٛڈۍ کھاو آسُن :-**

اُونگجہٕ ٹینٛڈ پن سخت دود آسُن یمہِ ستہِ ٹینٛڈۍ گلن۔ بیٚیلہِ کٲنٛسہِ دسخط خراب آسہِ تمس پتھ وناں زن پھُس ٹینٛڈۍ کھاو۔ مطلب ٹینٛڈۍ پھِس نہٕ کراں ٹھیک کٲم۔

(۱۲۶)

**ٹرباز آسُن :-**

کٲنٛسہِ اِلنسانس پتھ اپزٕ تہٕ بے بُنیاد کتھہِ وننک عادت آسان تمِس پتھ ٹرباز وناں۔

(۱۲۷)

**ٹیٚوٹھ مودُر ژالُن :-**

جان ناکارٕ سوٗتے برداشت کرُن۔

(۴۲۸)

ٹانگہٕ دِنۍ :-
ٹانگہٕ چھُ خریا گُر دِوان ۔ گوٚو بٔتہٕ کرٕکہٕ دِنۍ ییٚمن نہٕ کانٛہہ مطلب آسہِ ۔

(۴۲۹)

ٹِکہٕ تارس دیارن گِنٛدُن :-
کیٚترٕ کھنٛجہِ چھِ پأرِنس پیٹھ یتھٕ پأٹھۍ یوان زورٕ چلاونہٕ یتھ تِم پانٕہ پیٹھۍ ترٕتھ
پانہٕ وویمِس بٔٹھس واتن یا پأرِنس منٛزٕ پھٹن ۔ یینٛلہِ موٗمولی شوقہٕ خأطرٕ کانٛہہ
پیٚٹھ پأرِنٛس خایہٕ کرٕ تیلہِ چھِ یہ کتھ یوان لُس مُتلق ونٛہنٕہ ۔



ٹیٚٹھہٕ میٹھہٕ کرُن :-
موٗدرٕ تہٕ ٹیٚچھ کتھ وٛنتھ کانٛہہ کٔنہٕ کتھ پیٹھ آماد کرُن ۔

# ج

(۴۳۰)

## جوانس کیا کرِ ڈرِٹھہ پأنشرگھ :-

جوانس چھُ پننہِ لِنس طاقتس پیٹھ بروسہ آسان ۔ خراب ستاہ چھینہٖ تِمس ہیکان رُکأوٹھ پأدِ کرِتھ ۔

(۴۳۱)

## جان جہانس ناکارہ پانس :-

اگر کاہنہٖ جان آسہِ سُہ ہیکہِ دُنیاہس فأیدہ وانہٖ نأوِتھ ۔ اگر ناکارہ آسہ تمیک شُمرِ چھُس پانس تُلُن ۔

( )

(۱۳۲)

## جُمہ نیایکینز شاہی کرٕنۍ :-

جمال نیایکُ عُرف جُمہ نیایک چھُ کشیر منزٕ کُس تام اوسمُت سُہ اوس کینہہ کینہہ وِنان یہ گیہ شاہی نوٹ زاٗلِتھ کرٕن چلِہ کیٗت تنگٕل دٕوین یہ گیہ شاہی۔ بیٚیلِہ کانہہ سونچنہٕ سمجنہٕ ورأے فضول خرچ کرِتھ چھُ وِنان زِ جُمہ نیایکینز شاہی چھُ کران۔

(۱۳۳)

## جانہٕ منس پیہھٕ پٕرٕن :-

کُنہِ ناجایز کِتھ پیہھٕ سخ جیرٕن۔

(۱۳۴)

## جان وٕنہِ دِین :-

پنزنہٕ پیہھٕ کانہہ چیز کھیوٚن۔

(۱۳۵)

جامن چاکھ دِین :-
سیٹھا جیر بیٹھی پیٹھی پلو ژٹنی -

(۱۳۶)

جندن پیوند کرُن :-
ژھینہِ میتین زیچن مرمت کرٕنۍ - بگڑے میتیں حالاتن بیٚیہِ درست کرنچ کوشِش کرٕنۍ -

(۱۳۷)

جوان پکن رتہٕ ستی بُڈ پکن بتہٕ ستی :-
جوانس چھِ جوانی ، طاقت تہٕ تازٕ خون ییمہِ ستی چھُ سُہ وتھان بیہان نہ کأم کران چھُ - بُڈس گرٕٹھِ کھینُک زور آسن تہٕ اد ہیکہِ سُہ وُتھِتھ بِہتھ - تہِ کیاز تمِس چھُ وونی جسمُک طاقت آسان ژھوکیومُت -

(۱۳۸)

جستہٕ خأز کرُن :-
سخت میحنتھ تہٕ کوشِش کرٕنۍ -

۴۳۹

## جال ساز آسُن :-

سُہ اِنسان یُس بیین پھساوِنہٕ خاطرٕ زال آسہِ وونان یانے سازِشہ گرِتھ بیین آسہ یزا وانہٕ ناوان ۔

۴۴۰

## جمابھ گیہ کرامات :-

جمابھ اتھ واس کرِتھ ہیکہِ ناممکن کامہِ ممکن بناوِتھ ۔

۴۴۱

## جود گارس جود گرس :-

یُس بیین جود نہٕ سہر کرِتھ تکلیف آسہِ پژھان دُین نِمس چھُ پانٕنی پانس تکلیف واتان ۔

۴۴۲

## جایہ پھیرُ کرُن :-

کُنہِ وقتہِ خاطرٕ اکہ جایہ پیٹھٕ بیین جایہ کینٛژٕ کالہ خاطرٕ گژھُن ۔

(۴۴۳)

## جایہ واو پیٚون :-

کٲشِرۍ ہُنٛد مکانہٕ نارٕ یا سیلابہٕ سیٖتۍ تباہ گژھتھ روزنٕچ جاے نہٕ روزٕنۍ۔

(۴۴۴)

## جہلِی بُٹن ژٕلہٕ لوٚو پوتٕل :-

یُس پرٕیتھ وِزِ کرٛوٗد کرُن اِنسان آسہِ تِمُس لِنٛشہِ چھِ کٔنہٕ پوتلی تام دوٗر ژلان۔ چونکہِ بٹہٕ چھُ پوتلین پوٗزا کران تِمہِ کِنۍ چھُ بٹہٕ آمُت اِستِمال کرنہٕ۔

(۴۴۵)

## پِھُمہٕ چھوٚ شُو چِرا کردم براے نفسِ دودوُ ؟

کامہٕ ہٕمٲشِہ نِش پنُن مطلب حاصل کرنہٕ باپتھ چھُ تیتھ بُتھ بناوان ییتھ دُچھتھ آر ییِہ۔ اتھ کہاوتس منٛز چھِ چرا، کردم، نہٕ براے، ژٔرے فارسی لفظ استمال آمٕتۍ کرنہٕ تکیاز فارسی زبانۍ ہُنٛد چھُ کاشِرِس پیٹھ سیٹھا اثر۔

(۴۴۶)

## چاآری ہانٛزِ لگُن :-

ییٚلہِ کانٛہہ پننہِ کم عقلہِ کِنۍ بے قصور آسِتھ تہِ کُنہِ جُرمس منٛز پھسِہ تیٚلہِ چھہ یہ کتھ یوان ونہنہٕ -

(۴۴۷)

## چھوبہ ہتھا دیُت ہے نہٕ مردا ڈراکھ :-

کانٛہہ آسِہ پننِہ بہوٗدُری تہٕ مردانگی تھیکان تہٕ پننہٕ مُقابلس منٛز بییہِ سیٹھا مار کھیتھ تہٕ ہارِتھ تمِس چھہ یہ کتھ یوان ونہنہٕ -

(۴۴۸)

## چینٛدس نہٕ ہار نہٕ بازرس کھل اُلی -

چینٛدس منٛز آسِہ نہٕ اکھ پأنٛسہ تہٕ نیٖرِ بازرس مختلِف چیٖز چھکاونہٕ - خواہ مخواہ کرِ بازرس کھل اُلی -

(۴۴۹)

## چھم چھھٹہ نہٕ پھٹے ماکانٛسِہ :-

کاُشہِ چھُ چھیٹہِ پلو ناَلِ۔ سُہ چھُ تیتھہٕ پاٹھۍ لوٗکن نِش تھٔیکان زَن نہٕ کاُشہِ اورٕ ہیتھ پلو چھُ وُچھمٕتۍ۔

(۱۵۰)

## چھلنہٕ نیرِ اکھنہٕ اژِ مل :-

پلو چھلنہٕ ستہِ نیرِ مل، واپس اژِ لس نہٕ کینٛہہ کاُشہِ واز نصیحت۔ لوٗزنہٕ ستہِ گژھس کینٛہہ جان اثر۔ نقصان گژھس نہٕ کینٛہہ۔

(۱۵۱)

## چھیلِ چھیلِ زیٖن زالُن :-

چاٖکھوتہٕ زیادٕ صفاٰیی ہُند بیلِہ کاہہٕ دیان نہٕ۔ تیلِہ چھِ یہ کتھ لوان ونہٕ زِ زیٖن تہِ چھُ چھلِتھ زالان۔

(۱۵۲)

## چھانس بیلِہ ہیمہِ پانس پیٹھ یکلہٕ کنہِ لاگِہ وستہٕ ھاکہٕ تُل :-

چھانس بیلِہ پٔننہِ چینٛدٕ خرچ کرِتھ مکانہٕ آسہ لدُن سُہ کرِ ستھا کِفایت سان

یکہٕ اَستعمال مطابق اِنسانس ییلہِ ہینہٕ چنٛدٕ خرچ پییہِ کرُن سُہ کرِ سیٹھاہ سوٗنچِ سوٗنچِ خرچ ۔

(۴۵۳)

## چھیٹھ کرِ بچلہِ فیٹہٕ فیٹہٕ ژلہِ :-

جان پلوٗ ژھینہٕ چھُ پرٛتھ کانٛہہ جایہِ جایہ ٹھیکہٕ ناوان ۔ ییلہِ سُہ پلوٗ ژھینس نہٕ ٹھیکہٕ ناوُن نہٕ موکلس ییٚلہِ کانٛسہ ہینہٕ عہدک یا دولتک نشہِ آسہِ سُہ چھُ تمِس یکدم وسان ییٚلہِ تمِس سُہ عہدٕ موکلہِ یا دولتھ روزِ نہٕ بس نہٕ ۔

(۴۵۴)

## چھیٹھ پھٹہٕ نٔوٛدار رٹھ :-

ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان سوٗنچنہٕ سمجھنہ ورٲی یکدم نٔوٛدایہِ شُدِ ناوا ہیتھ کانٛم پورٕ پرٛتھہِ کرِنٕ تیلہِ چھِ یہ کتھ لوان ونٕنہٕ ۔

(۴۵۵)

## چاٛنٹہِ چاٛنٹہِ وُچھُن :-

امیر چھُ ضیافت کھیوان نزیبس چھُسنہٕ کانٛہہ پرٛژھان سُہ بچور چھُ کھینہٕ داہ لسن

ہندین پچانٹین کُن وُچھان روزان -

(۴۵۶)

## چھاو یِتھ بتہٕ تہٕ داو بِتھ کتھ :-

ییلی بتس پوٗرٕ چھاو ییٚیہِ تہٕ تیٚیلِہ چھُ سُہ کھیوٚن لایق تہٕ مزدار گژھان - بیٚیلِہ مُناسِب وق بییہِ تیٚیلِہ اگر گراو کرو تہٕ تیٚیلِہ چھُ نتھ مُناسِب نتیجِہ نیران -

(۴۵۷)

## چیٹھ تہٕ پھرٕ ٹھ گژھُن :-

یکدم تیُتھ خوف اژُن یِمہِ ستہِ زوٗ ژلِہ نیرِتھ -

(۴۵۸)

## چھنِہ ھُنِو ناوِ وس :-

یس تہٕ پالنہٕ چندس آسِہ سُہ کیتہِ وسِہ ناوِ نہ ژھانٹرٕ ناوِ تار تہٕ آسن وول کتھ کارٕ بارس منز ہیکِہ ووٹھ لاگِتھ -

(۴۵۹)

## چنِدس نے پھُے ووھٹس نہٕ پھُے نا :-

اگر چنِدس مدد کرنہٕ باپتھ پاُٹنہِ پھُے نہٕ زٕلِو سٕتی تہٕ کرٕتس نسلے نہٕ ہمدردی ہُنٛد اظہار۔

(۱۶۰)

## پھوکن لوٗن ہیوٗن :-

زخمس پیٹھ اگر لوٗن ہینیہِ نہٕ سخت دگ چھ ووتھان یوسہٕ نہٕ بردا شِہ سپدان چھےٚ۔ کاٰنٛسہِ ہٕنٛزٕ کتھ ہُنٛد زخم آسہٕ برٛونٛٹھے کاُنٛسہِ دِلس لوٗگمُت تہٕ پتہٕ وٕنِس ہینیہِ کانٛہہٕ ٹیٖٹھ کتھ یوٗسہٕ تٕرالِس پھوکس دگ تُلِہ زن تہٕ لوٗن ترٛاوِتھ

(۱۶۱)

## چشم زخمہٕ نہٕ آدمی قہرِ لِنٛشہِ رٕچھِن :-

کاٰنٛشِر چھِ یہ بیٚنِن ٹاٹھِن آہی کران زِ چشم بد نہٕ اِنسانہٕ ہُنٛدِ قہرِ لِنٛشہِ گژھہ دے رٕچھِن۔

(۱۶۲)

چھرِ شٕرلبتہِ بیٚنُن بوٚجہ گبہِ لوٚن :-

چھر چھٕہ لوکٹ تہٕ لتس چھُ ووٚنی بُڈن - بوٚجہ گبہِ چھُ مرُن - بیقلن موٗر چھرِ تہٕ تمٕشٕرلبتہِ لدُن لوٚن بوٚجہ گبہِ کھیاوتہٕ باپتھ - مطلب بُڈس فایدٕ واتناوتہٕ باپتھ اکھ شُریا جوان قوربان کرُن -

(۴۶۳)

چانِس ھاکس چھا پاکھ دِنگُ ضوٚروٚرتھ :-

زٕیوسہٕ کاٚم کرِکھ تمتھ چھےٚ نہٕ کانٛہہ کمی روزان -



# ح

(۴۶۴)

## حرفس گواہ تہٕ مینڈِس شریک :-

اگر کانْہہ سانہِ مرضی خلاف اسہٕ سیتی سیتی روزِ - پننہٕ کتھ کرو نہٕ تھٔز روزِ گواہ - کیمو چیمو پالنس تہٕ سہٕ نہٕ پیینہٕ کھیاوُن چاوُن تیٚلہِ چھُ تس اِنسانس مُتلق یہ یوان ونُنہٕ -

(۴۶۵)

## حکیمس تہٕ حاکمس لِنش رُچھزِ ہم :-

ییلہِ کانْہہ بیمار پیینہِ تہٕ چھُس حکیم سُنٛد حاجتھ - ییٚلہِ کانْہہ ہزا دِیس

یا فسادٕ جھگڑٕ وۆتھِ نہٕ چھُس حاکمہٕ سُنٛد حاجتھ یہ چھِ لُکھ دُعا منگان زِ بیمارٕ نہٕ جھگڑٕ فسادوٕلنِشہِ رچھِ نہٕ آسہِ بھتہٕ نہٕ حکیمہٕ نہٕ حاکمہٕ سُنٛد حاجتھ پیٚیہِ۔

(۱۶۶)

## حال منٛنہٕ پرٛزٕنتس روٗیہ سے وچھنس :-

کانٛسہٕ بژراتر پرٛزٕنہٕ کھوٗتہٕ چھُ زیادٕ جان تمہ سُنٛدِ بتھ پیٹھے حال وُچھُن۔ تکیازِ بتھ وُچھتھے چھِ زنکرِ تران یہ چھا وارٕ ونہٕ کِنہٕ بیمار اُمس چھا کانٛہہٕ تنٛوشی کِنہٕ نکرِ۔

(۱۶۷)

## حف راتھ گژھنی :-

حف چھِ ونان موروس بیٚیلِہ کانٛہہٕ شامن مرِ سہ چھُ یوان دوپمہ دوہہ دفناونہٕ یا زالنہٕ راتس چھِ روزان لاش گرِ سے منٛز نٔنے گرِوالین یا رشتہٕ دارن چھُ پیوان راتس بیدار روزُن یہ راتھ چھِ تہندِ باپتھ بڑٕ مشکل راتھ آسان۔ بیٚیلِہ کانٛسہِ سپدٕ نکرِ منٛز راتس بیدار بیٚیہِ روزُن سہ چھُ دپان حف راتھ گیم۔

(٦٨ء)

## حیلہٕ گرس بہانہٕ بسیار :-

یس نہٕ کآم کرنس غرض آسہِ سُہ چھُ سیٹھاہ ہِنٛد نہٕ بہانہٕ ہیوان -

(٦٩ء)

## حفس کفن کھیوٚن :-

اگر کانٛہہ اِنسان سیٹھا ناجآیز طریقو کِنہِ پآنٛسہ آسہِ لوٗکن کھیوان تس مُتلق
چھُ بوان وَنہنہٕ زِ سُہ چھُ مودس نہٕ کفن کھیوٚان -

# خ

(۴۷۰)

خرن نر تہٕ نرن خر :-

بیٚیلہِ خوٗبصورت علمند النالنس بدصوٗرت کم عقل زنانہٕ سیتۍ کھانٛدر کرن
یا خوٗبصورت زنانہٕ بدصوٗرت مرد باگہِ بیٚیہِ تیٚلہِ چھہ یہ کیتھ لوان وَنہٕ نہٕ -

(۴۷۱)

خبر چھےٚ نہٕ شہرس ژاو سُلطان :-

یێملِہ شہرس منز بادشاہ اڑِ نہٕ لۄکن بیہن چھ پوان کیتھہ نتہٕ کیتھہ پابندی عائید کرنہٕ - یێملِہ حکومت لۄکہ ہنزِ آزادی پیٹھ پابندی عائید کرِ نہٕ تێملِہ چھ پوان یہ کتھ ورتاونہٕ -

۱۷۲

## خرِس خۄر نۄکرو ہتھو شُلا ٹھوک بَر :-

بد مزاج مالکہ ہنزِس نۄکرس واتہٕ ہر وِزِ خدمتہٕ خاطر کمر گنڈِتھ روزُن -

۱۷۳

## خمہِ ہے گرُ تہٕ خمان چھ گُنہٕ :-

گرِس پیٹھ کنہِ چھ گُنہٕ آسان گرُ چھُ دَونہٕ سیٹھا تھکان تس چھُ زور زور شاہہ کھسان نتہٕ چھ وناں زِ سُہ چھُ خمان - گُنہٕ چھ پیٹھ کنہِ آرامس منز سۄ کیاز خمہِ - یێملِہ کام کرن ودل آسہِ زھوپہ کرِتھ تہٕ نہ کرن ودل دپہِ یہ ہتھوکس تێملِہ چھُ یہ محاورہ پوان ورتاونہٕ -

۱۷۴

## خاں بڑا خاں بڑا گرس منز چھس کوٚم ژوٚٹ ڈوڈا

نیبرٕ کنہِ چھس وناں زِ خاں چھُ آسن وۄل. بوٚڈ ھہنو مگر گرس منز چھس نہٕ کانٛہہ سوزنہٕ۔

(۱۷۵)

## خام طمس نہٕ اپہٕ زِ یارِس گیڈ گزھنی :۔

کانٛسہِ چھُ نہٕ چیزک طماہ گژھان یُس حاصِل کرُن ناممکن چھُ۔ گویا تمیٚشُد طماہ چھُ خام۔ اَیزِ یورا پھُس سمکھان نہٕ دِوان چھُس یقین زِ بہٕ کرے بہٕ کام یا تے پنٕن مطلب پورٕ کرنہٕ باپتھ اَیزٕ ورتاوُن

(۱۷۶)

## خوجہِ سُند دستار کرُن :۔

خوجس اکِس اوس نوکر تمِس اوس شونگنہٕ وِزِ خوجہ سُند دستار رٹُن تہٕ سُہ خاص جایہِ شیرِتھ تھاوُن۔ اکِہ دوہہ آیہٕ خوجس لازِم دار ہُ ترھی تہٕ بیٚوکھٕ ژیر تام تمن سیتھ کتھ کرنہٕ۔ نوکرن ونوپ بہٕ کوٗت کال

بۄرار، بہٕ موکلاوِ بیٚنی کٲم کرِتھ سُہ ژاو مجلسہِ منٛز تہٕ نیوٗن کلہٕ بیٚہتھ نوبس دستاروٲلِتھ ۔ دوبیٚنس توٚہی کرِو حزکیتھ بہٕ ژھینہٕ موکلاوِتھ بیٚنی کٲم ۔ بیٚنیلِہ کاہنہٕ بے عقل یا اٹھی سیٚٹھا جلدی منٛز کاہنہٕ کٲم کرِ نتیٚلہِ چھُ تَس مُتلق یہ یِوان ونہنہٕ ۔

(۱۷۷)

خرِے ڈٟژ تن گرِ گرٛتھِ پکُن :-

لوٗکھ ہیٚڈیٚر تن ڈُلِ تن یہ چھُ خرہٕ شِدی یا اٹھی کٲم کران ۔ مےٚ بیٚنیہِ نہٕ تمیکُ کاہنہٕ اثر ۔ مےٚ گرٛتھِ پنُن گرِ ٹھیک یا اٹھی پکُن ۔

(۱۷۸)

خرس اگر زر آسہِ ہے خرِے ونہٕ ہیٚس نہٕ کاہنہٕ :-

اگر اکھ بیٚکل دولت مند آسہِ کاہنہٕ نہٕ ونہس نہٕ نتیٚلہِ زِ یہ چھُ بیٚعقل ۔

(۱۷۹)

خوجہ بیٚنٛوٹھ وان نہٕ دیگو سان :-

وانہٕ وونِ بێنِیلِہ غریب چھُ گرٛٹھان تٕمِس چھہ بێنہٕ وانس منٛز خالی دیگہ روزان بێنِیلِہ کانٛہہ آسن وول غریب چھُ گرٛٹھان تمہِ وِزِ چھُ یہ ونہٕ لیوان ۔

(۴۸۰)

## خرس گوٚر باٲج دِنۍ :-

بێقلس جان وَتھ ہاوٕنۍ یا نصیحت کرٕنۍ گوٚو تیہُندُے یُتھ زن خرس گوٚر باٲج دِنۍ چھہ ۔ باٲج چھِ نوٚملہٕ آیتٕچ سپدان موٚلہ ژٕونگ ہِش ژوٹ آسان اگر تتھ گوٚر باکھنڈ ملہِ ناوِو تتھ ولو گوٚر باٲج ۔ اگر گوٚر ہٕچ باٲج بێنیہِ خرس آپراوٕنہٕ ۔ تٕمِس کیا ساد باسہٕ گوٚو بے ذوق اِنسانس کانٛہہ رٕژر کتھ وُنِنۍ گوٚو وق ضایہ کرُن ۔

(۴۸۱)

## نوٚجہِ موٚد تہٕ ژاس نۍ لوٚتیہ :-

نوٚجہِ اوس عکم کران تہٕ نوکر اوس ژاس کرِتھ تتھ ٹالہٕ ہٕنٛز کوٗشِش کران ۔ بێنِیلِہ نوٚجہِ موٚد تہٕ نوکرس نۍ گیہ ژاسہِ فرق ۔

(۴۸۲)

## خوجن دوہیم پھٹکھے :-

خوجن کوڑ لوکرانہِ وۄہو ۔ مگر لوکرانہِ پھِنہِ پڑھ یوان زِ خوجن گرامے ستہِ کتھ ۔

(۴۸۳)

## خوتن واڑِ آیہ ہلن کولشہِ گلن ژراون نہ زاہنہ :-

خوجہِ بابہ رۄو سورُے، محل خانہ پیہھ واڑ کنہِ ہلن پیہھ مگر پہنی نیہہ ژراون نہ ۔

(۴۸۴)

## خانہ ماجہِ کورِ منگم رس دوہیم کھٹھ ماہس
## گھرژِ کورِ منجوم رس دوہیم چوںچہ ماہس

بینیلِہ گرس منز کُنی کوز آسہ سہ چھے یوان خانہ ماج کوز مانہ ۔ گرس منز سپھٹا کورِ آسنہ گیہ گھرژِ کورِ ۔ خانہ ماجہِ کورِ چھہ یزت۔ یوان کرنہ تہ گھرژِ کورِ ستہ چھ بے پروائی تہ بے قدری سپدان ۔

(۴۸۵)

## خانہٕ مآلِس چھہ تانہٕ باگے گژھان :-

بیٚیلہ کاہنہٕ بیٚنہِ چھُو بیٚنہِ گرِس منٛز سیٹھا لولہٕ تہٕ مایہ سان رچھنہٕ تہٕ پیتہٕ پُورِ نہٕ تس تقدیرِس مُشکلاتن تہٕ مُصیبتن لگہِ نتہٕ مُتلق پچھُہ بہ یوان ونہنہٕ -

(۱۸۶)

## خٕمچہ کرٕنۍ :-

یورِ سیتہٕ کُنہِ نارِس یا نرکانِس اُندری کینہٕ صفاۓی کرٕنۍ - بیٚیلہِ کانٛسہِ کاہنہٕ بتھ پھیرِتھ کتھہٕ کرِ نتھ تہٕ چھہ ونان خٕمچہِ کرٕنۍ -

(۱۸۷)

## خوٚد غرض گوٚو اوٚن :-

یُس اِنسان خوٚد غرض آسہِ تمِس چھُنہٕ بیٚنہِ مطلبہٕ بغار کینہہ یوان بوزنہٕ - یور ولنوس بیٚنہی کتیاہ مُشکلات سُہ بوزِ نہٕ تہٕ کینہہ تورٕ ونہِ بیٚنہی مطلبیچ بیٚتیہِ تہٕ بیٚتیہِ کتھ - تمہِ کنہِ چھہ تمِس غرضہٕ اوٚن تہٕ ونان -

(۱۸۸)

## خوشی دٲزِ انُن نہٕ وُکر دٲزِ رنُن :-

کھوورِ نرِ چھِ کیٚہہ ہیکان تلِتھ ۔ خوشی دٲزِ انُن گو کھوورِ اتھہٕ انُن یا نے ضورٕ وتھ کھوتہٕ کیٚہہ انُن ۔ سُہ تہٕ دالس پیٹھہٕ اُلٹہٕ تھوٚوِتھ رنُن ۔ گویا نہٕ انُن نکُ وٕتھیر اٚسُن تہٕ نہٕ رنہٕ نکُ ۔



د

---

(۱۸۹)

## دمہ چھا ڈونبو دوٚدمُت یہ چھُہ بزٕنھا آسن :-

پتھ کالہِ بیٚیلہِ کاہنہٕ ڈوٚنی کُل چھانہٕ ہیےٚ سہ اوس دہ دہ باہ باہ ڈونی ہمایِن سوزان ـ لیس نہٕ یم وانہٕ ہن سہ اوس یہ بےعزتی پننی خیال کران ـ بیلہِ نہٕ کانٔسہِ کاہنہٕ تو برکُ یا بوگ سوزو نیلہِ چھُہ یہ کتھ ونان ـ

(۱۹۰)

## دل بہ دل چھُہ آنہٕ یُتھ وُچھم تیُتھ وُچھے :-

اَنٔس منٛز چھِ تی وُچھان یہ تتھ برونہہٕ کنہِ تھوو ـ دوٚن اِنسانن ہٕندِ دِل چھِ زن زٕ آنہٕ اکھ اکِس برونہہٕ کنہِ اکھ اگر نفرتھ ہاوہِ لس بیاکھ ہاوِہس اوزٕ نفرت اگر یوزٕ کانٔسہِ مُحبتھ کرو تورٕ نہٕ دِیہ سہ مُحبتھ سۭتۍ جواب ـ

(۱۹۱)

## دارِ وژھے نہٕ برہٕ نٛن تائری یا دوسہ وژھے نہٕ برہٕ نٛن تائری ـ

ژورٕ ہٕندِ بچاوٕ خاطرٕ چھِ دارِ نہٕ بریوان بند کرنہٕ ـ بیٚنٛگل بھو برن قُلفُ دِتھ مگر

دارِ تھوِ وژھے ییلہِ نہٕ کاہنہٕ مکمل حِفاظتک انتِظام کرِتھیلہِ چھ یہ کیتھ یواں ورزناونہٕ۔

(۱۹۲)

## دارِ یہ نہٕ ونکُ ھا پتھ گرٹھِ پھیرتھ نہٕ گرگُ باآٹز :-

کیتھ لکھ چھ ماناں زِ دُنیہک لین دین گیہ تِھ درَپیچ داس دارز۔ یُس دارِ نہٕ سُہ ہورِ۔ یس دارو نہٕ تس چھُ نکھ والُن۔ اگر دارِ نہٕ ونکُ ناپتھ ہیوو حتی عیواں تہِ کرِ خُدمتھ اگر نہٕ دارِ گرگُ باُٹز سُہ تہِ چھُ پھِراں تھر۔

(۱۹۳)

## دگہِ روس دوٗد گوٗو بے مانے

ییتھ داٗدِس نہٕ دگ تہٕ بے چینی آسہِ سُہ دود چھُنہ کانہہ مطلبی تھواں۔ ییلہِ نہٕ کانٔسہِ ہُنٛد ژگ آسہِ نہٕ ناووس، ہمدردی تتھ چھُنہ کانہہٕ نہٕ مطلب آساں نہ پھُس کانہہٕ نتیجہ نیراں۔

(۱۹۴)

## دۄر دۄرِ مرزٕ میٹھٕن نزدیک نزدیک نابلہٕ ٹیٹھٕن

اگر زٕ دوس اکھ اکِس نِش دۄر آسن روزان تمن چھُنہٕ پانہٕ وٲنۍ ناراض گژھنُک کانہہ موقعہ میلان نہٕ دوہہ کھوتہٕ دوہہ چھُکھ مجُبتھ بڑان ۔ اگر نزدیک نزدیک آسن روزان نہٕ کُنہٕ نہٕ کُنہٕ وِزِ کُنہٕ کتھہ پیٹھ چھُ اختلاف گژھان تِمہٕ کِنۍ چھِ محبتس نہٕ پانہٕ نیارس منٛز فرق یِوان ۔

(۱۹۵)

## دۄبِ سُند پۄشاک نٕہٕ ہیٛنز دوہ :-

دوب چھُ لۄان لوکہٕ ہند پلو چھلنہٕ باپتھ ۔ سُہ چھُ گراکن ہندۍ پلو نالۍ تراوان تہٕ پتھ دوہہ حسب مُدعا پلو لاگان ہیٛنز دوہہ چھُس سارِنٕے پلو واپس ہیوان دِلۍ تہٕ پننۍ پلو چھِس ہیوان لاگنۍ ۔ تِمہٕ کِنۍ چھِ ونان زِ ہیٛنز دوہ نہٕ زِ تِمس کیٛتھ چھُ پننۍ پۄشاکھ ۔

(۱۹۶)

## ڈرٛوگےٚ گوو سرٛوگ تہٕ سرٛوگےٚ گوو ڈرٛوگ :-

ڈرٛوگ چیز اگر الو سُہ چھُ دۄر آسان تہٕ نتہٕ چھُ بڑٕ کال نیران ۔ سرٛوگ چیز چھُ کمزور آسان جلد خراب گژھتھ بیاکھ ہیوان انُن تہٕ چھُ گژھان ڈرٛوگہٕ کھوتہٕ ڈرٛوگ

(۴۹۷)

ڈٕہ دَرٕ دُنیا ساس درٕ آخرتھ :-

اگر اِنسان نَکارا تھ کرِ تھو دا دِلس تمیک ڈٕہ گژھِ یتھ دُنیاہس منز تہٕ ساس گژھِ عُقباہس منز۔

(۴۹۸)

دِلہٕ تہٕ تے کِلہٕ دِی دِی :-

پننہِ دِلہٕ تہٕ مرضی تہٕ کاہنہٕ کام کرِنی بلکہ کانٛسہِ ہندِ زورٕ تہٕ مجبور کرنہٕ کینہٕ کرنی۔

(۴۹۹)

دِلیچ پھُلے گیہ بانٛچ پھُلے :-

بینیلہِ پنُن دِل خوش آسہ تیلہِ چھُ پرٛتھ کانٛہہ چیز خوش یوان۔ بینیلہِ دِلس منز دُکھ آسہ تیلہِ چھُ شالہ مارٕچ پوشہِ پھُلے تہِ دُدٕ ون باسان۔

(۵۰۰)

دمس سیتھ نمسکار :-

دم آسُن گوٚو گُذارٕ آسُن۔ طاقت آسُن یا بُڑ شان آسنی۔ یوت تام یمو منز

کاہنہ چیز آسس توت تام پھس ساری نیمتھ سلام کرنہٕ یوان ۔ دم موکلیوس تہٕ پتہٕ پھس نہٕ کاہنہٕ بٕرونٹھ پکان ۔

(۵۰۱)

## دِیُن چھُ دِلاوری تہٕ ہیوٚن چھ جود گاری :-

دِنہٕ وول بہو دُر اِنسان چھُ تہٕ ہیکہِ کانٛسہ پنُن چیز دِتھ مگر واپس ہینہٕ خاطرٕ چھُ تمس خوٚد واپس مرد ہیوٚن یا سہ بہر کرُن ادے سُہ نکہِ والہس ۔ کانٛسہ کاہنہٕ چیز واپس ہینہٕ خاطرٕ چھ کانٛفی چالاکی ہُنٛد ضروٗرت ۔

(۵۰۲)

## ڈیارہٕ وول مرِ یارہٕ وول مرِ نہٕ زاہ :-

یمِس دولت آسہِ سُہ گژھ کُنہِ مصیبتس منٛز گرفتار تہٕ تلِہ تکلیف ۔ مگر یس دوس آسن تمِس دِن نہٕ تم مصیبت تلُنہٕ ۔

(۵۰۳)

## دِل ذُزِن مگر دین گژھِ نہٕ دزُن :-

دِلس وانٛتِسن کوتاہ ایزا ۔ دوہ کھ تہٕ مصیبت پییہِ تنس برداشت کرُن ،

مگر ایمان گژھ محفوظ روزُن ۔

(۵۰۴)

دوٚیمہِ ہیبر کھسن :-

اکھ زنانہٕ مرِتھ یا اکِس زنانہِ طلاق دِتھ بییس نہٕ سیتی کھانٛدر کرُن ۔ غرض دوٚیمِ
کھانٛدر کرُن گوٚو دوٚیمہِ ہیبر کھسُن ۔

(۵۰۵)

دنٛدانہٕ موٚد لوٗکو دوپہس اَسان چھُ :-

دنٛدانہ گوٚو یمِس دنٛد نیبر آسن ۔ تمہِ کنہٕ چھُ بوزنہٕ یوان زِ چھُ سُہ اسان ۔ مرِتھ
نہٕ چھِ تمِس آسیچ حالتھ روزان تِژھے نہٕ لوٗکھ چھِ دپان یہ چھُ اسان کیٛہ چھُ
موٚد مُت ۔ بیِنیلہِ کانٛہہ اِنسان چھُ خوش باش آسان ۔ پزِتھ کانٛسہ سیتی اسان
گِندان رِمصیبتس منٛز تہ چھُ اسان روزان لوٗکھ چھِ دپان زِ اُمِس آو نہٕ کانٛہہ
اوکُد یہ چھُ وُنہِ اسان ۔

(۵۰۶)

دارک لار نہٕ لارک دار لگُن :-

پیٛنی پیٛنڈ پرٛن راوِتھ اکہِ جایہِ ہٮ۪شد بییس جایہِ لگن تہٕ بییہِ جایہِ ہٮ۪شد ترٛیمہِ جایہِ لبٕن ۔

(۵۰۷)

## ڈراٹی ناٹہٕ کرنہِ :-

مازِ چھُ یوان تیز شراکہِ سیتی ژٹنہٕ تہٕ تتھ چھِ گژھان منہ سب پھٔلی یم پتہٕ جان پاٹھی رٹنہٕ تہٕ کھینہٕ یِن ۔ اگر شراکہِ بدلہٕ دٕروت کرو استعمال مازِ چھٕنہٕ گٕنہِ لایکھ روزان ۔ بیٛلہِ کالہٕ پیٛنز بے وطیر پاٹھی ژٹنہٕ بییہِ تیٛلہِ چھِ ونان زِ تتھ گیہ ڈراٹی ناٹہٕ ۔

(۵۰۸)

## دانہٕ میرن کھیٛیہِ کم جانہٕ میر :-

گرس منٛز چھُ دوہے دال تیاوُن آسان ۔ تتھ کِتی گژھن ہنتھ چیز آسنی ۔ یتم انینہٕ باپتھ چھُ گرواٮ۪لس سیٹھا تکلیف تلُن پیوان تہٕ میحنتھ کرٕنی پیوان ۔ دوٚیمین لفظن منٛز چھُ دال اُمہِ سُند زوٗ کھیوان ۔

(۵۰۹)

دود ژلہِ حکیم وانہٕ ھاَل کنہٕ ژلہِ :-

دود گژھہ دُور حکیمس یا ڈاکٹرس نِشہِ گژھِھتھ نہ دوا کھێتھ مگر عادت ژلُن چھُ بڈُ مُشکل -

(۵۱۰)

دستارس ربّ لڈنی :-

دستار چھُ یوان مانِنہٕ یژہہِ نشانی اتھ ربّ لڈنی گوو کانہہٕ اِنسان بے یزتھ کرُن -

(۵۱۱)

ڈراغ چھہ ژلن مگر داغ نہٕ زانہٕ :-

ڈراغ یا کانہہٕ مصیبت چھُ آخر ژلان مگر یم تکلیف اتھ دورانس منز تلُوِتھ چھہ ہمیشہِ یاد روزان -

(۵۱۲)

دودس ہیٚر لگنہٕ :-

لیس ماجہِ لوکہ چارس دوہ دآسہِ چھو وُنت تس پتھ سپنس منز گُنہ وِزِ تہ شُری شُر
مائے وو گلیتھ یوان اُتھی پتھ وناں دوہ دس ہُسر لگنہ۔

(۵۱۳)

## دوہلی تارکھ یہ بوزنہ :-

تارکھ چھہ ایوان انزگہ منز بوزنہ۔ دوہس پتھ اسان افتابکُ گاش تہ کتہ ین
بوزنہ۔ بیٹھلہ کائنہ جِسمانی تکلیف یا بدخبر بوزنہ کِنہ اُچھن انزِ گونٹ گرتھان
چھُ سہ چھُ وناں زِ دوہلی آیم تارکھ بوزنہ۔ یاتے اُچھن گوم انزِ گونٹ۔

(۵۱۴)

## دہن دہ من گلین نہ گُنس منٹ پوشہ نہ :-

من یا منٹ وزن گوو تقریبن اُزکس دوہ ڑس کلوہس برابر۔ اگر دہ زنی
یکجا روزن تہ دہ منٹی توٗمل گرتھن تمن خرچ مگر اگر کُنے زوٗن آسہِ تمس
پوشہ نہ اکھ پور منٹ زاہتہ۔

(۵۱۵)

## دوٗدِ نٹس گرٛمتہٕ پھوٚر تراوٗن :-

دوٗد چھُ پاک چیز۔ گرٛمت گوٗ و گپنہٕ سٕنٛد پیشاب یہ چھُ ناپاک چیز اکِس دوٗدِ نٹس منٛز اگر اکھ گرٛمتہٕ پھوٚر پیِیہِ سُہ پیِیہِ سورُے ناپاک ماننہٕ۔ اگر اکِس سیٹھا جان خاندانُس منٛز اکِس کمینہٕ سٕنٛد رِشتہٕ سپدِ تیلہِ چھِ یہ کتھ لیوان ونہنہٕ زِ دوٗدِ نٹس پیو گرٛمتہٕ پھوٚر۔ یانے سورُے رُت خاندان پیِیہِ کمینن منٛز شمار کرنہٕ۔

(۵۱۶)

## دوہس پھیر ہم بٲلی بٲلی راہنج ینٛدرے ماٲلیے :-

دوہس اُس بٲلی بٲلی پھیران نہٕ شامن بیہِتھ ینٛدرِ کتنہِ۔ دوہ کرُن ضایہ نہٕ شامن کوتاکار ہیکہِ کرِتھ۔

(۵۱۷)

## دب ہو لگے ہتھ ہو پھٹے اُچھ ہو تراوے پلہٕ ھاری کھوٚر :-

ینیلہِ کانٛہہ دب لگہِ مطلب کُنہِ تھدِ تھدِ ہیتھ یا تھزِ یرِ تچہِ جایہ پیٹھ پتھر پیِیہِ لکھ چھِ تمِس متلق لے بنیاد کتھ ونان اُچھ اژِ نہٕ گاسہِ تچ ویان پھٕر زِ اُچھ تراس

پور پلہٕ ھاری کھور۔

(۵۱۸)

## دِل پھٹُن چھا کُل پھٹُن ٹاس بوزوس :-

ییٚبلہِ کاٚنٛسہ دِل پھٹہِ مطلب دِلس سیٹھا دوکھ سپدِ لس تیمیچ خبر چھنہٕ کاٚنٛسہ لگان۔

(۵۱۹)

## دان وانٛژہِ نہٕ ہوٗنی زنم پان وانٛژہِ کیا :-

دانس پیٹھ کینٛہہ رنٛنہٕ وقتہٕ آسہ ہنٛدی زنانہٕ دزوٕنس دانس دیوتاہن ہنٛدنا وہیتھ پانژِ لبہٕ تُملہِ پھلی تراوتھ آہوتھ دِوان۔ یمہ آسہ مانان زِ دانس اگر آہوتھ نہٕ دِتھ وانٛژون تہٕ ہوٗنی سُند زنم میلہِ۔ باگراون واجِنہ چھ سارنے باٚژن کھیاوان نہٕ پنُن پھینہٕ خیال تھوان گوو پانس چھ وانٛژان نمیک کیا فایدہٕ چھُس تمکہِ چھُس پانٛژ ایزا واتان۔

(۵۲۰)

## دانس نہٕ دِہ نیرُن :-

غریب گرس منٛز ییٚبلہِ نہٕ رنٛنہٕ باپتھ کینٛہہ آسہ نہٕ دانس کیتھ پاٹھی نیرِ دِہ۔

دانس ڈِہ نہ نیرُن گوو سیٹھا غریبی آسنہٕ ۔ بیٹھ نہ دانس نہ آسہ ہیوٚنہٕ لوان تہٕ
نہ آسہ کینٛہہ زنہٕ لوان ۔

(۵۲۱)

## دیگہِ منٛز نٲرتہٕ دانس منٛز ہٕر آسنہٕ :-

یہ گو دان ہمیشہِ چلہٕ وُن روزُن تہٕ خانہٕ داریٚنہٕ پرٛتھ وِزِ بانہٕ کھلن کران روزُن ۔
یا تہٕ گرِ آباد روزُن ۔ یہ دُعا آسہٕ ہیتھ کالہِ زنانہٕ منگان ۔

(۵۲۲)

## دس نُنلُن

کاہنہ کٲم شوٗزو کرٕنۍ ۔

(۵۲۳)

## دوٗدُک دوٗدس تہٕ آبُک آبس

دپان ییتھ کالہِ آس گوٗرِ بایا اکھ گراکُن دوٗد ثراوِنہٕ گرٛہان ۔ وٕنہٕ آس اکِس
کولہِ نادِ ترٛان اتہِ آس دریاوُک آب دوٗدس رلہٕ ناوان ۔ امہِ سیتۍ یہ پالشہ
بنیوس سُہ سونٛبر وُن تہٕ تھ گرٕنۍ وآج ۔ اکہ دوٗہہ بییلہ کولہِ ترٛان آس نادِ
منٛز تہٕ چھوٗلُن اتھ تہٕ واج گییس اوٚنگہِ منٛز پرٛتھ دریاوس تہٕ ناوِ وآلی ہانٛزن دونٛس

زِ دوہ دِکی دیار گیہ دوہ دس یانے ہِم ٹکی گرس نہ آبکی دیار گیہ آلبس منز۔ مطلب چھُ زِ بے ایمانی ہُنڈ پالنہٕ چھُ فنایہ گژھان۔

(۵۲۴)

## دون آسن کتھ ژاے ژون جہانن پھیرِتھ آے :-

اگر کانٛسہِ ہُند راز زِ زنٛی بوزن تِم چھِ سُہ کتھ سارِسے دُنیاہس پھلاوان۔

(۵۲۵)

## دامنس داغ لگُن :-

کانٛسہِ پاک دامن تہٕ نیک السانس ہِشدی ڈُسی کُنہ وِزِ کانہہ گوناہ سرزد سپدُن۔

(۵۲۶)

## دستار والُن

دستار چھُ عزتچ نِشانٛی۔ سُہ والُن گوو کانہہ بے عزتھ کرُن۔

(۵۲۷)

## داغہ روس کندِ دار ژادر آسنی :-

گوٚڈ رُت خانٕدانٕ آسُن یتھ نہٕ کُنہِ قسمُک داغ نوٗ قُص یا بدٕنامی آسہِ۔

(۵۲۸)

## دامن رٹُن :-

کانٛسہِ عاجزی سان سہہٕ زارٕ پارکُرن

(۵۲۹)

## دٔنٛدٕ وزے آسنہٕ :-

کانٛسہِ ہُنٛدٕ آسُن لبُن خوش نہٕ یُتھ لوٗکن ہنٛزٕ تتھ متلُق کنہٕ کرنہٕ۔

(۵۳۰)

## دٔنٛدٕ پھُٹراوٕنۍ :-

کانٛسہِ مناسب نہٕ زوٗر دار جواب دِتھ کمزوٗر کرُن۔ کانٛسہٕ ہنٛدۍ ہتھیار بے کار کرٕنۍ۔

(۵۳۱)

## دوگہِ پھٹُن

موٗمولی دود گرِتھ کانٛہہٕ یکدم مرُن۔

(٥٣٢)

دیماغ کھسُن :-

تکبُر کھسُن بوش کھسُن ۔

(٥٣٣)

دَب چھاب لۍماز کر :-

دب چھُ ہیکان ربہِ منز کانٛسہِ لگِتھ سُہ چھُنہٕ کانٛسہِ ہنٛد تہٕ لۍماز کران ۔

(٥٣٦)

در بدر گرٛژھُن :-

اکہِ دروازٕ ینٛ تہٕ بییس گرٛژھن مگر کُنہِ نہٕ کینٛہہ حاصل سپدُن ۔

(٥٣٧)

دوہ دوہ کھسُن :-

وُمبر بڑٕنۍ، وُمرِ منز دوہ دوہ اضافہٕ سپدُن ۔

(٥٣٨)

## دھنہٖ پنہٖ لگُن :-

کانہہ کأم انجام دِنہٕ باپتھ پُرمھٕ طریقہٕ کوشِش کرٕنۍ ۔

(۵۳۹)

## ڈُھن دہ ونہٕ گرٛشھنۍ :-

کُنہِ گرس یا فرِقس اندٕ واس تہٕ سمُھنٕ راوُن ۔

(۵۴۰)

## دالہٕ ڈوکُن :-

لگاتار کانہہ کأم کری کری سیٹھا تھکُن ۔

(۵۴۱)

## دَب لوٗگ ربہٕ پیٹھ تہٕ دِل لوٗگ ھلہٕ پیٹھ :-

ربہٕ پیٹھ چھُ اچانک بے خبر پأٹھۍ دب لگان تہٕ ربہٕ سیتۍ چھِ لوان پلو تہٕ اندٕ لھور برنہٕ ۔ یتھےٚ پأٹھۍ چھُ کانٛسہٕ جوانس اچانک پأٹھۍ کأنٛسہٕ کورِ سیتۍ اُلفت گژھان یوس شکلہٕ عقلہٕ لس لایق چھُنہٕ آسان سو بوزی تون اَبہٕ منٛزٕ چ ھل یوسہٕ نہٕ کُنہِ لگان چھےٚ ۔

○

(۵۴۲)

## دیارن واو دیُن :-

صندوقہ منٛز روپیہ کرِتھ خرچاونہِ ۔

(۵۴۳)

## ڈریاوکِ ملکھ گنٛزرُن :-

بے کاری منٛز وقت ضایہ کرُن ۔

(۵۴۴)

## دال نہ گلُن :-

کانٛسہِ ہنٛدِ ونہٕ نکُ نہ بیسُ کانٛہہ اثر گژھُن ۔

(۵۴۵)

## دِلس ھتف گژھُن :-

اچانک کانٛہہ بد خبر بوزنہٕ وقتہ دِل زن تہٕ بہِتھ گژھُن ۔

(۵۴۶)

دِلس گراے ہگنہٕ :-

کاٗلِنہٕ ہنٛدِ طریقہٕ یا کیہہٕ ہیتھ دِلس دوکھ گژھن -

(۵۴۷)

دود ہیٹنس تہٕ بود ڈلنس پھاوق لگن :-

ییتھ پاٗٹھی تہٕ اوم دود ہیٹنس وق پھُ لگان تیتھے پاٗٹھی پھے تہٕ کاٗلِنہٕ تیتھ

برلنس وق لگان -

(۵۴۸)

دِھی ژھینے گژھنہٕ یا عود ژھبوے گژھنہٕ :-

ییٚلہِ کُنہِ گرس سیٹھا بد خبر واتہِ تہٕ تِم چھِ ژھنان دزٕ ون دان ژھیٚنہٕ کرِتھ

تہٕ ماتم مناوان - لوکھ چھِ دیان زِ ین گیہ دِھی ژھیتے - یا آسیکھ کھانٛدرِ میلاں

تیتھ منٛز آسہ عود تہ اشنٛد دزانٛ سہ کرِن ذالنُ بنٛد تہٕ لکھ چھِ ونان عود ژھیوے گیکھ -

(۵۴۹)

دژوت دیُن :-

دژوت چھُ کھس منٛز فعل ژٹنہٕ وِزِ لگان - النالس دروت دیُن گوڈ سُہ ا

کُنہِ طریقہ تباہ کرُن۔

(۵۵۰)

## دارِ کِنۍ اَنٛز اژُن :-

اُنٛز ژھانڈُنس رٹُنس تہٕ انہٕ لس چھُ سیٹھا وق تہٕ میہنتھ لگان۔ یہ کاُژا نو شے چھ خانہ دارس اگر اُنٛز اورے ییہِ تہٕ دارِ کِنۍ اژِتھ بروہنہٕ کُنٛ والیس۔ اگر کانٛہہ فایدٕ مند کاٗم توقع روس میہنتھ کرنہٕ ورٲیی حاصِل سپدِ تیلِہ چھُ یہ محاورٕ ورتاونہٕ یوان۔

(۵۵۱)

## دانا دُشمن چھُ بیعقل دوستہٕ ہٕشِہ کھوتہٕ بہتر :-

دانا دُشمنس لِشہ بچہِ انسان کیاز ِ سُہ سونٛچِہ ڈٔہ چیز مارنہٕ بروٗنٛہہ۔ مگر بیعقل دوس کرِ نیتر ہ کاٗم ییمہ سیتۍ انسانس مرنگ خطر روز ِ حالانکہ نیت آسس رٕژ۔

(۵۵۲)

## دکہ دولن لگُن :-

بییہ ہٕشِہِ سُہ خاطرس لگُن۔ ییتہِ تٕمس اکھ آسہِ دِوان دول تہٕ بیاکھ دکہ۔

۵۵۳

## ڈرُبھ گرِبھ کولِہ گڑھُن :-

ڈرُبھ بھ کولِہ منز کاہنہ چیز - زورِ سیٖنچ آواز گوو یکدم زورِ سان کولِہ دیُن دارِتھ یا پانہٕ کولِہ منز ووٚتھ لاینہٕ -

۵۵۴

## دوٚدس گنٛڈی ژارِنی :-

دوٚدس کتہ گیہ گنٛڈی یادٕ - بیٚیلِہ کانہہ اِنسان کانٛسِہ جانٛ انسانس یا جانٛ خانٛدانس مُتلق نوقص ہیٚیِہ ژھانٛڈنی تیٚلِہ چھُ یوان ونہنہٕ زِ سُہ چھُ دوٚدس گنٛڈی ژاران-

۵۵۵

## دم پھُٹی گڑھُن :-

کانٛسِہ ستی نہٕ کانہہ کتھ ہیکُن کرِتھ - پننی خیالات نہٕ کانٛسِہ باوِتھ ہیکُن -

۵۵۶

## دوٚہ گگرِ زامن آسُن :- یا گگر ژھاے آسُن

نوکٕری دوٚہ آسنہٕ - وٚنٛدک دوٚہ آسنی بیٚیلِہ افتابہٕ ژرِی چھُ کھسان تہٕ سُلِہ چھُ لوسان-

(۵۵۷)

دیار بنن کمآ تیا یار کتہِ بنہِ :-

روپیہ ہیکن سہٹا بنیہتھ مگر دُنیا ہس منز دوس بُنن چھُ مُشکِل -

(۵۵۸)

دوگہِ تہِ بارو تہٕ دوگہِ ہتہِ تہِ بارو :-

اگر اکھ دۆگ دِموس تہٕ دِیہ بارو - اگر ہتھ دۆگ دِموس تیٚلہِ تہِ دِیہ بارو - لہذا چھُ بہتر زیادے دۆگ دینی -

(۵۵۹)

دۆگہِ تہِ بارو دۆگ دِنۓ تہِ بارو :-

ہر حالتس منز ناراض روزُن - گژھتھ کرأوِتھ مجرأیے نہٕ ہینی -

(۵۶۰)

دو پاسے اوٹ پہنُن :-

ہر حالتس منز پننُن مطلب کرُن -

(۵٦۱)

## دوہ چھ یوَن تہٕ ژھوہ چھ دِیاون
## دوہ چھ یوَن تہٕ گوہ چھ کھیاون

بیٚیلِہ کاٚلِتھ جان دوہ چھ یوان سہٕ چھُ شان ہاوان، کھیوان، چوان، کھیاوناوان چاوناوان مگر بیٚیلِہ کاٚلِتھ خراب دوہ چھ یوان بچوُر چھُ گوہ کھیٚوان۔ نہٕ چھُس روزان شان نہٕ کھتہٕ چینچ ہوُرتھ۔ گوہ کھیون گوو بے یزتی ہُند کھیٚون کاٚلِتھ زارِ پارِ کرِتھ ھیٚون نہٕ کھیٚون۔

(۵٦۲)

## دوہس گوم کنجہٕ گیوُن شامن گوم دانس پیوُن:۔

دوہ کرُن گیولس گنِدلس مشر خایہ نتہٕ شامن اتِہ گیٚہ مشر ھینی ادٕ گرِچ کاٚم کرنۍ۔

(۵٦۳)

## دنٛدرو سان زلوٚن :۔

زیٚنہٕ وِزِ چھینہٕ اِنسانس دنٛد آسان آمتی۔ تم چھ یوان پتہٕ۔ بیٚیلِہ کانہہ سیٚٹھا جُرت مند تہٕ چالاک اِنسان آسہِ تمِس متلق چھُ یوان ونہنہٕ زِ دنٛدرو سان چھُ زاتُت۔

(۵۶۴)

## دوٚمٹس نہٕ رٕنیز گژھنی :-

دوٚمٹھ چھُ سیٹھا بوڈ مٹھ آسان رٕنیز گیہ لوکٹ کیٚنہ ٹھلی یم گولیلہٕ سیتۍ چلاوان ییٚن ۔ دوٚمٹھ کیاہ چھہ رٕنیزٕ سیتی ۔ بیٚیلہٕ نہٕ کانٛسہ بیہہِ سٕنٛد کھوژناوُن یا نصیحت کرٕنۍ بلکل فِکری کھسہِ تیلہِ چھہ ونان زِ اَمِس چھہ دوٚمٹس رٕنیز گژھان ۔

(۵۶۵)

## دانہٕ دانہٕ پان کھارُن :-

گوو وِزِ وِزِ جان کھین ہیٚن کرِتھ پان وۄہراوُن ۔

(۵۶۶)

## دوٚگی تُلن نہٕ دوٚگی ژراوُن :-

وۄنتھ وُن نہٕ بیہہ وُن پرٕتھ وِزِ نفیحت کرٕنۍ ۔

(۵۶۷)

## دانہٕ غورِ فاضل :-

یہ چھُ تس مُتلق یوان ونہنہٕ یُس گرس منٛز کانہہ کانٛہ کار کرنہٕ ورأی آسہِ کھیوان چوان ۔

(٥٦٨)

ڈرمبہٕ ہٹھپنہٕ :-
ڈرمبہٕ چھُ اَکھ بے کار گاسہٕ یُس اگر ژٹُون یا چیپرُون تِھ چھِ ٹپپرا ے گژھان
لیُس بے کار آسہٕ تس مُتلق چھُ یوان ونہنہٕ زِ یہ چھُ ڈرمبہٕ ہٹھپان ۔

(٥٦٩)

دسترخانچ اُڑیج اڑنی :-
کالِنہٕ چھُ امپر ہندِس دسترخانس پیٹھ کیٚنہہ کال نانہٕ بتہٕ کھینک عادتھ گژھان
بینیلِہ یُس پیٚنٛ غریب گرِ چھُ واتان تِمس چھُنہ پیٚنٛ ناکھ بتہٕ کھینے یوان ۔ دپان
امِس چھِ دسترخانچ اڑیج ژامڑ ۔

(٥٧٠)

دِلہٕ نیرُن :-
گوو بدنام گژھُن ۔

(٥٧١)

ڈنرِ دۆد ملی ہیون :-

پانس بُلی تکلیف تہٕ پریشانی ہینز ۔

۵۷۲

دہ گز سُنز تہٕ دہ گز وٕگینز آسنہٕ :-

کُنہِ معاملس منز کینژھا کمی کینژھا زیادتی چھہ برداشت ہیوان کرنی یا زیننُ تہٕ ہارُن ہِشی کتھ آسنہٕ

۵۷۳

دِل چھُنہٕ ونہٕ تہٕ ینہٕ پرکُس کتہٕ :-

بیلہِ دلس منز بے چینی آسہ تیٚلہِ کتہٕ چھُ کاٚم کرنس دِل لگان ۔

۵۷۴

دم رٹُن :-

کتھ نہٕ کرنی ۔ ژھوپہ کرنی ۔

۵۷۵

دمہٕ دمہٕ کرُن :-

واپر واپر کرُن ۔

(۵۷۶)

دم سمبالُن :-
رژھ کھنڈُ آرام کرُن ۔

(۵۷۷)

دمے چھُ غنیمتھ
زندگی غنیمتھ زانُن ۔ یہ وق نتہِ چھُ غنیمتھ بجر روزیا نہ روزیا ۔

(۵۷۸)

دمن حالہِ پھوکھ نیرُن
زوو نیرِتھ ژلُن یا نے مرُن ۔

(۵۷۹)

دم شُماری :-
شاہ گنزاوِنی ۔ مرنس تیار آسُن ۔

(۵۸۰)

دم پھُٹنہٕ :-
سو سبزی یا مازلو سہ کھانہٕ دِنہٕ رنپنہٕ بیییہٕ -

(۵۸۱)

دولہ وچھُن :-
شرارتہٕ سان کالِشہ کُن وچھُن -

(۵۸۲)

دفتم تہٕ پکے :-
پننہٕ عقلہٕ نہٕ کام کرٕنی - بیپیلہ کام کرٕنی ونوس تیلِے کرِ کام کانہٕ - نتہٕ نہٕ کینہہ -

(۵۸۳)

دٕل ترٛوو آسُن :-
پرٛ ہتھ کُنہٕ کامہٕ منشر لاپرواہ آسُن -

(۵۸۴)

## دانڈن کھیبہِ پنچ پہنز کھیبین منڈج :-

یوسہ پنچ دانڈس وتھربتھ نہوٗو بیلہِ متی بنیہ سوٗے کھیاتھ نہٕ بیوس زُھربے پتھرِس پیہٕٹھ بہِت - حالانکہ دانڈس چھِنہٕ یوان پنچ وُھربتھ تراونہٕ - مطلب چھُ زِ اگر انسان بُہے چیز بنیہ کھیتھ یا کُنِتھ بیتہ پیہٕٹھ نِمتس گذار آسہ لتس چھِ سیٹھا تکلیف واتان -

(۵۸۵)

## دٕوہتھ وُوہنز :-

دِوہتھ گیسہ زٕ بڑھی بیٚلہِ کانٔسہِ زٕ عقل راوِنہٕ ناکارٕ کامہِ لگہ کرنہٕ تیٚلہِ چھِ وَنان زِ اُمِس چھے دِوہتھ دُزھ ہٕتز -

(۵۸٦)

## دوہ گوٚو تہٕ کوہ گوٚو رہیتھ گوٚو نہٕ کھیاتھ گوٚو :-

اگر کانٛہہ کام کرِنس اکِس دوہس لاپرواہی کروٚ نہٕ کوہس سوٗ مہِ مُشکلات چھِ پادِ گژھان اگر اکِس رہنس پتھ کُنٛ نٕژاو نہٕ چھِنہٕ سو کام زانہٕہ ممکن سپدان -

()

# ڈ

(٥٨٧)

ڈیڑِ تل چېرس زالُن :-
حاکم سنٛدِس دفترس یا پولیس تھانس بِلکُل نزدیک کاہشہ جُرم کرُن -

(٥٨٨)

ڈٲمنٕی بوچھِ ھاپُھٹ کوچھ :-
یس زنانہٕ اولادِ سُند سیٹھا طماہ چھِہ آسان سو چھے ییوان بچہ تہٕ کوچھ
للہٕ وان تہٕ تِمن محبتھ کران -

(٥٨٩)

ڈلیشھِ اوّن تہٕ بوزِتھ نہٕ ژوّر :-
کُنہِ ماملس منز بیٚلہِ نہٕ کانٛہہ اِنسان دخل چھُ یِژھان دِیُن سُہ چھُ سورُے
وچھان تہٕ بوزان مگر باس چھُ نہٕ دِوان زن نہٕ سہ وُچھان چھُنہٕ کہنہِ یا زُرِی
ہندی یا ٹھوٗ چھُ نہٕ بوزان کہین

(۵۹۰)

ڈیکس دزِتھ کھسُن :-
کانٛہہ وچھتھ کاآنشہِ کرُوٗد کھسُن یِمہِ ستی ڈیکس گیبنہٕ کھن -

(۵۹۱)

ڈُمبٕنی ژٕ چینم ڈُنٛمبٕنی ستھ ڈُنمبی دوٗ پنم کاآنشہِ مہٕ دِچھ :-
ڈُونٛب چھِ ونان اولادس - اولادن گرُنم سہ ساآرے وو ییدِ ختم یو سہٕ
اولادس لِنش آسان چھُنے - مگر نوتہٕ چھُ سن مانان اولاد تہٕ کاآنشہٕ لِنش چھُس
نہٕ شکایت کران -

(۵۹۲)

ڈُنمبی ژف کاآنشہِ مہٕ دف :-
پننہٕ لِنس اولادِ ہنز شکایت گرٔتھِ نہٕ کاآنشہٕ لِنش کرُن -

(۵۹۳)

ڈیکہ ہشنر زی گُییہ باغیچ ھی ۔ پوترِ ہشنر زی گُییہ گرِ گرِ دڑہے:
یوسہ آمدنی پینہٕ ِنس ڈیکس یاتے پینہٕ ِنس رِنس نشِ چھِ حاصل سپدان سو چھِ
باغیچہ ہی ہندی یا ٹھی سر سبز نوش یوِن ۔ اگر نیچوِ ہندِ طرفٕچ آمدنی آسہِ تتھ
پٔچھ تسم حاوی ھاوی پرٛتھ وِزِ حساب ہیوان دِیُن ۔

(۵۹۴)

ڈُنڑ ورِ وایُن :-
کاہہ کتھ پرٛتھ کانٛسہ وُنیتھ عام کرٕنی یانے پرٛتھ کاہہ لوزناوُن ۔

(۵۹۵)

ڈوبہ ڈاس گرٕھن :-
پورِ پاٹھی تباہی سپدٕنۍ ۔

(۵۹۶)

ڈیکہ پلہٕ ہے نہٕ میوٕ ٹھا کرِ نا ہے ۔ پیلیسے نہٕ نہٕ منھرا کرِ نا ہے ۔
دیان سارِنے چھُ ڈیکس یہہٕ قسمتھ ۔ بس ڈیکہ یوٗرِ سہ چھُ دیان ڈیکس پنس
کرِ نا میوٕ ٹھ ۔ بد قسمتھ اِنسان چھُ دیان اگر ڈیکس پلہ ہا تہٕ نے حرمتی کرہاس ۔

۵۹۷

ڈونب چھلُن :-
کمالہ پرژھ گارکرِتھ تمہ سنٛد اَندرِم راز دریافت کرُن ۔

۵۹۸

ڈیکس لوٗر پیشپُن :-
شیوٗت سو نُلر آسُن یُتھ زن تسنٛد ڈیکہ آسہِ گاہ ترٛاوان ۔

۵۹۹

ڈاسہ ریٚنی آسنی :-
گرِس تباہی کرُن واجین زنانہٕ آسنی ۔

۶۰۰

ڈیشبہ ہتہٕ نٔدرِن :-
اپٕتر بہانہٕ بازی کرِتھ کانٛہہ خاص مطلب حاصِل کرُن ۔

۶۰۱

ڈیکس ژوُ مِھٹھ کھاپنۍ :-
غوصہٕ ، شرارتھ یا پریشانی ظاہِر کرنۍ -

(۶۰۲)

ڈوٗلس ژُنڈ دِنۍ :-
کانٛہہ کتھ سارِنے وُنِتھ عام کرنۍ -

(۶۰۳)

ڈبکہٕ بُڑ آسنی :-
سوٚ زنانہٕ یمِس پننۍ روٗن زِندٕ آسہِ چھے یوان ڈبکہٕ بُڑ مانہٕ نہٕ - یوٚسہٕ پننِس
بروٛنٛہہ مرِتس تہِ چھہ وَنان ڈبکہٕ بُڑ ڈرایہ -

(۶۰۴)

ڈوٚنبی وِیرِ کلہٕ کریرِ :-
اولادِ ہندِ یا بیتھ چھُہ انسان کلہٕ وآرے کرِرس گژھان -

(۶۰۵)

ڈۄنبہِ دود آسُن :-

پننِس اولادِ شٮ۪ٹھ ہمدردی تہٕ مُحبتھ آسُن -

۶۰۶

ڈٮ۪کہٕ گٔژھُن :-

کٲنِسہٕ ہنٛزِ ڈیڈِ تل سجدٕ دی دی پنُن ڈیکہٕ گہ انُن - زار پار کرُن -

۶۰۷

ڈیکہٕ مُنزرِتھ کتھ کرٕنۍ

خوش خوش پٲٹھۍ دِل کھولِتھ کتھ کرٕنۍ -

۶۰۸

ڈۄنب چھہٕ کرٲن ڈۄنبہے :-

شُرِ چھِنہٕ باپتھ چھہٕ سٮ۪ٹھا تکلیف پیوان تلُن -

۶۰۹

ڈۄنبہٕ واَلِنج آسنۍ

تمیُک دِل آسُن یتھ نہٕ کٲنسہٕ ہنٛدِ ونہٕ نک کانہہ اثر گژھِ یا کانہہ خوف پادٕ گژھِ -

٦١٠

ڈورِ روستے بیزار آسُن :-
نہایتھ کھوژِ بُڈِ نہٕ کم بوٚزتھ آسُن -

٦١١

ڈال دِتھ بیزرُن :-
پالُس گراے مارِتھ کُنہِ جایہ منٛزٕ بیزرُن -

٦١٢

ڈیکہٕ ڈوٗنب لسُن :-
زنانہٕ ہندِس ریٚلِس چھہٕ ڈیکہٕ وناں نہٕ ڈوٗنب گوو اولاد - کانٛہہ زنانہٕ چھے اکھ
اَکِس یہ آہی کراں زِ خانہٕ دار نہٕ اولاد لسِہ نے - یانے تٔمن آسِنے وٕ مبرٕ زییتھٕ -

٦١٣

ڈونتھ ہیو اوش ترٲوُن :-
اُچھو منٛزٕ ویٹھو ویٹھی اَشی پھیر وسنہٕ

۶۱۴

ڈِسہ گژھُن :-
سبھٹا آلژھی نہٕ کمزور گژھُن -

۶۱۵

ڈابر وایُن :-
کانہہ کتھ پژھتھ کنٕ آتشہِ نِش وانناوُن -

۶۱۶

ڈوکھ نیرِتھ ژلُن :-
سہارٕ ختم گژھُن -

۶۱۷

ڈانٛب لاگُن :-
اپزٕ دود ، بے ہوشی یا مژر بیترِ لاگُن -

(٦١٨)

ڈوو دِتھ نیِن :-
آسُن لبُن سورُے زن تہٕ ڈو دِتھ نیِن۔ وتھرِتھ نیِن۔

(٦١٩)

ڈآن آسنی :-
سو زنانہٕ آسنی یوسہٕ لوکن بود سیہر کرِتھ خراب ہیکہِ کرِتھ۔

(٦٢٠)

ڈولہٕ کوٹ آسُن :-
لیُس تہٕ اکس ڈنجہِ بیہتھ قایم روزِ گراہ اُور تہٕ گراہ یوٗر پھیرِ۔

(٦٢١)

ڈومبی قبل زویے ڈولہِ کیٖتھ اولیے پھاٹون واد :-
شُرِ پتھ زیواں تہٕ ماجہِ پتھ پریشانی شوٗرُو گژھان۔



# ر

۶۲۲

## رٲچھِس دوھا ژوٗرس گراہ :-

رٲچھی کرن وول چھُ ساٲرِے دوہس کُنہِ چیزس رٲچھی کران۔ ژور چھُ رٲچھی درمیٚنزِ غفلتُک اکھ گراہ وُچھان تہٕ پننہٕ کٲم تھٕتھی منٛز کران۔

۶۲۳

## رہدار گرِس چھِ پھُٹن پننی کوٗٹھ :-

رہدار گُرِ چھِ وناں تس گُرِس یُس اکِسے رفتارس پٮ۪ٹھ سیٚدٕٹھا دوٗر تام تِھتھ پاٹھی تیز پکان چھُ زِ سوارس چھُنہٕ کانٛہہ پٮ۪ٹھ زیر تہٕ لگان ساٲرِے چھِ اُمسے گُرِس یژھان کھُن نتیجہٕ چھُ زِ تمِس چھِ پننے کوٗٹھ پھُٹان۔

اَمِس پھُٹنہٕ امہِ کامہِ ہُنٛد کاہہ خاص ماوفہٕ میلان - بیٚیلہِ کاَلِشہٕ قٲبِل اِنسانس ہیتھے پاٹھی سارے کاَم ہیٚن تہٕ ماوفہٕ میلس نہٕ کیٚنٛہہ نمہِ وِزِ چھہ یہ محاورٕ ہؚوان ونہنہٕ -

۶۲۴

## روو گرُ گوٗ شیٖٹھہٕ مۆہُر

اگر کاَلِشہٕ ہُنٛد گرُ سوارِ نیمون تہٕ سُہ راوِ یا مرِ، گرُ ہُ وول چھُ تٔمِس شیٖٹھ سونہٕ ہٕنز مۆہُر مطلب سیٹھا نقوٗد قیٖمتھ کران - بیٚیلہِ بیہہِ ہُنٛد چینز راوِ تیٚیلہ چھُ لتس پیٚنوان اگنس دُوگن قیٖمتھ دیُن -

۶۲۵

## رُوٗد پینٛہٕ چھارب ووٗہتھان :-

یوٚت تام نہٕ رُوٗد پیٚنہِ لوٚت تام چھُنہٕ رب ووٗہتھان یوٚت تام کیٚنٛہہ ناکاہ کٕتھ آسہِ نہٕ گامٕژ لوٚت تام چھُنہٕ شوٗر ووٗہتھان -

۶۲۶

راتس ووٗنٕمس لاَل نامہٕ صُبحن ووٚنہٕ نم لاَل کیا وانہٕ ہے مجنوٗ لَفٕ بے

بینیلِہ کاٲنٛسہ میچھنہٕ کرِتھ کاہنہٕ چیز تفصیلہ سان فکرِ تارٕنچ کوشش کرو نہٕ پتہٕ پرژھہِ تۄہِ تیتھ سوال یمہِ ستۍ ٲسی زالوزِ ٲمِس چھُنہٕ یا نہٕ مےٚ کُن کن او سُمت یا چھُس نہٕ بلکل کینٛہہ فکرِ تورمُت تمہِ وِزِ چھہٕ یہِ کیتھ یوان ونہٕ۔

۶۲۷

## رس میٚنِتھ نہٕ ناٹہٕ گنٛزرِتھ آسنی

لینٛجہِ منٛز تراوو یاژن برابر ناٹہِ پھلی گنٛزرٲوِتھ نہٕ میٚنِتھ تراوو رس تیوتُے رس یوٚت ضرورتھ چھہٕ۔ پتہٕ کتہٕ نیرِ تتھ اکھ رژہ علاوٕ۔ گو کانہہ چیز صرف ضرورتس مطابق تیار کرُن چھُ نہٕ بہتہٕ ٲرکینٛہہ۔

۶۲۸

## ریپہِ چھہٕ شبنمہٕ سہلاب

ریپہِ چھہٕ اکھ سیٹھاہ لوکٹ جانٛدار۔ شبنم چھُ آبہٕ پھیور اکھ بینیلِس یہِ شبنم پھیور پیٹھہٕ بینیہ سو چھہٕ گژھان تتھ منٛز تہِ ییرِ۔ اکِس لوکٹِس یا غریب اِنسانس اگر سیٹھاہ کم تہِ نقصان گژھہِ سہٕ چھُ تمہٕ ستۍ تہٕ تباہ گژھان۔

۶۲۹

روزِ دیہ شُند ناو :-
یئیلِہ کاہنہ چھُ یژھان یہ باوُن زِ دُنی یا ہس منز چھُ سورُے فانی نمہِ وِز چھُ سُہ یہ کتھ ونان زِ پوشہِ وُن چھُ صرف دیہ شُند ناو۔

(۶۳۰)

رفتار، گُفتار، دستار پُورشس
روے، موے تہٕ خوے تژیہِ :-
پوُرش چھُ ونان مردس تہٕ تژے چھُ ونان زنانہِ۔ برونہہ کالہِ آسی ونان زِ مردس گژھ آسُن رفتار یانے اوڈیور دو دو کرنچ ہینمتھ گفتار گوڈ مُناسب کتھ باتھ کرنک توصلہ تہٕ دستار گوو یزتھ۔ زنانہِ گژھ آسُن روے، مطلب خوبصورتی موے یانے کلس پیٹھ مس تہٕ خوے مطلب رژ فطرت۔

(۶۳۱)

ربے لگنی :-
اگر جمس ربیہٕ کھسن اد یئیلِہ لوُپہٕ تہٕ دِق نہٕ کاُڑا لے چینی سپدِ۔ یئیلِہ کا لشہِ النالس پریشانی سپدے چینی یاُد گژھِ سُہ چھُ دیان زرہ لگم۔

(۶۳۲)

روپیہ لِش چھِ روپے واتن :-

بیٚلِہ کاٚلِنہِ روپیہ آسن مُسہ ہیکہ نبکس منٛز تھوٚتھ یا کاہ بارس لاگِتھ نہ تتھ بنِہ سوٗد یا نفع ، بیلِ روپیہ آسنس تیٚلِہ واتن تمن لِش بییہ روپیہ-

(۶۳۳)

رسہ دوٚد مُت نہٕ ماز وٚوتھمُت :-

بیٚلِہ کاہنہٕ آسہ جسمہٕ کینہٕ کمزور گومُت تیلِہ چھِ ونان زِنون پھُس دوٚد مُت تہٕ ماز پھُس گوٚلہ مُت -

(۶۳۴)

روپیہ ہنٛدی شُراہ آنہ آسُن :-

بروٚنہہ کالہِ آسی شُراہ آنہٕ اکِس روپیہ منٛز آسان - روپیہ ہنٛدی شُراہ آنہٕ آسُن گوٚو کانہہ چیز پورٕ آسُن - مثلن "یہ کتھ چھِ شُراہ آنہٕ پُزٕ"

(۶۳۵)

رنُن کھتا نہٕ کامہِ ھتھا

رٕنُن ونُن چھُ سہل مگر کانٛہہ چیٖز رٕنہٕ نہٕ خاطرٕ چھِہ ہنٛھ کامہٕ ہیٚوان کرنہٕ۔

۶۳۶

## رٕوٕکی پاٹھی خرچاوُن :-

بے وایہ پاٹھی خرچاوُن ، رٕوٕدس ما چھُہ حساب تیتھے پاٹھی بے حساب پانٛسہٕ خرچاوُن ۔

۶۳۷

## ریوٗش ژٕجیوو پتہٕ دلشہٕ ٹھُس کُھٹیوو تمہٕ نیشہٕ :-

بدنامی لِشہٕ بچنہٕ خاطرٕ ژٕھنیون ہنُن ملکی ترٛاوِتھ مگر یوٚت گوٚو تتہٕ گوٚو تمہٕ کھوتہٕ زیادٕ بدنام ۔

۶۳۸

## رتہٕ کھل گژھنی :-

کانٛہہ کام کران کران سیٹھا زُوو ژٕھسنُن ۔

۶۳۹

## رٕنٛییہ پکُن کرُن :-

رٕنٛییہٕ ہیٚری پاٹھی سیٹھا وارٕ وارٕ ٹیکٕھ کانٛہہ کام کرٕنۍ ۔

(۶۴۰)

## رٔتس تہٕ ترٛلیشہٕ ہٕش آسنہٕ :-

ہٕش آسنہٕ گوٚو نفرت آسنہٕ دوٚن نفرن پانہٕ واٚنۍ تیشر نفرت آسنہٕ زِ اکھ أکِس شُند رتھ چھِن ترٛلیشہٕ بدلہٕ ۔

(۶۴۱)

## راز ہٕ راتھٕ آسُن :-

تیُتھ مکانہٕ تہٕ سامانہٕ آسُن یُتھ اکِس راجس چھُ آسان ۔

(۶۴۲)

## راز کرن راز پاٹھی واز کرن واز پاٹھی :-

کھاندر تہٕ بڈی دوہہ چھُ امیر کرِن شاندار پاٹھی تہٕ غریب چھُ کرِن پننہٕ مقدورہٕ موجوٗب ۔

(۶۴۳)

## راز تیز آسُن :-

راز ہٕ شنزہٕ ہش چمک دمک آسنہٕ ۔

۶۴۴

رِتس رِکِنہٕ گژھنہٕ :-
پانہٕ واُنِ سٟتۍ دُشمنی آسنہٕ کِنۍ اکھ اکِس رٲچھ والُن :-

۶۴۵

روٗپیہِ روٗپے بر آسُن :-
اکِس روٗپیہ اکھ تولہٕ کاہنہٕ چیٖز ییٚنُن - مطلب کاہنہٕ چیٖز سیٹھا ڈرۄگ آسُن -

۶۴۶

روٗپیہ رۄد وسُن :-
سیٹھا آدلی آسنۍ - تیوٗت پاُلِشہ زیٖننُ ییتھ نہٕ حسابے ہیکہِ کرِتھ -

۶۴۷

رب نہٕ سب ہیٚشی گژھنۍ :-
سب گیہِ سو بجاے ییتہِ لس پٔژھی سال کھیاونہٕ باپتھ بیٚہاونہٕ ییٚن - اگر سال کھیاوِناونہٕ وِزِ سٟتۍ رۄد بیٖیہِ نہٕ رب ڈوٚبتھِ - سایبانہٕ مُنٛزی رۄد وتہٕ -

تیٚلہِ چھِ یہ کھتہ لوان وننہٕ ۔ جانہٕ رتہٕ خرابی ہِشی گژھنہٕ ۔

(۶۴۸)

## رٗودٕ روس تہٕ کرودِ روس پوٗرٕ گژھُن :-

یہ دُعا چھُ کھانٛدر کرن والین لوان کرنہٕ زِ نہٕ گوژھ کھانٛدرس پیٹھ رٗود آسُن نہٕ گژھی کانٛسہِ کانٛسہِ سٟتی ناراضگی گژھنہٕ ۔

(۶۴۹)

## روگہِ روگہِ پکُن :-

رٗوشی رٗوشی وتہٕ ژٔلِتھ پکُن ۔

(۶۵۰)

## روٗپہِ کوٗر ژھوٗپہِ سٟتی سوٗنہٕ سُند دان :-

تمہِ زنانہِ پکہٕ نوٗ وسہٕ ٹھا جان یأمہٕ پنٕن گرِیمہِ ژھوٗپہِ گرِتھ بیٚیہِ سٟتر کتھ برداش کرٕ ۔

(۶۵۱)

## رس اڑِج اژنی :-
جان ضِیافت کھینگ عادت گرژھن ۔

(۶۵۲)

## رو پہ شنر لوٗپہ ہشرن اژنی :-
کانٛسہِ ہندِس یزلس کانہہ رخنہ اژُن ۔

(۶۵۳)

## راوُن تھوٗل چھُ مُشکِل :-
کانہہ چیز راوُن چھُ سیٹھا دِلس تکلیف دِوان ۔

(۶۵۴)

## رہتھ ونٛرے پچ وانہ کُے :-
اینز ہمدرد ونہِ زِ بہ ونٛرے رہتھ مگر سُہ آسہِ کنٛہہ سُشرلیُس پجُی والس
نِش ہیتھر آسہِ پینٛومُت یتھ نہ کانہہ قیمتھ چھُ ۔ اینز وُچھتھ مدریر۔ زبانٛ
ٹلی ہمدردی ناوٕلی ۔

(۶۵۵)

## رُوٗنہٕ رُوٗمالہِ واو کرُن :-

کانٛسہِ زِیادٕ پیٚھن خاطرِ دارِ نہٕ خوشامد کرُن ۔

(۶۵۶)

## رزن کھُسُن :-

سیٹھا کرکہٕ ناد کرُن ۔ شوٗر کرُن

(۶۵۷)

## راتکۍ لائیٚن گوٚومٕژ خام لول ہے آم سیتائے :-

یوسہٕ زنانہٕ رِتس ستی لڑائی کرِتھ نہٕ لیے یرٕ نتھ کرِتھ مالیٚن ژلہِ تمِس پتھ بیٚیلہِ رُوٗن دوٚیمی دوہہٕ والپس ییٚنہٕ باپتھ زارٕ پارٕ کران ۔ تمہِ ونِژ پتھ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۶۵۸)

## رِتس دہ باگ آسُن :-

اگر کانٛسہٕ رُت یٚرٕتھ ۔ دہ رِشتہٕ دار دوس، ہمسایہ تیٚس کھیتھ بیتھ نیران نہٕ خوشی مناوان ۔

(۶۵۹)

## روٗتوٗ نہٕ بأڈٕ تلُنہٕ :-

روگو پلو، توگُیہ تأو نہٕ بأڈٕ گیہ بھأئی بیتھ منٛز ژوٚٹ یا ہتہٕ ییٚیہ کھینہٕ۔ ییٚیلہِ کاہٕشہ کُنہِ جایہ پیٹھٕ سورُے سامانہٕ ہیتھ نیرِ تیلہِ چھہ یہ محاورٕ لوان استمال کرنہٕ۔

(۶۶۰)

## راتس تارکھ گنزراوٕنی :-

کُنہِ پریشأنی کِنہٕ راتس نیندرٕ نہٕ ییٚنہٕ۔

(۶۶۱)

## رامُن راج آسُن :-

تیٚژہٕ حکومتھ آسنہٕ بیتھ منٛز سأرے لوٗکھ خوش تہٕ خوشحال آسن۔ نہٕ پوٚز اِنصاف آسہِ لوٗکن میلان۔

(۶۶۲)

رِٹھ میانۍ کانگرِ وُچھ میانۍ ٹکھ :-

بکنس کُیت ناتوان انسان چھُ ہیتھ ہیوان زِ بہٕ پکہٕ ہا تیز بٔلکہ دوٕہ ہا اگر میانۍ کانگرِ کانٛہہ رٹہِ ہے -

# ز

(۶۶۳)

## زیُٹھ آسِتھ کوٗنس گوٗکھو کھرِ کھیو کھوٗ علی یوٚ :-

علی چھُ گرس منز زِیُٹھ نیچُو ۔ مگر کھُر مطلب کاہنہٕ کمزوری چھس تمہِ کِنہِ چھُ لوکٹِس نیچوِس زیادٕ قدٕر ۔ علی گو زیُٹھ آسِتھ تہِ کوٗنس ۔ کاَنٛسہِ ہُنٛد بجر لٔرتھ گرٛھن ۔

(۶۶۴)

## زلو چھس کران لوکھ لوکھ لکھ چھِس ژھنان ٹھوکھ ٹھوکھ

سُہ چھُ لوکن لِش بے یزتھ گرٛھات لیُس فضول زیادٕ بکواس آسیہ کران ۔

(۶۶۵)

## زلوٗو زیوِ رلوٗنٛز گرِ ادِ نیٚرِ شِکارس :-

دُنہِ چھہُ شُر زینے سٕہ کرزلوِ ہیٚنہٕ کربڑِ ادِ کرنیٚرِ شِکارس ہٕنہ ادِ کھیمو اُسی شِکار حاز۔ ییٚلِہ کُنہِ کامہِ سیٹھاہ وق آسہ درکار تیٚلِہ چھہ یہ کتھ لوان ونہنہٕ۔

(۶۶۶)

## زووِ ہندِ خاطرِ چھہ ژٹ نالہ کڈُن :-

زوو وسھِ پلوس ہٕنہ پلو ما ژھُن ترآوِتھ۔ موموٗلی مشکِلہ باپتھ ما ژھنی کامہِ اتھہ منٛز ژرآوِتھ۔

(۶۶۷)

## زیادِ زوون چھنہٕ لوٗف :-

ییٚلِہ سیٹھا زیادِ مُشکلات بُتھہ یِن ہٕنہ تیٚلِہ چھنہٕ زیادِ پریشانی روزان۔ (مُشکلیں اتنی پڑی مجھ پر کہ آسان ہوگیں۔)

(۶۶۸)

## زیادِ مردن بتہٕ کاہنی ہٕ زیادِ زنانن آب کاہنی :-

ییٚلِہ گرس منٛز زیادِ مرد آسن تمن چھِہ مان مان لگان ہٕنہ کاہنہٕ چھنہٕ کماوان

کماونچ ذمہ وآری چھے نہ پانس بیہٹھ کالنۂ باسان تہٕ چھُہ گرٕھان بتہٕ کامن۔
زنانن چھ آب سارٕنے ذمہ وآری۔ یینلہِ گرس منٛز زنانہٕ زِیادٕ آسن،
اکھ دیان بیہ کیاز اَنہٕ بیا کھ دیان میانی چھا ذمہ وآری نتیجہِ چھُہ گرس منٛز
آبہٕ کامن۔

۶۶۹

## زلو چھ کران اِنتظار متہٕ ڈیا وٕنم پاۤزار :-

کاہنہ چھُہ پننی زلو رکاوان فضول کتھہ کرنہٕ لِنۂ تاکہ لوکن لِش گرٕھِ نہٕ
بےعزت۔

۶۷۰

## زو اوٚر تہٕ جہان اوٚر :-

ییٚنلہِ اِنسان آسہ پانہٕ وارِ تمِس چھُہ باسان زِ سورُے دُنیا چھُہ وارٕ۔

۶۷۱

## زبیٹھین نرٕہن چھُہ بوش :-

بروٚنہہ کالہِ آسی امیرن چوگس زبیٹھی نرٕی آسان۔ یِمن زبیٹھی نرٕی آسہٕ ہن
تِم آسی آسن داۤلی لِوان مانہٕ نہٕ۔ تمن اوس ٹیٛژ بزرتھ آسان تِوے چھ یہ ونان

زیٹھو نرہ لو کھیو سال۔

(۶۷۲)

زنانہ رٕنس واد کرے سو گرٕ کرے کیا :-

یوسہٕ زنانہٕ رٕنی سُنٛد آسہ نہٕ لوزان۔ تس آسہ کھتہٕ کھتہٕ پیٹھ واد کران سو کیتہٕ پانٛٹھی ہیکہِ گرٕ جان پانٛٹھی چلاوِتھ۔

(۶۷۳)

زِنٛدس دِمے نہٕ سوٗر ساس مُرتھ دِمے اطلاس :-

یوت تام اِنسان زِنٛدٕ آسہ توت تام کرٕ تس نہٕ کانٛہہ خدمتھ۔ سوٗرٕ پھلی تام دِیس نہٕ کانٛہہ۔ مُرتھ ولنس پتہٕ اطلاس۔

(۶۷۴)

زامتٕر رٕچھی زرٕن ہنگس منٛز رنگس منٛز مند چھاوِ :-

زامتٕر اگر سیٹھا رٕچھون تہٕ کلس پیٹھ تھوون مگر مجلِسہِ منٛز مند چھاوِ کُنہِ نہٕ کُنہِ رنگہٕ۔

(۶۷۵)

زٔٹ اگر ڈینہٕ نہٕ مٔٹ ییٖس برنہٕ :-

سیٹھا امیر آسُن مگر امیر آسنک باس نہ دِنہٕ وول ۔ ییٚیژ دولتھ آسنہٕ ز زیچہ منٛز تہٕ نیرِ لُس تیتی دیار زِ مٔٹ ییٚیہ برنہٕ ۔

(۶۷۶)

زبیتہٕ پیٚیوُن :-

ناڑ پھیکھ پیٚیِنہٕ ۔ دِل دزُن ۔ دِلس سخت دوکھ گژھُن ۔

(۶۷۷)

زوٗن کھینہٕ کھسُن :-

سیٹھا تکبُر کھسُن ۔ بٔڈ پان تیتھُے طاقتور باسُن زِ اسمانس کھٔتِتھ ہیکِہ زوٗنہ تہٕ کھیٚتھ ۔

(۶۷۸)

زنگہٕ ژنگ کرٕنۍ :-

کانٛہہ کاٗم پوٗرٕ کرنہٕ خاطرٕ کوٗشش کرٕنۍ

(۶۷۹)

## زی گیہ ھی :-

جان روزگار نۂ آمدنی پھ تیز چھے خوشی دِوان یتھ باعث ہی پھُلنۂ ستی پھ یلوان

(۶۸۰)

## زیوٗھٹھ گو بیوٗھٹھ :-

بیبلِہ کاہنۂ کاٗم زِیادٕ زیھٹھ راوو تیٚلِہ پھٹنۂ سو پوٚر سپدان -

(۶۸۱)

## زچن پچھِہ پھیُر کرُن :-

ژھینِہ میتس پلون ٹیبہٕ دِتھ مرمتھ کرٕنیٚ -

(۶۸۲)

## زمینہٕ زمینی ہوٗنی بزُی گرٛھُن :-

ڈیار زمینِتھ پتہ ہوٗنی بزُی گرٛھنی یانے ضایہ گرٛھنیٚ -

۶۸۳

## زِل وایے کرٕنۍ :-

کانہہ چیز کانٛسہِ بار بار منگُن تہٕ سُہ پریشان کرُن۔ تھکھ تہٕ تلٕنۍ۔

۶۸۴

## زیوِے چھہ مارن تہٕ زیوِے چھہ تارن :-

اکھ کتھ کرنہٕ سٟتۍ چھہ اِنسانس کاٗم انزان تہٕ حاجتھ نیران۔ بیاکھ کتھ کرنہٕ سٟتۍ چھُس پانہٕ سے زوال یوان۔

۶۸۵

## زار چھُہ کران خار :-

زار گِندنہٕ سٟتۍ چھُ اِنسان ذلیل تہٕ خار گژھان۔ امیر آسِتھ چھُہ غریب بنان۔

۶۸۶

## زامنہِ زیوِنۍ :-

کانٛسہِ ہٕشرِ کتھِ زامن گژھِتھ جواب نہ دیُن۔ کتھ کھینۍ۔

۶۸۷

## زبیٖٹھ کمیٖو کوٗز کھومونٛن :-

گرس منٛزیُس کوٗنٛس آسہ سُہ چھُ تیٚلِہ بنان زبیٖٹھ بیٚیلِہ زِھٹس موت ییٚیہِ -

(۶۸۸)

## زٗری بوٗز باہہِ وٚہری بڈ شاہ موٗد :-

بڈ شاہ اوس کشیٖرِ ہُند مشہور بادشاہ۔ تٚمِسُندِ مرنہٕ گوٚو کاشرین سیٹھا دوکھ مگر زٗرس لیٚجٕ نہٕ باہن وریین پتاہ زِ بادشاہ چھُ موٗدمُت۔ ییٚیلِہ کاہنہٕ تمہ کیٚنہہ لِٹہ یُتر کال بے خبر روزِ پیٚیچھ خبر سارِنٕے آسہِ تیٚلِہ چھہ تس مُتلق یہِ کتھ لوان وننہٕ۔

(۶۸۹)

## زٚنگہِ رٲدی اون نہٕ زلو رٲدی کھیٚنو :-

اکہِ ژٚچہِ زٚنگہِ ٹکی ٹکی نہٕ کرٕن کام بیاکھ اوس کیٚنہہ گوٚز نہٕ تمی نیو تمیک فایدٕ-

(۶۹۰)

## زٚنگہِ ژوٗٹ گرٕھن :-

بیٚیلِہ نہٕ گرِکیو حالاتو کِنہِ گرِ ہیٚرلس وٚچھے آسہِ تیٚلِہ چھہ یہِ کتھ لوان وننہٕ زِ زٚنگہِ ژوٗٹ گوس - یانے زنگہ پھم ژھینہٕ مٕتر کیٚنہہ پاٹھی نیرٕ پھیرہٕ-

(۶۹۱)

زن تہِ آو لوٗڑ کرِتھ :-
زن تہِ آو کینژہ بوڈ بارٕ چیپنز زہنتھ

(۶۹۲)

زیادٕ کشنس چھُ زیادٕ رٕتھ :-
یوٚت زِیادٕ پالس کشو تیوٚت ییٚنہِ زِیادٕ رٕتھ یوٚت کُنہِ چیزس زِیادٕ کشِش کرو تیوٚت چھُ زِیادٕ تکلیف ۔

(۶۹۳)

زیٚنہٕ دگہِ کھوتہٕ چھہ رٕچھن دگ :-
اگر بیٚنہِ سُنٛد شُر رٕچھوٚن تمتُھر ماے چھِ پنہٕ رِنس زامتس شُرِی سٕنٛدِ کھوتہٕ زِیادٕ آسان ۔

(۶۹۴)

زیٚنہٕ ہتی کیا گو شُر گرٕتھِ پیٚیوٚن :-
شُر زیوٚن چھِنہٕ بٕڑ کتھ شُر گرٕتھ ییٚرُن گماٹُل، عالم، تابیدار تہٕ کمٲہوٕ ۔

(۶۹۵)

زۆوٕلہِ ہُشٕر کھیوٚن جان زہلولہِ ہُشٕر نہٕ کیٚنہہ :-
لتَس زنانہِ ہیٚنٛدِ اَتھہِ پھُہ جان کھیوٚن یوس ناٗلہٕ آسہِ لیس زۆوٕ آسن وٕژہِ متھٕر مگر تس زنانہِ ہُشٕر کھیوٚن چھیٚنہ جان۔ یوسہٕ پتہٕ جایہ جایہ ژونیہہ منٛز چھاوِ۔

۶۹۶

زچن نہٕ نال اتھہِ یُن :-
ییٚلہِ گٔنہِ جایہ سیٹھا جلدی منٛز پلون تھف دِتھ ژٕلُن پیٚیہِ، تیٚلہ چھہِ ونان زِ زچن آم نہٕ نال اتھہِ۔

۶۹۷

زہوِ زیوٚ ہٹہ آسُن :-
اپزی تہٕ زہیٹھی واد کرنَ وول آسُن۔

۶۹۸

زمینن کھیہِ سارے زمین کھیو نہٕ کاٗلشہ :-
سارے اِنسان چھہِ آخر زمینس منٛزے شرپان مگر زمین ہیچ نہٕ ازتام کاٗلشہِ کھیتھ۔

۶۹۹

زُٹ ڈِنٕنۍ :-

پٔننۍ ذِمہٕ وٲری ژٲوِتھ ژٕھننۍ ۔

۷۰۰

ژٕنگہٕ ڈُوٕنَس پٕہ واتُن :-

تِمُہٕ مُشکل بُھتِ یُن یتھ پٕہ ژٕلنَس نٕہِ وتھ آسہِ ۔

۷۰۱

زِڈ کڈٕنۍ :-

کانٛہہ چیٖز یُس نٕہ پوٗرٕ ٹھیک آسہِ تتھ پیٹھ یتھٕ تِتھٕ گُزارٕ کرُن ۔

۷۰۲

زہر شرٛوٗ پراوُن :-

کٲنِسہٕ ہٕشر سِٹھا ٹیٖنٛھ کتھ برداش کرٕنۍ ۔

○

(۷۰۳)

## زٕلو زبان تہٕ چوب لبان :-

بینٛلہِ زٕلوِ ستی کاہہٕ ناجائیز کتھ کرِ تیٚلہِ چھُ لس مار پیٚوان ۔

(۷۰۴)

## زٕوٗ پوٚیہ کھیٚون :-

زٕوٗ کمزور گرٕتھن زن تہٕ تمٕلہٕ بدلہٕ تمی سرٕ آسہ کھیوٗمت ۔

(۷۰۵)

## زٕری اُسن کرُن :-

زوٚر چھُنہٕ کنہٕ کینٛہہ بوزان، کتھ زن تہٕ بوزِتھ چھُ اسان زن تہٕ سورُے بوزُن ۔ گائلہٕ ہنٛز کتھ تہٕ بوٗزِتھ ٹلی اُسن گو زٕری اُسن ۔

(۷۰۶)

## زِنٛدس بتہٕ تہٕ مرِتھ ترٛیش :-

یہ چھُ ہنٛدی نیچوِس مُتلق وناں زِ یوتام زِنٛد چھ سہ دِیہ بتہٕ کھیٚون بیٚلہِ مرو تہٕ پٔتھ صُبحس آسہ سانہٕ ناوٕ ترٛیش دِوان ۔

(۷۰۷)

زسمہ بیہنا ونہ :-
کاہنہ اِنسان کِتھو سِتی سیٹھا کمزور کرُن ۔

(۷۰۸)

زولہِ گیہ تہ کولہِ گیہ :-
اگر شندرِ زیچھ گژھِ تہ سورُے گژھ کولہِ یانے اگر غفلت گژھِ تہ سارُے گژھِ تباہی ۔

(۷۰۹)

زنانی مدکھتے لوگُے مرد وٚنیژ اَرِتھ :-
مردٕ شُنر کمزوری وُچھِتھ چھِ زنانہٕ بڑٕ تیز گژھان ۔

(۷۱۰)

زامتری یزتھ کرُن :-
سیٹھا یزتھ کرُن ۔ نیوٚت یزتھ کرُن یوٚت زامترِس یوان چھُ کرنہٕ ۔

(۷۱۱)

زِف گیہ نہٕ ژِھف گیہ :-

اگر اِنسانس ہنٛدِ ربیٚہِ یا نٔے عین موقس لا پروٲہی کرِ نیٚلہِ چھُ تٔمیس
نوقصان تُلُن پیوان ۔

(۷۱۲)

زُوٕ لرٕز زاہر ہنیگہ لُن :-

زُوٕ بچاونہٕ خاطرٕ چھُ اِنسان زاہر تام چوان ۔

(۷۱۳)

زن زمین زر، وچھہ ڈلان شیرٕ نر :-

زنانہٕ زمین نہٕ دولتھ وُچھِتھ چھِ سٔہس ہیو بہودُر اِنسان تہٕ ولسران۔
ینِس پانس پیٹھٕ چھُس نہٕ قوبو روزان ۔

(۷۱۴)

زٕ بینٕ زٕ زاوِلُ کتھ نٕیہ ہنٛز کتھ بیہہ نہٕ زاہنہٕ :-

ینٛلِہ کانٛہہ سیٹھا جان کرِتہٕ توتہٕ کرنس لوکھ کتھے۔ تیلِہ چھُ یہ محاورٕ لوان
ورتاونہٕ ۔

# ژ

۷۱۵

**ژۄر مہٕ کرِ ژرٲلِس مہٕ کھوژر :-**

یُس نہٕ ژۄر کرِتس کیاہ چھُ تھاہٕ دارِس کھوژُن ۔

۷۱۶

**ژہٕ وَن بنیتہِ نہٕ بہٕ ونہٕ بایہ ینٛنی کتھ چھہ ینٛنی جایہ :-**

ینٛیلہِ کانٛہہ بیُٛن بوَے یا بینہِ زٲنِتھ ینٛنی کتھ ولنہٕ تہینٛلہِ چھہ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

۷۱۷

## ژھرِ مُٹ چھِ وزان :-

اگر مُٹ خالی آسہِ تھۆ کُنہِ ستی ٹاس دِمو تہٕ آواز چھِ نیران، اگر بَرِتھ آسہِ تھۆ چھنہٕ آواز نیران یُس اِنسان دولتہٕ رُنگی یا علمہٕ رُنگی ژھور آسہِ سُہ چھُ زیادٕ بہان کتھ کران ۔

(۷۱۸)

## ژھوپہٕ چھےٚ روپیہٕ ہشر کرکھ تہٕ سونہٕ ہشر :-

اگر اِنسان ژھوپہٕ کرِ تہٕ سۆہ ٹارُت چھُ پراوان ۔

(۷۱۹)

## ژلہٕ ہا چانہِ دادِ ژہینتھ ستی :-

اگر کانٛسہٕ اِنسانس ٹالنہٕ باپتھ کانہہ دُور ژلِہ تہٕ سُہ دویم اِنسان پکیس ستی یتیلہ نہٕ سُہ تھَف تلِس تیلِہ چھِ بہ کتھ لوان پھِرنہٕ ۔

(۷۲۰)

## ژۆنٹھ ڈلشہٕ ژۆنٹھ رٹان ژنگ :-

اکِس اِنسانہٕ مُشد نور طریقہٕ وُچھتھ چھُ بیاکھ ژونٛ تہٕ تی کران یا ولو یتھ کنہٕ سنگس صوٗ جبتھ بییرس اثر -؟

(۷۲۱)

## ژٕلی مِتۍ ین پٔتہٕ کُنہٕ زِندٕ نے متہٕ لی تن :-

بیٚم ہٕوٗدِی تم کتہٕ ینٕ والِس یم زِنٛدٕ چھِہ تمہٕنے چھُہ مرنُک خوف ۔

(۷۲۲)

## ژٕوٗرس چھِہ بوٚنچس کُنٕے کُل :-

کُس کیا کران چھُہ کُس کیا ونان چھُہ تتھ کُن چھُنہٕ ژٕوٗرس کانٛہہ دیانٛ آسان۔ تٕمِس چھِہ صرف یہ فِکرٕ زِ ہوٚنٛج کِتھٕ پأٹھۍ نمہٕ ژٕوٗرِ۔ یا تِ صرف بینہٕ مطلبیچ فِکرِ روزٕنی ۔

(۷۲۳)

## ژھوٚٹہٕ برِ ووٚٹہٕ بوٚر آسُن :-

کُنہِ جایہٕ گژھنہٕ باپتھ سیٚٹھا ژھوٚٹ وتھ آسٕنۍ ۔

(۷۲۴)

## ژٕر چھِہ پھلِہ خأیترِ سے حأران :-

ژٕرِ چھِہ گژھ تام دانے بٔنٛ لفس برنہٕ باپتھ ضروٗرٕ رٕہٕ۔ تِم لبنہٕ باپتھ چھُہ تٕمِس پیوٚان جایہ جایہ ووٗٹھرُن۔ یمِس اِنسانس سیٚٹھاہ کم ضروٗرِیات نہٕ

اَسہ تُس تہِ چھِ یِم پُوٗرٕ کرنہٕ باپتھ سۄہٕ دِوان دِوان تہٕ کوشِش ہیٚوان کرنہٕ۔

۲۲۵

ژوچہِ ورِ مشنر نیرِ یا اَنٛنر :۔

ژوچہِ ورِ مشنر نیرِ کیوم اَنٛنر ماویپہِ تتھ مشنر، لوکٹہِ کارٕ بارٕ مشنر کتہِ نیرِ بوٚڈ نفع ۔

۲۲۶

ژوٚک تل واتُن :۔

پننہٕ کمزوٗری تہٕ خامی پتا لگنہٕ ۔

۲۲۷

ژُرِیج کتھ وننہٕ :۔

اصلی پزر باوُن ۔

۲۲۸

ژوٚک تام زانُن :۔

کٲنِسہِ ہُنٛد اصلی خانٛدان یا اصلیت زانٛنٕی۔

۷۲۹

ژھٕنِتھ ہینٛز :-
زانِتھ مانِتھ ژوٚرِ روزُن۔

۷۳۰

ژس گژھُن :-
سخا شرمنٛدٕ گژھُن۔

۷۳۱

ژرِ وانٛٹھ آسُن :-
ژرِ ہنٛد ہیُو لوکُٹ دِل تہٕ جُرٲتھ آسُن۔

۷۳۲

ژپہٕ مازس تھپہٕ تھف آسنٕی :-
کٲنٛسہِ کٲم کری کری ماز پھٔٹِتھ مُرٛت آسہِ مگر توتہٕ آسنس باقی تھپہٕ دِوان
زِ یہ کٲم کرٕ، ہہٕ کٲم پھِٹے باقے۔

۷۳۳

ژوسُر ٹلُن :-
بے مانے شوٗر ٹلُن ۔

۷۳۴

ژھوٹِس فیل وۆٹِس سۄنبہ :-
ژھوٹِہ قدک اِنسان چھُ بجِہ بجِہ ناکارگی ہیکان کرِتھ ۔

۷۳۵

ژرِ چھُ کُنڈی تھرِ پیٹھے راحتھ :-
ییمنِس گرس منز آسِن کوتاہ تکلیف مگر پرٕتھ کانٛسہ چھُ گرس منزے آرام یوان ۔ ییتھ پاٹھی ژرِ چھُ کُنڈی تھرِ پیٹھی آرام یوان ۔

۷۳۶

ژۆک لوٗن نیرُن :-
کانٛسہ ہُنٛز اصلیت نبنہِ نیرِنۍ ۔

۷۳۷

### ژھٹھ پھیرِتھ گژھنی :-

کاہنہ برخبر بوٗزِتھ بُتھکیُک رنگ بدلُن ۔ بُتھِس لیدُر رنگ گژھُن ۔

(۷۳۸)

### ژوٗرس چھُ کیٚنٛہ تہٕ راوُن واٲلِس ہتھ گوناہ :-

ژوٗرس چھُ کیٚنٛہ گوناہ زِ تمیٚ نیوو چیز ژوٗرِ، یمِس رووٗ تمِس چھُ گژھان ہتس لوٗکس پیٹھ شک یم بے گوناہ چھِ آسان، تمہ کیٚنٛہ چھِ تمِس ہتھ گوناہ کھسان ۔

(۷۳۹)

### ژرِ دوٗد تہٕ مہِ اُرٕج انِنی :-

ژرِ چھینہٕ دوٗد دِوان تہٕ مہِس کتہِ گیہِ اُرٕج یادٕ ۔ مطلب گوو تمہ چیز انِنی یم بِلکُل نایاب آسن ۔

(۷۴۰)

### ژاس کرٕنی :-

کاٗشِ ہُنٛد پاٗنِہ کھیوٚن ۔ سُہ زن منگِہس یہ کمہٕ لس یوٚرٕ ژاس تہٕ ٹالِس ۔

(۷۴۱)

ژھوہ مارُن :-
خوشی سان بیین پننہٕ شان ھاوٕنی ۔

(۷۴۲)

ژوٗک مرٕر ژالُن :-
کأنسہِ ہُنٛد جان یا ناکارٕ وَرتاو برداش کرَن ۔

(۷۴۳)

ژھیوٗٹ چھ کھیوان میٹھِ کِہ طماہ :-
ژھیوٗٹ چیز اگر میوٗٹھ آسہِ میچھر کہ طماہ کِنہٕ چھُ سُہ تہِ یوان کھینہٕ ۔ کأنسہِ ہُنٛد بُرٕ سلوک چھُ کُنہ فأیدٕ خأطرٕ اِنسان برداش کران ۔

(۷۴۴)

ژیتہٕ برم گژھُن :-
ژیتہٕ گوو دِل بژم گوو دوکھ ۔ مطلب دِلس دوکھ لگُن ۔

(۷۴۸)

ژارِ وۄتھ نہٕ گیگہٕ کھوٚت :-

یُتھے کاہنہٕ چیز دانہٕ ہیتھ وول نہٕ تیتھے کھیوٚن گوو سیٹھا توٚت توٚت کھیوٚن ۔

(۷۴۹)

ژھلی بُلی نہٕ ٹلی کرُن :-

جائیز یا ناجائیز طریقہٕ کام پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ یختیارٕ کرٕنۍ ۔

(۷۵۰)

ژانگہٕ دزٕ وٕنۍ لیکھ ژارٕنۍ :-

تیژھ لیکھ کرٕنۍ یوٚس نہٕ بییِس برداش گژھِ ۔

(۷۵۱)

ژھتھ رچھِنۍ نہٕ واٚلنج ژھٕنۍ :-

اَپزٕ ہمدردی کرٕنۍ ۔ نیبرٕ فسادٕ کرُن ۔ اَندرٕ نوقصان واتناونچ کوشش کرٕنۍ ۔

۷۵۲

ژیٚپہٕ ژٔیٚپہٕ دوا :-

کاہنہٕ چیز براہ یُن ، موافِق آسُن -

۷۵۳

ژیٚپہٕ لوٗن پیٚوُن :-

تکلیفس منٛز ھُریر گژھُن -

۷۵۴

ژیٚپہٕ آسُن :-

کاٗلِنہٕ ہیٚنٛز ہمدردی آسٕنی ، کاٗلِنہٕ ہیٚنٛز دگ آسٕنۍ -

۷۵۵

ژھینہٕ مٔتس پھوٚتِن نہٕ واتُن :-

جلد کھوتہٕ زیادٕ خوش گژھُن -

۷۵۶

ژکھ آیہ نہٕ کاٲم ڈرایہ :-
بێیِلہِ کاہنٛہ شرارتھ کھێتھ شرارتس منٛز کٲلنٛہ ہینٛز کاٲم کرِتھ وِزِ چھُہ یہ یلوان ونہٕ نہٕ ۔

(۷۵۷)

ژوٗرن کیتی ژوٗ وٕنزا ساس دیو پوزِنیٚ کیشرِ نہٕ ھار :-
دیہ ہندِ ناٲوی کرِ نہٕ اکھ پٲنٛسہِ خرچ مگر ژوٗرن اتھہِ لیوٗ ناوِ ساسہ بوٗد ژوٗرِ ۔

(۷۵۸)

ژٕندرایُن ژاپُن :-
فاقہٕ کشی کرٕنیٚ ۔

(۷۵۹)

ژوٗ وُلِس پیٹھ کھٕتھ ژراوٕنیٚ :-
کاہنٛہ راز عامس تام واتناوُن ۔ وِنہٕ پیٹھ تھوٗن ۔

(۷۶۰)

## ژھیپہ ژھارِ گنڈُن :-

شرُ چھُ کُنہِ وِزِ یتھ پاٹھی گنڈان زِ اکھ چھُ ژۄرِ روزان تہٕ بیاکھ بھُس ژھانڈان - بیٚیلہِ کانہہ اِنسان بییِس نِش کُنھی کُنھی روزِ تیٚیلہِ چھُ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ -

(۷۶۱)

## ژۄن پہرن کس رۄد ژۄنگ :-

یتھ دُنی یاہس مشر کُس اکھا رۄد ہمیشہِ امیر نہٕ سو کُس مشر -

(۷۶۲)

## ژلہِ وۄنہِ بروٚنھہ تہٕ لارِ وۄنہس پتھ :-

یہ چھُ اکس کمزور دِلہِ وٲلِس اِنسانس مُتلق یوان ونہٕ نہٕ - اگر خوفہٕ کِنہِ لوٚکھ ژلن سُہ ژلہِ سارِنی بروٚنھہ ، اگر بیین حملہ کرنہٕ لارن تہٕ سُہ روزِ سارِنی پتھ -

(۷۶۳)

## ژوٗنڈٕ نہٕ موٗنڈٕ متن :-

دیان ژوٗنڈٕ تہٕ موٗنڈٕ ناوکۍ آسی زٕ راکھیس یم لوٗکن سیٹھا دوکھ آسی دِوان تہٕ لوٗکھ آسی یمہِندِ توٗفہ کینٛہہ سیٹھا کرکہٕ نادٕ تہٕ شوٗر کران، بیہِلہ کیٛنٛہہ لوٗکھ لڑایہٕ جھگڑٕ کرِتھ لوٗکن کرکہٕ نادٕ کرناوِن تیٛلہ چھُ یہ لوان وَنہٕ نہٕ۔

(۷۶۴)

ژھوٚٹ زیٛوٚٹھ اَے پھیرن گژھِ وٚری نیرِ پیٛنٛدٕی
شُرکوٚٹ اَے ناہموار پیٛیہِ وُمبر ہرٕ پیٛنٛدٕی۔

اگر پلو ژھوٚٹ زیٛوٚٹھ گژھِ اکِس وٚرہِ لیس چھُ اِنسان تنگ تہٕ پریشان گژھان۔ اگر گرِس منٛز کانٛہہ شُر یا ٹاٹھ چھُ نالایق نیران تہٕ سارے وُمبر چھِ پریشٲنی منٛز گُزراوٕنی پیٛوان۔



# س

۷۶۵

## سنگس صُحبت ہینزس اثر :-

اگر کانہہ کانٛسہ ہتہٕ سنگ تھوٚٔتس چھہ تمیٚنزِ رٕژ خصلتہٕ یا کوٚ خصلتہٕ لاران.
مالِس ماجہِ ہندِ مزاجُک اثر چھُہ شُرِش ہیتھ ضوٗرٕ وٕر آسان۔

۷۶۶

## سٔنجہِ دِوان زآلی نہٕ ہندِ وہندِ گرٕژھان انھہٕ :-

سٔنجہِ گوٚو (دنیلہِ گوگل) چھُہ زالیو ہیتہٕ پھِران مگر زالیو منٛزِ چھِس ہندِ وہندِ
ژلان نیرِتھ - گو سیٹھا کِفایت. سان چھُہ سوٗنچِ سوٗنچِ خرچ کران مگر تسٕنزِ
مرضی خلاف چھِہ بٔڑی بٔڑی خرچ گرٕژھان یا موٗلی چیز بچاوان بٔڑی چیز
انھہٕ گرٕژھنہِ -

(۲۶۷)

## سُمِس سۆم نیٛامت بے سۆم گیہِ قیامت :-

اگر رۆن تہٕ زنانہٕ ہم عمر آسن سو گیہِ نیٛامت اگر یا نہٕ واُنۍ عمرِ منٛنز سیٹھا فرق آسِہ یانے اکھ بُڈٕ تہٕ بیٛاکھ لوکُٹ آسِہ سو چھِ تمن قیامتس برابر۔
(سُمِس سۆم رشتہٕ، درجہِ، قدر، عُہدِ چھُ نیٛامتس برابر۔)

(۲۶۸)

## سینٛزِ اۆنٛگجہِ چھا گیو کھسان :-

ییٛلِہ نہٕ سینٛزٕ کٲم ییٚزِ نییٛلِہ چھِ وناں زٕ ہُنٛد بِچیتیار کُرِتھ گرٛتھِ کٲم کرٕنۍ۔

(۲۶۹)

## سرِیس ژۆنٛگ ہاوُن :-

سرِیہ یانے افتابہٕ چھُ عالمس گاش دِواں تمِس ژٲنٛگی گاش ہاوُن چھِ حماقت سیٹھا گاٹلس تہٕ عالمس ییٛلِہ اکھ موٗمولی اِنسان مشوٗرِ دِیہ تیٛلِہ چھِ یہ کتھ یواں ونہٕ نہٕ۔

(۲۷۰)

## سأوِس نِنٛدرِ یأوِس پیٛھڈ :-

بیٛلہِ کاأٮ۪ہ سیٛٹھا نِنٛدرِ گٲرِ تس چھُنہٕ شونگنہٕ یا پیٛتھ لبتر کُھ حاجیتھ شُہ ہیکہِ ہیٛرِ یأوِس پیٛھڈ تہِ شونگِتھ ۔

۷۷۱

## سٕرس ستہ چھِہ سرداری :-

یوٗت تام زنانہِ خانہٕ دار چھُ زِندٕ آسان توٗت تام چھِہ گرس منٛز تمٕسٕنٛز سرداری روزان ۔

۷۷۲

## سُری پیٛھٹی سأ لاب گرٛھن :-

کلہٕ پیٛھٹی سأ لابکُ آب گرٛھن گوو چلہِ کھوتہٕ زِیادٕ مصیبت تہٕ مُشکلات ییٚنہٕ یتھ مُقابلہٕ کرُن سیٛٹھا مُشکِل آسہِ ۔

۷۷۳

## سرفس دوٗد دِیُن :-

سُرف چاأوِی توٗن لولہٕ سان دوٗد شُہ دِیہ توٚرٕ لوٚٹھ ، اکس بدذات انسانس

کری تو یورِ کوتاہ غاٗر سُہ دِیہ تورِ تکلیف ۔

(۷۷۴)

سدِس ہوٗل کرِیم کیا :-
اکس سدس ساد انسانس چھُ خود اراٰیھی کران کانہہ بدخواہ انسان چھُ نہ تمِس ہیکان یزا دِتھ یا نتے تکلیف دتھ ۔

(۷۷۵)

سوٗر گژھِ تلُن نہ بُڈِ سوٗر بنہٕ :-
ہرد آسہِ ہیوٗن نہٕ بُڈ سہ انسانس گژھ منگُن تمِس چھُ بوٗڈ دِل نہٕ دِیہ ۔ سودا آسہِ ہیوٗن نہٕ بُڈ سہ دوکانڈارس لنِش گژھ تلُن ۔ سُہ دِیہ لوکٹس وانہٕ وآلی ہنِد کھوٗتہ شژوگ ۔

(۷۷۶)

سوٗنت کیُتھ ژاو یس ہیُتھ دژاو :-
یوس شِس بژھوکھ زِ یُہس کیُتھ سوٗنت ژاو، تمی دوٗیکھ اڑین کیُت جان تہٕ اڑین ناکارٕ ۔ ییمس آرام ووت تمِس کیُت جان ییمِس تکلیف ووت تمِس کیُت ناکارٕ

(۷۷۷)

## سوکھس بتہٕ کھیمیہِ کُس تہٕ دوکھس بتہٕ دِییہِ کُس :-

سوکھس منٛز چھ خوشی آسان تہٕ بوچھے چھیٚنہٕ لگان ۔ مگر دوکھس منٛز چھ ژٕر بوٚچھ لگان مگر کھین چھین چھُ نہ کاہنْہ دنہ وول یا تیار کرن وول ۔

(۷۷۸)

## سوٚر سوارن تہٕ افسوٗس پیاٛدن :-

گرٕ سوارن گوٚو سوٚر تہٕ پیدل فوجس لاژلو افسوٗس ، پیٛدلِ کالِشہٕ ہنٛز پوٚرٕ تباہی ہُنٛد ذکر آسہِ کرن تیلِہ چھِ یہ کتھ لوان ونہٕ نہٕ ۔

(۷۷۹)

## ستے گزٕ آسمان میلُن :-

سخ مصیبتھ پیوٚن زن تہٕ آسہس آسمان ستے گزٕ دور روٗدمُت ۔

(۷۸۰)

## ساسہٕ گاشہِ نیرُن :-

گرِ تمہِ وِزِ نیرُن مُبٕحن یمہِ وِزِ گاش آسِن ہیوٗ تمُت یِنُن ۔ یا نے پوٚرٕ گاش آسہِ نہٕ آمُت ۔

۷۸۱

## ہشرنہِ پآوی اژُن تہٕ ھُتی بَرنہِ نیرُن

ہیبِلہِ کاَلنہِ کُنہِ گرس یا ادارس منٛز اژُن آسہِ سُہ چھُ گیہِ ہُبھِہِ لآگِتھ تہٕ عار انِتھ سیٹھا ترس انان یا تے نرمی ہاوِتھ ہشرنہِ پآوی اژان ۔ ہیبِلہِ زن نینُن مطلب ڈرٛاس تہٕ نیرُن آسس ہٕ نیرنہٕ باپتھ چھُ سیٹھا فخر کران ۔ تھوٚس انان گوڈنیتھ بَرچھُ منگان یمہِ مُنٛزی ھوٚس ہیٚکہِ نیرِتھ ۔

۷۸۲

## سوٗنتہٕ روو کچھُل تہٕ ہَرد کوٚرہس ہش ہِش :۔

ہیبِلہِ کانٛہہ چیز راوِ تہٕ شیہ ریتی ہیمو بُسہ ژھانٛڈُن تمہِ وِزِ چھُ یہ محاوٕر یوان ورتاونہٕ ۔

۷۸۳

## سفر چھُ کافر :۔

مُسافِرس چھُ سفرس منٛز سیٹھا تکلیف واتان ۔ سفرس زِل چھُنہٕ خوفِ خوٗدا تہِ کینٛہہ ۔

(۲۸۴)

سِلہٕ بُتھہٕ یُن :-

واہ کاہ اسان تہٕ گِنڈان یُن -

(۲۸۵)

سِکہٕ شاٹھس پھل وُن :-

سِکہٕ شاٹھس زن وو پھل سُہ چھُ دزان تہٕ تتھ کیتہٕ نیرِ فل - بیقلس گاہٕ جارِچ کیتھ وننی تہ بے مُر وتس احسان کرنُک چھُنہٕ کانہہ نتیجہٕ نیران - یہ چھُ سِکہٕ منٛز پھل وونس برابر -

(۲۸۶)

سو کو سہٕ لٔنڈ چھے یتھ نہٕ واو لوٗگ :-

سُہ کُس انسان چھُ یمہٕ سِنز دستہ نہٕ کانہہ غلطی سپدِ ییہٕ - سُہ کُس انسان چھُ یمی نہٕ دُنی یاہس منٛز تکلیف یا دٕکھ وُچھ -

(۲۸۷)

سِدِ پیایہٕ گو برٕ زایہ تربلوٗگی ودوِ آیہ :-

بینیلِہ گوڈنکی پیٹہ کاکشہ زنانہِ نیچو زیوِ ژمیس چھُ یوان ڈنی یا مُبارک کرنہ۔

۷۸۸

## سآمی جی نمسکار تُوتن کو :-

دیان اکھ سادھا (گوسونی) اوس تلہ باغس اکس مشتر سہاہن وُریہن بہہتھ۔ وہری وُریس اوس نہ تس کانہہ یوان۔ مگر بینیلہ تُلہ کُلس آسی تُل پییوان تہ لُوکھ آسی باغس مشتر یوان تہ سادھس نمسکار کران ژُہ اوسکھ دیان توتن کو یانے تُلن کُرِو نمسکار۔ بینیلِہ کانہہ بِنہِ غرضہ بییس نِش سلام کرنہ گژھِ شیلہِ چھہ یہ وُنان۔

۷۸۹

## سو کال آو تہ موُد کنگال کو کال آو نہ مود کنگال :-

شروُجر آسی تن یا دژوجر نہ آس وول چھُ پزہتھ وِزِ مران۔

۷۹۰

## سۆنتہِ آیہ کو کرِہرد کورہس ہِش ہِش :-

سۆنتہ کالس ترٛدو دانہِ تاپس نہ کوکرِ آیہ دانہِ کھینہ تمہ وِزِ وُن ہس

نہ کیٛنہہ ہُرد وٲتھِہ پیوکھ یاد زِ تٔمِس اوس بِشں کرُن ۔ کانٛہہ کرِ نو قھان
نمہِ وِزِ ولنوس نہ کیٛنہہ شبہٕ رٕبھۂ گرِ ھھۂ پییہِ یاد زسہ بزِہے رُکاوُن ۔

۷۹۱

## سرٛنڈُو گرِ لڑاۓ تہٕ زرٛنڈن پییہِ چوٚب :-

بیٛلہِ ماٛشہِ گُرِ لڑٲے کرن تہٕ منھۂ چھِہ لوان زرٛنڈ ، بیٛلہِ طاقت در
لڑٲی کرن تہٕ بچٲری کمزور تہٕ بے گوناہ چھِہ چوب کھیوان ۔

۷۹۲

## سبہِ شوٚب تہٕ نبہ دوٗر :-

یہ دُعا چھُ کھانٛدرِ کرن وٲلِس لوان کرِہ زبیٛلہِ لکھ سال کھیاوِ ہکھ تھۂ
پییہ تے شوٚب تہٕ روٗدِ لِشہ کرِتے دے یِردِ تکیاز اگر روٗد بیٛنہِ تہٕ سب
نہٕ رب گرِھِس ہِشی ۔

۷۹۳

## سانٛہن چھہ بَر وھنی :-

اکِس گامس منٛزردِ تکھ اکِس زنانہِ وٲرِ ولو طلاق سوٗگیہ پنٛن مالیُن لبنہِ

کیتھ کال گژھتھ دژایہ ولِس ستہِ برانہِ واُرلیوگامہ مُنزی تہٕ وُچھن واَرژون دروازِ وتھ تہٕ دوپُن ولِس زِ ساہَنِن چھہ بَرژھی بیس ستہِ توتِ لیور پاَنھی آسہِ ختم گومُت تہٕ توتہِ ولو تمِس ہنہٕ سَتِلہ چھہ یہ کتھ لیوان طنزاً ونہٕ نہٕ۔

(۲۹۴)

## سٔتھرنہٕ پن تام تھوُن تاَرِتھ :-

کورِ یاگوٚ برس کھاندرِ باپتھ یِتھ کاہنہ چیز تھوُن اُنِتھ یانے مُکمل تیاَری تھوٚدِ کرِتھ

(۲۹۵)

## سوُرے میثونے پتہٕ پھوٚت پرونے :-

زِندِ زوُ چھہ اِنسان دِیان زِ گرِس منز چھہ یِتھ کاہنہ چیز میثونے بِہے چھُس سارِ کُے مالِک۔ مگر بیٚیلہِ مران چھہ تہٕ شمشانس پیٹھ سامانہٕ نینہٕ باپتھ چھہ گروانی پِروٚن پھوٚت ژھانڈان تہٕ تتھی منز سامانہٕ تھوان۔ لوٚو پھوٚت کتہٕ دِلس تکیاز سُہ ما پیکھ واپس۔

( )

(۷۹۶)

## سوسنی رنگ بُتھِس گرٹھُن :-

سوسن چھُ شہ نیم سفید رنگہ پوش لُس قرِ پیٹھ پھولان چھُ، بد خبر۔ لوزِنھ یا خوف دِلس منز آد سپدِتھ ییٚلِہ بُتھک رنگ ڈلان چھُ تیٚلِہ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ ۔

(۷۹۷)

## سُو کار کو کار پانس بکار :-

جان یا ناکارِ کامہِ ہُنْد پھل چھُ اِنسانس پانَسے میلان ۔

(۷۹۸)

## سروس بنہٕ ہن پروس کیتھ :-

پروِ گوو لوکٹ کترِ لوٚک، غریبس چھ بچاٚرِس کھاندرس منز تہِ پروس کیتھے بنہٕ دِوان ۔

(۷۹۹)

## سولس مول کنس تل :-

روپیہ دِن تیٚلِہ فایدٕ تہٕ آرام ییٚلِہ تم پنہٕ نِس اتھس منز آسن ۔ ییٚلِہ

ییٚلہِ سوٗن کنس منٛز آسہِ لاگِتھ تیلی چھُہ تتھ موٗل یانِ تیلی چھُہ سُہ خوٗبصوٗرتی برٛاونِتھ موٗلُل چیز بنان تہٕ فایدٕ دِوان ۔

(۸۰۰)

ساسن ڈاس کرُن :-

ساسہٕ بدٕ روپیہ فضوٗل خرچ کرِتھ فایہ گرُتہٕ ۔

(۸۰۱)

ستھہ پیپن گیہ کوٗلہِ ووتھہ :-

یژانہِ وقتہٕ زانہٕ ہن نہٕ لوٗکھ عیال حلہِ رٹُن ۔ زنانہٕ آسہِ ژوٗدا پنداہ ہن دِوان تیٚلہِ آسی ونان زِ ستھہ بچہِ زینیٚ چھِہ تیٚتر آسان کتھ بیٚتھہ زن کوٗلہِ الپور ووتھہٕ لاینیٚ چھِہ ۔

(۸۰۲)

سوٗرس منٛز ہشرن آسنہٕ :-

سوٗرس منٛز اگر ہشرن آسہِ گاہےٚ تر سوکتہٕ ییٚنہِ نظرِ ۔ ییٚلہِ کمالٕشہ اُنڈری کاہنہٕ دود آسہِ لیٚس نہٕ بیٚیری لوٗزنہٕ ییٚنہِ تیٚلہِ چھُہ لوان ونہٕ بدٕ زِ اُمِس چھِہ سوٗرس منٛز ہشرن ۔

۸۰۳

سۭتھ بُتھی چَندس آسنۍ :-
کاہنہٕ ہاوِ کُنہِ وِزِ شریف بُتھ تہٕ کُنہِ وِزِ بد بُتھ کُنہِ بنہِ بدٕ لحاظ تہٕ کُنہِ وِزِ بُتھی پھیرُ ـ تس چھُ ونہنہٕ یوان زِ سۭتھ بُتھی پھس چَندس ـ

۸۰۴

سۭئے ساآر لگنۍ :-
سۭٹھاہے جیٖنی گژھنۍ ـ

۸۰۵

سۆر پھلِہ بلایہ کاہنۍ :-
بیٚلِہ تہٕ کاآشہ کاہنہٕ دود حکیمو ڈاکٹرو ہنٛدِ دوا سۭتۍ ٹھیک گژھِ تہٕ کاآشہ ہنٛدِ پھوکہٕ یا میژِ پھلِہ، شیرٕ ہِن پھلِہ یا سۆرِ پھلہ سۭتۍ ٹھیک گژھِ تیلِہ چھہ دپان زِ سۆرِ پھلِہ ژٕھس بلاے ـ موملوی چیزٕ سۭتۍ بۆڈ بار مُصیبتھ ژٕلُن ـ

۸۰۶

ہشرنہِ سۭتۍ کرُور کھنُن :-

بشرنہٕ ستی کاٗڑا میشر ہیکہ کھٔنیتھ تہٕ کرؤر کھنہٕ لس کاٗ ژاہ وُمہر لگیس۔ کاہنہ کاٗم کرنہٕ خاطرٕ ییٚلہٕ تیتھی کمزور طریقہٕ ییٚن یختیار کرنہٕ یمہٕ ستی سُو کاٗم کرلس مشر سپداوخ لگہٕ تیٚلہٕ چھ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ

(۸۰۷)

ستہٕ وُرشہٕ وہتھ وار گرتھن :-

لوکچار ہے مشر کاٗلہٕ زنانہٕ روُن مرُن۔

(۸۰۸)

سٕہس ژٕلنہٕ کرٕہس دوٗر ازلس کوٚت ژلہٕ :-

اگر سٕہہ وُچھوٚن تہٕ زٕ میل ہیکو دوٗر ژٕلتھ تہٕ پنُن پان بچاوِتھ۔ مگر تقدیرس نشہٕ کیتھہ پاٹھی ہیکو ژٕلتھ۔

(۸۰۹)

ساری گیہ پانس دِل دِتھ گلی بیٹھی مکانس :-

مہاریٖنہٕ گیہ واربو تہٕ تتہٕ بیٹھی دِل دِتھ سالر گیہ پنُن پنُن گرٕ۔

(۸۱۰)

## سَرُبھ پکان ہوٗل مگر وآج نِش وآتھہٕ سود :-

سَرُبھ اگر ہوٗل ہوٗل پکہِ مگر وآج نِش وأتھِ چھُ سود پکان۔ شُر اگر بیبِن نِش ہوٗڑ کرِ بیٖنہٕ لِس نِش وأتھِ چھُ سود بنان۔ اگر کأنہہ بیین ستہٕ ہجر ورتاوِ بیٖنہٕ ہنٛن نِش چھُ سینزِ ورتاوان۔

(۸۱۱)

## سیرس سرپوش آسُن :-

خأمین تہٕ کمزورین پردٕ تھوٗن وول اَسُن۔

(۸۱۲)

## سوٗرِ وٗلِتھ ژوٗرِ جمانھ :-

اکھ ناکارِ اِنسان سادٕ سُنتن ہُنٛد لِباس لاگِتھ آسہِ۔

( )

# ش

(۸۱۳)

## شکل چھا پوشہِ وِنۍ عقل گژھہِ آسنۍ :-

خوٗبصوٗرتی چھےٚ وُمبرِ پوشان، وُمبرِ بڈٕ نہٕ سٟتۍ تہٕ کاہنہٕ دوٚد دگ کرنہٕ سٟتۍ چھےٚ سوٚ غایب گژھان۔ مگر عقل چھہٕ پوشہِ وُن ییٚنز لیٚس اِلنالنٕ وُمبرِ ہترِتھ تہِ آرام دِوان چھےٚ۔

(۸۱۴)

## شِکسہٕ کرِ واوِ چھِ ووکھل پھُٹان :-

ییٚلہِ بدٕ قسمتی ہُنٛد دوٗر چھُ یوان کاٗنٛسہِ لٲنٛس چھِ گرس منٛز کنہٕ ہینٛدۍ ووکھل تام پھُٹان۔ یِم نہٕ ہل ہل پھوٗٹنۍ گژھن۔

۸۱۵

## شال شانٕے ہرکرن ٹُنگہٕ وِزِ چھہ کُنی :-

اگر شال پانٕہ وٲنٛ لڑاٗے تہٕ کرن مگر ٹُنگہٕ دِنہٕ وِزِ چھہ سارٕے یکجا سیٖمھ کُنٕے ٹُنگہٕ دِوان ، اگر اکِہ زاژ یا اکِہ گرکٕ بٲژ آسن پانٕہ وٲنٛ ژووان نہٕ مگر بیٚنِہ ووہ برس مقابلہٕ آسِکھ کرُن تہ سارٕے چھہ یکجا کران ۔

۸۱۶

## شرُوژ کرٕے شرُون کرٕے اَنمہٕ ہستی وان لوٕے :-

ییٚنلِہ کاہہٕ زنانہٕ چھہ وناں زِ بہٕ چھس صاف تہٕ پاک یٲھٕ رنان ہیٚوان مگر چوکہِ چھُس آسان گندِ بھقومُت بأ وٕلٕ تو لُس اَیزٕ درولشی ہاوِ- تمِس مُتلق چھُ یہ لِوان ونہٕ ہنہٕ -

۸۱۷

## شاہس پیٚنہٕ غأبھہ :-

بادشاہس نِہ چھہ پیٚنہٕ کنہِ غأبھہ لِوان کرنہٕ عام اِنسانہٕ ہنٛزِ چھےٚ نہٕ کیٚھتے کاہہٕ ۔

۸۱۸

## شِشترِ وھٲنکلہٕ آسنہٕ :-

شِشترِ وھٲنکل ژھینٛنہٕ چھہ سیٹھا مُشکل یِیلہِ وُنُن آسہِ زِ رشتہٕ چھُ مضبوٗط زِ ژٕلِتھ ہیکون نہٕ ۔ تیٚلہِ چھُ یہ محاورٕ لۄوان ورتاونہٕ ۔

(۸۱۹)

## شمہس تلہٕ گٕژھ آسنہٕ :-

پانہٕ آسہِ شماہ ژُنتِھ سأرِنے گاش باوان نہٕ سیزِ وتہٕ پکہٕ ناوان مگر یم پننہٕ اولاد آسنس ہِم آسن وتہٕ ڈٕلِینہٕ تیٚلہِ چھہ یہ کتھ لۄوان ونہٕ نہٕ ۔ شماہ چھُنہٕ پٔزی کِنہٕ پانس تل کُنُ پنُن گاش دِتھ ہیکان ، مطلب جانِرس ہیتی نہٕ چھُ کانہہ نتہٕ کانہہ لوقص ضوٗرۄر آسان ۔

(۸۲۰)

## شامن دانہِ تالپس ژراوُن :-

شام وخ چھُ دانہِ تالپس نزاونہٕ باپتھ غلط وخ ، شامن کتہِ چھُ تاپھ ییتھ زن دانہِ ہوکھِہ ۔ غلط وقتس پیٹھ ییٚلہِ کانہہ کأم ییٚیہِ شوٗروٗع کرنہٕ تیٚلہِ چھہ یہ کتھ لۄوان ونہٕ نہٕ ۔

۸۲۱

## شُمشانہٕ وآراگ ییُن :-

ییلہِ شُمشانس پیٹھ موردٕ چھُ دزان آسان تہٕ وُچھن والین چھُ یہ زآنِتھ وٲراگ لوان زِ دُنی یاہس مشرکیا چھُ اُخر انسانس شُند انجام۔ یتہٕ ایُز کرُن دوکھہِ دیُن پننہِ غرضہِ باپتھ بییِس ایزا دیُن کوتاہ غلط تہٕ ناجایز چھُ۔ مگر شُمشانہٕ مشرہٕ نیرِتھ چھُ یہ سورُے تِمن مُشِتھ گژھان تہٕ کران چھِ تی بہ کران آسی۔

۸۲۲

## شِکم کنتہِ کرِ واد :-

امیک مطلب چھُ زِ ظماہ چھِنہٕ اِنسانس زاہنہٕ کم گژھان لیس ساس چھُ سہ پچھ لچھِ ژھانڈان لیس لچھ چھُ سہ چھُ کرورِچ خاہش کران۔ کرور بنتھ تہٕ چھُس نہٕ شِکم واد کران دیان چھُس بیئِہ دِتم۔

۸۲۳

## شوٗنگِتھ شاہ مار آسُن :-

شاہ مار چھُ زہرلہ تہٕ خطرناک سورُف۔ ییلہٕ شوٗنگِتھ آسہٕ تہٕ چھُ باسان

شریف نہ سوٗنرر، ہیبلہِ کاہشہ خطرناکھ بدذات اِنسان سوٗنرر تہِ کُنہ
وِزِ شریف باسہِ تمِس چھِ شونگہِ میتِس شاہ مارس ہیتی مُشابہتھ لیوان
دِنہٕ۔

(۸۲۴)

## شیکرِ ژ مکڑ آسنی:-

کُنے زوٗن روزن سماجس ہتی ساری رِشتہٕ ژٕٹنی۔

(۸۲۵)

## سترہ آسُن:-

ماے محبتھ آسُن۔

(۸۲۶)

## شاہ چھُہ پاہ:-

پاہ گوو ووزُم ہیتھ نُت چیزیُس والیس چھُہ کرن، شاہ چھُہ مطلب
زِندگی یہ چھُہ ووزمکی پاٹھی کُنہِ نتہ کُنہِ وِزِ والیس کرنٕ۔

(۸۲۷)

شِکتسس چھِ بوچھ تہٕ اَمیری چھِ سیری :-

غریبس بیٚیلِہ کم غذا وانہِ تہٕ بوچھ لگنۍ چھِ لازمی کتھا۔ امیرس چھُ پرٛتھ کانہہ چیز پرٛزنہٕ بیٚہِتھی حاضر آسان تہٕ تمہِ کِنۍ چھس سیری زیادٕ تہٕ بوچھ کم ۔

۸۲۸

شالیُن بیول چھُ ہیوُے :-

شوٗل چھُ اکھ قسمُک اناج یتھکی سارے پھٔلی چھِ قدرتی طور ہیوی آسان بیٚیلِہ کُنہِ خاندانکی لۆکھ اکی قسمکی اوصاف آسن تھوان تیلِہ چھِ یہ کتھ یوان ونہنہٕ ۔

۸۲۹

شُرمتُن گوٚ ہوٚس متُن :-

شُر بیٚیلِہ گرس منٛز ہوٚڑ چھُ کران تہٕ سارٕی گرٕکی باشٕ چھِ تمِس کُنُن لگِتھ تمس ژھوپہٕ کرناوٕنس لگان، سُہ مہنہٕ ناوُن چھکھ یاسان زٕن تہٕ ہوٚنس متہٕ ناوُن چھُ ۔

۸۳۰

(۸۳۱)

شانہ ووگہ ہنیہ :-
سٹھاہے خوش گژھن ۔ ییٚلہِ کاٚنٛسہ اولاد یا قریبی رشتہٕ دارٕ سنٛزِ زندگی منٛز کامیاٲبی ہُنٛد بوزان چھ تمہِ وِزِ چھ یہ کتھ یوان ونہنہٕ ۔

(۸۳۲)

شاہ بنیو لشکرِ لیس یہ خوش کرِ :-
بادشاہ ڈراو فوجس سیتہٕ ووٚنی چھنہٕ تمسُنٛد کانٛہہ خوف لیس ووٚنی یہ خوش ییٚیہِ سہ کرِتھ ۔

(۸۳۳)

شیٖیہِ ژرہ نیرِی کھیتھ نگنی کاٚر :-
نیٚوٕرِ چھ ونان گاسہٕ ماٚدانس پیٹھ منٛز چارواٚے رہتہٕ کاٚلِس گاسہٕ کھیاونہِ چھ یوان ہنہٕ ۔ نگنی چھ ونان تمتھ زہٹھِس ناٚرِس لیس گانس منٛز چار واین گاسہٕ کھیاونہٕ باپتھ چھُ یوان تھونہٕ ۔ سٹھاہس نیرِن پھیرتھ تہٕ چھ چارٕ واٚے والیس پننہٕ نِنیے گانس منٛز واتن تہٕ نگنہِ منٛز پننٕ کلہٕ ژھکاٚوِتھ گاسہٕ کھیٚوان یہ چھُ تس انسانس متلق یوان

ونہٕ یٕس گرٕہ نبر نیرِتھ عاش کرنٕک عادی آسہِ ۔ آخر چھُ ہینہٕ نِسیے گرس منٛز وآتھ کلہِ جھگاوِتھ تی کھیٚوان یہٕ تیتہٕ آسہِ ۔

(۸۳۴)

## شُرُی گیہ آکالہِ پوش ہتہٕ بلایہٕ گرٕھن نیرِنی :-

بروٗنٛہہ کالہِ آسی لوٗکھ سیٹھا شُرُی ہتوان ۔ یلاج یُم ازچھ رأیج یم آسی نہٕ تیلہِ تِمہِ کِنہٕ آسی سیٹھا شُرُی مران تہٕ لوٗکھ آسی ونان زِ شُرُی چھِ بے وقتکی پوش یم نہٕ یُتر کال دران چھِ ، یم گرٕھن ہتو بیمار لوٗ تلہٕ نیرنی ۔

(۸۳۵)

## شرم دار گلان شرمہِ بے شرم دپان کھوٗژِتھ روٗد :-

یُس شرم دار آسہِ سُہ چھُ شرمہِ کِنہٕ ژھوپہٕ کران ، لڑاے جگرٕ کرُنس چھُ منٛدچھان یُس بے شرم آسہِ سُہ چھُ دپان زِ مےٚ روٗد کھوٗژِتھ تہٕ کرن ژھوپہٕ ۔

(۸۳۶)

## شُرِل کرٕنی :-

شُرُی سُند ہیو طریقہٕ اختیار کرُن ۔ تِتھے پاٹھی غلطی کرٕنی ییتھ پاٹھی شُر کران چھُ ۔

(۸۳۷)

شریکس شریک اُچھ کرٕیا :-
شریکس چھُ ینُن چھِہ نین، بیاکھ شریک ماہیکہِ تمِس اُچھ کرِتھ یُتھ نہٕ سُہ ینُن چھیے ہیکہِ وُچھتھ -

(۸۳۸)

شِکس لدس نہٕ واز بتس کاٗم کیاٗ :-
غریبس چھِہ پیوان واز والس ہیٚڈ سال کرنہٕ

(۸۳۹)

شِکس لدس ہُل ڈکہٕ وُلِ بینہٕ نکھ نکھِہ :-
غریبس چھُ غریبس سِتی واٹھ آسن۔ نہٕ آسن وول بینہِ نہٕ آسن وانٕسِ لشہ -

(۸۴۰)

شُرے چھا لوٗٹھ کنہٕ شُری سُشر زل مَل :-
مالِس ماجہِ چھُ شُر لوٗٹھ مگر تمشنز کانہہ ناکارگی چھکھ نہٕ لشہ آسان -

(۸۴۱)

## شُر روس گرٕ گو شمشان :-

شُر روس گرس منٛز چھِ سارے بٔڑی آسان یِم اُکھرٕ اکھ اکھ مران چھِ تہٕ گرٕ چھُ شمشانکی پأٹھی خاموش گژھان ، شُری اگر آسن یِم چھِ برٛان تہٕ برٛہن ہندِ مرنہٕ پتہٕ چھِ گرس منٛز رونق جأری روزان ۔

(۸۴۲)

## شاہ جہانس نہٕ بہٕ چھانس چھِ کُنی کتھ :-

یمیٚلہِ بادشاہس تہٕ موہوٗلی اِنسانس اکی نظرِ ییٚتہِ وُچھنہٕ یِیٚلہ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۸۴۳)

## شِشترٕ کرٕ ژاپنہٕ :-

ییٚلہِ کانٛہہ سیٚٹھا مُشکل کأم آسہٕ کران سُہ چھُ تمہِ وِزِ ونان زِ شِشترٕ کرِ چھُس ژاپان ۔

(۸۴۴)

شُری چھوٗر کوٚہٕ ٹھس نہٕ چھُ شُر مارُن نہٕ نہٕ چھُ کوٚہٕ ٹھ ژٕرُن :-
شُر اگر غلطی کرِ سوٗ چھ ژالنی نہٕ شُر تہٕ چھُنہٕ مارُن ۔

(۸۴۵)

شُری ہنا زاییی نہٕ زرٕ ہنا ژاییی :-
یینٛلہِ شُر زیوان چھُ تہٕ ماجہِ چھِ پریشانٲی شوٗرُ گژھان ۔

(۸۴۶)

شُروٗز لیٚج چھِ ہوٗہنو کھیمہٕ :-
لُس چینز سارِنٕے ہُنٛد آسہ تہٕ چھُنہٕ کاہنہٕ اکھ نہٕ راٗچھی راوُ ہٹ کران ۔ سارے ژیان میے کھوٗتاہ نتیجہِ چھُ یہ زِ بیا کھ کاہنہٕ چھُ یوان تہٕ کھیٚوان ۔

(۸۴۷)

شالی تارکھ ھاوٕنی :-
شالی دانہٕ ھاوِتھ چھُس دِیان زیٖم چھِ تارکھ گوٚو دھوکھ دِتھ نہٕ اَپُز ژٕنی ژٕنی تَبہٕلاوُن ۔

(۸۴۸)

شوٗپیو ستی موٗختہٕ ڈالُن :-

تِیُتھ امیر آسُن یُتھ زن شوٗپہِ ستی آسن موٗختہٕ ژاران ۔

(۸۴۹)

شٔرگ اگ ژالُن :-

جان ناکارٕ برداش کرُن ۔

# ع

(۸۵۰)

**عام گوو خام :-**

عام لوٗکھ چھِنہٕ ہیکان کُنہِ کیتھ ہُنہٕ دُرُس یا نے صحی مطلب ژٲرِتھ۔

(۸۵۱)

**عبادتھ کولِہ ژھننی :-**

پننی نیک کاٗم کانھہ خراب کاٗم کرنہٕ سیتۍ ضایہ کرنی۔

(۸۵۲)

**عآبہٕ لد پانس توٗبہٕ تقصیر :-**

عاَبو بُرِتھ الِناسَس وُچھِتھ چھِ لُوکھ دوکھ باوان تہٕ ڈیان جان گیٚیو اگر توبہ کرِہے ۔

(۸۵۳)

## عاَبہٕ کیٚن کارن غاَبکی ملاَیکھ :۔

اگر کانٛہہ ژوٗرِ تہٕ کانٛہہ ناکارٕ کاٗم کرِ سہ جرزن چھِ غاَبکی ملکھ لوٗکن نام واتناوان ۔

(۸۵۴)

## عاَبہٕ خارِچھ بنہٕ خاَرتل گرٛھان :۔

دولتھ مند ہندی عاَب چھِ ٹمنٛدِس دولتس تل کھُٹِتھ روزان ۔

(۸۵۵)

## عاَلِ وچھتے زاَلِ واَنگن ۔ دوہے وچھکھ کو نڈاَبے :۔

ژٕ چھکھ بنہٕ ہن زاَلِ واَنگن وُچھِتھ فخر کران مگر مےٚ کھُرٕشکھ نہٕ زانٛہہ تہٕ ٹارِ ۔

# غ

(۸۵۶)

## غریبس سٕتۍ زاو اوٚنُن کتہٕ :-

امیر سوٗنچان غریب چھُ نہٕ دُنی یاہس منٛز کُنہ تہٕ چیزُک حقدار۔ اگر تٕمس زنانہٕ شُر زٕہ لوٚتم چھِ دیان زیہ کتہٕ اوٚن تُمی۔

(۸۵۷)

## غآلی سٕتۍ گرٛزھن :-

کانٛہہ کامیاَبی تیتھہٕ پاٹھۍ حاصل سپدٕنی ییتھہٕ پاٹھۍ نہٕ پالس تہٕ فکرِ نٕتہٕ زیہ کیٛتھہٕ پاٹھۍ سپدییہ۔

(۸۵۸)

نموطن گژھن :-
پریشان گژھن، سوٗنچس منز پیوٚن -

# ف

(۸۵۹)

فقیر صاب دُعا کرِتھ دوپنس اپنا اپنا نیچہ ہے :-
پژ آسیہ نیچھ تہٕ ژُرتی لبہِ ۔ فقیرَن کوٚر دُعا کیا کرہس ۔ نیچہٕ بُرس یچھ روز بر ۔

(۸۶۰)

فلِہ فلِہ گرٕژھُن :-
بیٚیون بیٚیون گرٕژھُن ۔ الگ الگ گرٕژھُن ۔

(۸۶۱)

فلکن کھسُن :-
آسمانس کھسُن مطلب سخت شوٚر کرُن

۸۶۲

فان کرُن :-
تباہی کرٕنۍ۔

۸۶۳

فاس کرُن :-
دۄن جُدٲیی کرٕنۍ۔

۸۶۴

فیل پنُن آسُن :-
پنُن سٕہ اولادیمہِ سٟند کینژ تکلیف وانہِ ۔

۸۶۵

فاطہٕ چھٲنۍ گراہ چآنۍ تہٕ گراہ میٲنۍ :-
یہٕ چھُہ تَس زنانہِ مُتلق یوان ونہنہٕ یوسہٕ گراہ اَکِس ہٕتہ تہٕ گراہ بییِس ہٕتہ ولہٕ لون آسہِ لاگان۔

۸۶۶

مۄل پھُٹ تہٕ داوا کیا :-

یمہِ ہنٛدی کنٛز مےٚ ژٕنے ہیہٕٹھ یخٕتیار اوس ییٚلہِ نہٕ ہیٚے رٕوٗد میٛون کیا حق چھُہ۔

۸۶۷

# فرٕ چھا پھکھ یہیٚس :-

فرٕگیہ نارس ہیہٕٹھ بُزٕہرٕ گاٹرٕ، اگر کیہہ کال روزِ نہٕ تتھ چھُہ پھکھ یوان۔
ییٚلہِ کاہہ چیٖز یُژ کال تام پوشوُن آسہِ نہٕ تییٚلہِ چھُہ تتھ مُتلق یہ یوان وننہٕ۔

۸۶۸

## فتوٗر آسُن :-

پاگل پن آسُن۔

۸۶۹

## فلواہ گرٕژھُن :-

باوٕر گرٕژھُن۔

# ق

۸۷۰

## قطرٕ قطرٕ دریاو سمان :-

اکھ اکھ قطرٕ جما گژِھتھ چھُ دریاو سمان ۔ اکھ اکھ دانہٕ سوٗمبرِتھ چھُ انبار بنان۔
تہٕ اکھ اکھ ھار سوٗمبرِتھ چھِ ڈیار بنان ۔

۸۷۱

## قرض چھُ چوٗمُت آبِ حیات :-

یُس آبِ حیات چییِہ سُہ چھُ نہٕ زاہنٛہ مران قرض نکھہ وسنس چھِ وُمبر
لگان تہٕ کانٛہ ہیٛنڈِ یتھانٛک قرض چھُنہٕ زاہنٛہ تہٕ نکھہ وسان ۔

٨٧٢

قبرِ منزٕ زٕنگ الوٚنۍ آسنہٕ :-

مرلس تیار آسُن -

٨٧٣

قول تہٕ فیل گرٕزھِ کٕن آسُن :-

اِنسان یہ زُہِ وِینہٕ تہٕ گرٕزھ عملہٕ منزٕ تہٕ انُن -



# ک

(۸۷۴)

## کولِہ اپارِ یُس یُسکہ کرِڑ تَس کیا کرو :-

یُس دُورِ روزِتھ کُنہِ محفوٗظ جایہ بہتِھ ناس تراس دِنہ ٹُمِس کِنھ پاٹھی ہیکِہ اِنسان پوٗشِتھ۔

(۸۷۵)

## کاوے چھلِہ زِہن سنز سابنے کاوس کرِہنز ژِلہ لوٗزاہن۔

بروٗنہہ کالہ ییلِہ نہ صابن اُس کشیرِ منز آسی لوٗکھ صابنِہ بدلہ سنز کران استعمال گنہار کانڈ اوس یوان زالنہ تہ تتھ سوٗرس آسی سنز ونان۔ اگر کاو چھلوٗن سنز

تہٕ مابن لاگیھ تس کیتہٕ ژلہِ کرٛہن ژنگ اگر کانٛہہ بد خصلتھ اِنسان جان بناوُن باپتھ کانٛزاہ کوٗشیش تہٕ کرِ و سہ چھُنہٕ ہیکان بدلیتھ یا نے فطرتھ چھُنہٕ بدلان ۔

(۸۷۶)

## کینہِ کھوٚتہٕ دوٚر تہٕ پوشہِ کھوتہٕ آویُل :-

یہ کتھ چھِ اِنسانس مُتلق یوان وننہٕ زِ اِنسان چھُ کینہِ کھوتہٕ مضبوط تہٕ بال چھُ ہیکان ژٹتھ تہٕ ٹرٛی پل چھُ پھُٹراوان ، مگر پوشہِ کھوتہٕ چھُ زِیادٕ لوٗزُک موقوٗلی ہیر پھیر ستی چھُنہٕ روٗزان کینہِ لایکھ ۔

(۸۷۷)

## کوٚکرٕ تچھان تہٕ پوٚتی چھِ ہیچھان :-

یہ موٗل ماج کرِ تہٕ چھِ تمسُند شُر تہٕ ہیچھان ۔

(۸۷۸)

## کوٚکرٕ بڑِ تہٕ ژیکھ تراوِنچ :-

یوٗت اِنسان دولتھ مند زِیادٕ بنہِ تیوٗت چھُ سہ خرچاولس کمی کران ۔

(۸۷۹)

## کوٗلہِ کھوٗتہٕ کوٗل چھ سرد :-

اگر اکِس ناکارٕ اِنسانہٕ ہنٛد بنہٕ بییِس تمہِ کھوتہٕ زیادٕ ناکارٕ اِنسانس سیتی کٲم پیینہٕ تیٚلہِ چھ بہٕ کینٛہہ یوان ورتاونہٕ۔

(۸۸۰)

## کاوُنہِ آلہِ کرٛنُن :-

کاوٕ سُنٛد اوٗل چھُ ہٕنٛدِس کُلِس پیٹھ آسان اگر تونٛت وُنیتھ تمہِ منٛزٕ کینٛہہ کڈٕنٕچ کوٗشِش کروتہِ کاو چھہٕ یوان حملہٕ کٔرِتھ دِگہٕ دِنہِ۔ گو تیٚتھہِ جایہ پیٹھ کانٛہہ چیز اتھُن یونٛت واتُن مُشکل تہِ چھُ تہٕ پتہٕ دُشمن ہنٛدِ حملک خطرٕ تہٕ چھُ۔

(۸۸۱)

## کوٗکرس چھہٕ کُنی زنٛگ :-

کمی تام وُن زِ کوٗکرس چھہٕ اکے زنٛگ سُہ سمجھوٗکھ تہٕ ہلوٗہِس تہِ زِ کوٗکرس چھہٕ زٕ زنٛگہٕ مگر تمی بوز نہٕ تہِ کینٛہہ تہِ گوونان زِ کوٗکرس چھہٕ کُنی زنٛگ ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان سمجھاونہٕ باوجوٗد بیٚنٛتی غلط کینٛہہ بار بار ونہِ تیٚلہِ چھہٕ یہٕ کینٛہہ یوان ونہنہٕ۔ اتھ ہیکو ہیٚٹھ درمی تہٕ وُنیتھ۔

(۸۸۲)

کُلِس مُلِس نوٗ دا دوس :-

یُس کم زبان تہٕ سیود ساد آسہِ تس چھ نوٗ دا مدد کران ۔

(۸۸۳)

کاہن گاو راونٕ :-

کُنی راے یہٕ آسنہٕ اتفاق نہ آسُن اگر کاہ اِنسان آسنہٕ تہٕ تِمن سمٲجہ

اسہِ یہٕ تِم چھِنہٕ اکِس گاوَس تہِ ہیکان حفاظت کٔرِتھ ۔

(۸۸۴)

کلہٕ کھوٚپرِ بن چھُ زہر آسان :-

آدمی کلس چھُ آخر کھوٚپرِ یانے اُرِ جن ہُند ڈبہ ونان ، اتھ منٛز چھُ

شرارتھ ، ناراضگی تہٕ کرودٕ روزان حماقت مگر یہ زانُنہٕ تہٕ چھُ اِنسان

شرارتی آسان ۔

(۸۸۵)

کم کھیوٚن جان غم نہٕ ہیوٚن :-

کمس ییہٕ گُذارٕ کرُن پھِہ سیٹھا جان اگر زیادٕ ژھانڈٕ تِمس پھِہ تمہ باپتھ
تھف تھوٚس دِنی تہٕ ژور زار ییوان کرنٕی ۔ یییہ سوٗ ہنز نیران پھس
تیلہِ پھُ تس سیٹھا غم ییوان ۔ مطلب پریشانی نِشہِ بچنہٕ خاطرٕ اگر کم تہٕ
ییبہِ کھیوٚن تہٕ تیٚ گوو جان ۔

(۸۸۶)

## کمس کمائی ہیتھ تہٕ زیادس زوآلی ہیتھ :۔

اِنسانس آسہِ سوٚم گُذارٕ تہٕ دِلس منٛز پھس روزان شانتی تہٕ سکوٗن ۔
یینہِ تہٕ دریتھ سیٹھا زیادٕ دِلس تہٕ پریشانی پھس بڑان تہٕ منہٕ کس
سکوٗنس پھس زوال یوان ۔

(۸۸۷)

## کُلس کھآرِتھ گوٚڈ رب کرٕنی :۔

کاہہٕ غلط کام کرنہٕ باپتھ کانٛسہِ ترغاب دیُن تہٕ پتہٕ ییلہِ تمیُک غلط
نتیجہِ نیرِ تہٕ پتہٕ پسیٚ شرمند کرُن ۔

## کوٚلی گرٛزان کوٚسے چھکھ آگرُ وُچھتھ :-

اگرُ گیہ کوٚلہِ ہٕشر سو جاے ییتہِ تتھ آب چھُ نیران اگر ننتہِ پوٚتی آسہ سہٕل نیران تہٕ کوٚل چھِ گرٛزان گرٛزان وسان، اگر ننتہِ کٔمی پوٚتی آسہ نیران تہٕ کوٚل چھِ سوٗتیھ وسان۔ ییتہِ کٔلہِ اِنسانس مالک یا افسر تیز آسہِ سہٕ تہٕ چھُ ترٛشچھے تیزی کران۔ اگر اِنسانس ییتی کٔنہ ڈوکھ مضبوط آسہِ تیلہِ چھُ سہٕ تہٕ تمی آیہ مظبوط آسان۔

(۸۸۹)

## کینٛہہ نے کرہم کٔنہ ٹٲلی وٕنتم :-

لوکٕٹ اِنسان چھُ بٔڈس ہنٛنوٕس ونان زِ اگر نہٕ مےٚ تٕرٛ کانٛہہ سو چھُ کرہم کم سے کم وٕنتم لوٚکن تھٔی کٔنس مشر کانٛہہ کتھ تمہ ستہِ باسہ لوٚکن زِ بہ چھوسے تٕرٛسے خاص ییٚنہ تہٕ مےٚ روزِ یزتھ۔

(۸۹۰)

## کُن چھُ پانے شوٗبن :-

کُنس اِنسانس چھے نہٕ کانٛہہ شوٗب سہٕ چھُ آسان ہیرِ تٕھین تہٕ کمزور۔ کُن چھُ صِرف اکھ خدا شوٗبان

۸۹۱

## کُنہ گبہٕ مُھٹی لیبج :-

اگر گرس منٛز کُنی گبُ آسہِ نہٕ گرِج مُھٹی لیبج چھِ سارےٚ تٔمسےٚ شرٛپان
یتھ گرس منٛز اکوٚے شُر آسہِ تٔمس چھُ پرزنہٕ پہھٹی کھین چِن واتان ۔

۸۹۲

## کینٛہہ نہٕ کاٚم نہٕ کولہِ گوم :-

بیٛیلہِ نہٕ گامس منٛز کانٛہہ کینٛہہ کاٚم آسہِ ہے سہٕ اوس قعبہٕ کِس بازرس
تیلہِ پھیرنہِ گرٛھان بیٛیلہِ کانٛہہ بلی فضوٗل کاٚم کرِ تیلہِ چھِ لس یہ کتھ
لوان ونہنہٕ ۔

۸۹۳

## کلےٚ کرکھ کنٛجی مرکھ کل نےٚ کرکھ مرکھ نہٕ زانٛہہ :-

اگر انسانس کُنہِ چیٖزٕچ کل گنہِ سُہ چیٖز حاصل کرنہٕ خاطرٕ چھُ سُہ پرٛتھ وِزِ
پریشان روزان ۔ اگر نہٕ کل کرِ تہٕ تیلہِ چھُس دِلس منٛز شانٛتی روزان ۔

(٨٩٤)

کرٕنجلہِ پوٚنٛز سارُن :-

کرٕنجلِس منٛز کتہِ رٕوزِ پوٚنٛز تہٕ تتھ منٛز کیتھ پٲٹھۍ ییٚیہِ بیمِس جایہ نِنہٕ۔
گو نِتھِ پٲٹھۍ کآم کرِنٛز ییتھ کنٛز نہٕ کینٛہہ حآصل ییٚیہِ۔

(٨٩٥)

کنُ پان گو راحتہٕ جان :-

اگر کُنہٕ مُ آسہِ تیٚلہِ چھُس صِرف پانس واتُن۔ اگر بوڈ عیال آسِس تیٚلہِ
چھُس سارِنے ہُنٛز پریشانی۔ اوے کِنہٕ چھُ کنُ پان راحتہِ جان یانے زوٗک
آرام۔

(٨٩٦)

کنِس بتہٕ لدُن :-

بیٚیہِ ہُنٛز کتھ نہٕ بوزِنٛز، زورٕ لاگُن، زن نہٕ لوٗزنے کینٛہہ۔

(٨٩٧)

گُلی شُند بول بوش زانہٕ گُلی شُند مول مأج :-

شُری ہُنٛز کتھ چھ مابہِ مألِسے فکرِ ثران۔

(۸۹۸)

## کالہٕ دوٚ پنٕم گنگہٕ بل پگاہ گوٚ ہٕ یارٕ بل :-

کالہٕ دوٚ پنٕم بہٕ گرٛتھ گنگایہ بیہتھ شران کرنہِ پگاہ ووتھ ہٕ یارٕ بلس بیہتھ تہِ باتے کالہٕ ووٚن نم زِ بہٕ کرٕ بڑٕ بارٕ کام پگاہ لوگُن ہٕ انھہٕ تہٕ گنہِ۔

(۸۹۹)

## کہسر تلی آب انُن :-

کہسر مثرٕ بیلہِ آب پکہِ کیسر چھہٕ کھسان آلس بیہتھ تہٕ آب چھُنہٕ یوان لوزنہٕ۔ بیلہِ کانٛسہِ اِنسانس تیتھہٕ پاٹھی تکلیف واتہٕ ناوہیتھ پاٹھی نہٕ تکلیف واتہٕ لس تام تمِس خبرٕے لگہِ تیلہِ چھُہ یہ محاورہ یوان ونہنہٕ۔

(۹۰۰)

## کاوٕ گاٹُل آسُن :-

کاو چھُہ یوان جانورن منٛز گاٹُل ماننہٕ مگر سہٕ چھُہ ینہٕ پیس تتہٕ ٹکوٗر کھیوان۔ تمِس اِنسانس چھُہ یوان کاوٕ گاٹُل ونہنہٕ یُس عقلمند آسِتھ تہِ ناجایز کران آسہِ۔

(۹۰۱)

## کلس پیٹھ ناپہ لوٗک آسُن :-

گوٗ سیٹھا پرلشان آسُن۔ ہیٚبلہِ کاٗلنہ ٹُبڑ انہہِ رِش کوٗر گرس منٛز آسہ
ستیلہِ چھُ یہ لوان ونہنہ زِ اُمِس چھُ کلس ہیٹھ ناپہ لوٗک یا تے ٹُبڑ بارٕ ذمہ
وآری نکھہ والنہٕ۔

(۹۰۲)

## کرِ یہ کھونٕہ چھُ اِنصاف :-

کرٕے کرِٕ گو دیہ شُد ناو ہیٚون تمہِ کھونٕہ تہِ چھُ اِنصاف کرُن زیادٕ جان
عبادت

(۹۰۳)

## کمزورس چھُ کو کرِ تام دِگہ دِوان :-

یُس کمزور آسہِ تس چھُ یُتھ کانٛہہ کوکرِ ہیٚو کمزور اِنسان تہِ تکلیف دانٕہ
ناوان۔

(۹۰۴)

## کنہٕ پتہٕ چھانپُن :-

چھانپنہٕ سیتۍ چھ گٔنۍ لوان دوٗر دارِتھ دِنہٕ مگر چھانپُن چھُ روزان اتھس منٛز۔ یێلہِ گرس منٛز کانٛہہ باڑ راوِ نہٕ گروول نبرِ پتےٚ تٔس ژھانڈنہٕ نیٚلہِ چھُ لوان ونہنہٕ زِ کنہِ پتہٕ گوو چھانپُن۔

(۹۰۵)

## کوٚٹھہ پھُٹ تہٕ لیوٚل پھُٹ :-

یێلہِ اِنسان یکنس پھیرلس لایق روٗزِ نہٕ سہ کینٛہہ پاٹھۍ ہیکہِ کمٲوِتھ۔ یێلہِ نہٕ کمٲوِتھ ہیکہِ تٔس کینٛہہ پاٹھۍ روزِ دان دزوٗن تہٕ شرٕی باڑ کیا کھیٚن۔ تٔتھۍ چھ ونان کوٚٹھہ پھُٹ تہٕ لیوٚل پھُٹ۔

(۹۰۶)

## گرٕ من ژھٕنبو بازار توتہ وو نہس کریمہ ننہٕ وور۔

یمِس اکہِ لٹہِ ننہٕ واری ناو گوو لگِتھ سہ ژھٕنی نہٕ ہتہ بازارِ مگر ننہٕ واری ناو پھس نہٕ ژلان۔

(۹۰۷)

(۹۰۷)

کاہنہ چھا نو دالیس ژوٗرِ آمٕت :-

نو دا چھُ سارِنے رچھان تہٕ پالان کاہنہٕ اِنسان چھُنہٕ تہٕ لیس مُتشٔرِ مرفی

ورأسے دُنی یاہس منٛز چھُ آمت ۔

(۹۰۸)

کنہٕ ہیٚنہٕ ہنٛد سٕتہٕ ٹُکرٕ گژھنی :-

دیان چھِ کنہٕ ہیٚنہٕ اگر زٕ ٹکرٕ گژھن تم چھِ دوشوے حِصہٕ الگ الگ پکان-

لیس کأنٛسہٕ زوٗوس سیٹھا تکلیف آسہِ وونٕت مگر تہٕ کرِتھ تہٕ آسہٕ کأم کارکران

تسہٕ چھُ وناں زمے گیہ کنہٕ ہیٚنہٕ ہنٛد سٕتہٕ ٹُکرٕ- مگر تو تہٕ چھُس پکان ۔

(۹۰۹)

کلہٕ دیُن :-

یُنٛن یان کأنٛسہِ ہنٛدِ خاطرٕ قوربان کرُن ۔

(۹۱۰)

## کاکُن ھاپُھ گرٛھُن :-

کاک اوس نیچُو ہیتھ ڈٔریاو بھٔڑس پیٹھ سہلابک تماشہِ وُچھان ۔ کاکن وُچھِ اَلِس سِتی موٗنڑ وسان نیچوِس دوپُن تلہ بایہ کھارتن تہٕ بکار لگہِ ۔ نیچُو ووتھ ڈٔریاوس منٛز ییٚلہِ موٗنڈِس ھتھ کرٕنۍ ۔ سُہ اوس ہاپُھ کرِتھ دِژٕن مالِس، کاکو یہ تا چھُ ھاپُھ، کاکن دوپُس ژھُنٛن تراوِتھ ۔ اُمی دوپُس مےٚ تا تراوِیوو مگر یہ چھُم نہٕ تراوان ۔ ییٚلہِ کاہنہِ کُنہِ وُلہٕ کانہِ منٛز بھٔہِ تتھ یرٛتھِ ژراوُن مگر ہیٚکہ نہٕ تراوِتھ سُہ چھُ دپان زِ کاکُن ھاپُھ گوم ۔

(۹۱۱)

## کوچہِ پھیرُ کرُن :-

کاکلنہِ غلط کوچہِ ناوِتھ وتھ راوٕ راوِنۍ ۔

(۹۱۲)

## کلس ژٕنہِ رٕکھ کرِتھ نیرُن :-

مرنہٕ خاطرٕ تیار گژِھتھ لڑاے کرٕنہِ نیرُن ۔



(۹۱۳)

## کلہٕ وٲری کرِرِس گژھُن :-

ییٚلِہ کانٛسہٕ اِنسانس کُنہِ گرٕچ سارے ذِمہٕ وٲری تہٕ خرچ بیٚیتر پالنٕس پیٚیہٕ کرُن
سُہ چھُہ دپان زِ کلہٕ وٲرے گوس کرِرِس -

(۹۱۴)

## کوٚرِ سوکھ تہٕ پانس ماجہِ سوکھ تہٕ پانس :-

پٔرِتھ کانٛسہٕ چھُہ بیٚن پیٚن سوکھ ضوٗرؤرتھ ، کانٛہہ چھُنہٕ کانٛسہٕ ہنٛدِ خاطرٕ پریشان
روزان ادٕ سو کوٚرٕ آسِتن یا ماج

(۹۱۵)

## کنِھ منٛزٕ چھُہ کنِھ نیٚران :-

کُنہِ وِزِ چھُہ کانٛہہ تیٚژھ کتھ کران زِ یتھ لفظ اکھ تہٕ مطلب بیاکھ چھُہ آسان -
یانے کتھِ منٛزٕ چھُہ بیاکھ کتھ نیٚران - دوٚیم ماتٕے چھُس زِ کتھے چھِ کتھِ زنم دِوان
کتھ سٟتی چھُہ بنِہٕ ثُشد عاب ثواب نوٚن نیٚران -

(۹۱۶)

کانہِ کرفیل میانہِ ذِمہٕ آو :-
ییبلِہ کاٗلثیہ شیطانی فطرت اِلسانس یِھ وناں زِ فینۂ فساد اتھ سٕہ چھُ
یکدم تہِ کرنہٕ یابِھ اَماد سپداں -

۹۱۷

کوٚ ووک کتہِ ہارینہِ موٗنٛڈ پتہٕ کنہِ :-
کوٚ ووک گوٚ سہٕ یمہِ ہٕنٛز زلوِ پرٕھ وِزِ دوٚہو تہٕ ناپسندیدہٕ کتھ نیرن - کتہٕ
تام کجے یکھ ہارینہِ وآرہٕ لوکُن کمی تام وُن ہے کوٚ ووک کتہٕ چھُ یانی بٹنہِ ماچھُ
یُتھ نہٕ کیٛنہہ کوٚ کتھ زلوِ نیبر لیس کوٚ ووک اوس نہٕ تہٕ پتھے نہٕ وُنہٕ نکھ بہٕ چھُس
ہارینہِ موٗنٛڈ پتہٕ کنہِ تہٕ نیین ہٕنٛزِ کاٗم کرِتھ -

۹۱۸

کُنہِ کُنہٕ کرُن :-
کاہنٛہ ہیوت بدنام کرُن ییٚتھ زن لوٗکھ تُمس کِنہ لاٗے ماران -

۹۱۹

کوٚ کتھ نے تہٕ کُنہٕ کتھ کیا :-

یوٗس کینہہ نہٕ سأرِنے بوزِنۍ لایکھ آسہِ سو چھہ یُوان کاُلِنہٕ کنس منٛز ونہٕ نہٕ اگر نہٕ خراب کینہہ چھےٚ تہٕ کنس منٛز ونہٕ ہیچ کیا ضوٗرۆرتھ چھےٚ۔

۹۲۰

## کٔنی وانہٕ لوٗن تیٖل آسُن :-

اَکِسے اِنسانس لِنٛش سأرے حاجتھ پوٗرٕ سپدِنۍ، یِیٚلہِ گرس منٛز کٔنِہ نیٖچوٗ یا کٔنی کماوَن وول آسہِ تیٖلہِ چھہ یہ کینہہ یُوان ورتاونہٕ۔

۹۲۱

## کوٗکرٕ گرٛزھنی :-

مُقابلس منٛز کانٛہہ اِنسان کمزور تہٕ شرمنٛد گرٛزھُن۔

۹۲۲

## کلہِ لوٗنٛۍ تہٕ لوٗنٛۍ کلہِ سوٗنٛۍ تہٕ سوٗنٛۍ :-

کانٛہہ اِنسان یُس یہ ڈیٚبِزِ تہٕ کوٚل سیو لاگان مگر دِلس ناُلی کینٛہہ تہٕ ونی نہٕ کینٛہہ دِلس سوٗنٛۍ کھیوٚن نہٕ ژھوٚپہ کٔرِتھ کھیٚنہِ۔



(۹۲۳)

## کاہن ریتن ہنٛز بآش گژھنۍ :-

کنھ تام گرس بنیو کاہن ریتن کیٛت خوراک یا نے دانہِ تومُل ۔ باُہم ریتھ اوسکھُ پیر ۔ تمو دوٚپ اکِس رہتس پتھ فاقہٕ دِنۍ تہٕ دِمو گوڈنی پتہٕ کھیمو کاہن رہتن آش کرِتھ ۔ فاقہٕ لاگِتھ دینہٕ تہٕ رہتس منٛز موٗدی تہٕ کاہن ریتنِ ہنٛد خوراکھ روٗد اتیٚ موٗجود ۔ ییٚس انسان اُسِتھ فرچاوِنہٕ تہٕ پالنس دیہ تکلیف یہ دیتھِ زبروہنہٕ کُن ییٚم بکارتس مُتلق پتھٕ بہ یِوان ونہٕ نہٕ ۔

(۹۲۴)

## کنہِ ناٹِن پاکھ دینٕ :-

کاہنہٕ اِنسان پتھٕ بینٛۍ پرتیتھ تھونہٕ باپتھ لیتہٕ منٛز کنہِ ٹھلی گرکہٕ ناوِتھ لوکن ونان زِ ناڈِ پتھٕس گرکہٕ ناوان ۔

(۹۲۵)

## کاآلنہٕ کوٗنٹ گوٚو وآلنہٕ لوٗکُٹ :-

گرس منٛز ییٚس سارِوے کھوتہٕ وُمبرِ منٛز لوٗکُٹ آسہِ سُہ آسِتن سارِوے کھوتہٕ گاٹُل تہِ تہٕ پورمَت تہِ مگر ییٚہ یٚسے کوٗنس مانینہٕ ۔

۹۲۶

# کو ونتہ کُستوٗر

غلط وقتس پیٹھ کتھ کرن وٲلِس چھُ یہ ناو لوان دنہٕ ۔

۹۲۷

# کنجہِ ہُنٛز کورِ ترٛے گرٛڈھنہِ :۔

دیان اکِس زنانہِ آسہ ترٛے کنجہِ کورِ کمس تام نیچو وٲلِس اوس توٚت اکھ کوٗر وُچھنہِ یُن ۔ مٲج ڈرا یہ سبر تمن یہ وُنہتھ زِ اگر کانٛہہ یودہ بیہِ ینہٕ توٚہی کانٛہہ اکھ کتھ کرہو ۔ نیچہِ وول آو تہٕ تمس بیٹھ دستارس پیٹھ تلُر ۔ اکس کورِ رٕود نہٕ یالس تام تہٕ ونہٕ لس حفا بایہ مفا بیو کھٹےُ دتارس ۔ بیاکھ وُڑھن بوٗٹنی بینےٕ ماجہ کیا بی بولوٚے تےٚ بہوٚے ۔ ترٛیم وُتھکھ شکرٕ نو والیس منٕ ما کینٛہہ بہوٚے ۔ نیچہِ وول ژول کنو آب ترٛاوان ۔ یمیلہِ کانٛہہ غلطی تہٕ بے وقوفی کنہِ پننہِ کمزوٗری نسنہِ کرِ تیلہِ چھ یہ کتھ لوان ونہٕ نہٕ ۔

۹۲۸

# کُنی گیڈٕ گرٛھنی :۔

شےٚ گاسہ لاٚوی بیہِ ین یکجا گنڈِ نہٕ تھتہ چھ ونان گیڈٕ ییلہِ یٲژن شین زہنن

یکجا مُصیبت ییِہ تیلہِ چھِ یہ کتھ بوان ونہٕ نہٕ ۔ دوئم مطلب چھُس یانہٕ وٲنۍ اتفاق تہٕ اتحاد روزُن ۔

(۹۲۹)

## ٹکبر پھُٹُن :-

ییلہِ کانٛسہ تیتھ مُصیبت ییِہ یتھ نہ سُہ ہیکہ برداشت کٔرِتھ تہٕ یُس نہ سُہ ہیکہِ دوٗر کٔرِتھ تیلہِ چھُ سُہ ونان زِ ٹکبر پھٹُس ۔

(۹۳۰)

## کنہٕ ژترُگر آسُن :-

یُس کانٛہہ بدلحاظ آسہِ بروٚنٹھ کنہِ کرِ زِ پھٹین تام واد وادتَس چھِ کنہٕ ژترُگر ونان ۔

(۹۳۱)

## کُستی کُتی آچھر :-

کٲم کرٕی کرٕی نہٕ کینہہ حاصل یُن ۔ ییلہ نہٕ شری رچھتھ ییِنہٕ چھِ بُڈہٕ مٲلِس ماجہِ بلزان تیلہِ چھُ مول ماجہ یہ کتھ ونان ۔

(۹۳۲)

## کنڈِ روس پوش آسُن :-

سُہ اِنسان یُس نہٕ کانٛہہ ذمہٕ وأری تہٕ پریشأنی آسہ یا یُس نہ کأنٛہہ زِکھ وانہٕ ناوِ یُس نہٕ ازروُن آسہِ ۔

(۹۳۳)

## کولِہ ہُنٛد یاوُن نارِتےَ شرٛاوُن کوٗرِ ہُنٛد یاوُن بَب تےَ مأج :-

ییٚتھٕ پأٹھی کولِہ چھُہ آسن حارس شرٛاوُنس منٛز زیادٕ پوٗنی وسنہٕ سیٛتی جوش تہٕ یاوُن تیٚتھے پأٹھی چھُہ کوٗرِ تہ لوٚت تام جوش تہٕ یاوُن یوٚت تام تٔمِس مول مأج زِنٛدٕ چھُہ آسان ۔

(۹۳۴)

## کوٗر زینہٕ مأرِس کینٛہہ چھُنہٕ نفا کوٗر چھے ماجِہ ہنٛز رفاقتھ ۔

دپان کوٗرِ ہنٛدِ چھُنہٕ مأرِس کانٛہہ فأیدٕ آسان مگر سۄ چھِہ ماجِہ ہنٛز سیٹھا رفیق آسان ۔ تٔمِس چھِہ ہتس کامِہ یِلزان تہٕ اشورِ مشورٕ دِوان ۔

۹۳۵

## کُنہِ مٔنز ابھہٕ ژھٔنُن :-

کاہِہ کأم شوٗرُو کرٕنۍ ۔

۹۳۶

## کیٛنژھ تام ، ہو گژھُن :-

شرمنٛدِ گژھُن ۔

۹۳۷

## ہکوٗنۍ چھہ کنہِ شرپان :-

یٔژانہِن ہُنٛد خیال اوس زِ ہکو چھہ کنہِ پھٔلی تہٕ کھیوان کیاز تمس آسہٕ بڈ بُجھہٕ کنہٕ پھٔلی اندرٕ ییٚران ۔ امیُک مطلب چھُ تمِسے طاقت آسہٕ سُہ ہیکہِ مُشکلات ییٚترٕ اوٗ دِتھ ۔

۹۳۸

## کیٛنژھ چھہ مارن تہٕ کیٛنژھ چھہ تارن :-

غلط کتھ کرنہٕ سیٚتی چھُ اِنسان مارٕ پیوان تہٕ دُرُس کتھ کرنہٕ سیٚتی چھُ فأیدٕ لبان ۔

(۹۳۹)

## کُنہ سُنڈ کھیوٗن نہٕ کیٛہہ کُنہ سُنڈ پیٛیوٗن وُچھو :-

بیٛبلہِ کاہہٕ کُن زوِن روزُن پسنڈ چھُ کران سہٕ چھُ کُنے آسنہٕ کِنہٕ جان یاٗھٹی کھیوٚان تہٕ پیوان مگر آخر بیٛبلہِ زوٗ ژنگی یا کالہِ بارِ ژنگی پیٹھ پیٛیوان چھُ تِمس تِھٕنہ کاہہٕ تہِ اتھہٕ روٚٹ کرنہٕ یوان ۔ اسہِ برٕ وتھِن زاٗنرس کوٗسہٕ حالتھ چھُ تِمس گژھان ۔

(۹۴۰)

## کُس کُمشنر قبرِ وسہٕ ہنتی :-

مُرتھ چھُ پرتھ کانٛسہٕ بینہٕ بِنہٕ کامِن ہُنڈ جواب دیُن ۔ کاہہٕ کانٛسہِ چھُ نہٕ مدد کرنہٕ قبرِ منشرِ ستی وسان ۔

(۹۴۱)

## گُنڈِس نہٕ آس نہٕ ژوٗرس نہٕ ژاس :-

کوٗنڈ چھُ وناں کنجوٗسس تِمس چھُنہٕ آس یا نے لفژ آسن ۔ ژوٗرس اگر ژاس آیہٕ تہٕ گرِ واٗلی گژھن ہُشیار یا کانٛسہٕ ہنشر ژاس بوزُ تِمس چھُ ژلُن پیوان ژوٗرس ژاس تہٕ گُنڈِس آس چھُ دُشمن ۔

(۹۴۲)

## کٮھہِ ژاف دیُن :-

کٮھہ بُوزِتھ سو فِکرِ تارُن تہٕ تتھ مطلب کرُن۔

(۹۴۳)

## کوٚہرِ کھسُن داں کھالِ پتہٕ گُرِثھ تہٕ کرُن ہش :-

اگر کوٚہرِ کھسِن دانہِ سون تہٕ کرُن نو قعاں تمیک چھُنہ پرواے مگر پتہٕ گُرِثھ تہٕ تمن ہش کرِتھ مِنتھ کھارُن تہٕ گُرِثھ نہٕ برداش۔

(۹۴۴)

## کُلُ کمی چھُٹرو پینی مسوَن :-

کُلِس بیلہِ مسوِ ییران چھُ سُہ چھُ گوٚبان تہٕ کنہٕ وِزِ بار سِتہٕ پھٹان۔ اِنسانہٕ سُند مسوِ دیاں گیہ تمِتھٕ شُری۔ اگر تِم جان پیٚرن تہٕ تمِس ماجہِ ہُنہٕ یِرِتھ چھُ خاکس سِتہٕ میلان تہٕ تِم تہٕ چھِ زن مسوِ کُلکیہ پٲٹھٕ پھٹان۔

(۹۴۵)

## کونگہِ تِہنج آسنہٕ :-

یوسہٕ کوٗرِ باین مشر گژھِ بینہِ آسہ سو چھِ کوٚنگچ کونگہِ تِہنج لواں مانہٕ تہٕ۔

(۹۴۶)

کوٹھِن اَچھ ہینہٕ :-
اَچھ ہنٛز کاٗم چھِ وُچھٕن تہٕ کوٹھ کاٗم چھِ تھوٗد ووٚتھٕن۔ کوٹھو ستیٚ چھُ اوڑ یور پھیرنہٕ یوان تہٕ اِنسان چھُ کاٗم کران۔ اگر کوٹھیٚو تہٕ اَچھن ہنٛز پاٹھی تاونُے یوت ہیٚوٚچھ ستیٖہ ولوٗزِ اَمِس چھِ کوٹھِن اَچھ اَمٕژٕ۔

(۹۴۷)

کوٹھیٚ زولہٕ کرنہٕ :-
بٕہتھیے نِنٛدرِ کرٕنٕۍ۔

(۹۴۸)

کوٹھِن منٛز کاٗر گژھنہٕ :-
شرمنٛدٕ گژھِتھ کلہٕ کوٹھِن تام بوٚن کٔرٕن وٕسٕن۔

(۹۴۹)

کتھن پھیرٕ دِین :-
پرانہٕ کتھِ بیٚیہ وننہٕ۔

(۹۵۰)

## کوری ونے نوشی بوز :-

ہشہِ چھ کینہہ نصیحتھ یا گراو نوشہِ کرنی آسان سُو چھنہ ہُمِس سیدِ سود
ونان ۔ سُو چھِ کورِ کُن ونان بُتھ نوش پانے بوزِ ۔

(۹۵۱)

## کنہ ڈر کرنی :-

گووکُنس لمَن رژ کھنڈ سزا دِین ۔

(۹۵۲)

## کن مولہ کڈُن :-

تیتھ سزا دِین بُتھ نہ سہ کُنہِ لایق روزِ ۔

(۹۵۳)

## ململ بنینہِ گوبُر زاو کوم شولِس شریک ژاو :-

ینیدِ گرس منز لوو شُر زیوان چھُ سہ بُہ گرچہِ آمدنی ہُنڈ شریک بنان ۔ گرس
منز کیاژِ آسن نہ کوم ژوٹ کھیوان تھتہِ چھُ سہ شریک پیوان ۔

(۹۵۴)

کارِ بچہ گوٚو خام :-
یوسہٕ کأم زن بچہِ کرِ سوکتہِ چھہ یوٚہ ختہٕ آسان ۔

(۹۵۵)

کرِتھ نہٕ کرِتھ ہٕشی کتھ :-
ییٚلہِ نہٕ پوٚرٕ کأم کرِتھ یہ ییٚنہِ کأنٚسہٕ مُجرالی دِنہٕ تیٚلہِ چھہ یہ کتھ لوان ونٕنہٕ

(۹۵۶)

کانہِ بٹہٕ سلام :-
کأنٚسہٕ ہٕشنر غأمی کأنٚسہِ برٛونٹھہٕ کنہِ وُنتھ لرٛأ ڈُلی ہیٚنز ۔

(۹۵۷)

کیٚنشرن دِنتھم ڈمبہِ گُلاے کیٚنشرن کورتھم ملالے :-
کیٚنشرن چھہُ قودرتھ سیٹھا اولاد دِوان تہٕ کیٚنشرن چھہُ امیک طماہ روزان ۔

(۹۵۸)

## کلس پیٹھ اسمان تُلن :-

سبہٹا کڑکہٕ ناد تُلن ۔

(۹۵۹)

## کورِ مأج گیہ بانہٕ کرآج :-

کرآج چھہ بانہٕ ٹھُران تہٕ لُوکن دِوان ۔ یِتھے پأٹھی چھہ کورِ مأج کورِ پأدٕ کرِتھ تہٕ بُڈرآوِتھ بیِس گرس کھانٛدر کرِتھ دِوان ۔

(۹۶۰)

## کاہ گاڑِ کتہٕ چھے اتھَس منزٕ یوان :-

ییٚلہِ اِنسان کاہن کارن تھف ژُھنِہٕ لَس چھُنہٕ اَکِس کارس تہٕ سیٚنزٕ گژھان ۔

(۹۶۱)

## کنس کن نہٕ خبر گژھنی :-

کُنہِ کیٚتھ ہُشد تیاہ یا اِشارٕ نہٕ کأنٛشی لگُن ۔

(۹۶۲)

کاہَہ کاپہٕ یُن :-

کاںٛہ ہنٛدِس مَتس ہقف ییٚنۍ پانے کاہَہ قوبُوہس مشترِیُن ۔

(۹۶۳)

کیٚچہِ کیٚچہٕ نہٕ گرٛزھُن

بلکُل نہٕ کاہَہ اثر گرٛزھن ۔ کاںٛہِ ہنٛدِس وَنہٕ لس نہٕ کاہَہ وُقتھ بھوٕلی ۔

(۹۶۴)

کیتھ زٕ پیٚھرٛاوُنی ۔

کاہَہ مامِلہِ نحواہ مخواہ پیچیٖدٕ بناوُن ۔

(۹۶۵)

کاثہٕ زوٗن گرٛزھنی :-

زوٗن چھِ یوان سو نٛور ماہٕ نہٕ ۔ سو نٛور زنانہٕ چھِ زوٗنہٕ سیٚتۍ مُشابِہتھ دِوان ۔
اگر سو نٛور زنانہٕ کُنہِ وجہ کِنۍ سُست آسہِ گاٹِر تس چھِ کاثہٕ زوٗن وَنان ۔
کاثہٕ چھِ چھانہٕ ہنٛدِس دادِس وَنان ۔

(۹۶۶)

کوٗتے گڑھکھ گِلے ٹھوٗلن دنہٕ پھاہ
کِٹرے پھچی گِلے اکھ ہھۂ تہٕ کاہ
اکھا دِتے گِلے کُنہٕ نہٕ کاہہٕ۔

امہٕ نوفہٕ زِ بُیاکھ مامنگیم، کیہہٕ آسن واٲلۍ تہٕ چھِ ونان زِ مے پھُٹنہٕ کُنہٕ کیہہٕ۔ ٹھُنکن کیٚنٛت سہٕ ٹھا مگر دین کیٚت نہٕ کیہہٕ۔

(۹۶۷)

کاٲلِسہٕ ہُنٛد وگوٗ زٹنٛ :-
کاٲلِسہٕ ہِنہٕ کِنہٕ تُشنٕر غا ٔبحہٕ کرٕنۍ۔

(۹۶۸)

کاہ نہٕ کاہ گیہِ زِتو وہ ژوچہِ :-
کانٛدرس چھُ ژوچہِ گنٛڈراوُنس کُنہٕ دٔیان آسان۔ تمِس اگر یرٕژھو زِ کاہ نہٕ کاہ کِٹرٕ روٗپیہِ گیہِ سُہ ونہِ تورِ زِتو وہ ژوچہٕ۔

## کاہنہٕ چھُنہٕ یڑ وُچھن سأرے چھِ ٹھر وُچھن :-

لوٗکھ چھنہٕ وُچھان زِ کأنٛسہِ کیا چھُ کھیوٗمُت یا کیا چھُ کھیوان مگر سأرے چھِ وُچھان زِ اُمِس کیا چھُ نألِ ژھنِتھ ۔

(۹۶۹)

## کوٗر تہٕ ہینٛنی ژنگہِ اوٗیزان تہٕ کٔٹھ نہٕ ہینٛنی ژنگہِ :-

لوٗکٹ اُسنس یا بوڑ ہیرِتھ کاہنہٕ چھُ ہینٛنی ذِمہٕ وأری بانے نبھاوان ۔

(۹۷۰)

## کشیرِ چھا کاہے گرٕ :-

پیٹھان راجس منٛز ژھے یہ بٔڑ کشیرِ منٛز نہٕ حرف روزأیہ تتہِ کاہ گرٕ ۔ ازا گر کورِ گوٚ برس دوٚن ترٛیٚن جاین کھانٛدر سپدِ نہٕ مُمکِن ہیتلہ چھِ یہ کتھ یوان ورتاوٕ زِ کشیرِ منٛز چھِنہٕ حرف کاہے گرٕ ۔ ینہٕ چھِ سیٹھا گرٕ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ جایہ سپدِ مُمکِن ۔

( )

(۹۷۱)

## کِنہٕ پھلکی یاآٹھی نوٚن نیرُن :-

تُملہٕ منٛز چھُ کِنہٕ پھوٚل نوٚن تہٕ الگ باسان بیٚیلہٕ کانٛہہ اِنسان ناکارٕ کٲم کرِ سہ چھِہ باقے لوٗکن منٛز کِنہٕ پھلکی یاآٹھی بنٛیوٚن روزان تہٕ الگ لوان مانٛنہٕ -

(۹۷۲)

## کانٛہہ چھا ہوکھے گاسہ بچان :-

کانٛہہ چھِنہٕ مُفتس منٛز کٲنٛسہٕ ہنٛز کٲم کران۔ سُہ چھُ نہٕ ہوکھے گاسہ بچان سُہ چھہ گوٗنڈ کھیاوِن بچاوُن بیٚیوان اد چھُ دِل دِتھ کٲم کران -

(۹۷۳)

## کٔنٛی ٹٔلی اژُن :-

پُوستہٕ یاآٹھی کٲنٛسہٕ خلاف کٲنٛسہٕ ہنٛدی کن برٕنی -

(۹۷۴)

## کٲنِس برٕونہہ کِنہٕ کوٚن دنُن :-

کٲنٛسہٕ ہنٛز خٲمی تمِس برٕونہہ کِنہٕ ونٛنی گژھِ تُمِنٛز ناراضگی ٹٔلی ہینی -

(۹۷۵)

کانہِ کانہِ گرٛھُن :-

کُنہِ گرِس یا خانٛدانس منٛز سارِنٕے باُتھن ہُنٛد بٔیوٚن بٔیوٚن گرٛھُن -

(۹۷۶)

کھوچہِ کھارُن :-

سوٗن چھُ کھوچہِ بیہِتھ کھارِتھ یوان وُچھنہِ زِ صاف چھا کِنہ نہ - انسان ییٚلہِ مختلِف طریقو کنہِ چھُ یوان ازماونہِ زِ سُہ چھا ایماندار تہٕ صاف نیتہٕ وول تیلہِ چھِ ونان زِ کھوچہِ کھوٗرکھ -

(۹۷۷)

قندس تہٕ مُچہِ کُنے ساد :-

قند چھُ موٗدر بنہٕ مُچ چھِ ٹیٚٹھ آسان یمن چھُ بٔیوٚن بٔیوٚن ساد - ییٚلہِ نہٕ کُنہِ جایہِ جانس تہٕ ناکارس منٛز کانٛہہ فرق بیینہِ کرنہٕ تیلہِ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ -



۹۷۸

کوٗر ہِنٛدِ زینہ گرٛژھِ اشی پھیٚور تراوُن -
سرکارٕ مال نکھہِ والُن چھُو -

کوٗر زینہٕ چھِ اِنسانس اوش وسان۔ دپان کوٗر نتہٕ چھِم اولاد مگر زِن چھُم سرکارٕ مال یُس والِس چھِم کرُن - کوٗر چھِ آخر ووہیر مال نتہٕ کانٛشہ ووہ پرس پِھہ پییوان حوالہ کرنہٕ -

۹۷۹

کوٗب کُل کُہنٛد موٗٹِہ ہُنٛد تُلہ کُل :-

موٗڈُ چھِ اَسمٕژ کتھ تام بتہٕ گرس کرام مٔنِ اوس کوب تُلہٕ کُل - لُوکھ بیترِ کاہنہٕ بٲکھ کوب کُل وچھِن دپان اَسی زِ یہ چھُ موٗٹِہ ہُنٛد تُلہٕ کُل - بیلہِ کانٛشہِ کُنہِ کتھِ ہُنٛد غلط الزام دِموشہ چھُ تمہٕ وزِ یہ محاورٕ ورتاوان زِ موٗٹہ ہنٛدِ تُلہ کُلیکی یٲمُو چھُو پرٛتھ غلطی پیٹھ میونےٚ ناو ہیوان -

۹۸۰

کنو کنہِ پونٛز تراوُن

کُنہِ جایہِ تیشر خراب کتھ بوزنٛی بیتھ زن لوزن وول کن چھلنہٕ تراھِ -

(۹۸۱)

## کلہٕ لوٗمرِتھ پکُن :-

تکبُرٕ بعاُرسیٹھا نرمی سان پکُن ۔

(۹۸۲)

## کشِنہٕ تم نہٕ روزِنہٕ :-

سوُرے دِنہٕ یاتے پولشہ خرچ گرٕھتھ غریب نادار گرٕھن ۔

(۹۸۳)

## کوٗمارِ دہِر بیمارِ گیہ کھینہٕ وِزِ ہُشیار گیہِ :-

یُس جان یا ٹھی کھیہِ چیہِ مگر دپہِ زِ بہٕ چھُس بیمارِ تس تعلق چھُ یہ لوان ونہٕ نہٕ ۔



# کھ

۹۸۴

## کھیتی کھٕرِ کھۍ ستی :-

یمِس کھٕرزٕ تہٕ بجر آسہِ پٔراوُن تٔمِس چھ گوڈٕ پیٚھٹے تم اَشار آسان ۔

۹۸۵

## کھٕرِ زاۓ یہٕ کاہ کھٕرِ بوٗر زٕجوو نہٕ زاہٕ :-

بد قسمتھ زنانہٕ زایہ کاہ اولاد مگر بُوٗڈٕ گرِ ھاتھ کوٗرُس نہٕ کانٛہہ مدد ۔
بُوٗڑِتھ تہٕ چھُس گرگ بوٗز پیوان پانٕسے تلُن ۔



(۹۸۶)

## کھیبنہٕ چھُ کھیوان وینہٕ ڈاگ ڈال :-

ییٚلِہ کانٛہہ آسہِ سوٗرُے کھیوان مگر نٕخز کٔرِ کٔرِ تیٚلِہ چھہِ یہِ کھتھ لوان ونہٕ نہٕ۔

(۹۸۷)

## کھارِ کورِ ہٕشہ وُژھ کرُن :-

کھارِ کورِ چھہِ چاے تہٕ کرٕنٛزِ بتہٕ تہٕ رنٛنُ ڈوٗوُن لیوُن تہٕ بییہِ دمن تہٕ چیلاوٕنٛی
تمہِ کِنٛزِ چھپے سہ پٔزھتھ کانٛہہ کٲم جلدی مُنٛز کران ، ییٚلِہ کانٛہہ کٲم کرنس منٛز
زِیادٕے یہٕہان جلدی کرنہٕ ییٚیہِ تیٚلہ چھہِ یہِ کھتھ لوان ونہٕ نہٕ -
امہ چھہِ اکھ کہانی ڈٔکھس ۔ دِیاں کھاراوس وٕنٛ گوٗمت ژٕنہٕ نباونہٕ کُس تام
گراکھ آو تہٕ پٔزِژھُن کھارِ کورِ زِ کھارکر ییٚیہِ تمہِ دٔولُس اگر وُژھ کوٗرُن تیلِہ
بییہِ ژٕیرِ یانے ژٕنہٕ زہولس وَتہِ پکنس تہٕ لگس بییہِ وق ۔ اگر نہٕ وُژھ
کوٗرُن تیلِہ ییٚیہِ جلدٕے ۔

(۹۸۸)

## کھاتہٕ فیتہٕ کرُن :-

کھاتہٕ گییہ سوکتاب یتھ منٛز کٲنٛہہ یِنہٕ دِ وا پہِ پو پٕہٕش حساب آسہِ لیکھتھ ۔ ییٚلِہ

سُو موکلِہ نہٕ کھانہٕ پھُہ یوان بند کرنہٕ تہٕ تھم پھُہ یوان فیتہٕ گنڈنہٕ ۔ بیلہٕ
کاہنہٕ پیپنر ورتاوِتھ پھُہ یوان موکلاونہٕ تھم پھِہ ونان کھانہٕ فیتہٕ کرُن ۔

(۹۸۹)

## کھسہٕ وُن گرُ تہٕ وسہٕ وِزِ ناو :-

بزتھ آسن ۔ ڈوگرہ مہاراجن ہندِ وقتہٕ آسی درباری مُبحن گرُس بیہتھ کھیتھ
دربار گرتھان ناوِ منزٕ او سکھ یورِ مُشکل گرتھان کیاہ زِ پانہٕ کِس بہاوس خلاف
ناو پکہٕ ناولس اوس وق لگان ۔ لُوزِ آسی ناوِ منزٕ یوان کیاہ ناو آسی تورٕ وسہٕ
وِلِس دریاوس منز تیز پکان ۔ کاُلنہٕ آسی بروہنہٕ کالہٕ یہ آہی کران زِ ژٕ بن
درباری گرُس آس کھسان تہٕ ناوِ آس واپس وسان ۔

(۹۹۰)

## کھینہٕ بُلبُل پکنہٕ پاز :-

بُلبُل ہِندی پاٹھی آسہٕ سبھاکم غذا کھیوان مگر وُپھان یانٔے کام کران آسہٕ
پاز ہندی پاٹھی ۔



(۹۹۱)

## کھونڈ بانہِ چھِنہِ پھُٹن :-

یُس ہوٗل کوٗل بانہِ آسہِ سُہ چھُنہِ سہل سہل پھُٹان۔ یُس اِنسان ناکارٕ آسہِ سُہ چھُنہِ سہل سہل نرمان۔

(۹۹۲)

## کھنکھ ہینی :-

کاںسہِ ہنٛز فضیحتھ برداشت کرٕنۍ۔

(۹۹۳)

## کھونہِ وٕٹہِ کھوٗر کھنُن :-

کھوٗر چھُ لوان لوٚٹنگر یا لونہِ ہتی کھنہٕ نہِ۔ اتھو ہتی نہ ہیکو تکلیف تُلِتھ نرم زمینہِ منٛز کھوٗر کھنِتھ مگر کھونہِ وٕٹہِ ہتی کھنُن کوتاہ مُشکِل چھُ۔ تہٕ کاںسہِ آسہِ میٚحنتھ پیٚیہِ کرٕنۍ۔ کُنہِ کامہِ بانہِ سٕہل تہٕ حل کھونہِ زیادٕ میٚحنتھ تہٕ کوٗشِش کرٕنۍ۔ گوٚو کھونہِ وٕٹہِ کھوٗد کھنُن۔

( )

(٩٩٤)

## کھرِس اے نگہ ہے پینِنی ووڑِ کاسہ ہے کھر :-

یس اِنسانس یا لِس کانہہ خامی یا کمزوری آسہِ یوسہ نہ سُہ ٹھیک ہیکہ کرِتھ
سُہ کتھ ہیکہِ بییہِ سُنز خامی یا کمزوری دوٗر کرِتھ -

(٩٩٥)

## کھیوان کھیوان چھا پیٚیِچ لوان :-

بیٚیلہِ ناکارِ غذا حیادس اندر من منز وانہِ تیٚیلہِ چھِ بُڈ دود کران - اتھ
چھُ کیٚنہہ وق لگان - یتھے پاٹھی کانہہ ناکارگی کرِنہ وقتے چھِنہ انسان تمیک
سزا لبان - تتھ چھُ تمِس کیٚنہہ وق لگان -

(٩٩٦)

## کھرِ بیٚتھ گومُت سر گردان :-

گوٚو اکِس مومولی بدصورت زنانہِ پیٚٹھ چھُ پاگل گومُت -

(٩٩٧)

## کھرِ ہٕنڑی چھا گرِ کھسان :-

اکِس مومُہٕ لی زنانہٕ ہنٛدی اولاد چھا بڑی ژھینیو بنان یا نِے بڈین اُوھدن پیپھٕ واتان ۔

(۹۹۸)

## کھرِ کشُن پُن :-

بیلہِ کھرِس کھرِ کشُن پھُ یوان تہٕ سُہ چھُ بینیو اتھو کھرِ کشتھ کلس رنٛد والان تہٕ تنتُر تلان ۔ بیلہِ کانٛہہ اِنسان یا نِے بینہِ بابتھ مصیبتھ پھُ پادِ کران تیلہِ پھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۹۹۹)

## کھرِ ژکھ کھسنۍ :-

کھرِس بیٛلہِ کھرِ کشُن بینہٕ کینہ بیسر پھُ اسان آمُت سُہ چھُ بلاوجہ لوکن ہتی بہان ژوپہٕ ۔ اتھ چھِ ونان کھرِ ژکھ یا کھرِ سُند کرٛدو کھسُن ، کھرِ جہل کھسُن ۔

(۱۰۰۰)

## کھشری یا جامس ژنگ ژھینۍ :-

کمالسہٕ ہنٛدِس جھگڑس منٛز خواہ مخواہ دخل دِیُن تہٕ بینن پان پریشان کرُن ۔

(۱۰۰۱)

## کھُنڈ ھار پہ لوُن :-

بروٚنہہ کالہِ آسہ روپیو بدلہٕ ھارٕ یوان استمال کرنہٕ کھُنڈھار گیہ فُٹہٕ ہٕنژ ھار یِتھ پنہٕ کانہہ قیمتھ چھُ۔ بیلہِ کانہہ اِنسان یا کانہہ چیز بلکل فوٚضوٗل آسہِ تہٕ یِتھ پنہٕ کانہہ توٗبی اسہِ تمتھ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ۔

(۱۰۰۲)

## کھپرہٕ ن پھمب دوٗن :-

پھمب دوٚنہٕ پنہٕ وقتہٕ چھُ ژھورٕ سِنز تانتی کرِس ٹاس لاینہٕ یوان کھپرِ پہٹھٕ پھمب دوٗنُ گوٚو کلس پیٹھٕ ژھورٕ ٹاس والنُ۔ مطلب گوٚو دُشمنس سخ سزا دیُن

(۱۰۰۳)

## کتھہٕ کوٚتھ گژھنی :-

کُنہِ کتھہِ ناکارٕ مطلب نیرُن۔

(۱۰۰۴)

## کھوچو رنگہ ژرِ ٹوٗنچ لیج والہ برِ :-

اکی کرُ ژوٗر زاۓ رنہٕ کھیوٗن پیوٗن۔ بیاکھ بے قصوٗر لوٗگ ٹھلی زالس تہٕ بوٗگن سزا۔ بیٚیلہِ تیٚژھ کتھ گژھہِ تیٚلہِ چھُ یہ محاورٕ یوان ونہٕ نہٕ۔

(۱۰۰۵)

## کھوٗنژی لدس کھوٗنژ پیتے :-

ییٚلہِ کٲنْسہٕ کھوٗنت لگِتھ کھوژس پھوکھ لگہِ تمِس پیٚیہِ بییہٕ تہٕ کھوٗنت لگان۔ گوٚو مصیبتھ لدس پیٚیہِ اکہِ پیٚنہٕ بیاکھ مصیبتھ یوان۔

(۱۰۰۶)

## کھیٚوٗن ناکھ۔ وتھرُن گاسا۔ ژرٕنے ہیوٗ خامانہٕ کانٛہہ :-

گرس منٛز چھُ میلان کھیٚوٗن کیٚت ناکھ تہٕ بِسترٕ بدلہٕ گاسہٕ مگر اتھ ہٕشی چھےٚ نہٕ کانٛہہ جاۓ آرام دیہہ باسان۔

(۱۰۰۷)

## کھیٚوٗن پلاو اتھہِ چھلُن گرٕمت :-

ییٚنہٕ کٲلہِ آسہ ونان زِ شُرِس گژھہِ سیٹھا جان کھین چن دیٚن۔ مگر ناکارگی لیٚنہٕ دوٗر

پھوِنہٕ باپتھ گژھِیس سزا دِنۍ۔

(۱۰۰۸)

## کُنہِ ہٕٹہٕ چھِنہٕ دانس نٕزِ دزان :۔

کُنہِ اِنسان چھُنہٕ کانٛہہ کامہٕ ہیکان جان پٲٹھۍ انجام دِتھ یتھ پٲٹھۍ نہٕ دانس منٛز کُنہِ ہِچہٕ تیٚزٕر رٕژہِ چھِ ہیوان یہٕ سٕتۍ ژادِ پیٹھٕ چہِ لیچہٕ گژھ یِیہِ ہے۔ اوے چھِ وَنان زِ اکھ نہٕ اکھ گوٚو کاہ۔

(۱۰۰۹)

## کترٕ اوٚ بلہٕ بٔہہٕ آسُن :۔

میٚشرِ ہٕنٛدٕ کھلونہٕ چھُ تیوٚت کمزور آسان زِ اگر سُہ بٔہرٕ پیِیہِ نہٕ چھِلہِ چھِلہِ چھُ گژھان۔ یِیلِہ کانٛہہ اِنسان جِسمہٕ کِنۍ سٹھاہ کمزور آسِہ تس مُتعلق چھُ یہِ یِوان وَنہٕ نہٕ۔

---

# گ

(۱۰۱۰)

## گیوُن زانن ساّری تال زانہِ خال کانٛہہ :-

ساّری چھِ ہیکان گیوِتھ مگر سوٗر تال چھِ کاٚنٛسہِ کانٛہہ خبر آسان ۔

(۱۰۱۱)

## گرپیٹھکُ زامُتر گوٚو برپیٹھکُ ہوٗن :-

زامترِس چھِ ساّری بسبھٲیزتھ تہٕ قدٕر کران مگر یُس گرپیٹھکُ زامُتر آسہِ
اُمِس چھِنہٕ ہوہوٗری کانٛہہ یزتھ تہٕ قدٕر تھاوان ۔



(۱۰۱۲)

## گرٚیکہ وِزِ لوٗن ژٲوُن :-

نوٗن چھُ یوان گوڈ نیبھی سِنس ژٲوٕنہٕ ۔ گرٚیکہٕ وِزِ لوٗن ژٲونہٕ سٟتی چھِ گرٚکھ پیٚھ گژھان ۔ مطلب گوٚو کانٛہہ کٲم مناسب وقتہٕ وقتہٕ پیٚتٕر کٲمۍ کرٕنۍ ۔

(۱۰۱۳)

## گرُبن ہٕ پوٗشان لبز بنیمن چوٗب :-

بییِٕہ ہٕ گرُس پوٗشی تہٕ گوٗہی بنِس چھُ لایان ۔ بییِٕہ ہٕ زوراورس پوٗشہِ تہٕ کمزورس پیٚٹھ ناوِ پیٚنٕنۍ شرارتھ تییِٕہ چھُ یوان یہٕ مُحاورٕ وننہٕ ہٕ ۔

(۱۰۱۴)

## گنہارس گوٚو ہٕ کرنہٕ :-

داں لاٗوی یا گاسہٕ لاٗوی چھِ یوان ڈیٚرس بھوٗنہٕ تمہ پتہٕ ونان گوٚو نۍ ۔ گنہار چھُ لوکٕٹ دانہٕ آسان تمہ کتہٕ بییِٕہ گوٚڈ کرنہٕ ۔ تمہ گوٚڈ کرٕنۍ گیہ ناممکن تہٕ فضوٗل کٲم کرٕنۍ ۔

(۱۰۱۵)

گرٕہن لاگِکھ نال تہٕ خر گیہ پٹِر وٲری دٲری :-

نال چھِ لاگان گرٕہن خرن نہٕ کینٛہہ ۔ قٲبلِ انسان بلاوِکھ ینامہٕ رٹنہٕ خاطرٕ ۔ ناقٲبل تہٕ دو ربیہہٕ زِ سۆن کیا کوزِ :۔

۱۰۱۶

گرنہٕ کُنہٕ تہٕ گرٕی شُنڈ نالہٕ تھوٕر :-

ییٚچھوچھُ زیینہٕ تمٕشنرِ جہاربیٚنہٕ کِنشر ہیمو سٲرٕی ۔ گرٕ ہیٚنکُ چھُ نہٕ کانٛہہ اِمکان نہٕ نالہٕ تھوٕر ہیمولتس کیٚت مٲلی یہ چھِ محض بیوقوفی ۔

۱۰۱۷

گُر بڑِ میثون نہٕ وانہٕ کھیٚیہٕ چون :-

اگر کانٛسہٕ ہُنٛد شُر بیاکھ رٹِہٕ تہٕ رچھِہٕ شُرٕی وٲلِس مٲلِس چھُ یقین زِ یہ وانہٕ اٚنِرمے تِش سُہ چھُ ونان زِ غذا کھیٚیہٕ اُمُنٛد مگر شُر چھُ بڑان میثون ۔

۱۰۱۸

گیسو کھیوانے چھاگردن موٹان :-

گیسو ییلہِ کھمو کینٛژن وتس سُہ گژھِہٕ نرم اد چھُ ممکن زِ گردن موٹہٕ ۔

مطلب چھُ کأم شوٗرٕ کران کرانے چھِ نہٕ تمیک نتیجہِ نیراں انہٕ چھُ کینہہ وق لگان۔

(۱۰۱۹)

## گگرٲین نہٕ روٗد تہٕ ٹانٹرٲین نہٕ دود :۔

ییلِہ زیادٕ گگرٲیہ گرٛھن تہٕ تیلِہ چھِ روٗد کم ییوان۔ یوٗسہٕ گاو زیادٕ ٹانگہٕ ٹانگ آسہِ کران سو چھِ کم دود دِوان یُس اِنسان زیادٕ کرکہٕ دیہ تمِس چھِ زٕور کمیٕ آسان۔

(۱۰۲۰)

## گبوٚ گبوٚ کھیوم برارِ نشہٕ آنگُن چھُ زھوٹ :۔

ییلِہ نہٕ کانٛہہ کأم تگِہ کانٛسہٕ چھُ تیلِہ ہیتھ ہیوان تہٕ بہانہٕ ونان۔ مطلب چھُ بہانہٕ بازی کرٕنۍ۔

(۱۰۲۱)

## گرٕٹس بھوٗن پوٗنۍ پھرِتھ :۔

گرٕٹہٕ وٲلۍ بھوٗ گرٕٹس پوٗنۍ پھِرِتھ تہٕ ڈراد، گرٕٹہٕ روٗد لِکان تہٕ بٕہل ترٛووُس نہٕ کانٛسہِ۔ ییٚلِہ کانٛہہ اِنسان کأم بھوٗ شوٗرٕ کرِتھ تہٕ پتہٕ واتہٕ نہٕ تتھ تیلِہ چھُ یہ کتھ یوان وننہٕ

۱۰۲۲

## گرِ گوٚنٹ تہٕ مشیدِ ژوٗنگ :-

گرِس منٛز آسہِ کاٗشِہ انہِ گوٚنٹ مگر مشیدِ منٛز بتھوِ ژوٗنگ یوٚہے گوٚو باٗژن ایزا تہٕ پوٚہ تلین پوٗزا۔

۱۰۲۳

## گوڈٕ زاو بہٕ تہٕ ماٗج ادٕ زاو بب ووہ پاٗنشہِ دب گوو تہٕ زاو بُڑی بب :-

سیلہِ زن شُری ښینہٕ نہِ کھوتہٕ مالِس، مابہِ تہٕ بزُرگن چھ کم عقل نہٕ نہٕ زانٛن واٗلی مانان تیلہِ چھُ طنٛزٕ پاٗٹھی یہ کتھ لوان ونہٕنہٕ۔

۱۰۲۴

## گرُسس ماٗل تہٕ ژوڑٕ ہیتھ پٔیتی کِنہٕ :-

گرُبس چھُس کماٗشِہ منگن مگر ژوڑٕ چھُن پٔیتی کِنہٕ ژورِ تھوٗمت کانٛہہ چیٖز کماٗشِہ لِش آسہِ حاٗصل کرنُک غرض تہٕ مگر یہ خاٗہش تھوِ کھٹِتھ تِمس لِش۔ مطلب رُٹنس آسس ماٗل مگر ناوِ تھنٛز۔

(۱۰۲۵)

گام گوو خام تہٕ شہر گوو بہار :-

گامس منز چھےٚ کُنہِ تہِ پیٚٹھ سہوُلیتھ موُلیسر آسان۔ شہارس منز چھُ پرٛتھ کانٛہہ چیٖز آسانی سان ہیکان حاصل سپدِتھ

(۱۰۲۶)

گاٚنٹھ ہٹوٗل والنہٕ :-

گاٚنٹھ اوٚدل چھُ بڑٕن کلین تھٕہرِ پیٹھ آسان تورٕت واتُن چھُ مُشکِل۔ گاٚنٹھ کتہِ دلیس بیٚنہِ لس ہٹوٗلس اتھ لاگنہٕ۔ سوٗ کرہٕ لس دِگہٕ دی دی اژُہُ موٗر گاٚنٹہِ ہٹوٗل والنہٕ گوو سیٹھا مُشکِل کامہٕ کرٕنۍ۔

(۱۰۲۷)

گوٚنٛژہِ صن ورُ دینُن :-

کانٛہہ کامیابی گرٛھتھ پننۍ شان ہاوٕنۍ۔ گوٚنٛژہ چھُ لوان بہوٗدرٕی ہُشہٕ لنشانہٕ مانہٕ نہٕ۔

(۱۰۲۸)

گامس گرِ واد کریا :-
یہ سأری لۄکھ کرُن مناسب زانن تہٕ چھُ اکِس فردس تہٕ پیٚیوان کرُن ۔
اکھ اِنسان ہیکہِ نہٕ سأرِس سماجس خلاف کھڑا گژھِتھ ۔

(۱۰۲۹)

گرٕٹہٕ بلیح الوآری آسنی :-
گرٕٹہٕ بلہٕ چھُ گرٕٹہٕ وول وارِ وارِ لۄکن ہُنٛ ہِل گرٕٹس ترأوِتھ پیٚہان ۔ یتھے
پأٹھی چھُ ییم یانے (ملکی مۄہتہ) وارِ وارِ لۄکن ییتہٕ دُنی یاہ منٛزٕ لوان ۔

(۱۰۳۰)

گرِ منٛزٕ پے چھُ گری لول :-
اکِس گرِ منٛز چھُ کینٛہہ تیٚتھ ناکارِ یا جانٛ سِران ییمُک نہٕ کانٛہہ انٛدازٕ اِنسانس
آسیہ

(۱۰۳۱)

گرُی والیہو گرُہو مۄدُے لوٗٹ ہو روٗدُے اتھس کیتھہ :-
بیٚیلہِ کانٛہہ سخ مأٲلی نوقصان گژھِ تہٕ یتھ کُن روزِ لس نہٕ کینٛہہ نیلہِ چھُ
یہ لوان وَنہٕ نہٕ ۔

(۱۰۳۲)

## گلہِ زہلو گژھنی :-

سُوہ حالتھ گژھنی یتھ نہٕ کانٛہہ جوابہٕ ہیکہِ دِتھ ۔

(۱۰۳۳)

## گامہ گنڈٕ کرُن :-

کُنہِ مامِلس منٛز سورُے گام کُنے فاصلہ کرُن ۔

(۱۰۳۴)

## گبوس نہٕ کنہ نأیبنہِ رِش آسنی :-

دیان چھہ کنہ نأیبنہِ چھہِ گبوچ سخ لفرت ۔ سُوہ چھہِ اُمکہِ مُشکہ ستی دوٗر ژلان ۔ کیٛنہہ لوٗکھ چھہِ کنن شامن گبوتھوان منتھتھ تاکہ رالس اژیکھ نہٕ کنہ نأیبنی کنن ۔ یبلہِ دوٗن اِلسانن پانہٕ واٗنی سخت لفرت آسہ تیلہِ چھہ یہ کتھ بوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۰۳۵)

## گوٗرِ گرِ چھا ووٗژھہ راوان ؟ :-

گوٗرِس چھہِ گاون نہٕ ووٗژھین راٗچھ کرنی بٔڑ کام ۔ تمنٛزِ گرِ کتہ راوِ ووٗژھہ

یتھ گرِس منٛزپرِی متھ لیکھی متھ باژ آسن تتہِ روزِنہٕ شُرنا خانہٕ۔

(۱۰۳۶)

گرِ کُرِن گوو شیشترِو کرِ ژاپینہٕ :-

گرِ چیلاوُن چھُ تیوتُے مُشکل یُتھ شیشتر ژاینُ چھُ۔

(۱۰۳۷)

گلوالنس گرُ کرِن حوالہِ :-

گرُ رچھن وأتس تہٕ گرِ ژورکرِن وأتِس چھ گلوان ونان۔ بییلہِ تمسے گرُ ھقوو حوالہِ تیلہِ کُس ینیس ژوٗرِ۔ یہ گوو ژوٗرِس ھپُوٹُھ حوالہِ کرُن۔

(۱۰۳۸)

گرِ نیرُن پالنس تام والیس یُن چھُنہٕ پالنس تام :-

گرِ نیرِ الِساں بننہٕ مرضی مگر والیس ینیچ خبر چھ نہٕ والیس۔ کیا خبر ونہٕ روزِ یا وایہٕ۔

(۱۰۳۹)

گرٕ ونٛدیو گرٕ ساسا برٕ نیبر تہٕ آسے نہٕ زاہ :-

پنُن گرٕ چھُ سارِ وٕپے جایو کھوتہٕ آرام دِنہٕ وول آسان ۔ دپان انسان
کرِ ہے گرس پتھ ساس گرٕ قوربان مگر امِہ منٛزٕ نیبرٕ نیبرِ یا نہٕ زاہ ۔ یانے ثراوتس
چھُس نہٕ دو نٛدلوان ۔

Home home Sweet home these is no place
like home.

۱۰۴۰

گراکھ راوِن اتھہٕ گرٕتھہٕ نہٕ راوُن :-

اگر خریدار چیز نینہٕ نمیک چھُنہٕ کانٛہہ پروا، مگر پننِ فن نہٕ کاُری گری گرٕتھِ
نہٕ راوٕنۍ ۔

۱۰۴۱

گونٛثرِ ٹلی اُسن :-

نیتھہٕ پاٹھی اُسن یتھہٕ پاٹھی نہٕ وُچھن واُلِس جرٕ ہے لگہٕ ۔ چکارس نہٕ کھسُن
بیلِہ نہٕ کانٛہہ کائینہ چکارس کھسہ بیلِہ چھُ یتھہ پاٹھی اسان ۔

۱۰۴۲

(۱۰۴۲)

گگر زامن دوہ آسُن :-

سیٹھا لۄکُٹ دوہ آسُن ۔

(۱۰۴۳)

گگراٖیہ روستٕے تڑھہ پیٖنہٕ :-

کُنہِ شکہِ نہٕ اندازٕ روستٕے کانٛہہ ناگہانی مصیبتھ یِنۍ ۔

(۱۰۴۴)

گوٗرِ وۄہو چھا وۄژھہ مران :-

وۄژھہ گاو نہٕ دانٛد چھہ گوٗرِ ہٕنٛز دولتھ ۔ سُہ کیتہِ کرِتمن دلہٕ بدٕ دُعا ۔ سُہ چھُہ اٮ۪نٛدرِی کِنۍ تِہنٛزٕ واٚنٛس کاپٕچھان آسان ۔ تِتھےٚ پاٚٹھۍ چھُنہٕ مۄل ماج تہٕ شُرِس دِلہٕ وۄہو کرٕان ۔

(۱۰۴۵)

گرِس گرِ چھا واتھٕ دِوان :-

اکھ گرِ ہیکہِ نہٕ بیٮ۪یہِ گرُک اخراجات پوٗرٕ کرِتھ ۔



()

۱۰۴۶

گوڈنچ کوٚر گیہٕ راٗنہٕ مٕٹرے ۔ دویم کوٚر گیہ لوٚتہ کینژھا ژٕریم کوٚر گیہِ تالہِ مکٕژرے ۔ بھگوانہ چانہِ گرٕژے نمسکار ۔
گوڈنچ کوٚر گیہ خانہٕ مآج ۔ دویم گیہ نونہِ قآبلِ برداشت ۔ ژٕریم کوٚر بیبلہِ کاٗنشہٕ زہلوِ تمِس چھُ باسان زن کلس اٗکژ ہیینہٕ ۔ تمہ دایہٕ ہشنزِ مرفی گرژھہِ سجدٕ دیُن ۔

۱۰۴۷

گیبو گوژھہ نہٕ گیبو بانہٕ نہٕ کینہہ :-

زبینن وأٹی ہشنزِ آمدنی گرژھم آسنی مگر سُہ نہٕ کینہہ ۔ نوِشہ ہُشنز شُر گوژھم آسُن مگر نوشِ نہٕ کینہہ ۔

۱۰۴۸

گاو پرٕہنی :-

گاو بیٚبلہِ پرٕسہِ نہٕ ماٗنکس چھِ سیٹھا آمدنی بڑان بیبلہِ کاٗنشہٕ نفع واجینی کاٗم ہُتھ پیہہِ تیلہِ چھِ وٕنان زِ تمس پیا یہ گاو ۔

(۱۰۴۹)

گاو ژٕڑِس پیٹھ پرہنی :-

گاو آسہِ دود دِوان تہٕ سو کتہ پزٕ سہِ گو و اکھ کام ختم کرنہٕ بروٚنٹھے بیاکھ کام شروع کرٕ ھنی۔ جلد بازی کرٕنی۔ وۄ تبٕلی لاگن۔

(۱۰۵۰)

گاسہِ نارٕ ستی چھاگرٕ وُشنان :-

کم آمدنی ستی چھنہٕ گرٕک اخراجات پوٗرٕ سپدان۔

(۱۰۵۱)

گرِس کھسِتھ بیچھُن :-

اکھ چھُ بیچھان تہٕ بیبہِ چھُس تیہ۔ بیچھان بیچھان تہٕ چھُنہ پانس برابر کانٛہہ مانان۔

(۱۰۵۲)

گوٚبہِ کھوٚرٕ آسنی :-

زنانہِ ہُنٛد بیبہِ رنگہٕ آسُن۔

(۱۰۵۳)

## گرٹہٕ وۄل ژۄل پھَل پھۄل ہیتھ :-

گرٹہٕ وٲلِس تراوِیو پھَل پیہنہٕ باپتھ سُہ ژۄل پھَل پھۄل ہیتھے۔ مطلب مۄل مۄژ راوُن۔

(۱۰۵۴)

## گاٹلی وُچھِن زہلو نہٕ زنگ :-

کاہنہ کٲم شوٗرو کرنہٕ وِزِ چھِ گاٹلِ وُچھان زِ لوٗکھ کیا چھِ اتھ مُتلق ونان نہٕ بُتھِ کُس آو سُہ چھا اقبال مند کِنہٕ شِکس لد۔

(۱۰۵۵)

## گوٗنہٕ کھوٚتہٕ گوٚنہٕ دوٗش گژھُن :-

کاہنہ کرِ رٕژ کٲم مالو گاشِہ غریبس گُذارٕ کرنہٕ باپتھ دیِہ کینہہ ملاتھ سُہ لاگِنہٕ یہ گرِس تتھ اتھِ ہتھیار لوٗکن مارنہٕ باپتھ۔ جان اِنسانہٕ شنرٕ ژٕرِ کامہِ ہُنٛد ڈرٲو خراب نتیجہٕ سُے گوٚو گوٚنہٕ دُوش سپدُن۔

(۱۰۵۶)

## گژکہٕ وِنِن بانن لوٗن پٮ۪ن :-

کنِہ گرِس آسہِ کھاندر یا بیِیہِ کُنہِ بڈِ دوہہ مۆجُب وُرِ پیٹھ بانہٕ گرٕکان تہٕ اتھ منٛز پییہِ اچانک کانٛہہ برٕ جٕز وٲتِتھ یا کانٛہہ گرِکُب بانٛہ گرٕژھِ مُرِتھ۔ وُرِ چھِ یوان ژھیتہٕ کرنہٕ تہٕ دیان چھِ زِ گرِکہِ وٕنِن بانٕہ پیوکھ نون۔

(۱۰۵۷)

## گرٕ کرُن گۆو اڑیُن :-

گرٕ چلاوان چھُ اِنسان تنگ یوان۔

(۱۰۵۸)

## گاو چاوِنۍ سہل تہٕ وۆژھ رٹُن مُشکل :-

گاو چاوِنۍ چھُس سہل امہِ کِنۍ باسان زِ تتہِ گژھیس دۆد حاصل وۆژھ رٹُن چھُس صِرف لمہِ لم کرِنۍ تہٕ حاصل نہٕ کینٛہہ امہِ کِنۍ چھُس مُشکل باسان۔

(۱۰۵۹)

## گوڑنچ لانتھ تہٕ دویم رٕحمتھ چھِ برابر :-

گوڑنچ ناکارٕ زنانہ چھےٚ دویمہِ جان زنانہِ ہنٛدِ کھوتہٕ بہتر آسان۔

۱۰۶۰

گرِ گُپن گوٚہہ کھیوان گوٚڑی کھلِس لوٚن دِوان :-

گرِ کین ہار واین چھُ نہ کانٛہہ کھین دِوان تہٕ لوکہ ہندِ ہار واین ییم گوٚڑی کھیلِس منٛز چھِ چھُ لون کھیاوان مطاب ییٚنہٕ یِین گرِ کین فاقہٕ دھٕہ لوٚکن کھیاوان تہٕ چاوان ۔

۱۰۶۱

گوٚ بہٕ گوٚ بہٕ کنتھ کرنہٕ :-

سوٚنچنہٕ لایکھ کامہٕ چارِچہٕ کنتھ کرنہٕ ۔

۱۰۶۲

گگرِ کن آسنہٕ :-

دیان چھِ گگرُ چھُ سہٹا لوٚژ آواز بوزان ۔یُس اِنسان سہٹا لوٚژ آواز بوزِ تس چھِ وناں زِ اَمِس چھِ گگرِ کن ۔

۱۰۶۳

گرُ گرِ تہٕ نخاسس موٚل :-

امِل چیٖز نہ ناوِے بُنی کہٕ ٹمِہٕ یِس گوٚوٚل حسن موٚل کرُن یا نہٕ گرُنہ کُنی

تہندِس زہنس مول کرُن -

(۱۰۶۴)

گجہِ سۄر کوٗڑم پجہِ سۄر لوٗدُم سورِ بنہِ ترٛوُم لالہِ وُزلوُم
دوٗدہ دام پووُم تتھے سوُم -

کاہہ زنانہ چھے اکھ کام کرِتھ تیتھ پاٹھی ونان زن تمہِ ہتھ کامہِ کوٗرمت چھُ - زنانہِ ترٛو سۄرِ بنہِ سۄر نہِ شُرہ ہوُون دوٗد وُچھنو کیتھ پاٹھی چھہ یہ کتھ زیٛتھ راوان -

(۱۰۶۵)

گندِ لیس بگارِ کرُن :-

لیسہِ چھہ اکھ معمولی سبزی اگر تم خراب آسن گانتہِ تہ بگارِ کرنہِ ستی کیاہ بنہِ تمن - بییہِ کانسہ ناکارِ انسان سنتھر ناکارگی چھپاونہ باپتھ کیشہ ولو سُہ گوٚو گندِ لیس بگارِ کرُن مطلب فقس بلی وُزُن کرُن :-

(۱۰۶۶)

گراہ ھاو تم لرا ثراوس :-

ہیلِہ کانہہ ہمّائشہ ہُشدٔ گرٕ اژِتھ نتہٕ نیٚرنگ ناوے ہیٚیہ نہ ستیٚلہ چھ یہ کنھ یوان وننہٕ نہٕ ۔

(۱۰۶۷)

## گٔبل لاینٕز :-

گٔبل گیہ لوٗز یوٚسہ میو کلُس میوٗ دالنہٕ باپتھ چھ لایان کُنہ وِزِ چھُ امہِ ستی میوٗ وسان نہٕ کُنہِ وِزِ نہٕ کینٛہہ ۔ کانہہ چھُ کُنہِ وِزِ پنُن مطلب حاصل کرنہٕ باپتھ ٹلی کتھا وِوان دارِتھ ۔ یہ سونچِتھ زِ مطلب ڈراو تہٕ ڈراو ڈراو نتہٕ کینٛہہ نہٕ ۔ تتھ چھ ونان گٔبل لاینٕز ۔

(۱۰۶۸)

## گاشو گوٚش کر :-

کٲنٛسہِ شخص خاموش روزنک اشارٕ کرُن ۔

(۱۰۶۹)

## گرُ کرٕز :-

کانہہ قو بوٚئہس انیتھ لس پننی کام ہیٚنی ، پننہِ مرفی مُطابق گرُی ہندی پاٹھی لاگِم وِتھ پکہِ ناوُن ۔

(۱۰۷۰)

## گداگرس گرٕ کتہٕ بیتہٕ شام سپدٕ لس :-

بیچھن وول چھُ گرٕ گرٕ بیچھان ۔ یوٚت شام وقتس واتہٕ تتی چھُ کینہٕ جایہ آرام کران تہٕ سے چھُ لس گرٕ بنان ۔

(۱۰۷۱)

## گُنےٚ نژِھ تہٕ گنےٚ نژھ زآوِج تےٚ لوپنس اژھ :-

پندٕرٕ کتن واجنہٕ چھِ تےٚ ونان ۔ گُنہٕ بناونہٕ بایتھ چھُ موٚٹ پن یلوان کتنہٕ ییتھ کم وقت چھُ لگان ۔ زآوُیل پن کتنس چھُ یژٕ کال لگان ۔ یمہِ موٚٹ پن کوٚت گُنہٕ ہیوکیُر بنووتھ تہٕ ژرووُن نالی ۔ یمہِ زآوُیل کوٚت لس لوٚگ وق زیادٕ تہٕ وقتس ییتھ بنیوس نہٕ پلوتہٕ ہیوس لوپنس منٛزاژن ۔ زآوِجارٕ تھانڈنہٕ کنہٕ چھُ کامہٕ تیوت وق لگان ۔ زٕ حاصل چھُس نہٕ یوان کینہہ ۔

(۱۰۷۲)

## گاو نہٕ دِوان ووٚژھ نہٕ چوان :-

دِنہٕ وول چھُ نہٕ دِلس تیار تہٕ حاجتھ مند بنتہٕ وول دپان مےٚ چھُ نہٕ ضوٗرٕورتھ ۔

(۱۰۷۳)

گرُ نہٕ کھیوان زٕب ہینِلہٕ نہٕ ہیٚیس ستیلہٕ کھیٚیہ پانٕے رٕب ۔
گرُ چھُنہٕ زٕب کھیوان لِیُس لِس کیُت جان غذا چھُ ہینِلہٕ نہٕ دِموس ۔ بوٚ چھِ لگس
تہٕ رٕب کھینس ہیٚہٹھ گرٕتھِ مجبوٗر ۔

(۱۰۷۴)

گوٚ گچھہِ گوٚل آسُن :۔
کانٛسہٕ ہُنٛد خاموش مزاج آسُن زٕن چھِس گوٚ گچھہ گلِس منٛز برٕتھ تہٕ آس چھُنہٕ
مُثراں ۔

(۱۰۷۵)

گاو نیاے بوٗزن ساری تہٕ دانٛد نیاے نہٕ کانٛہہ :۔
تہٕ دیٚپھ گاو مرد سُنٛد چھُ نہٕ کانٛہہ بوٗزن مگر زنانہٕ ہُنٛد وَنُن چھُ دہرس کھسان تہٕ تتھ
کُن چھِ ساری کن تھوان ۔



(١٠٧٦)

گرٕھ ہاوُن ونا پٔنٛ کِنہٕ بۄزٕ تھٕشُر :-

یمِس کٲنٛسہ پننٮ۪ مصیبتہٕ باوو سہٕ باوِ تۄہہٕ پننہٕ زیادٕ بیہان تسٔلہِ چھہ یہ کتھ وَنان ۔

(١٠٧٧)

گرِتہٕ ہاکھ پیرِتہٕ ہاکھ ناحقے پانہٕ گرِی ڈٕراکھ :-

بیٚلِہ تیمبر پیرِتھ تہٕ تی کھین میٚلِہ تہٕ گرِس مشہر آسہٕ تسٔلہِ چھہ یہ کتھ یوان وَتھاوُنہٕ ۔

# ل

۱۰۷۸

لُچھہِ وسیا پوس کمینہ بنہِ دوس :-

زوو ہِندس ٹھۄلس چھہ لچھ ونان یتھ پاٹھی یہ تتھ مُلہ وسہِ تیتھے پاٹھی بنہِ نہ کمینہ اِنسان پوز دوس ۔

۱۰۷۹

لیکھ چھا ٹھوکھ لااِتھ گژھہِ :-

لیکھ چھنہٕ ٹھوکھہِ ہیٚش یوسہ پلَون لااِ ۔ لیکھ کرُن وااَلس چھہ پننے زبان گنڈ گژھان بوزن وااَلس چھنہٕ ٹھیک کانٛہہ خطا کھسان ۔

(۱۰۸۰)

## لوٗ تہِ کھوٗتہٕ لوٗت گوٚو نٔنہٕ ووٗرٕ :-

ییلہِ نہٕ کھوٗرن کانٛہہ کھوٗر بانی لوٗگ تہٕ ییلہِ چھُنہٕ کانٛہہ یارٕ۔ ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ ذمہٕ وآری، ہیٚتر تہٕ ییلہِ چھُ اِنسان لوٗت روزان۔ کانٛہہ پریشانی چھس نہٕ روزان۔

(۱۰۸۱)

## لوٗرِ پیٹھی سرُچھ تارُن :-

بے خبری منٛز دوکھہٕ دیُن۔ سرُچھ مارنہٕ یا پتھ انہِ کانٛہہ لوٗر تہٕ تمی لوٗرِ پیٹھی تارُس سرُچھ۔ گوٚو دوکھہٕ دِتھ دِیُن مےٚ دُشمن ہنٛدِس اتھس منٛز۔

(۱۰۸۲)

## لیمبہِ منٛز پمپوش پھوٚلُن :-

دریاوٕ یا سرٕکس ژھٔکس تل یوٚسہٕ ڈیٚج رب چھُ آسان تتھ چھُ لیمب وناں۔ تمی منٛز چھہٕ پمپوش کوٚل کھسان تہٕ پمپوش پھولان۔ ییلہِ کُنہٕ کمزور تہٕ وسیتھ خانٛدانہ منٛز کانٛہہ سیٹھا ترقی کرِتھ بوٚڈ عالِم نیرِ یا بُڑِس عہٕدس پیٹھ واتہِ تیلہِ چھُ وناں زِ یہ ژراو لیمبہِ منٛز پمپوش۔

(۱۰۸۳)

لۄکہٕ ویہوٕز کھوژُن جان :-

اِنسانس پزِ متہٕ کامہٕ لنٕشہ پرہیز کرُن یمہٕ ستی لۄکہ ہمتس متعلق ناکارٕ ونن :-

(۱۰۸۴)

لوسہٕ وُن افتاب آسُن :-

کاہنہٕ بجرس منز آسُن بیلہٕ زندگی ہنزی کیبہ دوہ آسن باقے -

(۱۰۸۵)

کُلِھے ہۄدہ لو نو دالو ہمسایہ وندلو گرو :-

یہ چھُ سبٹھا خود غرض تہٕ تنگ نظر اِنسانس مُتلق یوان ونہ نہٕ ، یمس چھینہٕ لۄکن ہنٛزن کاہنہٕ ہمدردی تہٕ ہمسایُن ہنٛد کاہنہٕ موٗجبتھ آسان -

(۱۰۸۶)

لولہٕ روستے نالہٕ متہٕ :-

اُندری کنی آسیس نہ ماشے تہٕ نہٕ لول ہیری کنی کرِ نالہٕ متہٕ زن تہٕ لول چھُس آمُت -

۱۰۸۷

للہٕ کھوٗل کرُن :-
پوٗرٕ پاٹھۍ استعمال کرُن۔

۱۰۸۸

لارٕ لار آسنۍ :-
سیٹھا جلدی کرٕنۍ، اورٕ یور دۄ دۄ کرٕنۍ، زنتہٕ ییتہٕ آسہِ کانٛہہ لاران۔

۱۰۸۹

لشہٕ پاشہٕ کرٕنۍ :-
کانٛسہِ ہنٛزِ زندگی ہنٛدِس پرتھ کُنہِ پہلوہس پیٹھ غور کرِتھ تمسند پرتھ کانٛہہ راز نوٗن کرُن۔

۱۰۹۰

لاری کِنۍ لوہوٗر گژھُن :-
لار چھُ گاندربلس نزدیک گام، لوہوٗر وننہٕ لِنشہٕ چھُ سُہ سیٹھا دوٗر یہ گوٚو کُنہِ جایہ گژھنہٕ باپتھ سیٹھا دوٗر وتھ اختیار کرٕنۍ۔

(۱۰۹۱)

## لوکہ ہنٛز گاو دھرمس دینہٕ :-

لوکہ ہینٛدوے مال خاطرٕ اتھ کرُن -

(۱۰۹۲)

## لال شنٛاسے زانہٕ لالن ہنٛد قدر :-

یمِس انسانس لال پرزناونٕچ زان آسہٕ سُے ونہٕ زِ امیُک قیمتھ کیا چھُ - لیس نہٕ امِیچ شنٛاخت آسہٕ تس لَش چھُ سُہ کنہٕ پھوٗل -

(۱۰۹۳)

## لانگن ہنٛد بوٗر چھُ بیکلس پیٹھ :-

یکل چھُ زٕلہٕ ہٹہ تہٕ دوٗر کوٗٹ آسان یُس لٕش بناونہٕ خاطرٕ مکانس اورٕ یور چھُ لاگنہٕ یوان یتھ کُن لاگتھ چھُ لانگہ یوان تھونہٕ - سُہ چھُ تِہنٛد بوٗر ژالان - مطلب چھُ زِ گرِکین ہنٛد بوٗر چھُ خانہٕ دارس پیٹھے آسان -

(۱۰۹۴)

## لبہٕ تالیس تھوٗن :-

کانٛہہ اِنسان اگٕ یا ٹھوٗ تھوُن یتھ نہٕ ئمنٛدِس اتھس منٛز کیٛنہہ روزِ -

۱۰۹۵

لۆکہ چار گۆو بیٚبہِ نار :-
لۆکہ چارس مَنز چھُ اِنسانس مِزاجس مَنز جوش تہٕ گرمی آسان ۔

۱۰۹۶

لۆکہ ہُنٛد گَتِتھ نیتھہٕ نۆن پان لۆکہ ہُنٛد رُچِھتھ نیٚہ پۆتُر پان ۔
لۆکہ ہُنٛد یییر یا پھمب کتو سُہ ہِنِن لوٚکھ تہٕ بناوتس پالس کیٖتی پلو تہٕ کتن وول روزِ پانہٕ نِنِتھ نۆن ، ہِتھے پأٹھی بیٚیہِ سُنٛد سٔر رِچھوٚن تہٕ سُہ گژھِ آخرِ کار مالِس ماجہِ لِنش تہٕ رِچھن وول روزِ بیٚیہِ شُر وراے ۔

۱۰۹۷

لچھ نہِ ژوٗر تہٕ کچھ تہٕ ژوٗر :-
لیُس لچھ روٗپیہ نِیہ ژوٗرِ سُہ تہِ چھُ ژوٗر تہٕ لیُس کاأشہ ہُنٛد گاسہ نیٚیہِ ژوٗرِتس تہِ چھِ ژوٗر وَنان ۔ گۄناہ چھُ گۄناہ لۆکٹ آسِہ یا بوٚڈ ۔

۱۰۹۸

## لہرٕ گنڈر راونہٕ تھوٗن :-

کانٛہہ اِنسان تتھ جایہ ییمِہ تھوٗن ییتہٕ نہٕ تمِس کانٛہہ تہٕ کاٰم آسہِ یاتے
شُہ بلیٖ آورتھوٗن ۔

(۱۰۹۹)

## لوٗنچِہٕ نہٕ لمُن :-

کانٛہہ بِلکلُ ژٲوِتھ ژھنُن تمِس نہٕ پلوس تہِ تھف کرٕنۍ ۔ لوٗنچِہٕ نہٕ لمُن ۔

(۱۱۰۰)

## لاٗرک دار تہٕ داٗرک لار لگُن :-

ییلہِ لوٗکھ کنُہِ جایہ ییمِہ ژٕلِتھ بٕیوٚن بٕیوٚن جاین دوٗر دوٗر روزنہِ لگن
تیلہِ چھُ یہ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۱۰۱)

## لوٚگ نتہٕ بوٚگ آو پوٚت پھیرِتھ :-

ییٚلہِ کانٛہہ ناکام گژھِ کُنہِ جایہ ییمِہ ییہِ واپس تیلہِ چھ یہ کتھ تمِس
یوان ونہٕ نہٕ

(۱۱۰۲)

لۆکہٕ مۆت گو اَنہٕ گوٚٹ :-

لکھ چھہ بے بنیاد الزام دِتھ بیٚین بدنام کران ، فضوٗل پامہٕ وۆنُر تہٕ طعنہ زنی کران ۔

(۱۱۰۳)

لینجہِ منٛز نُر تہٕ گجہِ منٛز ہُر آسنہٕ :-

یہ آسہ ہیتھ کالہِ زنانہٕ ہینہِ باہیتھ آہی منگان زِ اسہِ گوٗڑھ پُرتھ وِزِ دالس ربہٕ آسنہِ ہِلاں تہٕ أسی گژھہ پُرتھ وِزِ تمہ ہیٚتھ باہٕ لاگِتھ زنان روزٕنی ۔ مطلب سائِنس گرس گوٗڑھ ہمیشہِ کھین ہِن ہِلاں روزُن ۔

(۱۱۰۴)

لٲنٛژھہِ حملہِ کرُن :-

لٲنٛژھ چھہٕ یوان کم جرٲتھ تہٕ کمزور مانہٕ نہٕ ۔ یُس حملہِ کاہٕنہٕ کٲنٛشہِ کم جرٲتھ تہٕ کمزوری ہیتھ کرِتہِ وِزِ چھہٕ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۱۰۵)

لوٗٹ نےَ آسہس تہٕ لٔژھل گنٛڈلس :-
اگر نہٕ کینٛہہ تخفیر آسہس توتہٕ ہھولس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ تو ہمتھ کھاٗیِتھ -

(۱۱۰۶)

لاٹہٕ لاٹہٕ دستار والُن :-
کانٛہہ اِنسان بے یزتھ کرُن -

(۱۱۰۷)

لٔحاظہٕ چھُہ دوٗن اُچھن :-
اِنسان وُچھِتھ چھُہ لتس یزتھ نتہٕ احترام کران وُچھنہٕ وراٰے نہٕ کینٛہہ :-

(۱۱۰۸)

لوٗک کمی لاسوٗو تہٕ بُڈہٕ کمی ہوٗر :-
بُڈس مارن وول تہٕ لوکٹس رٹھن وول چھُہ اکھ نوٗدا -

(۱۱۰۹)

لولہٕ رٔگہٕ مُٹزرنہٕ ینہٕ :-
ینٛبلہٕ کمانٛہہ کاٗنسہٕ لول تہٕ ماے باو تیلہٕ چھُہ ونان زِلتس آیہ لولہٕ رٔگہٕ مُٹزرنہٕ -

(۱۱۱۰)

## لاٰنِس کُس پوٗشِ :-

پننہٕ لِنس قسمتس کمی ہیوٚک از تام مُقابلہٕ کرِتھ ۔

(۱۱۱۱)

## لتن ہُنٛد ماز وتن لارُن :-

کُنہِ جایہ کُنہِ کامہِ خاطرٕ تیٚتھ لٕبہٕ لتھ کرنٛی بہتھ تلہٕ ہٕبتی گھتہٕ ین ۔

(۱۱۱۲)

## لوٚکچہ اٲسم ہشش تہٕ زام بُڈِتھ گیم نوٗش تہٕ کوٗر :-

جوانی منٛز چھ زنانہِ آسن ہشش تہٕ زام یمہٕ تُمِس پننہِ مرضی چھ کامہِ کرناوان ۔
بیٚیلہِ بُڈٕ گژھِ تہٕ تِمِس نوٗش تہٕ کوٗر آسان، تِہنٛزی مرضی پیٹھ چھ تمس پکُن پیوان ۔

(۱۱۱۳)

## لیچھ تہِ ژوٗرِ تہٕ گٔژھ تہِ ژوٗرِ :-

ییٚتھ جایہ نہ کانٛہہ ییٚمانٕدار آسہِ تتھ جایہ مُتلق چھ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ ۔

(١١١٤)

لوٚز لیتھ آسنہٕ ۔
کم کامہٕ آسنہٕ ۔

(١١١٥)

لٲر کھیوٚن شہجارٕ ۔ آرٕ کھیوٚن زن تہٕ نارٕ ۔ نیچُو زیوٚن شوٗبہٕ
دارٕ کوٗرٕ زینہٕ تبردار :-
نیچُو زینہ ہیتی چھہٕ یوان شہجار یانے آرام تہٕ خوشی تہٕ کوٗر زینہ سیتی چھہٕ
بڑان پریشانی ۔

(١١١٦)

لوکہٕ چارس گاڑہٕ مارنہٕ :-
جوانی منٛز ناکارہٕ کامہٕ کرنہٕ ۔

(١١١٧)

لیٚن گاش یُن :-
سیٹھا یژکالی کانہہ خوشی حاصل سپدٕنۍ ۔ ییتہٕ گرس نہٕ شُر آسہٕ تتھ شُر پٲدٕ سپدُن ۔

(۱۱۱۸)

لچھہ رنگہ وچھہ ژیٹُن :-
بیبیہ سُنْدہ نوش ینُ لچھہ قسمہ دِلس تمتنشبر ترقی وُچھتھ دٕکھ سپدُن۔

(۱۱۱۹)

لوسہ پوو پوٗنی پتہ ڈمبی اُتھی لوٚبُن :-
یوسہ زنانہ پزٕسہِ لتس پچھ لوس ونان۔ لوسہِ کوٚر پوٗنی چھتھ گُذارہ۔ مگر پیُٹ
شُرزاس تمی دِلتس پتہ سہٹھا آرام۔

(۱۱۲۰)

لوکہ ویہوٚ ژلول برُن :-
لوٚکہ ہندِ نوفہ کمانْشہ اینزٕرے لول ہاوُن۔

(۱۱۲۱)

لچھہِ ترگُن آے آسُن :-
ترٕے لچھہ وری وُمبر آسنہ، یہ آہی پچھہ ماجہ بپنہ ہنن شُربن کران۔

(۱۱۲۲)

## لورِ دستار آسُن :-

یہ چھُ تس مردس متلق ایوان ونہ ینہ یمِس ینہ کاہنہٕ کام کرنٕچ صلاحیت آسہِ یوٚسہٕ عام مرد کرِتھ ہیکن ۔

(۱۱۲۳)

## لٔرِج اُلگنی :-

کُنہِ گرس سارِنی بُاژن ہُنٛد مرُن :-

(۱۱۲۴)

## لٔرِھ گژھُن :-

بے یزت گژھُن، کاہنہٕ قدر نہٕ روزُن ۔

(۱۱۲۵)

## لینوِ لورِ ٹینوِ ٹاس ۔ خانہٕ دارس روٗپیہِ ساس :-

یتھ کالہِ بیٚیلہِ شُری کاہنہٕ نیاز کرنہٕ باپتھ گرِ گرِ آسی یاٚلنہٕ سوٚمبران تِمی آسی انگنس منٛز اژِ یتھ یہے کرِتھ لایان ۔ یانی ظٔلیمُچ لوٚر فُٹ تہٕ خانہٕ دارس سوٗزِ قدر یتھ پیٹھا روٗپیہِ ۔

(۱۱۲۶)

لٹے کھارِنۍ :-

اَیٖزِ اِلزام کھارِنۍ۔

# م

(۱۱۲۷)

موردِ مالس خوردِ بُوردم کُرِی وُو یاروہو :-
ییلہِ کماہنہٕ لاوآرث مرِ لوٗکھ چھ یوان تہٕ تمٕہندِس جاداس لوٗٹھ کران ۔

(۱۱۲۸)

موٗنڑِے طالے آسہِ ہے روٗنے کیازِ مرِہیس :-
اگر موٗنڑِ بدقسمتہ آسہِ ہے تہٕ تمِس کیاز مرِہے روٗن ۔

(۱۱۲۹)

مأج وۄہوَن چھُم نہٕ کاہنہٕ پۄتٕر وتہِ پیٹھہٕ بیہہ :-
ییلہِ کاہنہٕ وتہِ پیٹھہٕ بِہِتھ لۄکن تنگ کرِتہٕ لۄکھ دلس بد دُعا پانے -

(۱۱۳۰)

ماجہِ ماسہِ کورِ کُس کاسہِ :-
ییلہِ مأج تہِ آسہِ پریشان تہٕ ماس تہِ کۄرِ کیتھہٕ پأٹھی روزِ خوش پأٹھی - سۄ
تہِ گژھہ قدرتی پریشان -

(۱۱۳۱)

مازٕ وین مُھنِنۍ نہٕ ترامہٕ وۍن پأٹھن چھُہ شرف :-
یُس پأٹھہٕ رۄس اِنسان آسہِ تس چھُنہٕ کاہنہٕ قدرٕ کران - یُس پأٹھہٕ آسن تس
چھُہ یوان قدرٕ کرنہٕ -

(۱۱۳۲)

مۄغُل ڈلیٖتھ گژھہِ فارسی پھُورٕن :-
عالمس برونٛہہٕ کنہِ گژھہِ کیتھ ہیکُن کرِتھ - نتہٕ مُلّن برونٛہہٕ کنہِ ہیکہِ کاہنہٕ نہٕ
بۄلِتھ -

(١١٣٣)

مێنۆنڈٕ گۆس ٲپتی تہٕ اِتھہٕ چھُس اُڑ :-

کھیوان چوان چھُ جان پٲ ہُتھی مگر دیان دود چھُم تہٕ اِتھہٕ اِتھہٕ چھُ کران۔

یِیلہِ کانہہ بہٕ کرِ تیلہِ چھ لس مُتلق بہٕ یِوان وَنہٕ نہٕ ۔

(١١٣۴)

منٛہو اَنے یہٕ لوٚشا سُو نہٕ ڈرایہ مُثرے :-

یِیلہِ کانہہ مِتھِن مثر روزِ سہٕ نہٕ چھُ موٚتےُ بنان۔

(١١٣٥)

میٛون گوٚو پیٚوٚن پتوٚن گوٚو ہیشہٕ ہیشہٕ :-

میٛالِس پیٚنِرس پیٚتھ چھُے ژرے پوٚز یخنیار، مگر یِیلہِ بہٕ ژرے پیٚنِر منگلے ژِ

زن پہٕ بوزانے چھُکھ کران چھُ ہم اوٚرِ ہیشہٕ ہیشہٕ ۔

(١١٣٦)

موٚلن دژوت تہٕ پیترن سگ ۔

سگ چھُ دِنہٕ یِوان موٚلن تِمن آسِہ کانہہ ژٲلۍ تہٕ چاوٕنہٕ یا یِتھہٕ آسِہ بیترن دِوان

سگ یمیک نہٕ کانٛہہ فأیدٕ چھُہ ۔ تہٕ گوو مطلب زِ کانٛہہ آسہٕ کأنٛسہٕ نیبرٕ ہمدردی
حاوان تہٕ اَندرٕ کنِہ آسہِ تٔمِس موٗل ژٕٹان تہٕ ختم کرنٕچ کوشِش کران ۔

(۱۱۳۷)

موقدمس پیتہٕ نےٚ فوقدم آسہِ ہےٚ گامس تُلہِ
ہےٚ شامس تام :-

اگر نمبردارس حاکمن ہُنٛد خوف آسہِ ہےٚ سُہ کرِ ہےٚ نیٚنہ ظلم یٚتھ سورےٚ
گامہٕ شام تامےٚ ختم گژھِ ہےٚ ۔

(۱۱۳۸)

مأجہِ ژٕھوٗم کانٛگر ہچکِتھ بہٕ یمےٚ ووستس دوٗد ھُوکِتھ
مأج ہچکہِ کأنٛگر نہٕ یٚیچھُ یمیہٕ ووستس بٔتہ حاوِتھ تہٕ دوٗد کھأرِتھ واپس
تہٕ کرِ ووشنیر ۔ یہ گوو کار خانس یا دفترس پیٚٹھ گژھِتھ کأم کانہٕ کرتے جلدےٚ
واپس یُن ۔

(۱۱۳۹)

مأج کرن کوٗرٕ کوٗرٕ کرن رأنہٕ رأنہِ :-

مأجہ چھہ آسان کوٗرٕ ہُنٛد لول تہٕ مأے مگر کورِ چھُہ آسان پننس رٕنٛس سُنٛد لول ۔

(۱۱۷۰)

## مِشرٕ لیکھ چھا مِشرِ روزان :-

مِشرٕلِس مِشر چھُ شُرٔ آسان سٕہ چھُنہٕ ہمیشہِ مِشرٕلِس مِشرِ روزان سُہ چھُ بڑان بوان گژھان تہٕ دُنیہِ ہنٛد کاروبار کران۔

(۱۱۷۱)

## موت لٲگِتھ سالہٕ بتہٕ کھیوٚن :-

کانٛہہٕ چالاک اِنسان چھُ سال کھینہٕ باپتھ موت لاگان گوٚو پننُ مطلب حاصِل کرنہٕ باپتھ مِشرٕ تشرٕ کران۔

(۱۱۷۲)

## مُفتُک شراب چھُ قاضیو چوٚمُت :-

قاضِس چھُ وُچھُن آسان زِ کانٛہہٕ ما چیہِ شراب مگر اگر تمِس مُفت میلِہ سُہ چیہِ پانہٕ تہٕ۔ بییہِ کمائِیہِ کانٛہہٕ چیز مُفتُتھ دِمو سُہ چھُنہٕ وُچھان زِ یہ چھا جائِز کِنہٕ ناجائِز بلکہ چھُ تھوٚپہٕ کرِتھ رٹان۔

(  )

(١١٤٣)

## ماس مأج پوپھ مأج آخر چھہِ پہنے مأج :-

ماس تہٕ چھ مأجی نہٕ پوپھ تہِ۔ مگر یوسہٕ درد تہٕ ماے پہنہِ ماجہ چھ سہوکتہِ آسہِ یمن۔

(١١٤٤)

## مشر اتھس کھچھ انٕن :-

ودٕلس کھارٕن، مجبور کرٕن۔ یہ گوو کانہہٕ تیتھٕ لبس کرٕن یتھ نہٕ تس کانہہٕ وار یا چارٕ روزِ۔

(١١٤٥)

## مُنجہ پیٹھی مُلہٕ وِزٕ :-

دِلٕ أسس مُج مگر دِژٕن مُجہ پتہٕ یتھ نہٕ کانہہٕ قیمتھ چھُ۔ مطلب یہ حق کمأنہِ آسہے تہٕ نہٕ تس دیُن۔ بلکہ نہٕ دِلس برابر کینہہ دیُن۔

(١١٤٦)

## منٹہِ لیجہ پانژُو گرٕھن :-

یتھ بالس منٹ یا تے ڈوڈُ کلو واتہِ تتھ پانژو یا تے ژٕرے کلو ژاوتہٕ سپتھ چھُ سہ بانہٕ پھٹس لوان۔ تیتھ أتھ چھُ مُہ اِنسان پھٹہٕ لن لوان یا نے سپھا

تکبُر چھُس کھسان لیس پزنہٕ کھوتہٕ زیادٕ دولتھ بنہٕ :-

(۱۱۴۷)

## موٗل بیچھن نیچوس ناو مُراد بیگ :-

نیچو چھِ بوڑ ٹھہنو تہٕ دولتھ مند مگر موٗل چھُس بیچھان وَنتہٕ وُنتہٕ -

(۱۱۴۸)

## میٚون آسِتھ چون گوٚو منگُن ہیٚوت تہٕ اشدُ گوٚو :-

چیزٕ اوس میٚون تہٕ ینوٚتھ ژٕے بیلہٕ مونگہٕ مٹے لوٗر دیُت تھم نہٕ سورہٕ تجہ برابر تہٕ -

(۱۱۴۹)

## ماجہِ نہٕ لچکہٕ تہٕ سیتارس غِلاف :-

ماجہِ چھس نہٕ کلس پیٹھ پوٗژ مگر سیتارس چھُ قیمتی غِلاف بناوِمُت - مطلب گرِ چھس نہٕ سوٗرتھ ماجہِ پوٗژ انہٕ پیٚچ مگر نیبرِ لوٗکن شان ہاونہٕ باپتھ چھُ سیتارس غِلاف لاگمُت -

(۱۱۵۰)

## مُر بہتھ دآر کھنزن :-

مُرِہن گوو کوچھِ منز ہُن میانہ کوچھِ منز بہتھ پھِہ نے دارِ وال کرٚان ۔

مطاب یہِ چھُس رچھان تہ مہٕ چھُ ایزا وانتاوان ۔

(۱۱۵۱)

## مرِتھ چھُہ مرتبہ ہُران :-

بیٚلہِ کانٛہہ اِنسان مرِ تہٕندی رشتہ دار تہٕ ماتم پُرسی کرن وٲلی چھِہ تمہٕندی یزنہٕ بیٚیٹھی تٲریف کران ۔

(۱۱۵۲)

## مس گوو مس بانہٕ لیسی گوو نہٕ ہسے زانہٕ :-

یمیسے کانٛہہ مُصیبتھ ییٚیہِ ٲسی چھُہ تمہِ کہ تکلیفُک احساس سپدان ۔ ہیس کیا چھِ تیچ خبر

(۱۱۵۳)

## منگُن گوو مُرن :-

کٲنِسہ کانٛہہ چیٖز منگنہٕ سیتی چھُہ منگن وٲلی سند یزتھ میٚسر منز میلان سُہ چھُ تس مرنس برابر باسان ۔

(۱۱۵۴)

## ماجہ لۆہٹ ویپہ ماجہ نِش، کامہ لۆہٹ ویپہ سارِنے نِش۔

یُس شُر ماجہ لۆہٹ آسہ تس چھہٕ دوان سو کینْہہ کٲم کرنہٕ تہٕ سُہ چھُنہٕ پتہٕ کٲم کرنس لایقے روزان، تمس کُس دِیہ بھاجِہ تہٕ سُہ کتہٕ ویپہ کُنہٕ جایہ۔ یُس کٲم کرن وول شُر آسہ سُہ چھُ پرٛتھ کُنہٕ جایہ یِزتہٕ سان ہیکان روزِتھ۔

(۱۱۵۵)

## مۆنٛزِ گاو دوہ دیوان :۔

مالِک آسہ چھ کھوتہٕ زیادٕ شریف تہٕ کم زبان نوکر آسہ سیٹھا یا لاکھ کٲم اسہس نہٕ کران کینْہہ تہٕ مزدوری آسہس ہیوان برابر۔ سُہ چھُ زن مۆہرِ گاو دوہ دیوان

(۱۱۵۶)

## مورو نٛرٕہ مورو نٛرٕہ کھورن وُچھتھ رُسوا گژھہ :۔

مورس چھہٕ نوٗلبوٗرتھ پکھہٕ تہٕ تاج آسان مگر پنٛجہٕ چھِس بدصوٗرت آسان۔ سُہ ییٚلہِ چھُ نٛژان تہٕ پکھہ چھُ واہران تہٕ وِزِ چھُ زیادے سوندر باسان۔ اگر سُہ پنٛجن پینہٕ ہِنہٕ وُچھِ شرمندہ گژھِ تہٕ نژُن مشہس۔ ییٚلہِ کانْہہ اِنسان پننہِ توٗبی پیٚٹھ آسہ نہٕ ویژان تمس پیٚزِ پننہٕ خٲمی تہٕ زہتس یادٕ نہٕ وبژُن مشہس۔



(۱۱۵۷)

موٗنڈ لِش ہرٕنی مانگے کرٕنی :-

گوٚو ئمِس شہ ہینز منگن یمِس نہٕ شہ چیٚنز ہے آسہِ۔

(۱۱۵۸)

ملس ٹکھ میشِدِ تام :-

ملس چھ زانۍ تہٕ رسوٗخ گرٕ ہیچھٕ میشِدِ تام۔ امہِ علاوٕ زانہٕ نہٕ شہ کانٛشہِ۔ ییلہِ کانٛشہِ اِنسانس سیٹھاہ کم رسوٗخ تہٕ زان آسہِ تیلہِ چھ ئمِس متلق یہ محاورٕ یوان ورتاونہٕ۔

(۱۱۵۹)

مثر گٔنٛز مٔنٛزرِس کلہٕ سردارس لٔٹ گیہِ ناکارس بیچارس۔

دِیان ییلہِ خانہٕ دارِ ینٛ چھِ باٰژن ہنٛزس پیٹھ گاڈ شیران سو چھ گاڈ کلہٕ دِوان خانہٕ دارس۔ مٔنٛزمیٚن شرین چھ شیران مثر گنِہ تہٕ بچارس لوکٕٹس گو ناکارس چھِ لٔٹ دِوان

(۱۱۶۰)

میٚثرِ موٗلِس زٕوٕ اژٕن :-

میٚثرِ موٗن گیہِ میثرِ ہنٛز بے جان موٗرتی یا پوتلی۔ یُس اِنسان گرِس مثر ژھوپہٕ دِوہ پہ کرِتھ

نہ کرِ کانٛم نہٕ کار نہٕ آسہِ کران حرکتھ تِمس چھ دیان زن میٖتر ہوٗلِس چھُس زوٗو ژامُت ۔

(۱۱۶۱)

## ماز چھُم پنُن تہٕ ساز لوٗکہٕ ہُنٛد :-

جسم چھُم پنُن مگر پلو یا زیور چھِم لاگیتھ لوٗکہٕ ہٕنٛدی

(۱۱۶۲)

## میٖترو شہر نامۆدٕ پننہٕ خبرے :-

بیٚیلِ کالِنہٕ دُشمن مرِ سہ چھُ خوش گژھان مگر مٚتھ چھُس گژھان زِ لس تہٕ ما چھُ پانہٕ مرُن ۔

(۱۱۶۳)

## مُدرہ مس چاوُن :-

مُدرِ مُدرِ کتھہٕ کٔرِتھ پنُن مطلب حاصل کرُن ۔

(۱۱۶۴)

## مس وال لوٗژنی :-

گوٚو کلہٕ پیٹھی اَب کھسُن ۔ یمیس قرضہٕ آسہِ زیادٕ کھوٚتمت تِمس متعلق چھُ یوان ونہٕ

نہٕ زِ قرضس منٛز چھِس مس وال بوٗڑیمیتی ۔

(۱۱۶۵)

مرزٕ وٲنگن کھار کھیتھ نہٕ ٹاس کڑُن :-
کمٲلِنہٕ چھُ یُتھ برداش کرنُک طاقتھ آسان زِ ہتھ ٹیٖچھ کیچھ بوٗزِتھ تہٕ چھُنہٕ واد کران ۔

(۱۱۶۶)

مرٕ ہا تہٕ گرِ کُس تھون :-
کاہنہٕ چھُ حالاتو کِنہِ تنگ یتھی ونان زِ مرٕ ہا مگر گرِ کُس پالیم شوٗرِن بٲژن کیاہ زِ لیےیوت چھُس تمن آمدنی ہُنٛد ذٔریہ ۔

(۱۱۶۷)

مالِس ماجہِ ہُنٛد ہیوٚت دُیت تہٕ کوٗرِ ہُنٛد زِلو پیوٚت ۔
کورِ ہُنٛد مول ماج دی تن کوٗرِ سیٹھا داج مگر اگر کوٗرِ آسہِ نہٕ زِلو ٹھیک یا نٔے کلام آسہِ بس تیٚمسٕنٛز تہٕ مٲلِ ہُنٛد ہیوٚت دُیت سورُے چھُ ضایہ گژھان ۔



(۱۱۶۸)

مُجہِ کھینہٕ سرد گژھُن :-

کنہِ ہُنٛدُ مُناسب جواب بوزِتھ شرمنٛد گژھُن ۔

(۱۱۶۹)

منگوُن اے ٹھوزِ بن ٹُنگہٕ وِنہٕ تل تو تہٕ کرِ منگ منگ ۔

یمِس منگنہٕ منگ کرنک عادتھ آسہ سُہ اگر تِتھ جایہِ ٹھووُن ییتہِ سوزُرے مولیسر آسہ تو تہٕ کرِ سُہ منگہٕ منگ ۔

(۱۱۷۰)

موچھہٕ یا دوژھہِ ووُھن گرٛزھہِ :-

موچھہٕ گوٚو سُہ اناج یُس اکِس اتھس وارِتہٕ تہٕ دوژھہِ گوٚو یُس دوٚن اتھن منٛز ییہِ ، مطلب چھُ اگر کم اسہ رزُن یا زیادٕ ووشونٛ صورتن منٛز چھُ ٹھوٚد وُتھن تہٕ کام کرٛنۍ ۔

(۱۱۷۱)

موٚل تہٕ ماج گوٚو زا پھیرٕن :-

زاپھیرٕن گوٚو سُہ پھیرٕن یُس زا شرٛس ییہِ لاگنہٕ ۔ سُہ چھُ دوہن منٛزٕ

ژھوٹ گڑھان تہٕ ترآوِتھ ہیوان ژھنٕ ۔ یتھے پأٹھی چھُہ نہٕ مول مأج یژ کال تام پوشان ۔

(۱۱۷۲)

مالہ متہ نالہ ہتی کرنۍ :۔

کأنِسہٕ ہنٛز وولتھ حأصِل کرنہٕ خأطرٕ تمس مُلی لول تہٕ ماے ھاونۍ ۔

(۱۱۷۳)

مرس ژونگ دزُن :۔

گرس منٛز اولاد روزُن

(۱۱۷۴)

مس، گوٚ وس :۔

مس چھُہ اِنسان مُنشہ زیور، مستہٕ روٚس اِنسان چھُہ بدصورتھ باسان ۔ یہ چھُہ زنانن مُتلق اکثر یوان ونہٕ نہٕ ۔

( )

۱۱۷۵

ماجہِ مالیُن گوو راجہِ مالیُن
ماٲلی مالیُن گوو شُبہٕ مالیُن
بأے مالیُن گوو ٹُلہٕ مالیُن

یوتت تام کوٗرِ ماجہِ آسہ زندٕ توتت تام چھُ تَس مالِنیس منٛز پوٗر یختیار
آسان ۔ ماجہِ مرِتھ چھُس ماٲلی ہنٛد وقتہٕ توتِہ کم کاسہٕ یختیار باسان ۔ باین
ہنٛدِ وقتہٕ چھُ سُہ صِرف ناوٕک مالیُن روزان یانہٕ دزعا دعوا چھُس خَتم گژھان۔

۱۱۷۶

مکہ بنہِ نہٕ نخہ بنہ نہٕ :۔
مکہ مدینہٕ واتُن چھُ سہل مگر مکالس ہتی زمین بنین چھِ مُشکِل ۔

۱۱۷۷

مُڈُن ہشنہٕ ماجہِ نٔے پٔرسن ٹُژکن ہنٛدی گرٕ کیتھ پأٹھی
کھسن :۔
اگر نہٕ ماجہِ کم عقلن زنم دِن گاٹلی لوٗکہ کیتھ پأٹھی کھارن پنُن گرٕ مطلب گوو زِ
گاٹلی چھِ کم عقلن کأم ہیتھ ینٛنی گر کھاران

(۱۱۷۸)

## مۆت گۆبُر یارِ کیا نہٕ لۆُٹھ دھینہٕ دیارِ کیا :-

مُتِس نیچِوِس مقابلہٕ چھُنہٕ دولتس کانہہٕ قیمتھ یُمِس بیہہٕٹھ اگر سارے دولتھ خرچ تہٕ گرٕزِھ کانہہٕ دوکھ چھُنہٕ مأیِس مابِہ سپدان۔

(۱۱۷۹)

مالِنین میانِن شے ترٛیہہٕ گاو۔
بہٕ کیہو منگہٕ یو مالِنیو
وأرِ وین میانِن سدٕرٕ کأنٛزٕ پوو
گرِ گرِ کھیمہٕ یو وأرِ ولیو۔

سدٕر گوو سمنٛدر۔ کأنٛزٕ گوو، بڈوٗہہٕ کالِہ آسی کشیرِ منٛز لُکھ کترِوِس بالس منٛز تومُلک چھِلِنہِ وۄلی تھاوان تہٕ آسی جاوید ترٛاوان سُہ بییلِہ ژوٗکِہ ہے تہٕ آسی بتس سیتی کھیوان یا ژرلیشِہ بدلہٕ ہیوان۔ تہٕ آسی پرٛتھ دوہہٕ چھِلِنہِ وۄلی ترٛاوان تہٕ تمِہ کنِزِ اوس ینہٕ موہ کلانے۔ توے آسی اتھ سدٕرٕ کأنٛزٕ پوو وَنان۔ کورِ زن اَس مالِنین سیٹھا گاو تہٕ دوٗد مگر تمِس چھُنہٕ تہٕ بیہہٕٹھ کانہہٕ یخیتیار۔ وأرِ وِس منٛز آسیس سدٕرٕ کأنٛزٕ سہ ہیکِہ گرِ گرِ چِیتھ۔

(۱۱۸۰)

## مٔتین ہُنٛد دۄپ چھُہ بلایِن تھوٚپ :-

نۄ دا دوستن، ہِنٛزِ کتھہِ سیتی چھِہ بلایہ دور گژھان۔
( نگاہے مرد مومن سے بدل جاتی ہیں تقدیریں۔ اقبالؔ )

(۱۱۸۱)

## مآج کرِن شُرِ شُر۔ شُر مہ کرِن ماجہِ ماجہِ :-

ماجہِ اگر نہٕ شُر آسہٕ سُہ چھُہ قابلِ برداش مگر اگر شُرِس مآج مرِ تٕمٕنٛزٕ آہ وزاری نہٕ تٕمٕنٛدِ پٔرِ ژھنہِ چھِنہٕ برداش سپدان۔

(۱۱۸۲)

## مُنہ نے دادے رنہٕ نےٚ ترٛوُم :-

دانٕہِ مُنہہِ لٕس آس برونٛہہ کالہِ زنانن سیٹھا مینٛنہٕ پیوان کرٕنۍ۔ تمہ لٕتہِ بچنہ خاطرِ دۄیٚن زِ نہٕ رٕنٛن تہٕ نہٕ کھیوٚن چھُ بہتر۔ یہ چھُہ کالٕہ اَکٕژھ کرن وٲلِس مُتلق لیوان وٕنہٕ نہٕ۔

(۱۱۸۳)

ماشہِ مأرِتھ کرُن :-

بیبہِ ہشنر نسظرِ بچاؤ وِتھ کیہہ کرُن یا کانہہ کأم بے مأل پأٹھی کرنۍ ۔

1184

ماجہِ بتہ آسُن :-

مأج چھِ دِوان شُرِس لولہٕ سان بتہ ۔ یہ چھُ بے مِہنت آسان تہٕ مزِدار تہٕ ۔ ییٚلہِ کانٛہہ بے ہمت میوٚنتھ روزگار حأصِل سپدِ تیلِہ چھُ سُہ یہ کتھ ونان ۔

1185

مُٹھی فلِس انُن کنِتھ :-

یہ چھُ کأنٛسہِ کم عقلس یوان ونہٕ ینہٕ زِ سُہ اگر کنون تہٕ مُٹھی پھیک قیمتھ ییس نہٕ ۔

1186

مُلی انِتھ کولہِ ژھنُن :-

مُلی انِتھ کانٛہہ چیز فایہ کرُن ۔

1187

موہر گنٛنر راوینہٕ

کُنہِ چیزس سیٹھا قیمتھ ادا کرُن ۔

۱۱۸۸

## مَن سێنہِ نہٕ سودا بنہٕ :-

بیێلہِ دِل نرم گژھیس تہٕ نیلہِ گژھِ لین دین یوٗرٕ ۔ بیێلہِ دِل مانہٕ نیلہِ چھُ سودا سپدان ۔

۱۱۸۹

## ماجہِ ہُنٛد دود یاد پاوُن :-

کانٛسہِ تیتھ سزا دیُن یا تکلیف واتناوُن یمہٕ ستی تمِس ماج یاد پییہِ ۔ اِنسانس چھُ مُصیبتھ وِزِ مأجی یاد پیوان ۔

۱۱۹۰

## بوڈ مرُن چھُ سہل یم براوُن چھُ مُشکل :-

کانٛہہ میرِ شران دِیت ہس کفن لوگہس تہٕ ڈڈ رود کہ یا زوکُھ یہ چھُ آسان ۔ مگر یم رازس گرِ وِیود روزُن چھُ مُشکل، خطر چھُ روزن نہٕ موت ما کھھلہِ نہٕ بیمہِ پیمہ یورٕ ۔

(۱۱۹۱)

## منڈلن نہٕ مھڑُن :-

کاُلِشہٕ ہشنز کتھ نہٕ زِکرِی کھسِنی۔ تتھ کُن نہٕ کاہنہ توجہ دیُن۔

(۱۱۹۲)

## موٗنڈ پیٹھنراونی چھہ سہل نہٕ موٗنڈ پیٹھنراون سخ :-

اگر زنانہٕ رٕوِن مرِ سۄ دُچھنہ چھہ سہل مگر اگر مرد س زنانہٕ مرِ نہٕ سُہ مرد پیٹھنراوُن چھہٕ مُشکِل

(۱۱۹۳)

## ماَج پیٛایہ کوٗر زاَیہ لوٗکھ آیہ ودٕنے :-

بیبلِہ کُنہِ گرس منز کوٗر زیہِ ہمسایہ چھہ مبارک کرنہٕ بدلہٕ اوش تراونہٕ یوان۔

(۱۱۹۴)

## موٗت گوبُر چھے موختے ھارو ڈیکہٕ دہلہ کوٗر چھے زارٕ پارو -

موٗت نیچوٗ چھہ موختہٕ ھارس برابر نہٕ کوٗر اگر بخته ٚ بُڈ تِرٕ آسہ تو تِہٕ چھیہٕ بیس ماجہٕ گردن تو مرِتھ بیوان روزن ٹلکہ پرتھ وِزِ تسندین واٗروین زارٕ پارے بیوان کرُن -

(۱۱۹۵)

موٗلہٕ بوٚنٛز پھیرٕنۍ :-

ساسہ بدٕرِن وٕرٕہین ہُنٛد کاہُہ رسم تہٕ رواج بدلُن -

(۱۱۹۶)

مالِنچہِ کُرۍ زِ بنہٕ ماجہِ ہٕتی وآروِ چہ کُرۍ زِ کراجہِ ہٕتی :-

کوٗرِ پزِ بنہٕ تیٚتھُے یزت تہٕ لول برُن پننہِ ماجہِ یوٚت زن سوٗ وآرِوِ چہ کراجہِ

یانٛے بابہٕ تھرُن واجنہِ برٕ یانے وآرۍ وِکہِ ملرٕہکس موٚہوٚلی اِنسانس تہِ وانہٕ زوٗر

قدرِ کرُن -

(۱۱۹۷)

مننہِ کھِنہٕ پینٛنی ناہ کآلِس کیا دیہِ :-

ییلہِ بنہٕ کآلِشہٕ پینٛنی یڈٕ کھسِہ سُہ کیا دِیہِ بیٚیِس -مِتن گیہ ٹہٕڈ میشرِ وکآنٛگرٕ-

(۱۱۹۸)

میٚسر منزارس تہٕ پیٚسر پنٛزالس روٗزُن :-

اکھ اُکِس نِش سیٹھا دوٗر روٗزُن تہٕ ژِھینہٕ گژھُن -

(۱۱۹۹)

## موقدمہ سانیو ھاکھڑ کانیو اسہِ نِش پرانیو لۆکو ڈُیت لۆ۔

ہتا موکہ دمہ ژرے چھُے نہٕ یوان پوٚر لۆزنہ یُس چیز از لۆکن لۆ چھُ باسان تتھ گوو اسہِ یژکال استمال کران تہٕ سُہ پرانیو اسہِ نِش

(۱۲۰۰)

## مٹہٕ نکیو لۆنٛ بنگہ نہٕ پیٹہٕ نکین کھوٚت چرس :-

کینہہ چھِ ونان زِ امیکُ مطلب چھُ زِ اکِس جایہ زہینٛ لۆکو دیار تہٕ بیٚیِس جایہِ کھوٚت لۆکن لنشہِ ۔ یہ تہِ چھُس مطلب زِ امیر چھُ کُتام تہٕ لنشہِ چھُ کتام۔ کینہہ چھِ ونان زِ امیکُ مطلب چھُ زِ اکس جایہ بنوو لۆکو چرس تہٕ بیٚیہِ جایہ ہنٛدِین لۆکن کھوٚرکھ الزام ۔

(۱۲۰۱)

## مالِنہِ کران ژُکہِ ستی وآریوِ کران بُنیہِ ستی :-

کوٚرِ چھُ اسان مالِنیکُ ژُک تہٕ چھِ کران تمِہ ژُکہ کِنِہ نتہٕ کاٗم کار۔ وآرِوِس منز چھُس آسان وآرِو باژن ہُنٛد خوٚف تہٕ چھِ کران نتہِ کاٗم کار تمِہ خوٚفہ کِنہِ ۔

(۱۲۰۲)

مُس کپس وہنی :-
لُس یمہِ چیٖنزُک واقف آسہ تمِس کیا تمہِ چیٖنزِچ تفصیل وہنی۔

(۱۲۰۳)

مُنی آب وسُن :-
عام لوٗکن منٛز اُلہٕ سوٗنچ یاد سپدُن

(۱۲۰۴)

مُچھ ژہنی :-
سخ کنجوٗس آسُن۔ اگر گیوس منٛز مُچھ گژھِ تہٕ سوٗ تہِ ژھہر۔

(۱۲۰۵)

موج وُچھن :-
کانٛسہِ ہندِس مُشکلس وُچھِتھ لُطف تُلُن۔

(۱۲۰۶)

## موٗردن دوٗرمُت پأنٕس آس :-

یمِس ہٕ کاہنہٕ چھس آسہ سُہ تہٕ چھُنہٕ پأنٕس ژٕنس انکار کران ۔ ہیٚنٛدی چھہ موٗردس شران کرِتھ اُسس منٛز پأنٕس تراوان ۔ شاید چھُ یہ محاورٕ تمی کِنی بارسس آمت ۔

(۱۲۰۷)

## منٛدل مس آسُن :-

پننہٕ ذِمہٕ وأری نِش بےپروا آسُن

(۱۲۰۸)

## ماجہِ کھوتہٕ گرٛژھِ کوٚر بُڑ :-

بُڑ فسادٕ کھوتہٕ گرٛژھِ لوکُٹ فساد زیادٕ خطرناک زانُن ۔

(۱۲۰۹)

## میٚتھر بُتھِس تہٕ دستارس شُتھرٕ وُچھِ پآزارس :-

ییلہِ دوستس نِشہ گرٛژھو سُہ چھُ وُچھان بُتھِس کُن زِ صحت چھُ سا ٹھیک دستارس چھُ وُچھان زینٛرس ماچھس کانٛہہ فرق گأمُت ۔ دشمن چھُنہٕ کران

برداش ہُتھس کُن نظر تراوِنۍ سُہ چھُ کھور بالس کُن نظر تراوان ۔

(۱۲۱۰)

## میٹھر وُچھان ہُتھس کُن شیٖنفر وُچھان کوہٹین کُن :۔

دوس چھُ دوستس ہُتھ ہُتھ وُچھان لولہٕ سان ۔ دُشمن چھُ وُچھان لسَ کوہٹین کُن زِ وُنہٕ چھُسا کو ہٹین منٛز اَمِس طاقتھ کینٛہہ نہٕ ۔

(۱۲۱۱)

## مٛژان دود تہٕ موہنِ چھپ یکُر ما آرِتھ اتھن پھکھ :۔

مٛژ چھِ شٛرِس دود دِنہٕ برلہٕ لبن چھکان ۔ یکُر مار نہٕ سیتی چھُنہٕ کینٛہہ حاصل مرف اتھن پھکھ لاران ۔ اَمِہ محاورچ اصل کتھ چھِ یتھہٕ باُتھو تہٕ وَنان ۔ زِ کُس تام زنانہِ یوسہ گرس منٛز کُنہٕ زٕلۍ اُس ، اَس راتھ کیُت ژوٗر ، ہمہٕ یوٗ سُہ چالاکی سان چاے تہٕ تتھ منٛز دِتِنس زاہر تہٕ ژوٗر موٗد ۔ صبحن اَس گوٗر دوٗدہِ یتھ تہٕ ہمسایہ بُزرگس اُکھ یمِس یہ شکھ اوس دوونہٕ لس ۔ کوٗری مٛژان دود ۔ دُہیتو چھپ ۔ یوٗ کوٗری موٗرِتھ تتھ ونھِ پھکھ ۔ یاتے اگر گوٗر گرِ اڈی تہٕ مار گرٕڑی لوٗن

## مکٔرِ دَن اَنھِہ یِنُ :-

مکٔرِ ییٚلہِ دن لاگو تیلہِ چھُہ سو با اثر ہتھیار بنان۔ ییٚلہِ دُشمنس پیٹھ حملہ کرنک ہتھیار اتھِ ییٚیہِ نیلہِ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ۔

(۱۲۱۳)

## مےٚ دوٚپ لوٚشُن اُنم اورِ نیچو ہیٚتھ تہِ ژھم یورے

مول ماج دپان زِ اورِ اُنم کاٮُشہِ ہشر کوٚر لوٚش بناوِتھ تہٕ باٰزل گژھ ہریر سو چھِ وارِیو وآتِتھ تمن نیچوس ورغلاوتھ الگ کران۔

(۱۲۱۴)

## مٔلۍ ژر مینکراز آسن :-

یُس دوٚن زنن اسان آسن تژھن دِیہ گرِیتھ لتس چھِ مٔلۍ ژر مینکراز ونان۔

(۱۲۱۵)

## مند چھِ ہے لاٰنژھ شہ کھیوان یاٰنژھ ہیتھ۔

ییٚلہِ کانہہ بے شرم اِنسان کانہہ ناکارِ کام کرِیتھ تہِ آسہ نہٕ لوٚکن مثر مند چھان ٲلِی کہ آسہ تمن مثر یاٰنژھ زٕنی ہیتھ اسان گنڈان تیلہِ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ۔

۱۲۱۶

مُدٕے سُست تہٕ گواہ چُست :-

دعوا کرن وول چھُ ژھوپہٕ کرِتھ مگر گواہ چھُ ٹھینڈِ بدلہٕ بولان ۔ یہ چھُ فارسی زبٲنۍ ہُنٛد محاورٕ یُس کٲشرِ زبٲنۍ پانہٕ لوٚو مُت چھُ ۔

۱۲۱۷

مشیدِ پیوٚش آسُن :-

مشیدِ منٛزٕ یُس پیوٚش آسہِ سُہ چھُ نماز پرن والین تہٕ ربتھ پوان ۔ لیس اِنسان ہنٛک ینک اِنسانن ژٕڑِ جایہٕ پیٹھ تہٕ ایزا واتناوِلتس چھُ مشیدِ پیوٚش ونان

۱۲۱۸

مٔژھہِ ماز کھیوٚن :-

حدٕ کھوتہٕ زِیادٕ پریشان گژھِتھ پنٕنۍ مٔژھہِ ژٕٹِۍ ہینٛز ۔

۱۲۱۹

ملی مولہٕ پیوٚن :-

سیٹھا قیمتھ دِتھ حاصل سپدُن ۔

(۱۲۲۰)

## مرنس نہ ڈرنے کیا :-

یُس ییٚھ دُنی یاہس منٛز آوُ لس چھُ اکِہ نتہٕ اکِہ دوہہ مرُن ، پٮ۪ٹھ کمالنہٕ چھُ موتکُ دوہہ وُچھن ۔ لہذا کیا چھُ اتھ کھوژُن ۔

(۱۲۲۱)

## مرنہٕ برونٛہہ ٹھے مرُن :-

ییلہِ مصیبتھ یا موت ییہِ تیلہِ وُچھو برونٛہہ ٹھے ہٕرکھوتہٕ زیادٕ پریشان گژھن چھُ نہٕ گاٹہٕ بجار ۔

(۱۲۲۲)

## مُرِس انُن نہٕ لُوٗرِس کھیوٗن :-

یہ چھُ وُلس خوٗش قسمتھ کورِ متلق یوان ونہٕ نہٕ یلہِ شُدِ انہٕ پیتہٕ آروٗ ترقی کران چھ وپان امہ اوٗن ہلمس منٛز تہٕ بُڈِس بالنس منٛز کھیوٗن ۔



۱۲۲۳

## موٗچھو ہیٚری گرٕژھُن :-

بیٚلِہ شُرٕ بے وایہ ودِ تہٕ کُنہِ رنگہٕ کرِنہٕ ژھوٕپہٕ تیٚلِہ چھُ لَس مُتلق یہ لوان ونہٕ یِنہٕ زِ موٗچھِ مٔنز ژٔھٹھ تہِ چھُنہٕ روزان ۔

۱۲۲۴

## ماچھِ کھوتہٕ موٗدُر آسُن :-

کانٛہہ کاٗم ۔ کانٛہہ چیٖز یا کأنٛسہِ ہٕنٛز بان کتھ یوسہٕ دِلس پٔژیہ تتھ مُتلق چھُ لوان ونہٕ زِ یہ چھُ ماچھِ کھوتہٕ تہٕ میٹھ

۱۲۲۵

## میٖژِ مٔنز میلُن :-

دولتھ ۔ یزتھ تہٕ اینتبار پوٗرٕ پأٹھۍ کأنٛسہِ ختم گرٕژھُن :-

۱۲۲۶

# ن

## نیوہٹس ژونگ دزُن :-

نیوہٹس ژونگ دزنہ کنِہ چھِہ سہ انسان راتھ کیُت تہِ گھٹاتھ ہتھوئُت چیز ہیکان وُچھِتھ - یہ چھُہ تس اِنسانس مُتلق یوان ونہ نہ لیُس سیٹھا چالاک آسِہ نہ بییس ہُنٛد مال کھینس مشر تاک آسِہ - ییٚٹہِ ور ژوٗرس تعلق نہِ چھُہ یہ یوان ونہ نہ -

۱۲۲۷

## ناو ہتھوٗد نہِ لستہِ زوٗد :-

کاہنہ بوٚڈ ہُنیو لیُس مُوشُور اسِہ یوان مانِنہ مگر ژکہ آسہ نہ کھینہ تس مُتلق چھِہ یہ کتھ یوان ونہ نہ -

۱۲۲۸

## نلہِ رازُن پلو :-

راز نلس ییٚلہِ راج تاج پیہو دان دیُن نمس روٗد پتہ اکےُ پلو بدلنس پیٹھ غریبہ ہندِ پلون مُتلق چھُہ یہ یوان ونہ نہ :-

(۱۲۲۹)

## نہ ڈینجہِ تلی نتہٕ نہ ڈینجہِ بیٹھی :-

کُنہِ دشابہ بیہتھ نہ روزن وُڈل ۔ بیہٕلِہ کالٔنہ کانہہ کہتہ مانِنہ خاطرٕ سارے دلیلہ دِمونہٕ سُہ مانِہ نہ لوتہٕ کہینز شیلہِ چھُ یوان لس متلق یہ ونہٕ نہ ۔

(۱۲۳۰)

## نارس ٲنرِ دِنہٕ :-

فوضول ژھربٕ ژھرتھ ، کُنہِ مُصیبتہٕ لِنشہ بچنہٕ باپتھ فوضول کوشش کرٕنۍ ۔

(۱۲۳۱)

## نینہٕ وٲلِس کُنے گوناہ راون وٲلِس ہتھ گوناہ :-

ژوٗرِ کانہہ چیز نینہٕ وٲلِس چھُ اکےٚ گوناہ زژوٗر کرِن کُنہ چیزٕچ مگر یمس چیز روو سُہ چھُ ہتس لوکس پیٹھ شک کران تہٕ ہتھ گوناہ پانس کھاران ۔

(۱۲۳۲)

## نظر چھے برونہہ کُن پتھ کُن نہ کینہہ :-

برونہہ کُن گوو اولادن کُن تہٕ پتھ کُن گو مٲلِس ماجہِ کُن ۔ تجوالس چھُ پننہٕ ہنن شرِن ہُند خیال روزان تہٕ مٲلس ماجہِ ہُند نہ کینہہ

(۱۲۳۳)

نوٗن نہٕ زہن نہٕ براز ِوان ۔ بوٗچھ نہٕ زہن نہٕ واز ِوان ۔

نوٗن یا ننگہٕ اگر براز ِوانس بیہہ تمون نہٕ شہ دیہ تتہ پرہتھ کُنہ کیہ تھانس تھف ۔ بوٗچھ اگر واز ِوانس بیہہ تمون نہٕ شہ کھیپیہ دولیو دولیو اتھو تہٕ اُسی گژھو شرمندٕ ۔

(۱۲۳۴)

ننِس ژتر آیہ تہٕ ڈرایہ کھنس ژتر ولنہٕ آیہ ۔

لُس نیتھ نوٗن آسہ تمس بیہ اکہ اندٕ ژتر تہٕ بییہ انٛدٕ گژھہ نیرتھ ۔ گوٗو زیاد ژتر باسہس نہٕ کینہہ بیس پلو آسن لاگتھ تمس چھ پکون مشرٕ ژتر یواں ولنہٕ گوٗو زیادٕ ژتر چھس باسان ۔

(۱۲۳۵)

نیتھ ننہٕ بالیو ووڑٕ ہنی بینہٕ لیٛجہ یلو ۔

غریب بینہٕ چھ غریب بالیس ونان زِ چھکھ نیتھ نوٗن تہٕ بہٕ چھس ووڑٕ ہنی ۔ اکھ اکس کیا مدتھ ہیکو کٔرتھ ۔

(۱۲۳۶)

لِشہِ زٕر وٕتھ نہٕ نہٕ دورِ لِشوٕتھ نہٕ :-

اگر مےٚ لِش یِتھ نہٕ ییتہٕ دِمے نہٕ روزٕنہٕ اگر دوٗر گژھ تہٕ رِتہٕ کرٕنہٕ برداش۔

(۱۲۳۷)

ناو لگُن گوٚو نار لگُن :-

بیٚلہِ کاٚلِشہ کاہِنہٕ ناو دِنہٕ آو سہٕ چھُ اد نارکی یاٚٹھی دوٗر دوٗر تام واتان۔ نہٕ پرٛتھ کاہِنہٕ چھُ تمِس سٕے ناو ہیوان ۔ ییٚنگ ناٚمی یا بدناٚمی چھِ نارٕکی یاٚٹھی پھٕہلان نہٕ دوٗر دوٗر تاٚمٕن واتان ۔

(۱۲۳۸)

نوٗن گنڈٕلس نہٕ جاے نہٕ نابد پھٕلِس شاے :-

نوٗن کم موٗلُک چیز انہٕ نگ نہٕ طاقتھ تہٕ نابد ہیوٗس موٗلہٕ لِس چیزس انہٕ ہُنج پھٕےنہٕ کتھے۔

(۱۲۳۹)

نارِ وِزِ کرُوٗر کھنُن :-

مُصیبتھ ییٚنہٕ برٛونہہ گژھِ اِنسان تمہِ کہِ بچاوُک انتظام کرُن ۔ مُصیبتھ ییتھ تمہٕ

وِزِ تمیک بچاو ژھانڈَن چھُ تِتھے یِتھ نارِ وِزِ کرُور ہیمو کھنَن :۔

(۱۲۴۰)

## ناو کیاہ چھے نوٗرِ دوہِنس بُتھہِ پیٹھے چھے پشپن :۔

بدصوٗرت زنانہِ وُن زِمےٚ چھُ ناو نوٗرِ۔ لوکو کوٗرُس طنز زِ بُتھ پیٹھے چھے نوٗر لشیان۔ ییٚلہِ کانہہ ناکارِ اِنسان پننہِ جاٗنی وَنہِ یا کانہہ بُزدِل اِنسان پننہِ بہوٗدُری تھیکہِ تیلہِ چھے یہ کتھ لوان وَنہٕ نہٕ ۔

(۱۲۴۱)

## ناگ ہوکھن تہٕ ہیٚنز گرزن :۔

یہ مُحاوِر چھُ لل دیدِ ہُندِ واکہِ منز اَمُت کرنہٕ ۔ واکھ چھُ یِتھ پاٹھی

(۱۲۴۲)

## ناگ ہوکھن تہٕ ہیٚنز گرزن
## تیٚلہِ مالہِ آسی وانژر راج

مطلب ییٚلہِ اِنسانو بدلہِ ہیٚنزِ کرن حکوٗمت تیٚلہِ بنن امیر غریب تہٕ موٗمولی اِنسان بُڈی ہیٚنو۔ ہیٚنزِ مطلب چھُ تِم اِنسان یِمن نہٕ لوکن ہُند کانہہ خیال آسہ صرف اَسیکھ پالنسے آرام تہٕ فایدِ واُتنا وِنخ کل۔

۱۲۴۳

نابد پھوٗل آسس منٛز ہتھوٗن :-
کٲلِنٛہِ اپٕز وٕ میدِرنی تہٕ خوش ہتھوٗن ۔

۱۲۴۴

نبس نہٕ بب ونُن :-
کاہنہٕ نہٕ پالس برابر مانُن ۔ کٲلِنہٕ بروٗہنہٕ کنہٕ نہٕ کلہٕ ینمرادُن ۔

۱۲۴۵

زِ یان ونِ لوِ وآرِ ولوِ ۔ بہٕ کیہو دِمہٕ لو مالِینو :-
کھانٛدر کرِتھ چھ کوٗر پنٕن سوٗرے وآرِ وین آیہ تن تھاوان تہٕ یتھ کُن پھسنہٕ کینٛہہ
روزان یہ زنی سوٗ مالِینین دِیہ ہے ۔

۱۲۴۶

نہٕ خر رٲضی نہٕ خر وول :-
خرس لُو دُکھ زِیادِ بوٗر تہٕ چھ سہٕ ناراض ۔ خر والِس دِ ژِکھ مزوٗری کم تہٕ چھنہٕ
سُہ تہٕ رٲضی ۔ بیپلہٕ نہٕ کُنہٕ کامہٕ بیٹھ کاہنہٕ تہٕ خوش آسہ تیلہٕ چھ یہ کتھ لوان ونہٕ ۔

(۱۲۴۷)

نہ چھُہ راد واتان تہٕ نہٕ ۂوٗنٛزٕ :-

راد گیبہٕ لمبائی تہٕ ۂوٗنٛزٕ گو چوڑائی ۔ گوو کیٚہِ چھُہ تیٚتھ لیٚس نہٕ کیٚنہٕ انٛدٕ چھُہ یوان برابر ۔ مطلب آمدنی چھہ تیٚتھٕ کم زٕ کیٚنہٕ پھٹہٕ یواں برابری ۔

(۱۲۴۸)

نارٕ مُلی آسُن :-

کانٛہہ چیٖز سیٹھا دٔروگ آسُن :-

(۱۲۴۹)

نٔس پیٹھٕ نہٕ نوٗن دیُن :-

سخ کنجوٗس آسُن نٔس پیٹھٕ کوتاہ نوٗن واتہِ تہٕ تتھ کیا قسمتھ آسہِ یُسہ تہٕ بیٚیس نہٕ دِنٕس وونٕہٕ ۔

(۱۲۵۰)

نال بدلاوُن :-

پنٕنی اصوٗل بدلاوِنی ، اکھ جماعتھ تراوِنی تہٕ بیٚیس منٛز شامِل گژھُن ۔

(١٢٥١)

نألی کیا باسہِ بییس کھین باسیم مے پالنس :-
پلو گرٛھن تم لاگِھنٛ یم لۆکن نۄشِ ین کھیُن گۆڈ تہِ جان یہ پالنس نۄش بییہِ -

(١٢٥٢)

نارس گُلزار گرٛھن :-
کألِنہ کاہنہ مُصیبتھ ییتھ ییٚن تہ تمہِ منٛز تیتھ کاہنہ فأیدٕ نیرُن - یمبکُ نہٕ لس
وہم وگمان آسیہ ہے -

(١٢٥٣)

نۆش نہٕ زامتُر ہینونُے تہ ہرکار گرِچھ الونُے :-
نۆش تہ چھ ہینِہ تہ زامتُر تہِ چھُ ہیُن ، مگر ہیلہِ یم گرِ الوکھ یم چھِ گرِکین سِرن
وأقف گرٛھان تہ لۆکن لِش یم سیر باوان -

(١٢٥٤)

نیمنہِ کرِ منٛزِ پکُن :-
سیود ساد پکھُن

۱۲۵۵

## نہٕ سوٗد نہٕ نہٕ سواد :-

بییلِ نہٕ کُنہِ کارس مشٕر کاہٕنہٕ فایدٕ بییہِ بٔلکہ نوقصانٕے گژھِ تٔھیلِ چھہ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ ۔ یانٕے یہ کٲم کرنس منٛزٕ نہٕ چھُہ کاہٕنہٕ فایدٕ نہٕ نہٕ چھُہ کاہٕنہٕ مزٕہ ۔

۱۲۵۶

## نارس ہٕر دِنیٛ :-

کُنہ کتھِ سٟتی فساد جھگڑٕ بییہِ بُڑراوُن ۔

۱۲۵۷

## نمن مأشنز نمن کیشر :-

بیٚیلِ نہٕ پنُن کاہٕنہٕ اَسی جِسمچ تُوٗلبصوٗرتی یا دولتھ گُمٕنڈِ خأطرٕ چھےٚ ۔

۱۲۵۸

## نیٚیٹُ وُٹھِ نیٚرُن :-

نیٚپٕنی ذمہ وارے ٹالِتھ نیٚبر نیٚرُن ۔



(۱۲۵۹)

نیکو نیک کر بدلبہِ پانَے :-

اِنسانس پزِ نیکی کرٕنۍ ۔ بدی کرن وألِس میلِہ بدی ہُنٛد سزا پانے ۔

(۱۲۶۰)

نارِ بُتھ زالُن :-

کاُنٛسہ بزرگس بروٚنٛہہ کنہٕ ترِ ونُن ییٚنہٕ شوبہِ ۔

(۱۲۶۱)

نیبرٕ ننٛدٕ بوٚنِ تہٕ اَنٛدرٕ ژھوٚتٕر کوٚن :-

نیبرٕ کِنۍ آسہِ کانٛہہ سوٚنٛدر تہٕ اوٚزٕ دوٚر باسان مگر اَنٛدرٕ آسس کمزوٚری بیمارٕی ۔
تبلِہ چھ یہ کتھ لوان وَنہٕ نہٕ ۔

(۱۲۶۲)

لُو کتھ لوٚن دوہن :-

کاُنٛسہ ہُنٛز نیک نامی یا بدنامی چھ لوٚکن کینٛژن دوہن یاد روزان نہٕ بیٚتہٕ چھہِ
وقتس سٟتۍ سٟتۍ مُشِتھ گژھان۔

۱۲۶۳

نازٕ کوٚکلِ :-
سُہ زنانہٕ یوٚسہ سیٹھا ناز نخرٕ آسہ کران ۔

۱۲۶۴

نیشُول وزُول بوزنہٕ یُن :-
کمزوٗرِی کِنۍ یا گیورینہٕ کِنۍ اُچھن گاش سوتُن ۔

۱۲۶۵

ناوِ بڑلی گرٛٹھنی :-
کُنہِ ترِ مامِلس منٛشرِ اکی ہنِدِ بدلہٕ بیٚیہِ سُندٕ ناو یُن ۔ ادلہٕ بدل ناو گرٛٹھُن ۔

۱۲۶۶

نارس وَوٕھٹہٕ لاینۍ :-
کُنہِ غلطس منٛز بیٚنُن پان تراوُن ۔

(۱۲۶۷)

## ناہ ڈراو سون آسُن :-

کھوٹ سون چھ نارس منٛز تراوِتھ پاسہٕ لوان بناوُنہٕ ۔ نِکیاز اتھ چھُ کھوٚٹر الگ لوان کرنہٕ ۔ لیُس اِنسان مصیبتو منٛز نیرِتھ تجربُہ کارتہٕ گاٹُل آسہٕ بنیوٚمُت ۔ تس چھ ناہ ڈراو سون ونان ۔

(۱۲۶۸)

## لوٗن نابدٕ نہٕ تیل ژٔلی لہٕ گژھُن :-

لوٗن تیُتھ ڈروگ گژھُن یِتھ نابدٕ چھُ آسان ۔ کھینہٕ تیل کِلہ تیلہٕ کرنہٕ میلُن ۔ مطاب چھُ زندگی ہنزِ ضرورِیاتھ ڈروگ تہٕ نایاب گژھنی ۔

(۱۲۶۹)

## نانہٕ گنڈ روزُن :-

پانہٕ وانٛزِ سیٹھا سمت آسُن ۔

(۱۲۷۰)

## نالس تھف ژھُنی :-

کانٛسہٕ لِش جھگڑ کرِتھ زبردستی کانہہ چیز حاصِل کرنچ کوٗشِش کرٕنی ۔

(۱۲۷۱)

نال وٙلُن :-
کٲنٛسہِ نِش کانٛہہ چیٖز حٲصِل کرنہٕ یا پتھ پٔژھ وِزِ پتے رُوزُن ۔

(۱۲۷۲)

نبہ آدِس دوگٕنۍ دیار :-
غریبس بیٚلہِ مُصیبتھ پیٚیہِ تس چھِ دوگٕنۍ یٲنٛسہٕ پیٚوان خرچاوٕنۍ ۔

(۱۲۷۳)

نٲلۍ نال آسُن :-
پٔژھ وِزِ بِلکُل سِتۍ آسُن ۔

(۱۲۷۴)

نامہٕ پیغام کرُن :-
شیٖچھی خبر سوزٕنۍ ۔ چیٖٹھی یا خط لیکھُن ۔

(۱۲۷۵)

## نوش لوِنہ ھارنہ کھور تل مآرِنوس ہئونڈ :-

نوشہِ چھِنہٕ ڈبل پاُنشہ تیمھتہ تہ کھورن تل کیا چھُس کھٹہ قوربان کرُن۔
اکِس نالایق اِنسانس بیہھٹہ پاُنسہِ خرچ کرُن چھُ بے فآیدہ۔

(۱۲۷۶)

## نم نہٕ ماز آسن :-

دۄن اِنسانن ہُشد پانہٕ وآنِ سیتوٚت نزدیک آسُن بیھ زن نم نہٕ ماز
نزدیک آسان چھُ

(۱۲۷۷)

## لونہ پھوٚل گرٚھُن :-

سیٹھا بکھ گرٚھن۔

(۱۲۷۸)

## ناو نیٚرُن :-

کُنہِ جان کتھِ کِنہِ مو شوٗر سپدُن۔

(۱۲۷۹)

نگرِ نیرِتھ تہٕ پان ڈرنیٹھن :-

پننہِ شہرٕ منٛز ژلِتھ پنُن پان خراب کرُن۔

(۱۲۸۰)

نہٕ زاٲوس نہٕ پیاٲوس ناحقے روٗدُس ہُری رازن :-

ہُرِ چھہِ وَنان وَتھرِنَس یِتھ ہیٚژھ لوٗس لیوان پَچھ ہُتُر ہیتھ بیہاونہٕ۔
لیس نہٕ پنُن کانٛہہ ہُتُر آسہِ تہٕ لوٗکہ ہٕنٛدی ہُتُری پیٚنس رٹِھنی سہ پَچھ پیٚتھ
کھتھ وَنان۔

(۱۲۸۱)

لستہٕ سیوُدُے یکُن :-

ڈٕچھُن کھوورُ نہٕ ڈلُن سِنزٕ وَتھ یِختیار کرٕنۍ۔

(۱۲۸۲)

نارٕ گجہِ ووٚتھ ژہنۍ :-

نارس ووٚتھ ژہنۍ۔ نارٕ گجہِ ووٚتھ ژہنۍ یا نارٕ کوٚنٛڈِ ووٚتھ ژہنۍ چھُ
کنُے مطلب زِ خطرس منٛز پان ژہنُن۔

(۱۲۸۳)

## نازن خریدار پیوٚن :-

کاٗلشہ کوٗرِ تیتھُے خانہٕ دار بنٛ لیُس تِمِس سیٹھا قدٕر آسہِ کران یا ٲنٛخرٕ نازٕ زالن ووٗل میلنُ

(۱۲۸۴)

## ناٗرٕ وُزمل آسنہٕ :-

ییلہِ کانٛہہ زنانہٕ سیٹھا جوان سوندر تہٕ چمکہٕ وٲنۍ آسہِ تمِس چھ ناٗرٕ وُزملہٕ وَنان ۔

(۱۲۸۵)

## لوٗنہٕ گرُی تہٕ تیلہٕ تلاو ھاوٕنۍ :-

کانٛہہ کاٗلشہِ لِشی بنٛ مطلب حاصِل کرنہٕ باپتھ چھُ تمِس باوان زِ گرُین لدِتھ سوٗزے لوٗنٛ تہٕ تیھتی تلاو کرے ییش یمن منٛز تیل چھُ برِتھ ۔

(۱۲۸۶)

## لس رٹان تہٕ وگوٗ ژٹان :-

بیٲرۍ چھُ لس رٹِتھ پرانا یام تہٕ عیادتھ کران تہٕ ہیٲرۍ چھُ لوٗکن دوکھ دِوان ۔

۱۲۸۷

نارو ہینو بُتھ کرُن :-

کرُود یانے غصُہ ستی کاُنسہِ سُنُد بُتھ وو زُل نار ہیٚنو گژھُن ۔

۱۲۸۸

نس تالِ کھسنہِ :-

غُصہ کھسُن ۔ ناراض گژھُن ۔

۱۲۸۹

نار ژاپُن :-

سیٹھا غُصہ کھسُن مگر برداش کرِتھ ژھوپہ کرنہِ ۔

۱۲۹۰

نیشتہِ برس روزِ بل :-

یمِس نیشتھ خراب آسہِ تِمس پھر خراب دوہ وُچھنہِ پیوان ۔

۱۲۹۱

نیبرِم وٕنان اُنٛدرِمہِن گاش کرآو :-

یُس کُنہِ کارس منٛز لگِتھ آسہِ سُے چھُ تتھ کارس مُتلق نمن پٔرزٕنان یمو نہٕ بُتھِ سُہ کار آسہِ وچھمُتے -

۱۲۹۲

لوٗش آیہ ریتہِ زن آس ییتہِ :-

نوٗش آیہ ریتہِ مالِنہِ پیٹھٕ - اتھ ریتس زن دراو نہٕ کہینہِ زن چھُ باسان سُہ آس ییتہِ - کانٛہہ زیوٹھ مُدتھ نہٕ نظرِ تلے اٮ۪ن -

۱۲۹۳

لوٗنہِ دجہِ لگنہِ :-

دِلس تیٚتھ دٕکھ گرٛشن زن تہٕ زخمن آسہِ لوٗن ہیوٗمت -

۱۲۹۴

ناس ژٕراس کھیوٚن :-

تہٕ کھیوٚن یہ نہٕ یالِس وٕیہ وُن آسہ - ناپرہیزی کرٕنۍ -

(۱۲۹۵)

## لسِتہٕ رز کرٕنۍ :-

گرُس گاو یا وۄنٹس چھ لسِتہٕ رز کران تھتہٕ تھف کرِتھ یوٚت یٔژھو بلوٚت یکہٕ ناوکھ ۔ بییلہٕ کانٛہہ اِنسان کانٛسہ بہنہٕ مرضی مطابق یہ خوش بییس تہٕ تیٚ کرناوِ تییلہٕ چھ لس متلق یہ یوان ونہٕ نہٕ زِ آمِس چھنہٕ لسِتہٕ رز کرٕمژ ۔

(۱۲۹۶)

## اُنٹس چھُ آخر مل ساران :-

دیان بیتھ پاٹھۍ چھ آبہ اُنٹس مل جمع گژھان تیتھے پاٹھۍ چھُ اِنسانہٕ ہندِس جِسمس منٛزتہٕ علاظت جمع گژھان تہٕ تمہٕ کِنۍ چھُس کُنہٕ وِزِ دۄد کران ۔ بییلہٕ کانٛسہ دۄد کرِ تییلہٕ چھ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۲۹۷)

نیچو چھے نیچو نیترس تام
کوٗر چھے سارِہے وآلِنٕہ آسان ۔

نیچو چھُ توٚت تام نیچِو کارکران یوٚت تام تمِس نیتھر کرو ۔ مگر کوٗرِ چھُ مالِس ماجہ ہُشد لول تہٕ مات توٚت تام رۄزان یوٚت تام نِم زِندٕ رۄزان چھ ۔

(۱۲۹۸)

## لوٗ شُد راوُن :-

لِوٗ سپر کالٕہ کامٕ بییہ شورٕ و کرنٕی -

(۱۲۹۹)

## نقد ترآوِتھ نفیس تھف کرُن :-

اگر کُنہِ وِزِ نقد ڈیار بنن تِم رلوٗ نہٕ یہ خیال گرِتھ زِ نفیس مال سیم امہِ کھوتہٕ زیادٕ لیکھِتھ چھے تیژھ غلطی لیُس زن حرف بیکل کرِ -

(۱۳۰۰)

نابد کنہِ پیٹھ کھور بییلہِ روزان
دِل دٕماغ چھُنہٕ سوٚر روزان -

بییلہِ کانٕہ سیٹھا دولتھ یا تھوٚد عوٚہدٕ چھُ حاصل سپداں تمِس چھُ تکبر کنہِ دِل تہٕ بدلان نہٕ دٕماغ تہٕ

(۱۳۰۱)

## ننہِ وولِہ کنہِ ژنجہِ :-

ننگےٚ کلس کنہِ ٹاس کرُنی مطلب یمِس نہٕ بچاو باپتھ کانٕہ سامانہٕ آسہِ تسی پیٹھ حملہٕ کرُن -

(۱۳۰۲)

## نوٚن گنڈنس پٮ۪ سوٗرتھ آسنہٕ :-

ژھینہِ ہُرِ دِچہِ منٛز تہِ ہیکہِ نوٚنہٕ پھوٚل اِنسان آسانی سان گنڑِتھ۔ مطلب زِ گرس منٛز پھسہ پٮ۪ ژھینہِ ہٕرِ دِچہِ زٕٹ تہِ ییتھ منٛز نوٚنہٕ پھوٚل ہیکہِ ہے گنڑِتھ۔

(۱۳۰۳)

## نوٚشہِ ہُنٛد سسہہ ژرکھ ہشہِ ہُنٛد سیٖنُ اکھ :-

نوٚش چھِ مالِنہ پیٹھٕ سبزی ترکھا انان تہٕ ہش چھِ ہمسایَن باگراوِتھ نتھ اکھ سیٖنُ کران۔

(۱۳۰۴)

## نوٚش کوٗر پانس ژوٚٹ میٖٹ گامس :-

ییٚلہِ کوٗر مالِنہِ پیٹھٕ وآرِیوٚ چھِ یوان سوٗ چھِ پانس سٟتی ژوٚچہِ بیتر انان۔ نوٚش چھِ روزان وآرِوِ مگر تمنٛزرانہِ ہُرِ ژوٚچہِ چھےٚ گامس یوان باگراونہٕ۔ مطلب نوٚش کوٗر گیہِ گرِ والیٚن گامہٕ والیٚن چھُ صرف اتھ سٟتی غرض کہ اگرِ تمن لفسس ژوٚچہِ رژھایا بٔتہٕ میوٚنڈا لاریوٚ۔

۱۳۰۴

نیمقہٕ نٔنِس آسہِ ہے پالنس تام واوے کرہے نہ زانہٕ۔
اگرٕ نیمقہٕ نٔنِس پالنس تام آسہ ہے سُہ دِیہ ہے نہ واوس پکنے زانہٕ۔ یِھُقہ نہ نُمتِس ترٕہے لگہ ہے۔

۱۳۰۵

ننہٕ وآری ناوِگُن :-
خاہ مخواہ بدنام گژھُن ۔

۱۳۰۶

لشہِ کھسُن :-
تکبُر گژھُن ۔

۱۳۰۷

لستہِ ہٕنز جاے آسُن :-
سُہ اِنسان آسُن یمِس زن کلہ نیمقہٕ یزتھ شوٗبہ کرُن ۔



(۱۳۰۸)

## ننگس نینٛدر پٔژنگس پیٹھ :-

اَسن وٲلِس چھِ ہیتھ پریشانی آسان تہٕ راتس چھس نہٕ نینٛدرٕ یوان ۔ یِس نہٕ کہین آسہِ سُہ چھُ بے فِکرِ پٲٹھۍ نینٛدراہ کران ۔

(۱۳۰۹)

## نوٗش لۆکن کوٗر لۆکن ہنٛز لۆکن مینٛگہٕ دگ :-

کمہِ تام کوٗرٕ کوٗرِ کھانٛدر کمہِ تام اُکۍ نوٗش لۆکن چھِ ہینٛگہٕ منٛگہٕ پریشانی زِ کوٗرٕ کرِتھ چھِ نوٗشِہ کیا اوٚن ۔ سال کیٛتھٕ اوس بیترِ ۔

(۱۳۱۰)

## نوٚٹ اے گرٛوژِ توٗتہٕ کیٛشہٕ موژِ ۔ اینُٹ اے گرٛوژِ نتھ کیا موژِ ۔

نٹٕسِ چھُ اسان سیٹھا پوٗنٛز منٛزِ الہِ ڈٲلہٕ گرٛتھنہٕ ہیتہٕ اگرٛوٗسِنہٕ تہٕ پیٛیِس توٗتہٕ روزیِس منٛزٕ کیٛشہٕ ۔ اینُٹ چھُ لوٚکُٹ بایہٕ تمہٕ منٛزٕ اگرٛ پوٗنٛز وسِتھ پییہٕ تتھ منٛزٕ روزِ نہٕ کہین ۔ دولتہ منٛدس اگر کیٛشہٕ روپیہ راوَن تہٕ توٗتہٕ بچِس کیٛشہٕ مگر غریبس اگر راوِ تہٕ تس کیا بچہِ تہٕ کیاز تمِس چھُ آسان ہُلیے کمٕے ۔



(

(۱۲۱۱)

ناس ٹراس ونُن :-
یوسہٕ کتھ نہٕ شوٗبہِ سو کتھ وننی -



# و

(۱۳۱۲)

## وانہِ مُتّس نے چھے وُہُٹس تہِ چھے نا :-

اگر بالنس نِش چھے نہ کیشہ منگن وآلِس دِنہٕ خآطرٕ کم سے کم موٗدرٕ زبان تہٕ کر استمال۔

(۱۳۱۳)

## وآنٹِس کھیہ زِ کیہہ ژھوٗژِس کیا کھینہ :-

دوشٹ ڈوٗن گوو سُہ ڈوٗن یتھ نہٕ سائِلم گوٗج ہیکہ نیرِتھ گوٗجہِ چھُ ٹکرٕ ٹکرٕ پیوان

کُرِنہٕ تہٕ ادے اتھِ ہیبہٕ کیہٕنہٕ ۔ ژھوژرس ڈولِس چھے نہٕ گوجی اُنٛدرٕ آسان ۔
امیُک مطلب چھُ زِ زوٗرزار کرِتھ ہیکو کنجوٗسس کیہٕنہٕ ہیتھ مگر اگر سُہ ژھوٚژرٕ
آسِہ گوٚو تمِس آسِہ نہٕ کہین تہٕ تمِس نِش کیا لارِ ۔

(۱۳۱۴)

## وانہِ سمکھے نہٕ تہٕ گراکہٕ میلے نہٕ :-

ییٚلِہ نہٕ کاُلِنہٕ دُبارٕ سمکھنچ کاہنہٕ دوٚمید آسِہ تیٚلِہ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔ زِ
وُالِنِس سمکھہِ نہٕ گراکھ ۔ تہٕ گراکس نہٕ ووٗنہٕ ۔

(۱۳۱۵)

## وُنہِ چھس اُچھ یِنہٕ :-

ییٚلِہ کاُلِنہٕ متلق یہ باوُن آسِہ زِ سُہ چھُ سیٹھا لوکُٹ تہٕ ناتجربہٕ کار ۔ تیٚلِہ
چھِ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ زِ سُہ چھُ تیتھ لوکُٹ زِ اُچھ چھس وُنہِ یِنہٕ ۔

(۱۳۱۶)

## وَنہٕ چھن یارٕ بن دیہ شُنٛد سگ :-

جنگلس منٛز چھُنہٕ کاہنہٕ یارٕ بن سگ دِنہٕ گژھان ۔ تمہٕ درِ چھے چھُ تمن سگِہ ناوان تہٕ

بُڈراوان ۔ییس یہٕ کاہنہٕ انسان رٛھِن وول آسہِ تس پتھٕ پانہٕ تھوٕدرنٕخ یوان رٹھِنہٕ ۔

(۱۳۱۷)

## وولِس سِنٛز گرٕکھِ کُرِنٛھ لِی ووہٕنہٕ نم تی کوٗرُم :۔

کمِس تام پیٚرژھکھ زِ اَمِس گرِ گرِ ژکھ کھسٕن وآسِن اِنسانس سِنٛز کھ پاٹھی کُرُتھ ژٕسٕ گرِ بار تم ووہٕکھ زِ لی نمتی ووہٕ نم تہٕ تی کوٗرُم ژکھ کھسنُک دٕیت مس پتہٕ موقعے ۔

(۱۳۱۸)

## واو ڈلینٛشِہ ناو ثراوِن :۔

ییٚنٛلہِ کاہنہٕ کاٗم شوٗرٕ کرٕنہٕ باپتھ مُناسب حالات ییٚن بوٗزنہٕ تیٚلہِ گژھِ سو کاٗم شوٗرٕ کرٕنۍ ۔

(۱۳۱۹)

## واسہٕ کاکنہٕ گاسہٕ ناو دکہٕ دی دی پکہٕ ناو :۔

ییٚنٛلہِ یہٕ کاہنہٕ کاٗم جان پاٹھی آسہِ لیکان تہٕ تتھ پکناونہٕ باپتھ آسہِ بار بار نٔوی طرٕیقہٕ ہیوان سوٗنچنہٕ تیٚلہِ چھِ تتھ متعلق یہ طنز آیوان ونہٕ تہٕ ۔

(۱۳۲۰)

## وُرُن وُچھتھ کھوٚر واہراوِنۍ :-

اگر وُرُن آسہِ ژھوٚٹ تہٕ کھوٚر واہراوو زیٚیٹھۍ تہٕ کھوٚر گژھن ننگہٕ ۔ مطلب چھُ زِ آمدنی مطابِق گژھِ خرچ ییٚنۍ کرنہٕ ۔ آمدنی آسہِ کم خرچ کرو زیادٕ تہٕ اِنسان گژھہ ننگہٕ ۔

(۱۳۲۱)

## ووٚزلِہ پارٕ ژوٚپ کرٛنُن :-

ژوٚنٹِس چھُ اکھ طرف ووٚزُل تہٕ اکھ طرف نیوٚل آسان ۔ خود غرض اِنسان چھُ اتھ ووٚزلِہ طرفہٕ ژوٚپ کرٛتھ لِوان کُنہِ کارٕ بارس منٛزٕ یُس حصہٕ زیادٕ فائیدٕ دِنہٕ وول آسہِ تہٕ کمانہٕ شریک ژھینہٕ تھُتھُف تہٕ ستِیٕ چھُ یہ کتھ یوان وننہٕ زِ اُمہٕ کوٚرٕ ووٚزلِہ پارٕ ژوٚپ ۔

(۱۳۲۲)

## واجہِ سان اتھہٕ پیٹھٕ تھوٚن :-

یِتہٕ سان پھکِس پیٹھٕ اتھ تھوِتھ تسلی دیُن زِ چانۍ کام کرٕ بہٕ ۔ مگر پتہٕ نہٕ کینٛہہ کرُن ۔



۱۳۲۳

## وُوٹھن اینمہٕ متھُن :-

سیٹھا غریب آسُن بتہٕ بدلہٕ اینمہٕ چوٚن ۔ سُہ تہٕ تیتھُے کم آسُن یُس ہرف ووٹھن متھنہٕ ییٚنیہِ ۔

۱۳۲۴

## وونٹھن کھییہِ کیٚتس دوٚن دِتکھ بھسہٕ :-

گوناہ کوٚر کمی تام تہٕ سزا میٚوٗل کس تام ۔

۱۳۲۵

## والہٕ والہٕ کھوسہٕ گرٛھن :-

دارِ ہنٛدی ساٗرے وال چھوٚہنی گوٚ وِلفظی مانہٕ تہٕ ڈیپھ گوٚ اکِہ اکِہ روٚپیہ خرچ کرِتھ ساٗرے وولتھ ختم کرنی یا تےٚ موٚکہٕ لنہٕ ۔

۱۳۲۶

## والنجہِ داٗدِس روٚسنہٕ ژٕلوٗٹ :-

پننی آسہٕ کا ئنٛشہ وآئیج دژان تہٕ بیاکھ کرٕ لس کیٚتھ تمہٕ وِزِچھ یہ کیٚتھ یِواتِ ونہٕ نہٕ ۔

(۱۳۲۷)

## وَن وَن کرنہٕ سٕتۍ چھُ کوہ تہٕ نشان :-

ییٚلہِ اکِس بییہِ ہٕشدِ ذُری یہٕ کاہنہٕ کہتھ بار بار کاٗلیٚنہٕ ونہٕ تہٕ تمیک چھُ فوٗرٕ ر تمِس اثر گژھان -

(۱۳۲۸)

## وقتہٕ وِقتے پھِہ گُل پھوٗلان :-

بییوٗن بییوٗن پوشہ چھہ ہینہٕ لِس الگ الگ وقتس پیٹھ پھولان - ییٚتھے پاٗٹھۍ چھہٕ یژھتھ کاہنہٕ کاٗم مناسب وخ ییٚنس پیٹھ پوٗرٕ سپدان -

(۱۳۲۹)

## وَنن والہِ ژرےٚ نےٚ عقل چھےٚ بوٗزن والہِ ژرےٚ نہٕ چھےٚ نا :-

اگر نہٕ ونن واٗلِس وُنن تگہِ بوٗزن والِس گژھِ تیژھ عقل آسنۍ یُتھ تمہِ کیتھ ہُنْد پوٗرٕ مانے گژھِ -

(۱۳۳۰)

## وُنہِ کیا ناوِ گیا نیٚبرِ یتھ :-

ناوِ چھےٚ گاٹھس پیٹھ سوارین کیٚنہہ کال پرٲران تہٕ ادٕ نیران - یمس ژٲیر گژھ تس

تس چھے نہٕ ناو اتھِ لگان، امہِ محاورک مطلب چھُ زِ کاہنہٕ کٲم کرنس گوو نہٕ تیوٗت ژٕ بر کیہنہٕ دِنہٕ چھ ناو بھڑس پیٹھے۔ یا نے کاہنہٕ کٲم کرنس بانبہٕ رنہٕ آسنی۔

(۱۳۳۱)

وچھِ وچھ دینز :-
سپنس اتھو ستی ٹاس لٲیتھ ماتم کرُن۔

(۱۳۳۲)

وٲقف نان گوو دُشمنِ جان :-
یُس سائنس روزگارکِس رازس وٲقف آسہ سُہ گژھِ ینُن دُشمن مانُن۔ سُہ ہیکہِ کُنہِ وِزِ اسہِ نوقصان واتہِ ناوِتھ:-

(۱۳۳۳)

وٲیتھ روٗپے :-
پرانہِ وقتہٕ آسی روٗپیہ ینوٚ ٹھہ ستی ٹاس کرِتھ ہیوٚرکُن لایان تتھ آس اکھ آواز پاد گژھان - یوسہٕ کھوٹ روپے آسہِ ہے تتھ آس نہٕ آواز پاد گژھان - اتھ آسی وَنان روپے وایِنی - وٲیتھ روپے گیہ بامالیط چیز یُس کھاٗوتھ رٹُن۔

(۱۳۳۴)

## والہٕ ژھاے آسنہٕ :-

اکِہ والٕنِس ژھاے کٲژاہ پیٚیہِ تالِس منٛز یہ چھِ یتھٕ پأٹھؠ استعمال کران زِ تمِس چھِ نیاٛنٛ والہٕ ژھاے یانے تمِس پھُمیوٗن تِتھے لِحاظ یا توٲف یوٗت والٕنِس ژھاے چھِ آسان یانے موٗمولی تہٕ سیٚٹھا کم۔ لِحاظ یا تھوٚہتھ آسُن۔

(۱۳۳۵)

## وٲنِس چھِ گراکھ وہری :-

دُکانٛدار زانہِ گراکس جان پأٹھؠ۔ییٚلِہ یہ وُنٛ آسہٕ زِ یہٕ زانٛن کاہہٕ اِنسان پوٗرٕ پأٹھؠ تیٚلِہ چھُ یہ محاورٕ لوان ونہٕ نہٕ :-

(۱۳۳۶)

## ونہِ پٔری مینٛنہٕ :-

اتھ چھِ زٕ مانے اکھ کٲنٛسہِ ہنٛدِس انتظارس منٛز بے قرار روزُن۔ دوٚیم مانے چھُس کٲنٛسہِ آنٛجن آنٛجن حساب ہیوٚن۔ ونہِ پودگیہ سہ وتھ یوسہ صرف اَکِس اِنسانس پکنہٕ خاطرٕ کافی آسہ۔ییٚلِہ کٲنٛسہِ نیتہٕ لٲگِتھ نہ تہٕ مینہِ تیٚلِہ چھِ یہ کتھ لوان ونہٕ نہٕ۔

(۱۳۳۷)

## وتھ اے راوِ نہٕ دٕ ہاون
## کتھ اے راوِ نہٕ ہاوِ کُس ۔

اگر کانٛہہ وتِہ راوِ تہٕ پتھ کانٛہہ ہاوِس سینز وتھ۔ اگر پانہٕ واٮ۪نی اِتفاق راوِ تہٕ کانٛہہ ہیکہِ نہٕ ملٲتھ کٔرِتھ ۔

(۱۳۳۸)

## وکر والن :۔

کانٛہہ شرمندٕ تہٕ بے یزتھ کرُن ۔

(۱۳۳۹)

## وُژِ تہٕ وازس دزِ تہٕ وازس :۔

اگر بتس سِنِس وُژُن کھسہِ یا دزِ تمیُک ذِمہ وار چھُ واز۔ تٔمِس پیٚیہِ نوقصان بوٚرُن۔ ییٚلہِ کانٛسہ یہ وَنُن آسہِ کِنہٕ کامہِ ہُنٛد ذِمہ وٲری چھےٚ تہٕ مےٚ پیٚیتھ یہ چھہ بیٚیِس پیٚیتھ تہٕ نوقصانُک ذِمہ وار چھُ سُہ تمہِ وِزِ چھُ یہ محاورٕ ۔لوان ورتاونہٕ۔

(۱۳۴۰)

## وٲلِنجہ آمہٕ تاو لگُن :-

نارِ سیٚتۍ وٲلِنجہِ تشرٕ لگُن ۔ دِلس کانٛسہ ہنٛزِ ناکارِ کنہِ سیٚتۍ دوکھ گژھُن ۔

(۱۳۴۱)

## وونہٕ پٕزُن :-

دِلُک نہ مانُن ۔ لپشہِ پزُن ۔ کانٛہہ چیز کانٛسہ دِلس ہنٛم انکار کرُن ۔

(۱۳۴۲)

## وٲلِنج ووشنی :-

دِلس منٛز سخت گرمی پٲدٕ گژھنۍ کانٛسہ ہنٛز سخت ناراضگی گژھنۍ ۔

(۱۳۴۳)

## وزُن واو پیوٚن :-

لاچار سپدُن ۔ سیٹھا غریب گژھُن ۔

(۱۳۴۴)

## ونہٕ ہم انہِ تہٕ ونےٚ کانہِ :-

ییٚلہِ ژٕ منیانہٕ خامی ہنٛز بام میٚنہٕ دکھ پرتہٕ دیمےٚ بہ ژٲنی خامی پرکرِتھ ژےٚ یام

(۱۳۴۵)

## واو پیٚون :-

غریبی تہٕ نہ آسُن گژھُن ۔ غُربتس منٛز گرفتار گژھُن ۔

(۱۳۴۶)

## واوِ ناو آسٕنۍ :-

سیٹھا غریبی آسٕنۍ ۔ کنگال گژھُن ۔

(۱۳۴۷)

## واوِ حالہِ لگُن :-

تیتھ جایہ روزُن یتہِ پرتھ وِزِ تیز ہوا آسہِ پکان ۔

(۱۳۴۸)

## واوس چھا زاہ گینٛجہِ گژھان :-

یتھہٕ پاٹھۍ نہٕ گنہارس گوہنہِ گژھن تیتھے پاٹھۍ کتہِ ہیکہِ کاہنہٕ ہواہس گیڈ گنڈِتھ ۔ مطلب چھُ زِ یم انسان بیٚون بیٚون اُصوٗل تہٕ خیال آسن تھوان تہٕنٛدٕ یکجا گژھُن چھُ تیتھے ناممکِن یُتھ واوس گیڈ کرٕنۍ چھےٚ

(۱۳۴۹)

## وزٕوِ وزٕوِ پأزار دِنۍ :-

پٲنِس مشنر وزٕنٲوِتھ پأزار چھِ نرم گرٕژھان ۔ پأزار دِنۍ گۄو بے یزتھ کرٕن ۔ گۄ نرم نرم کیتھ وٕنتھ کاہنہِ بے یزتھ کرٕن ۔

(۱۳۵۰)

## وۄسہٕ ڈٕرٛوس آسنۍ :-

کُنہِ جایہِ پٕرتھ کاہنہِ ہینِہ کامہِ مشنر حدٕ کھوتہٕ زیادٕ مشغول آسُن تہٕ اۄرٕ آسُن ۔

(۱۳۵۱)

## وزٕوُن ہھُوُن :-

کاہنہِ مامِلہِ بلکُل الونٛد تھُوُن ۔

(۱۳۵۲)

## وٕدلو نہٕ دِیُن :-

کلِہ نہٕ کٲنِسہِ ہھوٚد تلُنہِ دِیُن ۔ کٲنِسہِ ہنٛد ہوصلہ کم کرٕن ۔

(۱۲۵۳)

وتن بتہٕ آسُن :-
پڑتھ کُنہِ جایہ روزگار موٗیسر آسُن -

(۱۲۵۴)

وٲنٛٹہ نہٕ پھیرُن :-
کاہنہٕ چیز کٲنٛسہ دِنچ مرضی نہ آسنۍ -

(۱۲۵۵)

وٕتھِیو کوٕ ٹھیٛو بہِیو کوٕ ٹھیٛو کھیٚیو شِکار ماز
وٕتھِیو نہٕ تےٚ بہِیو نہٕ تےٚ کھیٚیو ہنٛنُ ماز
یُس کاہنہٕ کٲم کار کرِ تس چھُ جان جان کھین یا نے حسبِ منشا کھین کھیوٚن کیُت میلان۔ یُس نہٕ اورِ یوٗر کرِتھ مینٛنتھ کرِ تس چھُ پیوٚان ہنٛنہٕ نےٚ ماز کھیوٚن تہٕ ڈیتھ گوٕ نہٕ کرن وٲلِس چھُ رنگہٕ رنگہٕ یزا واتان۔

(۱۲۵۶)

وٕنٛٹ بُڈٕیو تہٕ مُتھر توگُس نہٕ کرُن :-
کم عقل اِنسان اگر عمر کِنۍ بُڈٕ تہٕ مگر موٗمولی کٲم تہٕ چھس نہٕ تگان کرٕنۍ -

(۱۳۵۷)

وو ستس دوہ دیُن :-

بے گٲرِ نِتھ والِنۍ۔ دوستس نِش دوہس گژھُن مگر کاہنہٕ کٲم نہٕ کرنۍ۔

(۱۳۵۸)

وہتھ نالہٕ رٹُنۍ :-

سیٹھا مشکل کٲم اتھس منٛز رٹنۍ۔

(۱۳۵۹)

وہہانہٕ ون چھُم دوٗرِ۔ گیوٚ نانہٕ گیوٚ کھیوم برابرِ :-

ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان نہٕ تگنہٕ موجوٗب بہانہٕ سأزی چھُ کران تیلہِ چھُ تٔمِس طنزاً یہ

کتھ یوان ونہٕ نہٕ۔

(۱۳۶۰)

دوسہٕ راتھ گژھنۍ :-

راتس نہٕ کُنہِ رنگہٕ ہنٛدرِ ینۍ۔

(۱۳۶۱)

## وۄنہٕ منٛز ہیٛو آسُن :-

دپان وۄنہٕ منز ناوُک چھُ کشیٖرِ منٛز کُس تام راز ہٕ اوسُمت ٹمِس ونہِ ہے۔ یورٕ کانٛہہٕ کنہہ تورٕ اوس بُتھ کھینہِ وۄتھان۔ یوٚرٕچ کنہہ اٚسیس نہٕ نکرٕی تران۔ یس ینامہٕ شوٚبہٕ ہے تس اوس سزا دِوان۔ یُس اِنسان از تہِ کم فہم تہٕ بٔتھی پھیرُ چھُ آسان تمِس چھِ ونان زِ وۄنہٕ منز ہیٛو چھُ۔

(۱۳۶۲)

## ونیوٚمے سلےٚ بۆز تھم نہٕ ملُے، وۄنٛی وُچھتہٕ ویٛھرنہٕ لیے کنٛز :-

مےٚ سمجاوِ لوٚکہہ وقتس پیٹھٕ مگر ژےٚ بۆز ٹھ نہٕ کینٛہہ وۄنٛی چھُے نہٕ لیشنہٕ منٛز کانٛہہ فائدٕ۔ تیٚھنے یٔا ٹھی ییتھ پٔا ٹھی ویٛھرنہِ لٔیہ اُنٛشرٕ کینٛہہ ییٖیہِ نہٕ بۆزنہٕ۔

(۱۳۶۴)

## والہ بُتھس تالہ رز :-

سُونہٕ وس چھُنہٕ بدصُورت بُتھس شوٚبان۔

(۱۳۶۵)

## وُڑِھس لاگِتھ پُڑِھس :-

ڈیشِتھ گوو ورگہِ وٕنُن ۔ وٕنُن چھُس آسان پُڑِھس کُن مگر وٕنان چھِ وُڑِھس کُن ۔

(۱۳۶۶)

## وہ تل بجِہ گڑھنِہ :-

بار بار پاِٹلِس شنر گڑھن تہٕ ہیٚوٚر کھسُن ۔ وہ تلُن تہٕ لوٚڑُن ۔ گراہ وہ میدٕ نہٕ گراہ نا وہ میدی گڑھنی ۔

(۱۳۶۷)

## واو کرُن :-

جل جل ژلُن ۔ ناز بردآری کرٕنۍ ۔ زیادے پہن یژھ کرُن ۔

(۱۳۶۸)

## وٕنُن سہٹھا رٕنُن کم :-

ییلِہ کانہہ زیوِ سیتی سہٹھا آسہِ وٕنان تہٕ اتھہ سیتی آسہِ نہٕ کانہہ کام کران ۔ تیلِہ چھُ تس متعلق یہ یوان وننہٕ نہٕ ۔

(۱۳۶۹)

## وُمبر پٮ۪ندی کرٕنۍ :-

سٲرۍ سے وٲلِنہٕ تکلیف واتہٕ ناوُن ۔

(۱۳۷۰)

## وٲنگجو نار ہلو ہیری مېن ولنِ :-

یُس کمٲئنہٕ ہنٛدِس گرس منٛشر کرایہٕ دِتھ یا کرایہٕ ورٲے بہِتھ آسہٕ لتس چھِ وٲنگج وناں۔
لوکو دوپہس اتھ مکانس ہیٚوتنے نار وٲنگج دِوٕ ہینکھ مکانہٕ وٲلِس دینو۔
مطاب گوٚو زِ وٲنگجِس پھٕٹنہٕ تہٕ مکانٕچ کاہٕشہٕ پٔرِ آسان۔ ییتھ منٛشر سٕہ روزان چھُ۔

(۱۳۷۱)

## وُمبر نٮ۪شران لاَ آنٛشر پٔنتہٕ بیٚہان ہنٛدرِس :-

کمزور انسان چھُ کینٛہہ کال اُنٛشرِتھ تہٕ ہٮ۪کِتھ رٮ۪زِ۔ کمھ کماوان مگر آخر چھُ زنانن ہنٛدرٕ۔
یا اُٹھی بہِتھ بہِتھ تہٕ ہنٛدرٕ کٔرِتھ روزی کماوان ۔

(۱۳۷۲)

## وٲلنجہِ پِل تھوٚوُن :-

دِلس بٔتھ کنٛہ ڈکھہِ تھوونی ۔ ہیمتھ قایم تھوٚنی ۔

۱۳۷۳

وُہتھ نہ کار بہتھ نہ کہب :-

یہ چھُ تس زنانہ متلق یوان ونہ نہ یوسہ وتھ نقود نہ کرِ گرِ چ کأم کار نہ
ہیٚلہ پیتر بیٛہنہ نہ کرِ کہب یا نے ہینڈر کتہ کانٛہہ چیٖز وونہ یا سوٗ بیتر۔

۱۳۷۴

وٚہتن وادیُن :-

پلورِ پأٹھی تباہ گژھنک وق واتُن

۱۳۷۵

وولنس یُن :-

سبہٕ ٹھانوش گژھتھ اُسن نہ گنڈُن۔

(۱۳۷۶)

وُلہ بیہو نکھہ نکھہ شِکس لدس پُہل ڈکھہ :-

غریب بہیہِ غریبس لِشی۔ تکیہ بدلہٕ چھہٕ تم مہل ڈکھِ تھوان۔

(۱۳۷۷)

وو تھوُ نکا کأم کرنیکٕ چھُس نہٕ ہیکہ ما۔

وو تھوُ نکا بتہٕ کھیہ ڈول میثون کتہٕ چھُ۔

یُس کامہ ژور آسہ سُہ چھُ کأم کرنہٕ لِشہٕ بچنہٕ خأطرٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ ہیتھ ہیوان۔ بینیلہِ بتہٕ کھینہٕ بایتھ ولوُس نہٕ جل چھُ ینُ بوڈ باہنہٕ ژھانٛڈان۔

(۱۳۷۸)

وُنہٕ وسنہٕ :-

عقل جواب دیتہٕ۔ شرم تہٕ حیاہٕ روزُن۔

# ہ

(۱۳۷۹)

## ہآئشنرو ہیچھ زال تہٕ گاڑو ہیچھ ووٹہٕ :-

لۄکن پھساونکی طریقہٕ ، ہیچھ پھساون والیو تہٕ لۄکو ، ہیچھ پننہِ بچاونکی طریقہٕ -

(۱۳۸۰)

## ہشس تھرزے نۄش تھرزے دیگ ڈزے والہِ کُس :-

ہشس دیان بہٕ چھس زِٹھ نۄش سۄنچان بہٕ چھس مالک یہ دیان ہو کرِ کام ہو دیان یہ کرِ - تہٕ کام نہٕ کران کاہشہٕ - یوت تام ییہنزِ مان مائی دالنس بیہھ دیگ چھہ دزان -

(۱۳۸۱)

ھارِ وٕونٛھ نہٕ ھار نہٕ کُنی :- یا۔
ھارِ کھار نہٕ ھار نہٕ کُنی :-
تہٕ ڈیٛھ گوو، پانٕسٕ اکال آسن۔ پانٕسہِ موٚہ بسر نہٕ آسُن ۔

(۱۳۸۲)

ہر متہٕ ژٕلی تن بوٗج متہٕ گٕلی تن :-
اگر بوے لڑاے روزِ کران مگر زِنٛدٕ گژھِ روزُن ۔

(۱۳۸۳)

ھٕلبٕن بانٛن وُکری بھٹان ہیوٚن ہوی سمکھان :-
اگر ہوٗل بانہٕ آسہِ تیتھ چھُ ہوٚلے بھٹانہٕ ٹھیک بیہان۔ یُس یمہِ قسمکُ اِنسان
آسہِ تس چھُ تمی قسمکُ ساتھی بنان ۔

(۱۳۸۴)

ہیڈُن گیلُن پانٕس میلُن :-
یُس بیین ہیڈِ یا گیلہِ تس چھُ قدرتھ تیتھ کران زِ لوکھ چھِ تس پتہٕ

ہیڈان تہٕ گیلان ۔

(۱۳۸۵)

ہُسی یُڈ گاسہ گبڈ بنگہِ دیلہِ واڈھ :-

ہُتِس گرژھہِ منووأرے گاسہ آسُن اکھ گبڈ دِنہٕ سِتی کیا تسلے یینہِ لسن۔
ییلہِ گائسہ یڈ بڈس کم کینژھا کھیوٚن دِمو تمہِ وِزِ چھہٕ بہ کیتھ وناں زِ ییتھ
پأٹھی بنگہِ دیلہِ سِتی واڈھ ہیکہِ نہٕ لگتھ تِتھے پأٹھی بہ کم غذا کیاہ دیہٕ اُمنزِ
بچہٕ یُڈ لسلے

(۱۳۸۶)

ہمتہ کھین نہٕ اکھ آرام برابر :-

ہتہِ قسمہٕ کھین کھینہٕ سِتی چھُنہٕ جسم تیتھ تازٕ گرژھان ییتھ اکھ آرام کرنہٕ سِتی
گرژھان چھُ۔

(۱۳۸۷)

ہیٚور نے پلے زنگے زِلے :-

اگر نہٕ تیوٚت طاقت ورچھُس زِ چأنس بُھقِس یا کلس تام وانہٕ مگر کم بے کم کرے
زنگہٕ زخمی۔ اگر نہٕ زیادٕ تہٕ کم نوقصان ہیکے کرِتھ۔ یا نے اگر نہٕ بوشے توتہِ
خألی تہِ ترٛاوتھ نہٕ کینہہ۔



(۱۳۸۸)

## ہینز ہینز پوڈ چھہ ین :-

سہٹھا ہوٗ جایوٗ بیٚتھ تجربہٕ حاصل کرِتھ ین ۔

(۱۳۸۹)

## ہتہٕ موٗر حکیم آسُن :-

سہٹھا تجربہ کار حکیم آسن ۔ حکیم مابن چھ غلط یلاج کران کران ہتھ لفراز تام مورمُت اد چھُ اَمس تجربہٕ گومُت زِ درُست یلاج کیا چھُ ۔

(۱۳۹۰)

## ھالوٗ چھ نامران مگر دانیس داہ کرِتھ :-

ہالوٗ فوزح بیٚیلہ یوان چھ تم چھ دانیکی کھھن ہندی کھاہ تباہ کران تہ پتہٕ چھ آخر مران ۔ ہہندِ مرنگ چھُنہٕ زمینداریس کاہنہٕ فایدٕ یوان ۔ یہ گوو دُشمن مرِتا مگر اسہ تباہ کرِتھ ۔

(۱۳۹۱)

## ہوٗد گوٗو تہٕ کُنے میوٗنڈ :-

اگر اکِسے مینڈِس کھینہٕ وائِس سیوٗن یوشہٕ نہٕ سُہ چھُ دیان زِ ہوٗدُے بتہٕ کھیوم ۔ اگر ہتہٕ لیٹہِ کانٹہ مدیتھ کرو یا آرام دِمو تہٕ اکِہ لیٹہِ ہیکوس نہٕ ادِتھ سُہ چھُ دیان زِ ناہہ گوورم نہ مُکرتھ

(۱۳۹۲)

ہتہٕ ہوٚنہِ کھیتہٕ ہیاٚنِ زنگ :-

ہوٗنِس یورے گژھن زنگ ہیتھ نِ مے ہیتہٕ اتھ ژوٚپ کاٚلِشہ ہہندِس بھگرِس
شنر زورٕ زنگ ژھنِنہٕ یتھ زن پانس تٕلی تکلیف واتہِ -

(۱۳۹۳)

ھا یُتھ کرِہے ژوچہ مگر اوٚٹ کتہِ انِہ :-
اگر اکِس کم عقل اِنسانس تہِ سوٗرُے سامانہٕ بروٚنٹھہٕ کنِہ تھوو سُہ تہِ ہیکِہ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ
کاٚم کرِتھ -

(۱۳۹۴)

ہانگلو کریوٗ شپہِ ستہِ واو نفہک چھُ تسلے گاٹہٕ مو پاو :-
یہ چھُ تمِس اِنسانس مُتلق یوان ونہٕ یمہِ ہنٛزِ کامہِ ستہِ کُنہِ فاٗیدٕچ ودہ میدا سیہ نہٕ
تٕلی کہ نوقعان سپدِنک آسہ پوٗرٕ یقین -

(۱۳۹۵)

ہرکرہرکر ہٕر وِزِ سوٚرکر :-
اگر لڑٛکو پیپہِ کرِنہِ گژھہٕ تہِ وِزِ ہمتس تہ طاقتس کاٚم ہینِہ -

(۱۳۹۶)

## ہوٗنی کھیبہٕ لتہٕ کھلِ تہٕ لتہٕ کھلِ کھو ہوٗن :-

کانٛسہٕ ہنٛدی زٕ دُشمن ییٚلہٕ پانہٕ وانٛی جھگڑا کرِتھ تباہ گژھن تیٚلہٕ چھُ سُہ یہِ کتھ وناں زِ یہِ روٗد ہوٗن تہٕ یہِ روٗز لتہٕ

(۱۳۹۷)

## ہوٗنی لوٗٹ لزوکھ کنٛدیلس توٚر ڈراو تھٕ :-

ہوٗنِس چھُ لوٗٹ ہوٗل آسان ۔ سیٚود کرنہٕ باپتھ لزوکھ کنٛدیلس مگر ییٚلہٕ کوٚڑکھ سہٕ دراو توٚر تہِ ہوٗلے ۔ اگر بد خصلتھ اِنسانس سُدھارنچ کانٛہہ تہِ کوٗشش کرو مگر تمس چھنہٕ پننی خصلتھ زانٛہہ تہِ بدلان ۔

(۱۳۹۸)

## ھیٚری سہٕ مُٹ گژھنی :-

ییٚتھ مچہٕ منٛز ھیٚری سہٕ لوان بناونہٕ چھُ سو چھُ سہٹا بڈ آسان ییٚلہٕ کانٛہہ اِنسان سہٹا ویٚوہٹ گژھان یا زِیادٕ ورم پھٕس کھسان تیٚلہٕ چھُ تس متلق یہِ لوان ونہٕ زِ تمِس چھُ ھیٚری سہٕ مُٹ گامت ۔

(۱۳۹۹)

ہُور کاو گرٛھن :-
کاو چھ آسان کرٛہنی اگریمن منٛزٕ کالِنٛہ چھُٹِل زنگ آسہ سُہ چھُ ساریوے لِنٛہ بدوٗن تہٕ اوٗنگجہ سِتی ناوُن لایق بنان۔ بیٚیلہ کانٛہہ اِنسان باقے اِنسانن منٛز کُنہِ کمی یا خرٲبی کِنی بینٛون چھُ لگان تس چھ ہُور کاو ونان۔

(۱۴۰۰)

ہُتی ہُوٗنی کھیوٗمُت :-
بیٚیلہ کانٛہہ ہتہٕ رنگہ پریشان آسہ تیلہ چھ یہ کتھ تس متلق یوان ونہ تہٕ۔

(۱۴۰۱)

ہَر دوٗ لانٛتھ ہٕشی :-
بیٚیلہ زٕ چیز برو ہٕشہ کنہٕ آسن مگر دوٗشوے آسن نہٕ قبول کرنی لایق تیلہ چھ یہ کتھ یوان ونہ تہٕ۔

(۱۴۰۲)

ہُوٗنی چھ دوران کارخانہٕ چھُس پکان :-
لوکھ چھ کرٛکہ ناد کران تہٕ کرٛی تن۔ سانی کام پکنس گژھہِ نہٕ کانٛہہ فرق۔

۱۴۰۳

## ہۆنہٕ مِتِس بگاڑ کرُن :-

ہۆنہٕ مِتِس چیٖزس بگاڑ کرنہٕ سِتی چھُ تِیلے خراب گژھان تہٕ سُہ چیٖز چھُنہٕ استمال کرنس لایق بنان ۔ اگر کانٛسہٕ نالایق اِنسانس کانٛہہ تاریف کرِ نیلہٕ تہٕ چھے یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

۱۴۰۴

## ہۆلِس ہۆنگُن پھلُن :-

ہۆلِس زن پھلو پھۆنھڈ سُہ کیا مشکوٗر روزِ تہٕ کیا شروٗرٕ ، اکِس کمینہٕ اِنسانس کرِ تو سیٹھا خدمتھ سُہ روزِ نہٕ زانٛہہ احسان منٛد ۔

۱۴۰۵

## ھآر کھیوان گنٛڈ کآر تھۆوِتھ تھنر :-

ھآر چھِ کھیوان گنٛدگی مگر کآر چھِ تھنر تھوٗتھ پننہِ شان ہاوان ۔ کانٛہہ اِنسان یُس ناجآیز طریقو کِنہِ رِیزِکھ کماوِتھ آسہِ کھیوان تہٕ کلہٕ تھۆد تھوِتھ آسہِ شان ہاوان تس متعلق چھُ یہ یوان ونہٕ نہٕ ۔

۱۴۰۶

ہیینہٕ آس تہٕ مےٚ نہٕ راہ گٔژھ کارس کرٕ کیا :-

ہیینہٕ یُتھ گوبھُس ، راہ اُسُن گو غلطا آسُن ۔ بیٚیلہِ کاہژہٕ بے گوناہ کُنہِ جھگڑس منٛز پھسہِ تیٚیلہِ چھُ سُہ یہ کتھ وَنان ۔

(۱۴۰۷)

ہھے زُوٗ رٕوچھمکھ کٔنٛگ سوٗن زٲن ۔ ہھے زوٗ ترٕوٗمکھ ژٔٹھ تہٕ گن زٲن ۔

قیمتی چیزس کُس یٲمٕہ چھُ اِنسان بیٚنہِ جِسم رٔچھان اُمرٕ بھر موت یوان تہٕ تِرٕٹہِ مِتہٕ کُلیکی یٲمٕہ چھُ بیتھر بیوان ۔

(۱۴۰۸)

ہاپتھ یارٕ ز آسنہٕ :-

بے وقوفہٕ سٕنٛز دوستی چھِ زُوٗکھ خطرٕ ۔ ہاپتس اوس یار ، شونٛگِتھ ہمٕتس بیٚہِ ٹٕ کلس پیٹھ ژُچھ ۔ ژُچھہِ حارنہٕ باپتھ ذٔیت تمہِ اکھ بوڈ پل ، تمِس داٗرِتھ یارس پیٹھ کلس پل تہٕ موٗد ۔ ہاپتھ یار اگر زٕن ماے تہٕ ہاوِتھ منٛز نہٕ چھُ زُوٗک خطرٕ آسان ۔

(۱۴۰۹)

گآنٛٹھ کیا زانہ پوٚترے دوٚد گآنٛٹھ کیا زانہٕ ہلوٚکُ ماتے :-

یس نہٕ کیٛنٛہہ زٕہنوٚی تس کتہِ چھہ شرُی ہٕشنٛرِ دگ گآنٛٹھ یوٚہہ زن بانٛتے جالورِن ہٕندی پوٚتی نینوان تہٕ کھیوان چھے سوٚ کتہِ زانہٕ ہوٚل کرنکُ مانہٕ۔ یتھے پآنٛٹھی یمی نہٕ پانہٕ کانٛہہ تکلیف آسہ وُچھمُت تمِس کتہِ ترِ نکرِ زبیہِ سُند تکلیف کیا گوو۔

(۱۴۱۰)

ہُوٚنٛی مازس واتل وازٕ :-

بیٛلِہ کیٛنٛہہ بدٕ خصلتہٕ اِنسان کُنہٕ گندٕ کامہِ پلہٕ کھول آسن کران تیٚلِہ چھہ یہ کتھ یوان ونہٕ۔

(۱۴۱۱)

ھارِ پربتس پوٚنی وُزنُ تہٕ ملُن وُڈُر دانہٕ لوٚوُن :-

نہٕ چھہُ ممکُن زِ پربتس پیٹھ وُزِ پوٚنی تہٕ نہٕ چھہُ ممکن ملُن وُڈُر بنہِ دانہٕ تہٕ کیاژِ — تیتہِ چھُنہٕ پوٚنی موٚیسر یٚیلِہ کانٛہہ کتھ ناممکُن آسہِ تیٚلِہ چھہ یہِ کتھ یوان ونہٕ۔

(۱۴۱۲)

ہرو پوٚژھ چھے کھیاوی زیٚن چاوی زیٚن پٔتری زٕہ لس نہٕ زانٛہہ۔

مآلکس آو پوٚژھ تہٕ نوکرس وُونُن زِ کھیاوِ زیٚن چاوِ زیٚن بیٚنہٕ نکارٕ اُمیٛنٛدٕ مانٛکھ

یُٹرِ زلیس نہٕ زالہٕ پھُ زٕ مطاب تھوان۔ دویم مطاب پھُ یتہٕ اُمِس پٔژ کھ اگر کاہہٕ پیٖنز منگی ییتبار کُرزہ لس نہٕ کیٖہہ ۔

۱۴۱۳

## ہۄٹ وۆچھنے کھش کرُن :۔

سبٹھا بے رحمی سان کاہہٕ مارُن ۔ بلا وجہ کاُلِشہ پیٹھ ظُلم کرُن ۔

۱۴۱۴

## ھاوُن نہٕ کھیاوُن نہٕ کیٖہہ :۔

کاہہٕ باوِتہٕ ھاوِ زمٔ پھُ یہ پیٖنز، کاہہٕ اگر منگیس تہٕ دِلیس نہٕ کیٖہہ ۔

۱۴۱۵

## ھاوُن گۄو شاوُن نہٕ کھٹن گۄو رٹُن :۔

یُس پنُن پیٖنز لۄکن ھاوِلس پھُ سُہ کاہہٕ نتہٕ کاہہٕ ہیٖتھ ژلان۔ یُس کھٹِتھ تھوِلس پھُ پانہٕ سے لِنش روزان ۔

۱۴۱۶

## ہیوٚت کمی تہٕ دِیت کمی :-

ہٕ چھُ کاہنٛہ ہینہٕ وولُے تہٕ تہٕ کاہنٛہ دِنہٕ وولُے یا تے کاہنٛہ چھُنہٕ ہٕرٕ زھن وولے ۔ یہ خوش یِیہٕ نہٕ کرو ۔

(۱۴۱۷)

## ھرکرِتھ نیرُن :-

یکدم کُنہٕ جایہ پیٹھٕ واپس نیرُن ۔

(۱۴۱۸)

## ھاکھ بتہٕ کھینہٕ وآلی :-

یاں پاٹھی پنُن گُذارٕ کرِن وآلی ۔ اوسوٚدٕ حال ۔

(۱۴۱۹)

## ھا پھٹہٕ وآلنِج آسنی :-

تیٚتھ دوٚر دِل آسُن یتھ پیٹھٕ نہٕ کُنہٕ خطرُک اثر بے گژھِ ۔

(۱۴۲۰)

ہنٛز پنٛز روزُن :-
سادگی سان زِندگی گذارٕنۍ۔ ڈنجہِ روزُن۔

(۱۴۲۱)

ہِہر پِہر نہٕ زبانٕ کھسُن :-
کانٛسہ ہنٛزِ زندگی منٛز تیتھہ کینٛہ ہاسِلُن یُتھ زن لوکھ تٔمِس متلق کتھہ کرن۔

(۱۴۲۲)

ھانٛڈ ہینٛز :-
مُوزوٗری دِنہٕ روستےٚ کانٛسہ کام ہینٛز۔ بیگاری ہینٛز۔

(۱۴۲۳)

ھتھہ ساتھہ منگہٕ نک نہٕ اکھ ساتھ بوٗزنک
ییٚلہِ بگوالس ہتہِ لٹہٕ کینٛہہ منگو اکہِ ہتہٕ اکہِ لٹہٕ بوٗزِ سہ نہٕ حاجتھ روانٛی کرِ۔

(۱۴۲۴)

ہٹی کنٛز دِیُن نہٕ لٹی کنٛز ہیوٚن :-
کانٛہہ جان یا ہٹھی کھیاوُن چاوُن یہٕ تٔمِس نٔہِ کام ہیٚیہ یُس تٔمِس سہ کھِیچن منٛزِ گژھہِ۔

۱۴۲۵

## ہٹر ہٹر پھیرُن :-

جایہ جایہ پھیرُن ۔ آوارٕ گردی کرٕنۍ ۔

۱۴۲۶

## ہوٚس ہیترٲوُن :-

ہوٚس رٹھُن چھُ سیٹھا مُشکِل تُمِس گژھِ سیٹھا کھیٚن پیٚن آسُن ۔ کمی اگر گژھ ہیٚس تہٕ کرٕوٚد یانے غصہٕ چھُ کران ۔ یِیٚلہِ کانٛہہ تیتھ اِنسان پیٚیہ ہیترٲوُن یا رٹھُن یمنٛدی سیٹھا ضرورتھ آسن تہٕ کمی گژھنس ہیٚتھ آسہ غصہٕ کران تُمِس چھ وناں زِ ہوٚس چھُ ہیترٲوُن ۔

۱۴۲۷

## ہوٗنگنہِ میٛھٹھ تہٕ ہٹہٕ کھش :-

اکہِ طرفہٕ چھُم ہاوان لول تہٕ ماے بُتھِس کران ماہ تہٕ میٛھٹھ دوٚیمہِ طرفہٕ چھُم ہٹِس کھش کرِتھ مارُن یژھان ۔

۱۴۲۸

## ہِتھ لۆرِ تالو جنگہٕ وِزِ نہٕ اکھ :-

گرس منٛز چِھم ہتھ ہتھیار مگر جنگ کرنہٕ وِزِ چھُم نہٕ اکھ تہٕ اتھس منٛز لوان۔ ہتھ رشتہٕ دار چھُم مگر مُصیبتہٕ وِزِ چھُم نہٕ اکھ تہٕ بروٚنٹھ کُنُ پکان۔

(۱۴۲۹)

## ھاپتھ ناری کھُسن تہٕ سوٚنٛدرِ ناری وسُن :-

غلط وتھ رٹنہٕ پتَن زوٗ تہٕ ژٹُن تہٕ وق نہٕ برباد کرُن۔

(۱۴۳۰)

## ھاپتھ اشُد لگُن :-

گامن منٛز چھِ لۆکھ وناں زِ ھاپتھ چھُ کیاہ تام اشُد جنگلس منٛز کھوان۔ یمہِ سِتی سُہ ؤندی ؤندس چھُ شوٗنگان تہٕ کینٛہہ کھینٛچ تہٕ چھَس نہٕ فۆرؤرتھ باسان۔ خبر یہ چھا پوزتہٕ کینٛہہ اپٕز۔ مگر یُس اِنسان شوٗنگتھے روزِ یا ہنٛدر موٚت آسِہ لٮ۪س چھِ دپان زِ اُمس چھُ ھاپتھ اشُد لوٚگمُت۔

(۱۴۳۱)

## ھاہ داپخ ریہہ آسنہٕ :-

برۆہنہ کالہِ اوس ھاہ دان آسان تتھ آسی ھاہ کول نہٕ ونان تتھ منز آسہ ژرنہِ ژراوہنہ یوان تہٕ تیتیو لنگلٕ نباوتھ تتھ پیٹھ کیہنہ رنہنہ یوان ۔ امِچ ریہہ اُس نہٕ ینبریران ۔ اندرِ اوس وُہان نہٕ ینبری اوس نہٕ بلورنہٕ یوان ۔ ہینیلہِ کالیشہ اندری سخ غصہ آسہ تہٕ ینبری دیہِ نہٕ باس تیلہِ چھ وتان زامِس پچھے ھاہ داپنج ریہہ ۔

۱۴۳۲

## ہنارِ پوش تہٕ قدم کریٹھِ پوش تاٰفی کیا کرِ ازلس بب نہٕ ماج :-

اولادس پچھ کُس تام وقدم تہٕ کُس تام پھس تاٰفی مول ماج کیا کرِ ہس ۔ سہ کیتہ ہیکہِ تمسُند نصیبہ بدلتھ ۔

۱۴۳۳

## ہینگو کنز دود دینُ :-

برو ہنہ اوس یمو ہینگو ہتی مے پیٹھ حملہ کران ۔ دوتی ییلہِ لپسا گوو ۔ بہ پھس تمسندِ ہینگن پہنی کاٰم ہیوان ۔ گویا سہ چھُ مے ہنگو کنز دود دِوان ۔

۱۴۳۴

ھلِہ تِہ شٲکھ نہٕ بلِہ نِہ شٲکھ :-

پٔرمُت صوٗرتس منٛز ییٚلہِ پانہٕ سے تکلیف آسہِ واتان تیٚلہِ چھہ یہ کتھ یوان وننہٕ

(۱۴۳۵)

ہیسر ترٛاوس کاجہِ وٹھ نہٕ بوٚنہٕ گرٛھس نہٕ ہٹس :-

یہ چھُ تتھ غریب گرٕس متعلق یوان ونہٕ نہٕ ییتھ منٛز نہٕ کھیٚن نہِ سامانہٕ یا گرٕ وٹھ آسہِ ۔ اگر کاجہِ وٹھ نہِ دِموس دأرِتھ گُنہِ سیٚتی لگِتھ گرٛھنہٕ تتہِ ہٹس ۔

(۱۴۳۶)

ہشہِ ہنٛدی پأنٛژ دوہ نوشہِ ہنٛدی پأنٛژ دوہ :-

کینہہ کال چھہ ہش گرس منٛز حکم چلاوان ۔ سو چھہ بُڈان تہٕ گرٕک یِنتیارِ پتھ نوشہِ ہنٛدِس اتھس منٛز یوان ۔

(۱۴۳۷)

ہیے زر یہ خوش پھیٚ نہِ کر :-

ییٚلہِ انسانس دولت آسہِ نہٕ نیٚلہِ یہ دِل پژھس نہٕ ہیکہِ کرِتھ ۔

یانے پرٛتھ کانٛہہ ارمان ہیکہ یأنٛسہٕ سیٚتی پوٗرِتھ ۔

(۱۴۳۸)

## ڈُھٹ گژھنۍ جان مُٹ نہٕ کیٖنٛہہ :-

اِنسانس کیٛت چھُ نیکُ روزُن جان نہٕ ویوٚد گژھُن ناکار- نیکُ انسان چھُ ویمٕس اِنسان ہندِ کھوتہٕ محت منٛدتِہ آسان تہٕ لوٚت تِہ -

(۱۴۳۹)

## ھارِ ھارِ چھِ ڈیار سمان :-

پأنٛسہٕ پأنٛسہٕ بچأوِتھ سوٚمبراونہٕ سِتۍ چھِ دولتھ جما گژھان -

(۱۴۴۰)

## ہوٚتھ ژھن بلاے یتھ ژھن چونٛچا :-

بییِہ کأنٛسہٕ ہُشِہ کرِ خیال مِرف بوز میوٚن تہٕ میوٚن ہا جتھ کرُ

(۱۴۴۱)

## ہوٚگاڑِ خأطرٕ ژوٚژُ ماس ژھیٹہٕ راوُن :-

ژوٚن رہتن درِ فاقہٕ تہٕ ہوٚگاڑُ وُچھِتھ تمبلِہ تہٕ ژھیٹہٕ راوِ فاقہٕ ہوٚگاڑُ کھینہٕ باپتھ - مطلب اکِہ موٚموٗلی چیزٕ خأطرٕ ژھنہٕ پننۍ عبادتھ کوٚلِہ -

۱۴۴۲

## ہیٚور بوٚن گرٕھُن :-

جان تہٕ ناکارٕ سپدُن ۔ ترقی کرٕنۍ تہٕ زوال یُن ۔ کُنہٕ وِزِ چھُ یہ مرنہٕ باپتھ تہٕ ورتاونہٕ یوان مثالے اگر لتہٕ ہیٚور بوٚن گرٕزھِ اُسی کیا کرو ۔ یانے اگر سُہ میرٕ تہٕ اُسی کیا کرو ۔

۱۴۴۳

## ھوٗل تُلُن :-

سپھا شوٗر تہٕ کرکہٕ ناد تُلُن ۔

۱۴۴۴

# ، ے ،

(۱۴۴۵)

## یوٗت تام پوز پزِ توٗت تام عالم دٔزِ :-

یوٗت تام پزر نوٗن نیرِ توٗت تام آسہِ سیٹھا خرابی گژھان ۔

(۱۴۴۶)

## لیس وٗزھ نٔر مٔتی کھیپہِ لوٗکہٕ ہٕشنز لٔر :-

لیٚس زوردار آسہ سُہ چھُ لڑایہ کٔرِتھ لوٗکہٕ ہُنٛد جاداد تھپہِ لوان ۔ یانے طاقت ور چھُ کمزورس پیٹھ زوراور روزان ، غالب روزان ۔

(۱۴۴۷)

## یہ گوٗو کوکرِہن موٗختہ چھکُن :-

کوکرِ ہیکہِ نہٕ موٗختہ کھیتھ امہِ کِنی چھُ تمسندِ خاطرِ سُہ فُضُول ۔ تیتھے پاٹھی کم عقل اِنسانن سُہ گاٹہٕ جار وُن لیس نہٕ تمن فِکری ترِ گوٗو کوکرِہن موٗختہ چھکنس برابر ۔

(۱۴۴۸)

## لیٚس نہٕ لیس زانہہ سُہ کیا تس مانہِ :-

ییلہِ نہٕ کانہہ کانٛسہ بٔڈِس تھہنوس زانے ۔ سُہ کیا قدر کرِ تس نہٕ سُہ کوسہ کیتھ مانہِ تمشنز ۔

(۱۴۹۹)

یارس مآج موٗ یہ لوٗکہ ساسا یار موٗد تہٕ کُنہٕ نہٕ کاہنہٕ :

بینلہِ یارس مآج مرِ ساآرے چھِ یارہٕ سند لحاظ تھٲوان۔ پننِس جنازس سیتہِ لیکان۔ بینلہِ یارمرِ بینلہِ کس ہتھ ہاوناوان تہٕ تاآزِ بیتھ کرنہٕ گرتھن لوٗر۔

(۱۵۰۰)

یانٕی زاو تانٕی وُٹھ کانی پیٹھ :-

بینلہِ کاہنہٕ انسان لوٗکہ چار سے منٛز سیٹھاہ زیادٕ ترقی کرِ نیلہِ چھُ تس مُتلق یوان یہ کتھ ونہٕ۔ یہ چھِ یوان پرزٕ ہِ ہنٛدی پٔھٹہٕ تہٕ ورتاونہٕ تہٕ پرزہٕ ہنٛد جواب چھُ دِوہٕ۔

(۱۵۰۱)

یُسے زہر کھیہ سُے مرِ :-

یمسے غلطا آسہِ تمسے میلہِ سزا۔

(۱۵۰۲)

یُس یُس دارِ سہ لسِ ہورِ ناہکے وودِ گوٗ ناہ گارٕ :-

یُس یمشنہٕ ہوٲلی ہتھ آسہٕ سُہ چھُ تمِس نکھ والان وُچھن وٲلِس چھُنہٕ خوش یوان تہٕ وور وور کران چھُ تمِس گوٗ ناہ گار بناں۔

(۱۵۰۳)

## یُس یمِسُنٛدِ گرِ ژاو سُہ ژٕمبشنٛرِ ماجہِ زاو :-

ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان وۄبرگرس منٛنزاژِ ژٕمس پزِ تمہِ گرِکۍ باٚژ ییٚہنی بیینہِ تہٕ
باٚے مانٛنۍ۔

(۱۵۰۴)

## یس بہٕ زاس تس بہٕ ژۄہھٹہٕ یُس مےٚ زاوِ پُسے مےٚ ژۄہھٹہٕ۔

بہٕ چھُس ینہٕ ینس ماٚلِس ماجہِ ژۄہھٹہٕ مگر مےٚ چھُ سُے ژۄہھٹہٕ یُس مےٚ زاو۔ یا نے یُس
مےٚ پنُن اولاد چھُ۔

(۱۵۰۵)

## یُس یُشٛدِ تہٕ سُے لُسٛدُ :-

اولاد دِیہ ییٚنہٕ لیٚسے ماٚلِس ماجہِ یانے یمن زامُت آسہ سوکھ تہٕ آرام۔ ہٕیا کھۄژتس
کوٚتاہ تِمس کُنُ دیہِ نہٕ کانٛہہ دیان یتھےٚ بوڈ گرتھِ۔

(۱۵۰۶)

## یہ گیہ آمین پننِ گنٛشڈِ گنٛڈ :-

اوم ین چھُ سیٹھا کمزور آسان گنڈ کرنہٕ وِزِ چھُ جلد ژھیناں۔ بیبیلہٕ کانٛسہٕ کورِ گوبرس کھانٛدر کتھ کتھ چھ یوان ہیتِلہٕ چھ دپان زِ آمین ینن پھکہ گنٛڈ گنٛڈ۔ نہٕ چھینہٕ بقر زِ گنڈ گژھیا کینہٕ ین ژھینہٕ۔

(۱۵۰۷)

## یمۍ ہیوٗت نہٕ سہٕ ہیوٗت یمۍ ژوو تمۍ پژوو :۔

یمۍ کانٛسہٕ ہنٛز ذمہٕ وارٔی یا کانٛسہٕ ہنٛد تکلیفٕ تمہٕ پانَس پیٹھ ہیوٗت تمِس چھُ سیٹھا تکلیف پانَس ہیوان تٔلِن یمۍ نہٕ ہیوٗت تہٕ سہٕ چھُ آرام کران۔

(۱۵۰۸)

## یم گیہِ ہواہس مُشتہٕ ھاوِنۍ :۔

دُشمن نیرِتھ یتہٕ لوکن داب وہنی زِ یہ کرہس نہٕ ہہٕ کرہس گو وہواہس مُشتہٕ ناوِلس برابر۔ ییمہ نہٕ کاہہٕ مطلب نیر۔

(۱۵۰۹)

## یاتے نہٕ پکے ناتے ٹکے :۔

کُنہٕ وِزِ پکی نہٕ کُنہٕ وِزِ کرتن کُنہٕ وِزِ تلِو پانی ووکُنہٕ وِزِ لاگہ نہٕ کُنہٕ

اتھے تہٕ کُنہٕ دِزٕ کرِ سبھٕٹا کام یانے ینہٕ مرفی ہُنٛد ماتکھ اُسُن ۔

(۱۵۱۰)

## یوٚت تاف توٚت شوٚہُل :۔

امیری تہٕ غریبی چھِ تاپہٕ تہٕ شہجارکی پاٹھی اکھ اکِس پتے آسان ۔ از یُس غریب چھُ سُہ چھُ پگاہ امیر تہٕ بنان از یُس امیر ہیکہٕ پگاہ لاچار تہٕ پیِتھ ۔

(۱۵۱۱)

## یُس کھنہٕ بیس گنگ تس گژھِ ہینیٛ زنگ :۔

یُس بیس مارنہٕ خاطرٕ کھوڈ کھنہٕ سُہ چھُ آخرٕ پانے تتھ منٛز پیوان تہٕ پانس تکلیف واتناوان ۔

(۱۵۱۲)

## ییٚلہٕ آسہٕ طالع گاو زیٛوِ گرٕ نتہٕ نے املس ییہٕ ما کھرٕ :۔

اگر رُت قسمتھ آسہٕ تہٕ گاو زیٛوِ گری بچھیرِ یانے ناممکن چیز بنہٕ ممکن نتہٕ اگر بد قسمتی آسہٕ تہٕ سینز کیتھ تہٕ چھِ کھرِ یوان ۔

(۱۵۱۳)

یہ دُنیا میوٚکھ سُہ کمی ڈیوٚ ٹھ :-
کینٛہہ لوٗکھ چھِ سونچان زِ مرنہٕ پتہٕ ییتھ دُنی یاہس گژھن چھِ سُہ کمی وُچھ از تام
جنت تہٕ جہنم کُس چھُ آمُت وُچھِتھ - اسہِ پزِ ییتھی دُنی یاہس پوٚرٕ پاٹھی حرتُلُن
تہٕ عاٗش کرٕنی -

(۱۵۱۴)

ییتیمس چھِ ترٛنجہٕ ن وُری بِن لار :-
یمس بچس لوٗکہٕ چار سے ماج موٗل مرِ مُتِس چھُنہٕ ترٛنجہٕ ن وری ین تام آرام
تہٕ سکوٗن عاٗمل سپدان -

(۱۵۱۵)

یمی ییتھ کُر کل تہٕ کہُر سُہ تیتھ شہر وُاٗتھ پییو :-
یُس یمہٕ چیزٕچ کل تہٕ کوشش کرِ مُتِس چھُ سُہ چیز حاٗمل سپدان -

(۱۵۱۶)

ییٚلہِ کن تیٚلہِ نہٕ سوٗن :-
ییٚلہِ قو درتھ کن دیہ تہٕ تیٚلہِ بنہٕ نہٕ اتھ سوٗن لاگُن کیٛتُ . سوٗن بنہٕ نہٕ وزِ

ییٚلہِ نہٕ تنجہ لاگنس کیٛت کُن آسہِ یہ چھُ تمہِ وِزِ لوان ونہٕ نہٕ یمہِ وِزِ کانٛہہ چیز بنہِ مگر سُہ استعمال کرنُک کانٛہہ موقہٕ آسہ نہٕ ۔

(۱۵۱۷)

لُس یُھتھ وُوِ سُہ ییٚتھ لونہِ :-

کانٛہہ ژُوِ پوش تہٕ پوشہٕ کرِ حاصِل لُس کُنڈی ژُوِ سُہ ہٕراوِ کُنڈی فیصلے ۔ لُس رٕژ تمام کرِلس میلہِ رُتے پھل ۔ ناکارٕ کامہِ ہُنٛد پھل چھُ ناکارے آسان ۔

(۱۵۱۸)

یوٗت تام نہٕ بدٕ سُنٛد بھتہ وُچھہِ، توٗت تام کیٛتہ زانہٕ نیکہ سُنٛد قدر ییلہِ اِنسانس خراب اِنسانہٕ سُنٛد تجربہٕ چھُ سپدان تیلہِ چھُ جان اِنسانہٕ سُنٛد قدرٕ تہٕ قیمتھ زانان ۔

(۱۵۱۹)

یہ وُچھکھ ژٕ آنہٕ منٛزری تہٕ وُچھہِ بہٕ دوسہِ منٛزری :-

پننہِ عقلہِ ہنٛدی تارٕیف کرنہٕ وِزِ چھُ کانٛہہ ونان زِ یہ بییِس شیشہِ منٛزری ییٚیہِ بوٗزنہٕ تہٕ چھُس بہٕ میٚشرِوِ دیوارٕ منٛز یانے دوسہِ منٛز ہیکان وُچھتھ ۔

(۱۵۲۰)

یمسٕ چھے نہٕ خبر ہمن کسٕ۔ کوٗرِ وٲلِس نہٕ خبر دِمن کسٕ :-
مۆت ییٚلِہ کٲلِتھ یوان سُہ چھُنہٕ زانان یہ بوان چھا، شُرٕ چھا کِنہٕ بوڈ چھُ۔
کوٗرِ وول ییٚلِہ کُنہِ گرس کوٗر دِوان چھُ تس چھُنہٕ خبر آسان زِ یِنہٕ کیٛتھی ہٕیزن
یِمی، کوٗرِ سوکھ دِنہٕ ماکِنہٕ دوکھ۔

(۱۵۲۱)

یس آسہِ وچھس کُلفُ سُہ یکِہ لچھس دکہٕ دِتھ :-
یس ییٚنہٕ لِس دِلس ییٚتھ قوبو آسہِ سُہ یکی تن لچھ لوٗکہٕ منٛزی تس تگِہ نہٕ کاہہ داغ۔

(۱۵۲۲)

ییٚتھ نہٕ شہرس گژھن آسہِ تمہِ شہرُک ناوے کیا :-
یُس چیز نہٕ اسہِ کُنہِ لگی، تمیُک وٲقفیت حاصل کرٕنۍ چھُنہٕ ضۆروٗری۔

(۱۵۲۳)

یہ گیہ ہیتہٕ ہۆوٗرۍ :-
یس دارو تس چھُ دِیُن یُس دارِ تس چھُ ہیۆوُ۔ اتھ ہہکو داس دارِ زنہٕ ونِتھ۔
کٲلِتھ کاہہ چیز ہیتھ چھُ تس لگہٕ نہٕ والُ آسان

(۱۵۲۴)

## بیڑ وتہٕ پیٹھ ژٲوِنۍ :-

یہ سوٚنچِتھ وَرٲے زِ یہ چیز چھا کھیوٚن کیُت جان کِنہٕ نہٕ ۔ مےٚ و یا کِنہٕ نہٕ ۔
یہ بٔروٚنٹھ پیٚیس تہٕ کھیوٚن گوٚو بیڑ وتہٕ پیٹھ ژٲوِنۍ ۔

(۱۵۲۵)

## یُس نتہٕ وٲری ناو ڈراو سُہ ژھنِ تن ھتھ پُلہٲرِ نتہٕ وٲری ناو ژلِہٕس نہٕ زانِہہ :-

یُس اکہِ لٹہِ بدنام گوٚو سُہ کرِ تن بدنٲمی دوٗر کرنٕچ ییتہٕ کٲژاہ تہٕ کوٚشِش
سُہ چھُس نہٕ کیٛنہہ تہٕ ژلان ۔

(۱۵۲۶)

## یُس بڈِ سُہ فنا :-

یُس بیٚین کیُت ناکارٕ آسہِ سوٚنچان تہٕ کران تمِس چھُ قُدرتھ پانے فنا کران ۔

(۱۵۲۷)

## یہ پیٚیر وِنہٕ تہٕ گڑھِ کرُن ۔ یہ سُہ کرِ تہٕ گڑھِ نہٕ کرُن :-

یہ پیٚر نصیحتھ کرِتھ تالیم دیِہ تتھ پیٹھ گژھِ عمل کرُن۔ اگر تمِس پانس کانہہ خٲمی آسہ سو گژھِ نہ پانہ ناونی۔

(۱۵۲۸)

یمہ وُرِنہٕ آسہ ہوزے :-

تو ملس چھُ یِوان وُگرہ ہیٚو بناونہٕ تتھ چھِ تیل، نون، مصالحہ، ڈوٗنی گوجہ یا چربی دار ماز یِوان ہیتی ژراونہٕ تتھ چھِ وُرِونان۔ ہوزے آسنی گوٚو نہ بچَس گوجہ تہٕ نہ ماز۔ بیٚیلہِ کانہہ کوٗشِس بوٚنمہٕ کھسہٕ نہ تیلہِ چھُ تتھ کامہ مُتلق یہ یِوان ونہٕ نہٕ۔

(۱۵۲۹)

بکرُ مأرِتھ اتھن بچھ :-

یٚیلہِ کانہہ کأم کرنہٕ پتہ بجائے فایدٕ نُقصان گژھِ تیلہِ چھِ یہ کتھ یِوان ونہٕ نہٕ۔

(۱۵۳۰)

یُن گژھِ راز تیٚز کھیوٗن گژھِ سال ہوٗ ہوٗر گرِ چھُنہٕ ماتا مال :-

یٚیلہِ کانہہ ہوٗ ہوٗر گژھ سُہ گژھ شاہانہٕ پوشاکھ ژھنیتھ گژھُن۔ تہٕ سال کھیوٗن

مگر تتہٕ گژھہِ نہٕ زیادٕ کالس روزُن تکیازِ سہ چھُنہٕ لتس ماتا مال ۔

(۱۵۳۱)

لیس نہٕ پوٚرِ سہ اژیا ژوٚرِ :-

لیسَ نہ قیمتس پوٚرِ سہ بچور کیا کرِ ژوٚر تتہٕ ما بنہِ لیس کرِنہٕ ۔

(۱۵۳۲)

یمی ہوو تہٕ تمی نیوو ، یمی کھوٚٹ تہٕ تمی روٚٹ :-

لیسُ بہنہِ دولتھ لوٗکن ھاوِ سہ چھِ تمن اتھی سُو نیاوِ ناوان لیسُ کھٹِتھ تھوِ لتس چھِ پالنس لِش روزان ۔

(۱۵۳۳)

یُڈ کھو تہٕ چھُ کوٚٹھ دوٚر :-

یڈ تہٕ کوٹھ چھِ اکی جسمکی حصہٕ مگر یڈ ہنٛد چھُ کوٚٹھِ کہ کھوتہٕ بڑھتھ وِزِ خیال روزان ۔ نیٚنس تہٕ ہاے ہندِس شرُس منز تہٕ چھُ گُنے نوٚن تہٕ گُنے خاندان ۔ مگر پنُن شُر چھُ بالوٗتھرِ ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ نزدیک باسان ۔

( )

(۱۵۳۴)

یہ نہٕ پننہٕ بننہٕ گرٕژھہِ نہٕ گرٕژھہِ لوٗکہٕ ہنٛدِ وننہٕ :-
پننہٕ نہٕ مُصیبتہٕ ہتی چھُنہٕ دِلس ژیٖتھٕ تکلیف گرٕژھان۔ یوٗت زن لوٗکہٕ ہنٛز وکھو نہٕ پامو ہتی گرٕژھان چھُ۔

(۱۵۳۵)

یلہٕ شُرے کوٗکر تشنہٕ دِ ہے مُرِس ، یلہٕ شُرے کانگر تشنہٕ دِ ہے پھُرِس۔
اگر کانٛہہ جان چیز آسِہ تمیک فایدٕ نہٕ پھُس پانسے۔ اگر کانٛہہ ناکارٕ چیز آسِہ تمیک نوقصان نہٕ پھُس پانسے۔

(۱۵۳۶)

یس کوٗرِ کھانٛدرٕ سُہ کوٗر لوٗبرِن ماہراز پھیرِن چوٗبرِن ہتی۔
یس کوٗرِ کھانٛدرٕ کرُن چھُ یلہٕ دِ باپتھ ساری انتظام کرنس ہتی چھِ لگی مت۔ سُہ چھکھ سوٗز مژ بوٗٹھ پانے لوٗبر سوٗبراوتہِ نہٕ دہارازٕ چھُ یارن ہتی پھیران یمس یہ اہمیتھ شوٗبہٕ تمس سُہ دِمونہٕ تیلہٕ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ۔



(۱۵۳۶)

ژیپے کیا حاتہٕ مُن طے کوٗزنھُہ :-

کیا زن حاتمہٕ سُنٛد ہیو بوٗڈ کارنامہٕ کوٗزنھُہ، یا نے یہ چھہِ مۄمۄلی کأم -

(۱۵۳۷)

یُس یہ کریٚنہٕ آو تس نہٕ چھُہ کرُن :-

یُس یتھ دُنیاہس منٛز یوان چھُہ تس چھُہ اولے تقدیرس لیکھتھ آسان زِ تس کیا چھُہ یتہٕ کرُن۔ نہٕ سہٕ چھُہ تی کران -

(۱۵۳۸)

یتہٕ زنانہٕ مالِیُن تتہٕ مردس مرگُذار :-

یتہٕ زنانہٕ مالِیُن آسہٕ تہٕ زنانہٕ مالِنہٕ آسہٕ مرد چھُہ یژھان بار بار توٗر گژھُن -

(۱۵۳۹)

یہے ہیو گژھُن :-

ناراضگی گژھنۍ -

(۱۵۴۰)

یُس خُدا راضی تس کُس دِیہ بازی :-

یمِس خُدا مہربان آسہِ تمِس ہیکہِ نہٕ کانہہ دوکھ دِتھ -

(۱۵۴۱)

یُس کرِ ہر کتھ تس بڈ برکتھ :-

یُس مینحنتھ کرِ تمِس چھُ پرتھ کینہہ چیز واَفر آسان -

(۱۵۴۲)

یہ گامس حال آسہِ تہٕ مامہ ہشر وژھرِ نہٕ :-

اگر گام سورُے خوشحال آسہِ تہٕ اتھ منز رۄزن واَلی تہِ آسن ساری لوکھ بڑی خوشحال - اگر گام پریشان آسہِ تہٕ گاہکی ساری رۄزن واَلی آسن پریشان -

(۱۵۴۳)

یہ گوو بوٗنُ گرژھُن سوٗت کھینہِ :-

بوٗنُ چھ لداخس تہٕ وناں یتہِ بونہٕ روزان آسی تتہ آسی بروہہ کالہِ لوکھ صرف سوٗت کھیوان - توت واتنُ اوس سیٹھا مُشکل تہٕ سیٹھا کال اوس لگان پکان پکان توٗرٕ واتنس - اگر کانہہ سیٹھا موموُلی چیز حاصِل کرُنہٕ با پتھ دوٗر گژھُن ہیکہ سیٹھا تکلیف تلِہ نیلِہ چھ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ -

(۱۵۴۴)

## یا اللہ سوزنم پھاٹون وادا :-

بیٚلِہ کانٛہہ اِنسان کانٛہہ ہنٛز خواہ مخواہ پریشانی ہیٚیِہ تیلِہ چھُ تس یِوان یہ کتھ ونٛنہٕ -

(۱۵۴۵)

## بیٚتھ نہٕ پوٗشی تتھ نہٕ دوٗش :-

کُنہِ چیٖزس پرہیٖز کرن وٲلیس بیٚلِہ نہٕ کُنہِ وِزِ پرہیٖز کرنُک طاقتے روٗزِ تہ تس پیٚیِہ پرہیٖز چھٕٹراوُن تتھ چھُس نہٕ کیٛنٛہہ گوناہ - مجبوٗری چھنہٕ گوناہ تہٕ ثواب یا حلال تہٕ حرام مانن -

(۱۵۴۶)

## یہ یژھہِ پرس نہٕ پنٛنہٕ لِنس گرس

یہ اِنسان کانٛہہ وہ پرس کیٛت یژھان آسہِ تہٕ چھُ تمس پنٛنہِ لِنس گرس واتان - رُت یژھ نہٕ رُتےٚ واتیس ناکارٕ یژھہِ ناکارے لبہِ -



(۱۵۴۷)

## لُس ہٕ بالنس لارِ سہ کیا لارِ بالنس :-

بیٛلہِ دوٗد توٚن آسہِ نمیکُ مایہ چھُنہٕ بالنس تہِ لاران ڈیان یتھ دوٗد چینہٕ سۭتی کیا فائیدٕ وانہِ جسمس :

(۱۵۴۸)

## یژھ یا ریژھ کرُن گژھِ :-

یژھ گیہِ پننی مرضی تہٕ ریژھ گیہِ لوکہٕ ہُندِ ہیدٕژُن۔ اِنسانس پزِ کام کرٕنی ادٕ یا پننہِ مرضی سۭتی یا لوکہٕ ہندِ ہیڈٕ نہٕ کہٕ خوفہٕ سۭتی کری تن

(۱۵۴۹)

## یُژر گوٚو میٛژر :-

لُس چیز زِیادٕ مِقدارس یا زِیادٕ تیدادس منز آسہِ تتھ چھُنہٕ کانٛہہ قیمتھ روزان۔ سُہ چھُ میژر ہندی پأٹھی ڈولان۔

(۱۵۵۰)

## یِی کرِ گاٹُل تی کرِ بیٛقل بازرس کھل بلی کرِتھ :-

بیکَل تہٕ چھُ تی کران یہ گاٹُل کرِ۔ مگر کرِنہٕ بروٗہنٕہ چھُ بیتھِل نہ فرٗف سیٹھا
وق ضایہ کران بلکہ چھُ باقیے لۄکن تہٕ پریشان کران ۔

(۱۵۵۱)

ییٚلہِ ہُنہ دِیہ تیٚلہِ کُس نیٚنیہِ۔ ییٚلہِ ہُنہ نیٚنیہِ تیٚلہِ کُس دِیہِ۔
ییٚلہِ کانٛہ خۄدا دِیہِ تیٚلہِ کُس ہیکہِ تھٔمی کٔرِتھ اگر سُے نِیہس تہٕ کانٛہہ
اِنسان ہیکہس نہٕ رفاقتھ کٔرِتھ ۔

(۱۵۵۲)

ییٚنہٕ بہارینٕہ نہٕ کیتہٕ ٹٚیُٹی کاسہِ :-
یُس پیٚنزٕ نہٕ اُسی بہارینٕہ ہیکو دِتھ ہُنہ کیتہٕ دِموٗتمس یمِس مس آسہ کاسنہٕ
آمٕت ۔ یانے موٗنڈ آسہِ گماہژ بقول ساقی مرحوم اُسی پرانہِ زمانہٕ موٗنڈ گرٕھنہٕ
وِزِ زنانہِ مس کاسان تۄرے اُسی موٗنڈِ ٹیٹی کاس ونان ۔

(۱۵۵۳)

یُلہٕ مۄنزرے چھُ سوٗرُے نیٚرن :-
ییٚلہِ اِنسان کھیٚنس چیٚنس مۄنزرنا سبب کفایت کرِنہٕ تیٚلہِ چھُ پالنہٕ بچان

یمہ سیتی چھُ باقے پیٛنز ہیکان اِنسان اَنِتھ :-

(۱۵۵۴)

## لیس نہٕ کانٛہہ تس چھُ نو داہ :-

لیس نہٕ دُنی یا ہس منٛز کانٛہہ مدد گار آسہِ تس چھُ نو دا مدتھ کران۔

(۱۵۵۵)

## لیس گاو دو دِچے زِ تس چھُ گوہ تہٕ ییوان تلن :-

یمِس اِنسانس فائیدٕ کھیمو تمیندی چھ ناز نخرہ تہٕ ییوان ژالنی۔

(۱۵۵۶)

## ینٛز ہنٛج ھارا بے یزتی ہنٛز کھارا :-

اگر ینٛز تہٕ سان اکُے پائنہ میلہ سہٕ چھُ تمہِ کھاءٕ کھوتہٕ زیادٕ لیٛس بے یزتی سان ییٛنہِ دِنہٕ -

(۱۵۵۷)

## یہ چھا وگوو وٹھہ نین :-

وگوو ہیکو ژیس منٛز وٹھہ تہٕ نِنھ مگر ییٛبلہِ مکانٛج یا ییٛھ کُنہٕ جاداہ ژ کیتھ آسہِ

تتھ چھ ونان زِ یہ ما چھُ وگُو یتھ زن کاہنہ تِہ بلس منزٕ وٕتھ نیبہِ ۔

(۱۵۵۸)

یسہٕ رُچھمُ اُتسی نِش رچھتم خوٚدایو :۔

یُس رُوچھمُت آسہِ اگر تسُے نیبہ بدلہِ تہٕ بُجھتی پھیرُ گژھہِ سُہ چھُ سارِوے کھوتہٕ بوڈ دُشمن بنان تِکیازِ سُہ چھُ ساہنِ کمزوٗرین تہٕ رازن واقف آسان ۔

(۱۵۵۹)

یہ زال وُچھان تہِ اگر گاڑ ہاٰ نٔز وُچھہِ تہٕ پان مارِ :۔

زال چھُ دریاوس منز قسمہٕ قسمچہِ گاڈ بیترِ وچھان مگر نأٰز چھُ بس تیتھے ہیکان وُچھتھ یہ زال والیس کھارِ ۔ یہ کُنہ سرِکس واقف کارس خبر چھ آسان اگر غاٰرواقفس تہِ خبر لگہِ تہ پریشان گژھہِ ۔

(۱۵۶۰)

یہ بٔیا کھ کرِ ہٕ وہرس تہِ کرِ بہٕ پہرس :۔

یہ چھُ کاہنہ پننی قابلیتھ ہاوہٕ وِزِ ونان زِ یتھ کامہِ بٔیا کھ ڈری لاگہِ سُہ موٚکلاوِ بہٕ اکِس پہرس منز ۔



(۱۵۶۱)

یہ بۄد گر کرِ وُہرس مُنافق کرِ پھرس :-

بۄد گرس بییس یزاہ واتناوِنس منٛز اگر سہرٕ تہٕ بۄد کرِ کرِ وُری لگہٕ مگر مُنافقت کرن وٲلِس لگہٕ سُہ کام کرنس فرف اکھ پہر -

(۱۵۶۲)

لُسِہ ناوِ زوٗد کرن سِہ ونن ناو چھ پھٹن :-

یُس پننہٕ اتھ کاہنہٕ تباہی آسہٕ کران سِہ چھُ کرکہٕ دِوان زِ ہے تباہی چھ گڑھان -

(۱۵۶۳)

ینہٕ رکتہٕ وِنہٕ کرنہٕ :-

لوٗکہٕ ہُند پھب یا ییر کٔتھ پٲٹھہٕ زیننس تہٕ گُذارِ کرُن -

(۱۵۶۴)

ییننہٕ تہٕ کُنہٕ وونُن تہٕ کُنہٕ کُٹہٕ گز ییٹرو :-

نہٕ چھُ ییننہٕ کیُت پن تہٕ نہ وونہٕ نس کیُت کاہنہٕ چیز آسی چھ سوٗنچان زِ گٹہٕ گو۔

ییٚنہٕ ژراوو۔ یہ گۄو فۄضوٗل وق نہٕ ضایہ کرُن نہٕ دٕ سماع تہٕ ۔

(۱۵۶۵)

## یوٗلِپس شۄپ ڈکھ :-

یۄپ گۄو سہلاب، شۄپ کیا ہیکہِ سہلابہٕ کیٚس پاٹِنس پیٹھ رٹِتھ، اکھ لوکٹ تدبیر چھُنہٕ بُڈِس میٖبتس رُکاوِتھ ہیکان ۔

(۱۵۶۶)

## یمس دی نہٕ زُوو :-

یہ چھُ سہٹا کنجوٗس اِنسانس مُتلق یوان ونہٕ نہٕ۔ زِ سُہ چھُنہٕ کانٛہہ دِوان کینٛہہ۔ اگر موٗت تہٕ یہٕ یس تس تہٕ کرِ زوو دِنس انکار۔

(۱۵۶۷)

## یاچھِ ژاہینہٕ :-

آٔس مُژرِ آوِتھ زۄرِ زۄرٕ بے معاب کتھ کرنہٕ ۔



(۱۵۶۸)

## یاژلُن یاژالُن :-

یا تہٕ چھُ بان ناکارٕ برداشت کرُن نتہٕ چھ سُو باے ترآوِتھ کُن ژلُن :-



